# کأشِر لولہٕ مثنوٕیہ

ترتیب

محمد امین کامل

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر

۱۹۷۶ء

# ترتیب

## دٲلیلہ — مضمونہ نِگارن ہندِ قلمہ



## تنقیدی سام

# گوڈٕ کتھ

[امین کامل]

پننِس مثنوی سرمایَس چھُنہٕ اَسہِ وُنیکُس تام زٲنِہ تہٕ پھیشِر دِیتمُت۔ یُتھٕ تام یہٕ اَسہِ غزل، مثنوی، مرثی تہٕ دوٚیمین شاعر ذاتَن نٕزول زٕمَنہٕ، تُوتٕت تام ہیٚکہٕ نہٕ اَسہِ پننہِ شاعر اَدبُک کانٛہہ کُلہم تہٕ مکمل تصویر برونٛہہ کُن یِتھ۔ پرٛیتھ شاعر ذاتس چھُ پنُن حُسن، پننۍ اہمیت تہٕ پنٕنۍ باوَتھ۔ یہٕ حُسن تہٕ باوُتھ بَرِ کڈُن چھُ کٲم چھےٚ نقادَن ہنٛز۔ اَمہِ بغیر لَگہِ اَدب پوٚچھر تہٕ بُرزٕ۔ تکیاز یہٕ کینٛژھاہ اَتھٕ سوٚدرس اَنٛدر بُٔنیٚنہٕ تہٕ کاوٕ شٲیہو ناوِ چھُ، تَمہٕ پیٚیہ وِہتھ بہترین تہٕ بَرکھاوُن۔ تنقیدی لٹریچرس وہ نہِ دٔرس یُس وُنہِ اَسہِ نہٕ آسنس برابر چھُ۔

یہِ لولہ مثنوی نمبر چھُ اَمی آرٕک نتیجہ۔ یتھ اَنٛدر ییٚمن لولہ مثنوین تنقیدی سام ہیٚنہٕ چھُ آمُت۔ تمہ

چھےٚ میانٮ۪ ژاررٕ پٔتہٕ شاید چھِنہٕ کانٛہہ تہٕ ناما دار
مثنوی پٔرِ رٲوزمٕژ۔ مضمون نِگارَو تہٕ چھےٚ ہیٚنہٕ پابندی
بادوٚ جوٗد ییٚژہَن مُمکن سپدِ ہے تیٚژہَن بِنٛنَن خیالَن
دَلہٕ دِژمٕژ۔ بہٕ چھُس یہِ وَننس اندر ظٲہرٕ احق بجانب
زِ یہِ نمبر چھُ پرٛاٮ۪نس اَدبس اَندر بَتھہِ لایِق پیش گۅڈنٕچ مِثال
مضمون نِگارَن ہِنٛدِین خیالَن چھِنہٕ کُنہٕ قسمٕچ
کانٛہہ قلمہٕ چھی آمٕژ دِنہٕ۔ اَما پۅز اَکس دۅن مضمونَن
اَمس تمہید گنڈنہٕ آمٕژ، سۅ گۆڈمٕتے نیٖرٕ، تمہٕ وراے
تہٕ چھُ یِم مضمون بذاتِ خود مُکمَل۔ توقع چھُ میانٮ۪ یہِ
دس دراگزی سپدِ ماف۔ مقصد اوس ہر کانٛہہ مضمون نِگار
کرٕ سِشیدِ بشوودُسے ثِتھی مثنوی پیش کنہ۔ یوہسہٕ تس
تفویض چھےٚ سپٕزمٕژ۔

مضمون نِگارَو یوہسہٕ پٔنٛنہٕ رائے باوِمٕژ چھےٚ
سۅہ آیہٕ پٔتہٕ ٹھکبتھہ کرِتھہ ہر کانٛسہٕ ہنٛزٕ رائے۔ وہوں گوٚ
تمۍ گۆڈ یمن مثنوین پیٹھ سوٗنچ اَکہ دَلہ۔ اَتھ دِتہٕ
ہیکَن ویٚرِتھنے دار سام ہیٚنہٕ والی شوقین شاہراہ
بناوِتھ۔

تمام لولہٕ مثنوی یَن اَندر چھُہ اَکھ فارمولٲیی قصہٕ آسان۔ اَکھ مہ جبین تہٕ نازنین سوٗندر، تہٕ اَکھ مٲری موٗنٛد تہٕ نُنٛد بون گشادر۔ دونوٕنی پانہٕ واٲنی، بوزٕ بوزٕ پہٕ کِنہٕ یا وِچھِتھ نظرکان کھینٛچہٕ عشق سپدان۔ اَتھ عشقس چھِہ مختلف سمٲجی یا بالا فطری ٹھٔری تہٕ ٹھاک سپدان۔ کیٛنٛژہ جھیٚہ۔ یِمن شکس دِنس اَندر کامیاب سپدان تہٕ کیٛنٛژہ چھِہ اَتھی جد و جہد اَندر پننی زُتہٕ چھُنٛچہ دِوان۔ یِمَو لولہٕ داستانو سِتی اوس لُکَن پننین دٔم پھُٹو لولہٕ ارمانن داو ہیوٗ ڈٔلان۔ جاگیری سماجس منٛز لولہٕ اظہارس پابندی آسنہٕ کِنی اوس یِمَن داستانن اَندر بالا فطری تہٕ روٗحٲنی عنصر شٲمِل یوان کرنہٕ یُتھ زَن بےٚ پھٔروک پاٹھو، کُنہٕ احتِسابہٕ روٚس، لُکھ پٔنٛنۍ حظ ہیکن تُلِتھ۔

•

اُسی چھِہ اَکثر وَنان، تہٕ چھِہ رایہٕ یُوت وَنُن چھُنہٕ کاگی، زِ فارسی زبٲنی ہٕنٛز بالادستی ختم سپدِ تہٕ کِنہٕ پھیرِ سارِی فارسی خانٕد کٲشرِس کُن۔ اَتہٕ ہیکَن بیٚیہ تہٕ کیٛنٛژہ وَجہٕ آسِتھ۔ بہرِ صوٗرت فارسی شاعری ہٕنٛزن رِوایژن

گوٚ کأشرِ یِکھ صدر وَدوان ٹھٔٹھگو ٹھٔنگہ دوٚیتہ غزل،
مثنوی، نعت، منقبت تہٕ دوٚیِم شاعر ذاتھ آیہ سیٚٹھاہ
سیٚٹھو دُرے فارسی پیٹھ پہہ اَنِنہٕ۔ تِمے انداز، تِمے طرز
تہٕ طرح، رتِمے تشبیہ تہٕ استعارہ بیترآیہ نقل کرنہٕ
یِہ چھےٚ وَکھر کنتھ زِ تمہٕ کوتاہ رُوٗدی اَسۍ کامیاب۔

مثنوی آیہ تہٕ اَتھ سیٚٹھاہ بسیار لایہ زمن فارسی
مثنویَن کأشراونچ یا ترجمہ کأری ہِنز عمل تہٕ شوٚرو۔
یمن مثنوی نگارَو اوس پننہ روایت پانے بنن چھ ییار ہیو
آسکھ نہٕ پانس داستان تخلیق کرنچ صلاحیت ماسوائے مہرو ماہ
وزہ اماںٕ تہٕ اَمی رنگو کیہ اکثر شاعر فارسی تہٕ باقھے ہندوستأنی یا
یارمین داستانن کُن اتھ دارنس پیٹھ مجبور۔ یمو یہہ داستانو
تہٕ مثنویو اوّن تور ک فضا، تور چھ روایژ، تورکُناو تہٕ
دوٚیِم چیز پانس سیتھ یکیاز یم چیز چھ داستانہ ہندی تم تہٕ
ماز آسان۔ اما پوٚز یمن کأشرادن واٲلی تہٕ کوتاہ روز ہن پننہ
اندرکچھ نیشہ بے اثر۔ یلہٕ شوٚنکھ پاٹھو زاو کأشر فضا
رکھو رنگہ تہٕ یمن اندر۔ گاہے گژھ سان تہٕ باقھے نیر پاٹھو۔

●

وُنہٕ پاٹھو چھ مثنوی نگأری ہُند گوٚڈ محمود گامی

پتہٕ پیٹھ لگان[1]۔ اگرچہ مثنوی ہٕنز شارٕ ذاتھ ہُند پےٚتہٕ چھُ مُشدر رٕیشٕو سٕنٛدِ زمانہٕ تہٕ میلان، یِمیٚک ٹوٚ بوٚتھ تِمن کُن منسوب "صدوسی مَسلہٕ" باوٕ تَلہٕ ننان چھُ۔ مثالے چھو

کُن طہرت کین سوٚتن لھاو     اَتھٕ چھَل تہٕ سوا کھرٕ رَبہٕ شُنٛد ناو
کوٚلہٕ کٔرتھ کرٕ تھےٚ نَستہٕ پوٗنٛژ ژان     اِسنٛنجہٕ ژرٕ تیہٕ ہیرٕ چھَل تہٕ پیٹھ تان
اَتھٕ سیٖتہٕ خالہٕ کھوٚتہٕ اَنٛگجن     مسی کَنیٖنے وارٕ ہمن ہمن

محمود گامی پتہٕ پیٹھ عزیز اللہ حقانی یَس تام چھُ تقریبن دوہ ناہ مثنوی وٕرۍ یَن وِتر باگھی مثنوی ہُنٛد دور بُڈ چاڑسان روزان تہٕ اَمہ پتہٕ چھُ یہ ژھوکان تہٕ ختم سپدان۔ تِکیازِ زمانَن کھٔینۍ لرتہٕ نوٚو تقاضہٕ گری نوٚوۍ چیز طلب، مگر تۄتہٕ چھےٚ یہ فارم کانٛسہ ووستاد شاعرس وَتہٕ وُچھان تِکیازِ اَتھ اَنٛدر چھِ وارِیاہ امکانات موجود۔

---

[1] یَتھ کیشِ دُنوٚ زٕ رامہ اوتار ژرت (کأشُر رامایَن) یوسہٕ کلچرل اکاڈمی دوہ نی چھاپ چھٕپے کٔرمژ، چھےٚ پرکاش رام کُرہ گامی راجہ سُکھ جیون ہٕنٛدِس زمانس منٛز (۱۷۵۳-۱۷۶۳ء) وَنٔمژ۔ شاید چھےٚ اَتھ انکار تہٕ کانٛہہ وَتھ اَتھ صورتس منٛز چھےٚ محمود گامی مثنوی ہُنٛد امام روزان تِکیازِ محمودُن زمانہٕ چھُ ۱۷ء پیٹھ مُشخص سپدمُت (کأمِل)

یِمہٕ نمبرس چھُہ ترتیبُک یہِ طرز۔ گوڈنی چھےٚ تمام مثنوٕیَن ہُنٛز دلیلہٕ موٗختصر پاٹھۍ مضموٗن نِگارو پانے پیش کٔرِمژٕ۔ پتہٕ چھُہ پرٛتھ مثنوی الگ الگ تنقیدی سام ہیٚنہٕ آمُت۔ یِہَوٕ دۄیَو حصَو پتہٕ چھُہ مثنوی مُتعلِق اَکھ مضموٗن لیکھناونہٕ آمُت، یُس زن خصوٗصی طور طالب عِلمَن تہٕ کارآمد روز۔ اَمی ضروٗرتہٕ موٗجِب چھُہ مےٚ تِمَن لولہٕ مثنوٕیَن ہُنٛد تہٕ فہرِس دِتمٕژ یِم یا تہٕ چھاپ چھےٚ گامژٕ یا چھےٚ وُنہٕ مُسوٗدَن ہُنٛزِ شَکلہِ انٛدر لۄکھ نِشہٕ موجوٗد۔ پۄتُس چھُہ مےٚ مثنوی نِگارَن ہُنٛد موٗختصر زِندگی نامہٕ تہٕ ہِنٛزٕ کِنہٕ شیٚقہٕ پاٹھۍ دٔریاف کٔرِتھ دِتۍ مُت۔

●

مثنوی نِگارَن ہُنٛدین دستخطی نموٗنَن ہُنٛز اہمیت یِم سیٹھا محنت کٔرِتھ حاصل آیہ کَرنہٕ ہیٚکہ پرٛتھ دوس موٗحسوٗس کٔرِتھ، اَیہ چھُہ افسوٗس زِ اَکی ادیبَن ورتوو محموٗد گامی سُنٛد دستخطی نموٗنہٕ دِنس انٛدر بعض خَل۔

●

ولی اللہؒ مُتیس مُتعلق چھُ ہرکاُنسہٕ وۄنمُت
زِ سُہ گُذریوو مدینہٕ شریفس اندر۔ مگر کینٛہہ رِوایژ چھےٚ
زِ سُہ اوس حاجی علی صابس سیٖتۍ حجس گومُت تہٕ واپَس
وَتہٕ وۄت گرٕ۔ واپس تہٕ جان واتنس کرٕرتھ سُپُد واصِل
حق تہٕ وُنہہ گامہٕ ساُدھ صاٗحبنٕ آستانٕچ احاطس اندر ٹیٚد
تمہٕ جایہ دَفن ییٚتۍ شتہ وُنی کینہہ بٔرمجہ کُجہ چھےٚ۔
اُمہٕ دَفن جایہٕ ہُند فوٹو چھُ دِنہٕ آمُت۔ اَتھ رِوایژ
ہیکن چھان بین کرٕن وٲلی وارٕ پاٹھۍ سام ہیٚتھ۔

●

مشہور آرٹسٹ غلام رسول سنتوشن تہٕ
نوجوان فن کار بھوشن کول ہیٚنز ترٛتھےٚ اِلسٹریشن
تہٕ چھےٚ یَمہٕ نمبرٕچ زیٖنتھ۔ کوَر ڈیزاین تہٕ چھُ بھوشن
کول ہٕندِ فن کار اَتھٕ ہُنز کراماتھ۔

●

یہٕ نمبر تیار کرنہٕ وِزِ چھُ مرحوم نور محمدؒ
(غلام محمدؐ نور محمدؐ تاجر کتبہ) خاص کرِتھ یاد پیوان
یِمو یہٕ مثنوی سرمایہ چھاپ کرِتھ اَسہٕ بخشیمتہ
بٔرژھر بتھ تھوو۔ بوزوے تہٕ یَمہٕ نمبرٕک ثواب تہٕ

خراج چھُ تسٕی واتان۔

•

مضموٗنن چھِ ذِمہ وارۍ سان پرٛوٗف پرٛنہٕ آمٕتۍ۔ امہِ پتہٕ چھِ بِشدٕ بَشرٕ بُل چُک چھِ آمٕتۍ۔

•

## پوٗت پاداش

مضموٗنن ہٕنٛز ترتیب چھےٚ مثنوی نگارن ہٕنٛدِ زِچھرِ مطأبق دِنہٕ آمٕژ۔

[ کاتِب ]

# یوٗسف زُلیخا

## دٔلیل

"شہرِ مغربس منز اوس بادشاہا اکھ یس شاہِ تیموٗس ناو اوس۔ اَمِس اوس اکھ سیٹھا حسیٖن تہٕ خوبصورت کور، زُلیخا۔ زُلیخایہ ووٚچھ پانس پتھ شابس منز نوجوانا اکھ یمہِ تس دِل نیوٗ۔ اَمی نوجوانن ووٚن بیب زُلیخایہ زِ بہٕ چھُس عزیزِ مِصر۔ زُلیخایہ گوٚو نِدرک عزیزِ مِصرٕ سیتی مگہ۔ یُتھے تمہٕ پنُن کھاندار وُچھ تمہٕ دِرِ ہاوزِ یہ چھُنہٕ سُہ یُس مےٚ درخاب ڈیشو۔ اَتھی منز گیئس نصیبی کزیکھ زِ شہہ باشبرٕ بہ واتناو تھہ قسوٗرٕ وٕتس

نش یُس ژٕ مےٚ خاںٔئی آسُت چھُے۔

حضرت یعقوبس اسہ باہ نیچوٕ تہٕ حضرت یوٗسف اوٗسُس تِمَن سارنٕے منٛز نُنٛشد بون تہٕ شکلہٕ وول۔ اکہ دوہہ ہیوٗ وُچھ یوٗسفن خاب زِ آسمانہٕ پیٹھٕ وٕتھ ژٕون اکھتاہ تہٕ کاہ تارکھ تہٕ کوٗرکھ تس سجدٕ۔ تمہ ییٚلہِ یہ خاب یعقوبس بوٗوس وونُس زِ یتھ نہٕ یہ خاب دوہ بٲین وَنِتھ مگر تمو ییٚلہِ یہ خاب بوٗز تم دٕدٕ اندری تہٕ دٲیرکھ پانس سیتی زِ یوٗسف ژٕھنون مٲرتھ۔ آخر نیوٗکھ اکس جنگلس منٛز تہٕ دِیتکھ چٲہس دٲرتھ۔ گرٕ ییتھ وونکھ مٲلس زِ یوٗسف کھیو رامہ ہوٗن۔ جنٛگلہ کنہ پیٚیہ سوداگر جماعتھ تمو ہاو ہیرٕ دوہ چاہ منٛز جیٚنٛہ آب کھارن زِ اور کھوٗنکھ اکھتاہ ٹکر ہیوٗ یوٗسف۔ سوداگرو آسی درشہر مصرتہٕ مصہ ہر دنیار رٹھتھ دِیتکھ یوٗسف عزیز مصرس شہر عموٗلاکو منٛز۔ یوٗسف ییٚلہِ عزیز ہسندس دربارس منٛز وٕت تہٕ پییہ زُلیخایہ ہنٛز نظر تس پیٹھ تہٕ تس ژٕج گریکھ پیرتھ زِ یوہے چھُ سُہ یُس مےٚ خاںٔئی اوس یوان۔ آمہ پتہٕ چھُ یوٗسف زُلیخایہ قریب روزان تہٕ سہٕ چھےٚ پننہٕ نفسی شہوتکہ نار دزو دزی تس سیتی مباشرت کرنچ بار بار کٔل کران مگر ہر وزِ چھُ یوٗسف تس نکار کران۔ آخر ییٚلہِ تہٕ زُلیخا پنٛنہٕ یہ ہوس کِنہ منٛز کامیاب سپدان چھےٚ سہٕ چھےٚ عزیزس نش یوٗسفنہٕ "دست درازی" ہنٛز شکایت کران۔ تہٕ یوان چھُ یوٗسف قاد کرنہٕ۔ اتھ منٛز وُچھ پادشاہن اکھ عجیب خاباکھ۔ تمہ وُچھ زِ گاو آیہٕ جسوار شتھ گاو تہٕ پتہٕ آیہٕ ہیوہ چھُمرٕ شتھ گاو ییمو دیچھ کاڈ کھیتھ

ژھینہ۔ دربارس منز آے بڑے بڑے زانن والی بلاونہ مگر کانہ ہیوکہ نہ
اَتھ خابس تعبیر کڈتھ۔ آخر پیو کس تام یاد ز حضرت یوسف چھ جیلس
منز خابن تعبیر ونان یُس پوز چھ نیران۔ عزیزن پننہ حکمہ آو یوسف
یرزتہ سان دربارس منز انِنہ تہ پادشاہن کوٚرس پنُن خاب بیان۔ یوسف
وونُس۔ پادشاہم۔ امہ خابک تعبیر چھ یہ زِ گوڈے ین ملکس ستھ وری
سعہ کالکہ تہ غلہ روز وفور پتہ ین دراگکی ستھ وری یم سیٹھا کریکھ
آسن۔ امتہ دراگس مقابلہ کرنک چھ صرف اکے طریقہ زِ سعہ کالکین
ستن وریہن منز پیہ دراگہ باپتھ کھین چیٚن بچاونہ۔ پادشاہن وونس
خابک تعبیر تہ نوکے ژیپسے دِتن تہ ژے چکی یہ انتظام تہ کرون تہ آو
حضرت یوسف مصرس منز غلہ جمع کرنس تہ باگرنس پیٹھ مقرر کرنہ
اتھی منز گیہ کام حضرت یعقوبن تہ ستو ژہن پنن داد ٹیکھ غلہ انِنہ باپتھ
یوسفس نِش تہ سارنے ہے لوکٹ نیچو روٹن پانس نِش پنُنہ یوسفنس
نیچ بوے اوس۔ یم ییلہ یوسفس نِش واتی تمی پرزنا وی یم تھ
یمن آونہ شنہ وونی۔ یم وونہس اسہ اسی باہ برادر۔ اکھ ہے ووڈ ابہ
ہوّی تہ بیاکھ چھ گری۔ حضرت یوسفن دیت حکم [illegible]
وونتن تولتن واسس کنکس [illegible]
یہ مانہ [illegible]۔ باین ییلہ [illegible]
فریاد زِ اسہ چھنہ [illegible]
[illegible]

زیعقوبس چھُ وَدان اَچھَن گاش تام گومُت. تٔمۍ سوز پننٕ جامہٕ
تَس یُس تَمۍ اَچھَن مۆل تہٕ تَس آو گاش واپَس. یوسفنۍ وۄہرۍ بایَن
ہیتِہ پزٔر نَنیوو تِم گٔے سیٹھا شرمندٕ تہٕ یوسفَن تہٕ کوٚرُکھ ماف۔
عزیزِ مصرٕنہٕ مَرنہٕ پَتہٕ کوٚر زُلیخایہ یوسفَس سِیتی کھانٛدر تہٕ بیٚیھ
یٲھُو تیٚید عاشقَس تہٕ ماشوقَس وَصل۔

# شیخ صنعان

## وٚلیل

شیخ صنعان چھُ بصرٕک روزن وول تہٕ سیٹھا مشہوٗر زاہد تہٕ پرہیز گار آسان۔ اکہِ دۄہہ چھُ یہ خابس منز ؤنیس پانس پتہٕ تلین برۄٹھہ کنہِ نمان وُچھان یہ چھُ پریشان سپدان تہٕ زانان زِ کیاہ تام چھُ سپدن وول۔ خابکہ تأبیر زانٕنہٕ خاطرٕ چھُ پننین مُریدن سیتیٖ روٗم کُن نیران۔ اتہٕ چھےٚ اُمس روم کس راجہٕ سٕنز پرٕزۍ صوٗرت کوٗر نظر گژھان۔ شیخ صنعان چھُ اُمس پیٹھ ؤلوٗ اُے گژھان۔ مُرید چھِ پیرٕ سٕنز یہ حالتھ وُچھتھ خوٗن ہاران۔ تہٕ اُمس نصیحت کران زِ اُمس آتش پرس کوٗرِ پیٹھ یہ ہارو دل۔ مگر یمِس عشقُک تیر لوٚگ ژھہ کیاہ مانہِ کأنسہِ ہٕنز نصیحت وۄق چھُ گژھان۔

اکہِ دۄہہ چھُ اکھ مُرید حضرت محمد صلعمن خابس اندر وُچھان تہٕ تمن چھُ شیخ صنعانس پیٹھ رٔحم نظر تراونہٕ التجا کران۔ مُرید سُنٛد التجا چھُ منظوٗر سپدان صُبحن چھُ مُرید مُرشدس نِش گژھان تہٕ نصیحت کرتھ تمس۔ اپس مُسلمانی کُن انان۔ بیٚیہ ہٕتشی یأنی شیخ سٕنٛدِ واپس گژھنٕچ خبر چھےٚ بوزان سۄ چھےٚ پان ماران تہٕ جُدأیی ہٕنٛدٕ وِداکھ دِوان۔ شیخس ژھاران ژھاران چھےٚ آخر تس مِلان۔

# زین العرب

## دلیل

اَصل قصہ چھُ پینچ پاٹھُو زرابعہ چھٹے زُوٗرِ مِہ صدی ہجری منز "قزدار" یا قصدار شہرس منز پادٔ گژھان۔ یہ علاقہ اوس از بُروٗنہہ یوٗہے اَکھ ساس وُری افغانستان تہٕ پنجابس درمیان واقع۔ اَتہٕ اوس ابو مُسلم خراسانی سٕندِ وَقتہٕ عربہٕ پیٹھٕ ہجرت کرِتھ اَکھ عرب قبیلہ آباد گومُت۔ یمیُک سردار "کعب" اوس۔ تہٕ یوٗہے کعب اوس بلخ ریاستُک پادشاہ یا اَمیر۔ اُمِس اَسی ترٛے شُری۔ حارث، نیچوٗ تہٕ رابعہ کوٗر۔ کوٗر اُمِس کعبس تیُتھ ٹاٹھ۔ کوٗرِ گَرٕ بُڑان۔ تہٕ کعبس نِش ہیٚتھ واریاہ سردار تہٕ شہزادٕ کور ہانکِیہ پیٚٹھ، اَما پوٚز کعب اوس کوٗرِ کیُت ٹھَدِ پایُک رِشتہ ژھانڈان۔ مگر کعب ہیوٚکنہٕ پننہ حیاتی منز کوٗرِ خانٕدر کٔرِتھ۔ یمیُک تمِس تیُوٚ ہمیشہ رُود۔ بہرحال مرنہٕ بروٚنٛہہ کوٚر اُمہ پننِس نیچوٚس پننہِ ہُنٛد دِل رٕ چھنیچ تہٕ تس شوٗبہٕ دار میتھر کرنُک وَصیت۔ نیچوٚو کوٚر ماٚلِ ہِنٛز وَصیت بسر و چشم قبوٗل تہٕ تسلیم۔ مول مرنٕ گو رابعس (زینُ العَرب) سارنی ہنٛد

کھوتہٕ تیٚمہِ کرٛیٚٹھ تہٕ تَمہِ ہیٚنوٚت تیٚمہِ ماتَم۔ ٲلِس پیٚتہٕ بنیوٚو حارث امیرِ بلخ۔ رِواجہ مُطٲبِق کوٚر حارث شَہَن پننہِ تاج پوشی ہُنٛد جَشنہٕ شاہانہٕ پٲٹھۍ شٲہی محلہٕ کِس اَکِس باغَس منٛز ییٚتہِ عامَن تہٕ خاصَن سال اوس۔ حارث سُنٛد اَکھ جوان، خوٗبصوٗرت تہٕ ماہرِ موسیقار تُرکی غولام بکتاش تہٕ اوس اَتھ جشنَس منٛز۔ سال منٛز کلیٖتھ ییٚلہِ جَشنہٕ تیٚتیوو بکتاشن غولامن ہیٚنوٚت حارث شاہ سٕنٛدِ حُکمہٕ گیوٗن۔ بکتاشن ہیٚنوٚت پننہِ لولہٕ ہَتہٕ دِلہٕ مُدرہٕ ہٕنٛدٕ چہ رٕوہٕ وانیہٕ۔ زین العرب اُمہِ شٲہی محلہٕ خانہٕ کِس خبر کٔہتہِ کوٗ تٕمِس منٛز وُدارٕ بیٚہِتھ ٲلی مرگٕژ دوہ کھ تُلہٕ وان گیوٚنٕچ میٚٹھۍ، مُدر سینہٕ وٕنی تہٕ تٕر وٕنی لیٚ تہٕ آواز بوٗزِتھ آیہ سوٚ بے اِختیار اَکِس دٔرٕ بٕچَس نیٚش لاران لاران۔ تَتہٕ ییٚمہِ تمِس اَکِس اموب، لوٗبہ وٕنِس تہٕ مُژھِلِس جوانس کُن نَظرٕ یَس اَتھَن منٛز ساز، کَنٛتھَن مُدرٕ تہٕ آلوَن منٛز یان آلوٗنگ سوز اوس۔ اَچھو وُچھِتھ، کنو بوٗزِتھ تہٕ وٕشہٕنٛدَس شَمزٕ اوٚرِتھ گیہِ سوٚہ بیٚ بُتہٕ گٕژ۔ تَس باسیوو دِل راوان عِشقہٕ آ دولہٕ سالاب ییمہ زَن کُنی ژھال ماریتھ زین العرب ہٕنٛد ہوش تہٕ عقل بے وٲیہِ اپرٕ نیوٗ۔ لولہٕ ییٚتہٕ گَتہٕ کوٚر زین العرب ہٕنٛد اَپل بدن اَندرہٕ اَندرۍ سوٚہ پیرٕ کر۔ بٲے دوٚپ ظٲہرا چھیٚہ بیٚنہِ ماٲلی مرٛن دوہ وِنس یا وٕنس بھوٚرمُت۔ تیمہِ اَنی حکیم تہٕ طبیب۔ پوٚرٕ اَندرۍ تَب ہمیوو نہٕ توٗتہٕ۔ چھیکرِس چھیٚہ زین العرب پننِہ اَکھ خاص ژوٗتِنہ آیہٕ واپٲٹھۍ لوکٕ گھرٕ ڈیوٗتھ مُژرِاونَس وُدہ سہ اَمان۔ سوٚرۍ حال بوٗزِتھ ہیٚژ

لولہٕ گَنٛیجٕ گنٛنز بردأری مَنٛطہٕ تہٕ تمہٕ نِیہٕ زین العرب ہِنٛدِ لوٗلُچ شیٚچھ تمہ
ہِنٛدِس دوہٕ ہِنٛدٕ بارٕ چس۔ زینُ العربہٕ ہُنٛدٕ نامہٕ تہٕ تصویر وُچھِتھ گٔیہ دُیت کامہٕ
دِوان بکتاشس دِلس نوٚو کان دأرِتھ۔ سُہ تہٕ اوس جُشنہٕ دوہ بیہِتھ گُستا
اموٗب موہ کھ وُچھِتھ اَنٛدری کٔیاہ تان راوٕرِتھ پشنہٕ لوٚگمُت۔ پوز غلام
نہٕ آسنہٕ کِنہٕ تسنہٕ ماگرٕ ہسہٕ اَتھ باوتھ۔ خاطر ژھونز ہِنٛدِ دسی روٗد لولہٕ
وَرتاو اوٚرٕ یوٚرٕ سِپدان۔ رابعہ (زین العرب) چھےٚ یہٕ بکھ غزل تہٕ ہجرکہٕ
نامہٕ لیکھِتھ سوزان۔ بکتاش چھُ موسیقارسٕ تہٕ چھُ یارس درد کی آلو
دِتھ دِلک گمہ ہیرتہٕ غُبار لوٗر راوان۔ اکہ راتھ چھُ بکتاش ژوٗرِ پاٹھو
شاہی محلہٕ خانس منٛز اژان۔ زینُ العرب تہٕ چھےٚ تتھ درنکہ کٔہ اتی ٹھےٚ
آسان۔ بکتاش چھُ زینُ العرب مٔس کھٲسہ اچھن کُن وُچھِتھ مُدعا
دٲری سان داماںہٕ رٕٹِتھ وَسلک وعدہٕ یاد پاوان۔ اَمہٕ پتہٕ زینۍ العربہٕ
چھےٚ بکتاشس دامنہٕ اَتھہٕ موٚکلِتھ نوان تہٕ ونان زِ "چون لول بہٕ چھُم
میانہٕ دوہ ہِنٛدٕ دادٕ ٹیک اکھ بہانا۔ بیا تس لیہٕ لسن چھِنہٕ ہوسہٕ پرستہٕ ہِشہٕ کامہٕ
لاگ۔ ژیٚیتے لول چھےٚ، تیلہٕ ژھادُن صورت وُچھِتھ صورت گر۔" یی
وَنان وَنان چھےٚ سہٕ ژلان۔ بکتاش چھُ گمہ ڈٕ راوتہٕ راوٕرِتھ بےٚ پژھ
ہیوٚ سپدان۔ پوز پتس چھُ سہٕ مجازکہ طلسماتہٕ نیرِتھ عشق حقیقی کہ
زُلال حیوان۔

دونوے عاشق ماشوق چھہ دوٗرِ دوٗری لولس منز ہجرکس
مژس میچھر وَرتاوان۔ اکھ منز چھُ اکہ دوہ ہہٕ امیر عشیر الدین والئے

قندهار بلخس پیٹھ حمله کران ۔ حارث شہس ته عشیرالدین سُند فوج چھُ
" اورگنڈ " ناوی اُکس جایہ اُکھ اُکس مُقابل جنگ لڑان ۔۔
بکتاش ته چھُ باقے سپاہن سیتی حمله آورس خلاف لڑان لڑان زخمی
شیدان ۔ ممکن اوس زِ سُه ما گژھِ ہے گرفتار ۔ مگر زین العرب پتھے
مردانه زنخ پیپر یتھ اچانک زخمی بکتاشس مدتس یوان ته تمیس دُشمن
سِنْدِ چنگہ منزٕ معه کلاوِتھ زخمن علاج کران ۔ اُتھی منزٕ چھُ شاه
بُخارا امیر نصر ( رودکی اوس اُمی سُندُ سے درباری شاعر ) حارث شہس
مدتس یوان ته دُشمن عشیرالدین چھُ پتھ تس نشکس کھیٹھ نژان ۔ پوز
" تمس " شاه زور جوانس متعلق ییتھی بکتاشس مدد کوٚر ، گو زِ بکتاشه
سے کینہہ مولوم ته نه بنیه کانٛسه ۔ حارث شہس ته پژھوو واریاہن پوز
کانٛسه ہیٚو کنه وُنہتھ ۔ حارث شہن کوٚر " جشن فتح " یتھ منزٕ امیر
نصر خاص ساٲلُ اوس ۔

اُمیر نصرس سیتی اوس رودکی ته تلیتھ آمُت ۔ یمیته سُه زین العربه
سیتی کتھ تاں باٹھو مُلاقات کران چھُ ۔ رودکی ته زینُ العرب چھ باہم بانٛته
باٰزی کران ۔ رودکی چھُ زینُ العربه ہندی کینہہ غزل یاد تھاوان ته پتو
امیر نصرس سیتی بُخارا واپس گژھان ۔ کینہہ وقت گژھتھ چھُ امیر
نصر حارث شہس سال کران ۔ امیر نصر چھُ شاہی مجلسہ منزٕ رودکی شاعرن
یُس موسیقار ته اوس ، غزل بوزناونچ فرمائش کران ۔ رودکی چھُ
زینُ العربه ہندی غزل گیوان ۔ امیر نصر چھُ نوٚی شار بوزِتھ خوش

گژھان۔ رودکی سٕتۍ زیوٗر یہ بوٗزِتھ زیم چھہ زین العربہ ہنٛد ہوشار
چھہ سُہ تس سٕتۍ ملاقاتہ پیٹھ تیغ ورٛتھ ظاہر کران۔ مگر رودکی چھہ اُپیر
نصرس وَنان زِ سُہ چھےٚ اَکھ آوارٕ گوٚر یُس یہ پنٕنس بٲے سٕندِس اَکس
موموٗلی ترکی غولام بکتاشس عاشق چھےٚ گومُت۔ حارث شاہس
اوس اَمیُک بروٚنٹھے شَک وہ فی گوٚس تصدیق تہٕ۔ یہ بوٗزِتھ بیٚیہ
گوٚ سیٹھا خجل تہٕ اَندرۍ اَندرۍ گوٚنڈ تس نار تہٕ پوٚت کھوٗرۍ ژراد
شہٕ تلخ کٔن۔ بیاکھ اوس بکتاشس تہٕ اکی یارِن صنٛدوٗق پھیٖرِتھ زین
العربہ ہنٛدۍ خط تہٕ غزل ژوٗر نیٖمتۍ۔ تمہٕ وانٕتہٕ ناوۍ تم حارث شاہس
نِش۔ یمہ کِنۍ سُہ سیٹھا غضب ناک گوٚ۔ بکتاشس کوٗرکھ گومہٕ ڈلٕکی کٔرِتھ
اَکِس اَنٛدِ گَنٛڈِ کرپرِس منٛز قاعد تہٕ زین العرب آیہ لیہ ژٔرِتھ پرِتھ اَکِس
گرم حمامس منٛز ترٲوِنہٕ یَتیٚتہ تس تتِر سٕتۍ رمس رمس خوٗن پھوٚٹ تہٕ
اَمہِ خوٗنہٕ سٕتۍ چھےٚ سُہ حمام چیٚن لیٚکھن بیٚہِتھ یارِ سٕندِ ناوٕ دَرِد کی تہٕ فراقچ
غزل لیکھو لیکھو ژھرٛٹہٕ ژھرٛٹ کٔرِتھ شہید سپدان۔ حارث شاہ چھہ
یہ بوٗزِتھ تیغ پشمان تہٕ حمام یَلہٕ ژٲدان۔ پَتہٕ زین العرب اُمن مٔخرہ
سُہ چھہ تمیس دفن کٔرِتھ بکتاشس سٕتۍ رہایی ہنٛد حکم دِوان۔ بکتاش چھہ
رہا گژِھتھ زین العربہ ہنٛدِ الم ناکھ موتچ خبر بوٗزِتھ دیوانہٕ وار شمشیر
تُلِتھ حارث شاہس برسرِ دربار قتل کران تہٕ یارِ سٕندِس مزارس پیٚٹھ
واتِتھ وِداکھ دِوان دِوان پَنُن پان تہٕ شہید کران۔

# ہی مال

## دلیل

۱

ہی مالہ ہُند مول اوس بٔڈ پوزبُک بلادیرِ اَکھ علاقس منٛز چھُ اَکھ
گوٚن جنگل یارٕ وٕن۔ اَپارِ چھُ اَکھ آبہٕ شٕہل ناگ تہٕ۔ اُتھ جاے اُس اَکہِ دوہہ مٔن
اَکی فقیرَن لَر ترٲوِمٕژ تہٕ اَتی ژاو تِتھہ بستہٕ منٛز۔ سرٕچھ یوسہٕ تَس سیتۍ اُس
اُمیس اوس زنانہٕ نٕستٕے گژھ آسمان کورمُت۔ اُمہِ تٕج یہِ بستہٕ پھٔتے پأٹھو تہٕ گر
داٲرِتھ پُشراوِن یہِ پنٕنہٕ آشنہٕ۔ سو نِچُن یہِ بُچھس تہٕ میٚنہٕ وون تھکیچھ۔
زنانہٕ ہِنٛز ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹ بوزنہٕ باپتھ رود یہِ درواژٕ نیبر کَن دِنہٕ۔ مگر ییلہِ
زنانہٕ ہِنٛز شادمٲنی بوز یہِ ژاو گھوڑٕ شہی کھوٚژ اندر۔ اَتہٕ اوس بستہٕ منٛز اَکھ
مٲری موٚنٛد شہزادٕ ڈرامُت۔ شہزادٕ چھُ پھُک وَنان۔ یہٕ چھُ نابگی راے ناو۔
یہٕ پچھس ڈاٲژ کٕنہٕ پری تہٕ سمان شہرک پچھس روزان وول۔ زنانو تُلمُت
پھاٹہٕ وَن داد۔ شاہی دِژم لٔتھ تہٕ فقیر بٔنِتھ ڈراس سوٗکٕن ژھارنہٕ۔
اُمیس چھُ یِم زٕ باژ گوٚب پسندہ پأٹھو رٕچھان۔

اَکہِ دوہہ چھُ ناگراے بلاوِ پرِیس ناگس کُن کَنگان۔ اَتہٕ چھُ یہِ

ہیٛمالہِ وُچھان۔ یہِ چھُ تسٕنٛد تہٕ سۄ چھےٚ اُمِس عاشق سپدان۔ ہیٛمال چھےٚ ناگ راجس ونان زِ تسٕنٛد گرٕہ ناگ رایس سٟتؠ کھانٛدر سپدُن۔ سوٚیمبرُک رسم چھُ مناونہٕ یِوان۔ ناگ رائے تہٕ چھُ اَتھ اندر شریک سپدان۔ ہیٛمال چھےٚ اُمِس پوشہٕ گوٚنٛد لایان تہٕ پننہٕ مَن پسندی ہُنٛد اظہار کران۔ یمن چھُ کھانٛدر سپدان تہٕ شین رٕتن چھہ یِم جور ماران۔

ناگ رائے سٕنٛز غٲر حٲضری منٛز چھےٚ اَکھ دوہ ہیٛ کُلہٕ نگ پٔری یِیہ تہٕ ناگ رائے سٕنٛز زنان چھےٚ آسان، کرائچ لایِتھ اوٚر یِوان تہٕ ہیٛمالہِ ناگ رایس خلاف کَنہِ بَران زِ سُہ چھُ سانہٕ کامُک۔ تمِس چھےٚ آشینہ تہٕ شُری۔ طالع چھُس افلاسُک تہٕ کارٕ کنہٕ چھُ واتُل۔ یِمہِ وِزِ ناگ رائے گرٕ اژان چھُ، ہیٛمال چھَس ونان مےٚ باوِہٕنٛز کژام۔ یہِ چھَس زنانہٕ تہٕ شُرٕ ہٕن ہُنٛد بےٚ دوان۔ ناگ رایہِ سٕنٛدِ وفاداری باوجود چھےٚ ہیٛمال ہمان۔ مجبورٕن چھُ ناگ رائے دمہٕ دِکٕرٕ پننٕ اَنناوان تہٕ پننہٕ ذات ہاونہٕ خٲطرٕ تمہٕ منٛز ڈُنگ دوان۔ کُلہٕ نگ پٔری ہٕنٛز چال چھےٚ کامیاب سپدان تہٕ سۄ چھےٚ ناگ رایس اَپارٕ تَل پاتال ژالان۔ ہیٛمال چھےٚ پان ماران۔ اَتھی مصیبتس منٛز چھُ اُمِس اَکھ باکمال درویش سمکھان تہٕ سُے چھُس تمان شہرٕ ہٕن منٛز واتناوان تہٕ ناگ رایس سمکھاوان۔

ناگ رائے چھُ اُمِس ظٲہر پٲٹھ داے وَنِتھ گرِس منٛز تھاوان۔ اَکھ دوہ ہیٛ چھےٚ یہِ بتہٕ پھیاران زِ اَکہ حادثہٕ کنہٕ چھُ شُرٕ توتت اَنِمہ چھیوان تہٕ دُشمن چھہ پھسرٕ وسان۔ ہیٛمال چھےٚ بُچھینہٕ یوان تہٕ بیہوش سپدان

ناگ راے چھُ اُمِس یارَون یلاجہ باپتھ یہِ زاگرنتھ نوان.

## مُفید جان وتن حب الوطن چھےٚ

یاروِنس منز چھےٚ ہِہ مال اکتاجی دوہہ اَدا سَپدِتھ ٹھیک گژھان.

ناگرایس چھےٚ یہِ خوش خبر واتان. سُہ چھُ سوچان ز

پگاہ دوہ نِیُر تُلیا تال والن ——— مگر ییٚلہٕ سُہ اُمِس تلیا تال زِنہ خاطرٕ اور واتان چھُ، ہِہ مال چھےٚ غائب آسان بینز مش. یہِ چھےٚ اَکھ سوداگرن اکھس خوبصورت جایہِ رٕہمژ آسان یانس سیٚتۍ کھاندر کرنکہ غرضہٕ. ہیمال چھس اَکھ وَری شرط تھاوان. ناگراے چھُ شہرٕ گام ژھاران ژھاران اَتھ جایہِ واتان تہٕ ہِہ مالہٕ ہندِس کُٹھِس منز اژتھ اُمِس اَندۍ اَندۍ اَر کرِتھ رٕہان. سوداگر چھُ اور اژان تہٕ سَرُپھ وُچھتھ چھُ اُمِس شمشیرس سیٚتۍ گَنڈ کران. ہِہ مال چھےٚ نیٚندرِ ہُشیار گژھان تہٕ واویلا کران. ناگراے چھُ بَلہٕ یوٗر واتنأوِتھ زالنہٕ یوان تہٕ ہِہ مال چھےٚ اُہندِس دَزوِتس نارس منز دودھ ژاوان. اَمی ساتہٕ آیہِ مدینہٕ پاکہٕ بیٚچھٕ فقیرن ہنز جماعت. تِموَو شور زٕ یہِ مسلمان کیاز زولکھ تہٕ اَخرس سپدۍ نہٕ ناگ پادٕ. یم دوشوَے ناگ تہٕ راتس زٕ قبرٕ آسان چھےٚ.

●

# وامق عذرا

## دٔلیل

یمنٕ کِس بادشاہ سِنٛدِ گرِ زاو سیٹھا مَنٛگہٕ مَنٛگہٕ کٔرِتھ اَکھ نیٚچُو یُس بوٚن تہٕ زوٚنہٕ اَڈٕ ہیوٚ شُر۔ یِس وامق ناو آو تھاونہٕ۔ اَمِس شُرِس آیہٕ رٕچھنکی تہٕ تربیتہٕ کرنہٕ وِشاہِہٕ انتظام کرنہٕ تہٕ اَتھ پٮ۪ٹھ آیہ تِتھی صفت زَنہٕ ہیوٚتُن اکھ بہتر مِلکہ باشُن۔

ییٚلہِ اَمِس شہزادس سینس مَنٛز یادنکیو جذباتو گژھ ہیٚتِ اَتی ہیوٚت اَمی عام مشرقی شہزادن ہِنٛدی پاٹھی گِندنس، دَرَہ کنٛنس، گُرٕ سوارِ تہٕ شِکارس مَنٛز کمال ہاوُن۔ چنانچہ دراو سہٕ اَکہ دوہہٕ شاہزادن ہِنٛدِس رِوایتی طریقس پیٹھ پننٮ۪ن ساتھیا ن ہٕنٛز سیتھٕ شِکارس۔ دوہس شتہٕ سیٹھو پکتہٕ پکتہٕ واتٕ یادن مَنٛزن ہٕنٛز سہ پتہٕ گژھ اَکھ زیوٚٹھ صحراو تہٕ گنٛڈتھ اَکِس ہمسایہ شہرس مَنٛز یَتہٕ شہرُک اشتقا ناو اوس۔ اَمہٕ خوبصورت شہرُک یس بادشاہس اَسٕ سہیل ونان۔ سہیلس اَس کُنی کوٗرِ یَس عذرا ناو اوس۔ سہ تہٕ اَس اَمہٕ وَقتہٕ برجکہٕ یاونس مَنٛز پیٚٹھ اوس دیُن سندِ ایہِ اَکِس سورگچِہ ہُریُنٛد ہیوٚ حُسنِ کمال بخشمُت۔

اشتقا شہرس مَنٛز واتتھ ییٚلہِ اَمی سہ اَتھ وِزِ ہُنٛز الغائبہ نظرا کٔرِ ناہ وزمل تہٕ ژھتہٕ جوان وتہٕ گتن ہِنٛدِس تس سرَ بداہس پٮ۪ٹھ اَتی گوشہٕ شہزادگی اوکطرف ترآوتھ تس کار دوہ گنہٕ پٔری ہنٛز دار تل

پَہھتہٕ۔ مگر یِیتہٕ شِکارَس دٕرامتِس وامق شہزادٕ سُند موہوٗم دل پانہٕ والہ واشِش لوٚگ۔ تِتہٕ گٔیہ نظرن ہِنٛز کمَنٛد لاین واجینٛز عذرا یہٕ تَمۍ سُنٛدِس موٚحبتَس مَنٛز گرفتار۔ بییٚلہِ یہٕ کٔتھ وامق سُنٛدِس مٲلِس پیٚٹھ پٮ۪یہٕ۔ تَمۍ کٔرٕ اَکھ دقیانوٗسی مول بُنِتھ نیٚچوِس ٹاکھ یادباد کرنٕچ کوشش۔ بٔلکہ کٔرن اَکِس نفسیات زانن وٲلِس مٲلۍ سُنٛدۍ پاٹھۍ نیٚچوِ سٕنٛز یہٕ خٲہِش پوٗرٕ کرنٕچ کوشش۔ چُنانچہ آو سہیلس کوٗر مانگِتھ کرنُک انتظام کرنہٕ۔

اَمہ پتہٕ سہیلس آیہ ہیوٚنگہٕ تہٕ تَمۍ کوٗر وامقس رِشتہٕ دِنہٕ نِشہ انکار۔ لوٚکچہ یہ پیٚش کشِس رَد سپدنہٕ سیتۍ آو نہٕ صرف وامقہٕ سُنٛدِس عشقہٕ اَلاوِس تیٚلہ چیر کاڈ کرنہٕ بلکہ نٲرِ سہیلہٕ سٕنٛز یہ خبر کٔنِتھ وامقہٕ سُنٛدۍ مٲلۍ (یمنکو پادشاہَن) تہٕ پنٕنۍ توہین۔ چنانچہ پٲدٕ عشقکہ نارٕ کنٛگن وُچھان جنٛگٕچ شیٚچھ۔ وامقہٕ سٕنٛز بدنصیبی زِ پادشاہ یمَن گو اَتھ جنٛگَس مَنٛز مار۔ اَمہِ پتہٕ ژٕ وامقن پلوٗ تہٕ ژٔٹن جنٛگٕچ وَتھ۔ اَمہ پتہٕ تمہ جنٛگٕچ وٕتھ یُس عذرا یہٕ ہُنٛدِس شہرَس نکھے اوس۔ اَتھ چھکہ وٕنمُت ع

دیوانہ بکارِ خود ہوشیار

اَتہ پیٚٹھ اوس وامق راتھ کیٚشتہ سہیلہٕ سٕنٛدِس محلَس نکھہ واتیتھ عذرا یہ شمکھنکو ویداکھ دِوان۔ بییٚلہِ یہٕ کٔتھ سہیلَن بوٗز۔ تَمۍ کرنوٚو وامق ژوکر پاٹھۍ گرفتار۔ ینٛہٕ پان تہٕ عذرا مزید بدنامی نِشہ بچاونہٕ خٲطرٕ آو سہ راگسے زٕ رٲلِس حوالہ کرنہٕ۔ مگر تٕرٲلۍ وُچھ تٔمۍ راتھ مَنٛز حضرتِ قطبِ عالم

خابس منز تس وامق ییلہٕ تراوِتھ ژینہٕ وَنی دِوان۔ چناچہ آو وامق سنگر
مال پھولہٕ بروٗنٹھے ییلہٕ ژٲوِتھ آرامہ سان شہرہٕ نیبر واتناونہٕ۔ وٕنِس
منز وۄٲرِتھ گے وامقہٕ ہشنز مۄتی لاگز دوہہ کھوتہٕ دوہہ ہُران۔ اکہ دوہہ
پٔیہ عذرایہ ہندِس دوہستادس وامقس پیٹھ نظر۔ تمۍ اوس عذرایہ
ہُنٛد حال بروٗنٹھے وُچھمُت۔ تس آو اُمِس عاشقس تہٕ ماشوقس پیٹھ
عار تہٕ اکہ دوہہ عذرا پانس سیتی نِتھ کرناوِن تمہ اُکس گُہ پھ منز
مُلاقات۔ روٗحٕچھتہ ہیٚنہٕ بروٗنٹھ دِیت عذرایہ وامقس مشورٕ زِ سہٕ گژھِن
پننِس پترِس بأیِس شاہ بہمنس نِش یُس وامقہٕ ہشنز مۄتی لاز دِسببہٕ
یمنکۍ بادشاہ بنیومُت چھُ تہٕ تس مُشکِن سہیلس پیٹھ حملہ کرنٕک مدد۔
وامقن کوٚر یہ مشورٕ قبوٗل۔ شاہ بہمنن کوٚر شہرا شتقاہس پیٹھ
تیثھُتھ حملہٕ زِ سہیل دوت ژٕلنس پیٹھ۔ مگر سُہ آو گرفتار کرنہٕ تہٕ تمہ
پتہٕ وامقس رِشتہٕ دِیُن مانِنہٕ سببہٕ آو تس تاج و تخت واپس دِنہٕ مگر
حملہٕ سپدنس دوران اُس قمرناوِکۍ اَکۍ سِپہۍ عذرا وامقہٕ سُنٛد بٲم ژوِتھ
مَحلہٕ منز نِکلوِتھ نیمژ۔ تھیٚپہ تھیٚپہ ژھانٛڈنہٕ پتہٕ لٔبکھ عذرایہ سپُٹھا
مُشکلاتن منز پیمتہٕ تہٕ قمرٕ سُنٛدٕ لو بد پرادو نِشہ یان۔ بچاوان اُس رُکو زمنہ
اُمہ پتہٕ پِئیہ عذرایہ پیٹھ خود شاہ بہمنس نظر۔ سُہ گو تس پیٹھ فریفتہٕ
سہیلس سیتی زٕ دوے کرِتھ یُتھ تمہٕ عذرا پننِس نکاحس منز اَنِتھ۔ چناچہ
آیہ عذرا اُمی غرضہ شاہ بہمن سُنٛدِس محلس منز واتناونہٕ۔ مگر کینژن
دوہن کھوتہٕ وٕتہٕ کھوڈ کھٔتنہٕ باوِ جود ہیوٚ کنہٕ شاہ بہمن سُنٛد جاہ و جلا

تہٕ شاہی محلس ہے تہٕ زنے عذرایہ ہندِس دِلس مُلی ہیوتھ۔ اُہنز گوٚیہِ شُر ہیوتھ شاہ بہمن بیمار۔ حکیم پیٚیلہِ یلاج کرنس منز ناکام سپدِتھ۔ اُتی وۄن تیمس اَکی دانا حکیمن زِ تمے خصن چھُے شاید کمستام موٚصوٗمہٕ سُند دِل پھُٹرِ وومُت۔ تس ہیٚے مٲفی تہٕ کفارا تہٕ کرٕ ادا۔ شاہ بہمنن ہیٚز عذرایہ مٲفی تہٕ تَس وۄ نُن زِ وَن دِلُک مُطلب سُہ پیٚیہِ پوٗرٕ کرنہٕ۔ عذراۤ وۄنُس در جواب ؎

مےٚ چھُمنہٕ غاٰر وامق کانٛہہ تہٕ مطلب
توٚے مےٚ جان بر لب تن چھُ در تب
تیمس روٗ سےٚ بہ ماتم جان دِمے بو
تیمس روٗ ستےٚ زِ عالمٕ کرٕ ہیمے بو

اَمہٕ پتہٕ کوٚر شاہ بہمنن وامقہٕ سٕنٛدِ قتلُک حُکُم تہٕ تیار۔ مگر اَکی دوست خوداییہ سٕنٛدِ خابس منز ترینہٕ وٕنی دِنہٕ ستو آو تیتھ باز زِ جُبیحے وۄنُن عذرایہ ؎

اَتھ وامقس کرتھ وہ نی تسٕندِ حوالہٕ
نہٕ پھیٚر نس ذوالجلال بد خیالہٕ

پتہٕ گوو بہمن تمہِ سُند کفارہ ادا کرنہٕ رُنگر چھُ شاہ بہمن اَمہٕ پتہٕ وامقس تہٕ عذرایہ شاہی طریقس پیٹھ خانٛدر کران۔ نیصف حکومت تہٕ چھُ وامقس بخشان۔ کیٚنہہ کال گژھتھ چھُ شاہ بہمن اَکس جنگس منز مارٕ گژھان تہٕ پتہٕ یُتھ چھُ وامق مٲلی سٕنٛدِ پوٗرٕ سلطنتُک

واٲجِد پادشاہ بنان۔ سُہ چھِ لُوکن سٟتۍ ژٕژہ ہمدردی تہٕ تیٚتھٕ انصاف
ورتاوان زِ رُوٗمُک شہزادٕ عشیٖر چھُ تَس سمکھنہٕ یِوان۔ وامق چھُ عشیٖرس
پانٕسے ہیوٗ اَکھ نیک تہٕ شریف شہزادٕ زانِتھ سٮ۪ٹھاہ خاطِر کران۔ مگر
عشیٖرس چھےٚ عقلِ عذرایہ ہٕنٛدِ حُسنٕچ ژٕژہ ترٛٹھ پیوان زِ سُہ چھُ
وامقہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ تہٕ پنٕنس گرس منٛز جاے دِتھ غلط فایدٕ تُلان۔ بلکہ
چھُ سُہ رشکہٕ کِس تہٕ رقابتہٕ کِس حالس منٛز قیٖمرس تہٕ شاہ بہمنس
تہٕ بیٚکھ دِوان۔ چُنانچہ چھُ سُہ اَکہ دوہہ وامقہٕ سٕنٛدِس حسب معمول
ہالہٕ گیٚنٛدنہٕ خاطرٕ چوگانس منٛز نیرن وقتہٕ تَس پیٚٹھ کیٚنٛژن نمنٛڈن اٚتھ
حملہ کرناوان سُہ ماجہ ہُنٛد گوٚبُر چھُ تِمن سارِنٕے زخمی کران۔ مگر پیٚتو چھُ
اَکِس پادرسہِ ہٕنٛدِ رٕے بٕڈِہ اَکھ کرٕتل سینٕس بٕمہٕ ڈٲونہٕ پینہٕ سٟتۍ
مارٕ سپدان۔ عشیٖرس اُس راے زِ وامقس قتل کرناوِتھ ہیٚکہِ سُہ
ظالِم پنٕنِس کٔھتھو سٟتۍ عذرایہ ہُنٛد دِل پانس کُن پھیرِتھ۔ اَما پوز یہ
بدخبر بوزِتھ اُس نارٕ زِ عذرایہ دِیُت پنٕنین جامٕن چاکھ تہٕ وٕچھ ٹاٹھ
واٲژ چوگانس منٛز۔ وامقس بیہہ ڈٲونہٕ آمُت خنجر کوڈُن تہٕ سُے پنٕنس
سینس بٕمہٕ ڈالٕوِتھ ترٛوٗوُن محبوٗبس پَرٕ ڈٲپھ۔ آمہ پَتہٕ چھُ عذرایہ ہٕنٛد
مول یہ افسوسناک خبر بوزِتھ پنُن فوج ہیٚتھ عشیٖرس انتقام ہیٚنٕنہٕ پٮ۪ن
واتان تہٕ اَکے حملہٕ تَس ظالمس ہلہ موٗ چھُ گالان۔

# گُلریز

## دٔلیل
ا

شہرِ نخشبس منٛز اوس ملک طیفورٕ ناوٕک اَکھ بادشاہ۔ تس اوس خُدایَن پٲنٛہ تِنٛگہ پھیرِ پھیرِ ژٕھنمٕت۔ اَما پوٗز اولاد اوسُس نہٕ کینٛہہ۔ دوہ راتھ رُود سُہ تس کُن رجوٗع کرِتھ حاجتھ روائی ہِنٛز دُعا کران۔ آخرس پیوس اجابت تہٕ فرزند سپدُس عطا۔ تمِس کوٚرُکھ معصوم شاہ ناو۔ شہزادس آیہ پٔتھٕر تربیت دِنہٕ تہٕ سارِی ہُنرٕ تہٕ کمال ہیٚچھناوِنہٕ۔ اَکہِ دوہ اوس شہ رنٛگین مجلسا برپا کٔرِتھ زٕیِٚشس کُن ہیٚئِس نظرٕ۔ اَتہٕ وُچھن اَکھ خوش رنٛگ جانوار اَبہ پیٚتھ۔ اُمِس گوو یہ جانوار یوٚت خوش زِ یہ لوٗگ اَمِس رٹنہٕ خاطرٕ تَتہٕ پتہٕ ژھُنُن۔ اُمیٚسُند پو دربارِ یو تہٕ کرٕ وارِیاہ کوٗشش مگر اَندیو کھ نہٕ کینٛہہ تہٕ۔ اضطرابس گوو بیکبار ھوٗد وُ پھیٚتھ تیٚسُندِس تاجس لٕج گرٕے تہٕ اَمہ منٛزٕ پیٚیہ کینٛہہ موختہٕ دانہٕ بٔتھرٕ۔ جانوار آو یکبار یمَن موختہ دانَن مُکُن۔ دربارِیو لوٚب اُمیٚسُند خوراک۔ تِموٚ وہرُوو زال تہٕ تَتھ منٛز تراوِکھ موختہٕ پھٔلو۔ جانوار چھُ زالس لگان۔ شہزادٕ چھُ دوہ راتھ

اُمو سے مُدّے گژھِتھ وُچھان روزان۔ اَکہ دوہہ ترٛووِ جانادارَن کھیٚن چیٚن

شہزادٕ گوٚو سیٚٹھاہ غمگین۔ جاناوارَن ییٚلہِ شہزادُن شُند یہ حال وُچھ تِمو ہیوٚت

تَس شیٚرین کلام اِنسان بنِتھ۔ پانٛژو یژھن زرٛتمے کیاہ گوٚو سے ہرگاہ بہ

پننِس اصلی شکلہِ منٛز آسہ ہا بہٕ کرٕہا شہزادس غم دفایی۔ شہزادٕ چھُ ہاران

گرٛژھان تہٕ تَس زور کران زِ سہ باوِ پنُن حال۔ جاناوار چھُس وَنان۔

" بہٕ چھُس پرٛستان کِس شہر بیتُل اَمانِچ بادشاہ کوٗر۔ نوش لب ناوُس

چھُم مشہوٗر شاہ تہٕ ماجہ گُل بدن بیگم ناو۔ ترکستانس منٛز چھُ شاہ بہگدٕ

ناوُک اَکھ بوڈ بادشاہ۔ یِمِس نیچُوِس عجب مُلک ناو چھُ۔ تِمو بوٗزِ کُس ناو

ویژس نِشہِ میانہِ حُسنُک شوہرٕ تہٕ سہ گوٚو میٚ پیٹھ عاشق۔ گرٕ ڈرٛاو یار دوس

ہیتھ میٚ ژھانڈنہٕ۔ سمندرس منٛز پھٹیکھ ناو۔ ساری چھُنٛکھو مگر عجب

ملک ووت پنٕچ اُکس پیٹھ ییران ییران اُکس سمندر زٕوس منٛز۔ اَتہٕ

وُچھن اُکس غارس منٛز اَکھ پری قاد۔ یہ اُس میانی دوہ پہینہ ناز مستہ

یوسہ اَکی عفریتن بنٛدٕ اُس تھوٚومُت۔ ناز مستہ نیوٗ یہ پننِس ماٗلیِ شُندِس

سلطنتس منٛز (بحرین)۔ اَخر کرٛو ناز مستہ میٚ تہٕ عجب ملکس پننِس

باغس منٛز مُلاقات۔ یِتیٚہِ آسہ اَکھ اُکس سیٚتھ وفا کرنُک واد قرار کوٚر۔

میانہِ ماجہ پییہ اَلہ غایبہٕ نظر تِمو وُچھو بہٕ تہٕ عجب ملک باغس منٛز

اَکھ اُکس لر لوٚر شونگتھ۔ سوٚ گیہ بڑٕ خشم ناک۔ تِمہ نیوٗ عجب مُلک تلِتھ

تہٕ ترٛوون ترکستانس منٛز۔ بہٕ نیٚنس تیٚندر تہٕ واتناونس گرٕ۔ میٚ ہیٚتھو

تمتہ ویدا اَکھ دِنی۔ میانی ماج گیہ جادے غضبناک تہٕ تِمہ بنٲوس میٚ جانادار

ہِشِر صوٗرت۔ اَز وٲتۍ مےٚ دَہ وُرۍ یٮ۪تھی شکلہِ۔ بہٕ وٲژس چہارو طرف عجیب ملک ژھاران مگر سُہ لوٚگُم نہٕ کُنہ۔ ژٕ گٔیکھ کُن پٮ۪ٹھٕیم نظرِ تہٕ چاٲنِس بُجِتھس ہُنز آم تَشنہ اَنہار ہیوٗ بوزنہٕ۔ لول ہیوٗ ژٕ دٕلُم تہٕ پَنُن پان کوٚرُم ژٕ دٕ چاٲنِس ژٕ السٕ ہُنز گرفتار۔"

معصوٗم شاہ گوٚ رازس دٲقِف۔ سُہ دٕژاو جاناوارِ ہُنٛد ٹھیٚپُھ ہٮ۪تھ بیٹھِتھ آمان۔ تٔتہِ کوٚر تِمو نوشِ لَبہ ہُنٛد مول موج عجب ملکس سیٖتۍ تہٕ نیشر کرنُک اِجازَتھ دِنس پیٹھ آمادٕ۔ چھیکرس چھہ دار بادشاہو اِتفاقو پٮ۪تہٕ عجیبٕ ملک تہٕ نوشِ لَب نِکاح کران۔ معصوٗم شاہ چھُہ نازمستہِ سیٖتۍ تہٕ عجیب ملکُک بار رٲسخ تِمو ہِشِر لہ کِچھ بٔنیہِ مست ناز سیٖتۍ نیشر کران۔" تہٕ پتہٕ رٕچھہ یِم ساری پنُن پنُن گرٕ گژھان۔

# شکرریز

## دٔلیل

دٔپان مُلکِ عربس منٛز اوس اَکھ شہزادہ روزان یٔمِس مُعتمر ناو اوس۔ یہ گوٚو مدینہ شریف زیارتہٕ خاطرٕ۔ اَکہ دۄہہ وُچھن اَتہٕ کُستام آہ وزاری کران۔ اَمہ دوٚپ وُچھہ ہَن یہ کُس چھُہ۔ مگر شہزادن گو غائب تہٕ اَمِس لوٚگُنہٕ اَتھ۔ ترٛیمہ دۄہہ چھُہ اَمِس زٔنان تہٕ حال پرٛژھان۔ آہ وزاری کَرن وألِس چھُہ عبیٛنہ ناو۔ یہ چھُہ مُعتمرس پنُن قِصہ ییتہ پأٹھۍ باوان۔ "بہ ہمسایہ دراس اَکہ دۄہہ اَکِس مسجدِ منٛز خُدایہ سٕنٛز کأم کرہتہ گرٕ کُن۔ اَکِس جایہ نِشہ وأتِتھ وُچھم زٕ ژۆرٕ تہٕ دایہ باغس منٛز اَژان تہٕ اَتہٕ چھِہ کٲرٕ تہٕ صفایی کران۔ اَمہ پتہٕ ترأوِکھ قالینہٕ تہٕ گُلاب عطرکھ چھوٚکٲوکھ پسایہ ہو۔ تامتھ آیہ خوبصورت زنانہٕ منٛز چھکہ اَسان تہٕ گِندان۔ یِمن منٛز یِہ ہُسرِ اَمِس ہیٚو وُچھو یہ تہٕ میٚ گوو تس سیٚتہ عشق۔

اَمہ پتہٕ اوسُس بہٕ ہمیشہ اَتھ باغس نِش پیوان۔ ترٛیمہ کٕٹہِ پیتلہ

مےٚ سمہٕ ماہ رو وُچھ تمہٕ کرٕ مےٚ دۄرٕ نظراہ۔ برگوس اُہنٛزِ نظرِ سیتۍ نیم جان دارٕ دارٕ ہیٚتو تٕہ مےٚ کٔر یُن۔ سہٕ واتھ مےٚ نزدیک مےٚ رٔٹ اُمۍ پنٕنٛدِ کھمہ رٕ تہٕ کرٕ کرٕ مس پیٹھو۔ یہٕ ماہرو چھےٚ مےٚ وَنان۔ اے عبینہٕ ژٕ تےٚ چھےٚ خبر زِ بہٕ چھُس برف چانہٕ لولہٕ پور یوان۔ مےٚ رٕچھ چانہٕ حُسنکۍ تأریف بوزِتھ ژےٚ سیتۍ عشق گومت۔ یم کینٛہہ لفظ بوٗزِتھ ڈۄل مےٚ ہوش۔ مےٚ چھُنہٕ کینٛہہ پتاہ زِ کتہٕ آس تہٕ کوٚت گوس۔ ژٕ ژھ کھٕنٛڈ گژھتہٕ یٚیلہٕ ہوش آم نہٕ سہٕ مستقبل نہٕ تمہٕ ژھوٗنٛز تہٕ دایہ نہٕ سہٕ ماہرو۔ بہٕ گُنیٚ زوٚن وَتہٕ اُکس پیٹھ۔ اُچھ مۄران خدایا یہٕ خاب اوسا کنہٕ حقیقت۔

تتہٕ پیٹھٕ چھُس دہہ ہے تتہٕ باغس نشہٕ گژھان زِ پیہ نا سہٕ نازنین بیٚیہ اَکِہ لٹہٕ مگر کانٛہہ دۄہ میداچھنہٕ"

مُعتمر چھُہ عبینس اَمہٕ کوٚچہٕ پھرنیچ کوٚشش کران تہٕ مثالا اَکھ چھُس وَنان زِ زنانہٕ چھےٚ بیتولاکن بے وفا آسان۔ مگر عبینہٕ چھُنہٕ اُہنٛزِ کتھہِ کانٛہہ بوزِ تھوان۔ مُعتمر چھُہ اُمس وَنان تیٚیلہٕ گژھو مسجدِ منٛز تہٕ خدایس کرو زارٕ پارٕ۔ دہ شوٚے چھِہ مسجدِ منٛز گژھان۔ آہ و زأری کران تہٕ پتہٕ سیٚدِ سیٚود باغس کُن گژھان۔ اَمہٕ دۄہہ چھےٚ بیٚیہ تمہٕ زنانہٕ یوان تہٕ تمتےٚ پأٹھۍ فرشہٕ فرٛاش کران۔ پتہٕ چھےٚ خوٗبرو زنانن ہنٛز جھمکھاتہٕ یوان مگر سہٕ چھنہٕ یمن منٛز یُس عبینہٕ سُنٛز ماشوقہٕ اُس۔ ژٕ ژھ کھٕنٛڈ گژھتہٕ چھُہ مُعتمر یمن کُن یکان تہٕ عبینہٕ تہٕ چھُس سیتۍ گژھان مُعتمر چھُہ یمن سوال کران زِ سارِنے ہنٛدِ کھمہٕ تہٕ حسین تہٕ جمیل کوٗر کتہٕ

چھےٚ اَز۔ یِمہٕ چھِس اور وَنان۔ تَس چھُہ ناو دٔریا۔ تمیٚ سوزٕ اَز اَتھو یور
تَس چھُہ یِیتہٕ عبینہٕ ناوکِس اَکِس شہزادَس سیٚتۍ عشق گومُت۔ تِمہٕ کوٗر تَس
سیٚتۍ اَکھ مُلاقات مگر پَتہٕ یاُ غام وَنَن اوسُس مُشکِل گومُت۔ تَس ووت
تَتہٕ پیٚچھ وَدان تہٕ روان۔ یہِ بوٗزِتھ آو عبینہٕ ہَس جوش تہٕ گو اَتی بیہوش
معتمرَن وون یِمَن یوٗہ سے چھُہ سُہ شہزادٕ یِمِس سیٚتۍ تَس عشق چھُہ۔ تِمو کوٗڈ
اَکھ خط تہٕ کوٗر ہَس حوالہٕ۔

تامَتھ آو عبینہٕ بیٚیہٕ ہوشَس۔ خط وُچھتھ گو سخ بیتاب۔ یِمو
موٗنگُس خطُس جواب۔ عبینہٕ ہَن لیوٗکھ جواب تہٕ محفِل گَیہ برخاست۔

اَمہٕ پَتہٕ چھُہ عبینہٕ مدینس منز بیہِتھ وِدا کھ آسان وِدان۔ یِیارٕ
چھےٚ دٔریا ہجرکو بٲتھ گیوان تہٕ بیمار گژھان۔ اَکہ دوہہ چھُہ مُعتمر گژ
گژھنہٕ کھٲطرٕ عبینہٕ نِس رخصَتھ مَنگان۔ لاچار چھِس عبینہٕ رخصَتھ
دِوان تہٕ سُہ چھُس وا پٕہ کران زِ یِمہٕ جلدٕ ہے واپس۔

کیٚنہہ دوہہ گژھتھ چھُہ مُعتمر واریاہ مال جاداد ہیتھ بیٚیہٕ
واپس یِوان۔ مُعتمر چھُہ عبینہٕ سُند گر گژھان تہٕ اَتھٕ ہندِ گرِکین رضا مند
کران زِ تِم کرَن دٔریا ہَس سیٚتۍ کھانٛدر۔ یہِ اجازت حاصِل کٔرِتھ چھُہ
مُعتمر یِمَن کھانٛدر کَرنَس منز کامیاب سپدان۔ ژٕتھین دوہ ہَن ہنزٕ مہمان
نوازی پَتہٕ آو یِمَن دوہَن باُرژ مدینَس کُن رخصَتھ کرُنہٕ۔ مگر مدینس
نزدیک واتِتھ سپُد یِمَن پیٚٹھ ژوٗرَن ہُند حملہٕ تہٕ عبینہٕ چھُہ ژوٗرَن سیٚتۍ
لڑان لڑان ہلاک سپدان۔ دٔریا چھےٚ بے حد غمگین سپدان بیٚیہٕ ژوٗرَن دوہ من

ہٲتِھ آہ و زاری پَتہٕ چھِہ شمشیرٕ سیٖتۍ پانَس پانَے ضرٕب دِوان تہٕ مَران۔
اڈٕ تانٛی چھُ عبیٖنہٕ تہٕ وُنہٕ دَفَن کَرٕنۍ آسان۔ تہٕ دہ شوٚنۍ چھِہ یکوَٹہٕ اَکی سے
جایہِ دَفن کَران۔

# زہرہ و بہرام

## دلیل

دپان بنگالہ ہس منز اوس اکھ پادشاہ ، اُمِس اوس گنٛہ نیچوٗ. ناو اوسُس بہرام. پادشاہن ترٛاو بہرام سبق پرنہِ اکِس وستادس نِش. اُمِہ مملکہ کِس وزیرس اوس کوٗرٕ. اُمہِ تہٕ ترٛاو پننہِ کوٗر زہرہ اُمی سے وستادس نِش. شہزادس تہٕ شہزادی گو اکھ اکس ستٕ شوق. کینہہ واریاہ تہٕ داتان واتان واتٕ وزیرس تام، تٔمی آو طیش تہٕ کوٗر کڈن مدرسہ منزٕ. تہٕ پادشاہس کوٚرن فریاد زٕ بہرامن کوٗر تہندس حرم خانس لوٗٹھ تہٕ کوٗرٕ ورغلاونس. پادشاہ گو ناراض تہٕ دِتُن حکم زٕ بہرام پیٚین بیرونِ پار کرنہٕ. بہرامس اوس دوہ دٔرِ مائجیا. تمہ پیٚیلہ یوٗز سعہ گیہ لاران تہٕ شہزادس ڈیتُن ودان روان رخصت. بہرامن کرٕ اُہندی ڈیکہ تہٕ تار کانیج تہٕ شہزادٕ ژٕدٕ ناؤن گرٕ تہٕ دوشوٕنے ڈرائے گرُٛن کھٔسِتھ اکِس صحراوس کُن. پیٚٹھٕ لوگ وزیرس پتہٕ تہٕ تمہٕ سوٗز فوج زٕ وزیر زادی تہٕ شہزادس انُن گرفتار کٔرِتھ. بہرام تہٕ زہراوٲنی جنگُس پھولنس سیتی ستھ اکِس ناگس پیٹھ. اتہٕ گیہ زہرایہ زٕ

تہٕ بہرام روٗد نظر، دوٗرِ وُچھُن اَکھ سہپاہا یوان ۔ اُمِس کوٚرُن مُقابلہٕ
تہٕ موٗرُن ۔ اوٚت تام گَیہٕ زہرا ہُشار ۔ بہرام ژھونڈُن تہٕ سُہ آس نہٕ اَتھی ۔
پریشان گژھِتھ کھوٚت گُرِس تہٕ دراو صحراوَس کُن، بہرام آو تہٕ زہرا وُچھُن
نہٕ کُنہٕ تہٕ دراس ژھانڈنہٕ ۔ دوٚن گَیہٕ زِ دَتہٕ ۔ اَکھ دوہ دوہ واتھ زہرا اَکِس
شہرس منٛز ۔ اَتہٕ ژاو اَکِس باغس منٛز ۔ جوانا اَکھ وُچھُن ۔ یہ اوس اَمہٕ شہرُک
شہزادٕ ۔ جوان گوٚو اَمِس پیٹھ عاشق ۔ مگر زہرا یہٕ بُزنَس نہٕ حالے ۔ اَمہٕ بدلو
پنُن ناو، ونوٚن پنَس بہ چھُس اَکھ دوٗرِ مُلکُک مُسافر، گَرِ دراس کامسِ اَکِس
منٛز اُمیم کامٕ، وَتہٕ پیوم اَکھ شِکارا ۔ پَتہٕ دوریا سَس سُہ ژوٚل تہٕ بہ ووتُس
یوٚت، سیٖتھ باج روٗدِم خبر کیٖتہٕ ۔ مےٚ چھُہ ناو خردمند، شہزادٕ نِ گَرِ اَمِس
دادٕ دِتھ تہٕ زینن پنُن گرٕ ۔ رنیٖتھ اُسِس بَد ۔ مگر زہرا یہٕ دِیُتُس نہٕ لوٚرُد، تہٕ
اَخرس پیالہٕ تھوٚو تہٕ تموٚ سِنٛدِ پوٚسٕ سیٖتھ باجوٚ شراب چوٚو، زہرا یہٕ ژچہ یمن نَسیتہٕ
شہزادَس نیوٚن ٹکہٕ پیٹھٕ تاج تہٕ ژاج ۔ واتان واتان واتھ زہرا بیٚکِس
اَکِس شہرس منٛز، اَتہٕ روز زہرا اَکِس پوٚشہٕ ریٚنہٕ نِش، اُمِس ووٚننٛ بہ چھُس
اَکِھ شہرُک سوداگر زادٕ، مول چھُم پیری مگر پا پرٕ جا ۔ مےٚ گومُتس بٔرِ کرٕ سفر
مال اسباب تُلُم تہٕ دراس سفرس ۔ وَتہٕ پیم ڈاکو ۔ قافلہٕ لوٗٹِتھ تہٕ بہ بچاوس
اَتھ پھیرِتھ دِوان ۔ مختصر روٗز زہرا اَتھی شہرس منٛز تہٕ اَتہٕ ژوٚوُن وان
دُبان اَہمندِ حُسنُک شوہرٕ گو شہرس منٛز ۔ تہٕ اَتہٕ چھِ شہزاد گَیہٕ اوٚہمند خولہٕ خط
بوٗزِ بِتھے عاشق ۔ پےٚ پَتہٕ کوٚڈُن تہٕ پوٚشہ ریٚن اُنن ناد دِتھ تہٕ دوٚ پنَس
خوجہ زاد ہاوتن مےٚ کُنہٕ ہیتہٕ ۔ پوٚشہٕ ریٚنہٕ نیہٕ شہزادٕ پانَس سیٖتھ تہٕ ہیوٚنس

خوجہ زادہ۔ دوہی اکہ ڈزاو خوجہ زادہ ہیتہ شکارس۔ دراصل بہرامس شہزادۂ اَمہ شہرک پادشہہ تہ اوس شکارس ڈزامُت، خوجہ زاد اَسس پشند تہ دوّ پنس چہُنا صلح، تہ روز کہ منّے نیش منّے چہُنہ زینہ اولاد۔ کوُر اکہ چہم سعہ دِمہ نے نکحتن۔ زہرا یہ اُس پہ بشاکہ آزمائیش مصلحتن مائن پادشہہ ہشز کتہ۔ مگر کھاندرس ڈیتنُ دول۔ پادشہن مون وہیر ہکھاندر کرون۔ مگر

پاہنہ موّد شیئیی رئیتہ۔ خوجہ زادہ بیہنو وکہ تختتس۔ دوہا اکہ گوُ خوجہ زادہ (زہرا) ڈزاو شکارس، وَتہ وُچہُن جوانا اکہ۔ سوختہ گومُت، نکہہ داتہ پُرزہ نودمن، یہ اوس بہرام، پانس سیتو نیوّن محل خانس ہتز، شہزادہ منگگن وردن پلوَ، تم لائگن تہ کوّرن بہرامس سیتو نکاح۔ شہزادہ گیُہ پہ وُچہمتہ ہےولا۔ مگر جلدے کوّر زہرا یہ اکتہ یلارج، تمہ مانہ نود بہرام نہ سہ ہقادِ شہزادہ تہ نکحن تل۔ تہ پہیتہ کنہ بیوٹہ بہرام تختتس۔ تختن ڈزہس پادشاہی اماپوّز زہرا یہ ہنشد گوس بہانہ۔

# سوہنی مہینوال

## دَلیل

شہرِ بلخ کیو اکائیر سوداگار و مثر۔ اوس اُکھ سوداگار اہ۔ ناو اوشس مرزا عالی بیگ۔ سوت رمہ پہ مال دولتہ اوشس سینتھا۔ بڈا اُبھتہ ووستہ اوس تہ غریب غُرباتن دِل رُچھن وول، اُما پوز :

درخت بے ثمر در باغ اوشس

توَ بر دِل گُلا لکُ داغ اوشس

بیے اولاد آسنہ رکیو اوشنس سوڑے ڈدوئہ باسان۔ اُکھی مثر ووت

اکس پیپرِ کائیلس نبش تہ تسُر کوڑن زارِ پارِسہ

نگے درویشہ للٰہ بوز تم داد

ڈومر سوڑیتہ گیُتم کینہ چھمنہ اولاد

دُعا کوڑتس فقیرن از تہٕ دِل

الٰہی کریمیس وہ ذی حلِّ مُشکل

فقیر سُند دُعاگو قبول دو ہمس نیچو بنیوے دہ

## مگر وائتھ بعمرِ چاردہ (۱۴) سال

## کرہی تس سرِ نازنس عشق پامال

دِکھ ووت تہ سوداگرس ناو موخِتہ پھلکی پاٹھو نیہ نیہ کرِدن ماری موند نیچو. ناو کور ہس عزت بیگ. پانژ وُہر ووت تہ ترووکھ ژاٹہ ہال تتہ پورن قورانِ شریف. تہ پتہ ژھ داہ وُہر واتان واتان نین ژھ داہ علم پرِتھ. تتھ پاٹھو زعقلہ تہ علمس تہ بحث مباحثہ کرنس واتہ ہیس نہ ہاہنے. چونکہ آسن وائی شند کنی کوہر اوس ہازا اسس عاشقہ عشرتکھ تہ گر ژنگہ ماماثہ موئیتسر. یارن باجن سیتی اوس مجلسہ کران تہ عاشش ثانان. اُتھو منز ہے

## خیالِ سیرِ دہلی تس دِلس پیوس

دِلس ماجہ اوس ٹھنو اُچھ تکاش، ژاویوکھ نہ کینہہ مگر ہیلہ نہ کینہہ موتکھ تہ گے مجبور. یار باج تہ نوکر چاکر تِمن سیتی تہ ووت دِلہ. اَمہ وزِ اوس دِلہ شاہِ جہانس سند راج. تس ہیلہ شینچھ وائژ زِ بلخ شہر پیٹھ چھُ اکھ بوڈ بایاری دِلہ ووتمت تمُ کور مرزا عزت بیگس سال. مرزا عزت بیگن گنذراوِ پادشاہس قیمتی ڈالہ. شاہِ جہان گو تیوت خوش زِ مرزا عزت بیگس آیہ اکھ لچھ سوہ نہ شینز اشرفی تہ دِنہ.

دِلہ پیٹھ پھیور مرزا عزت بیگ واپس پنجاب کنی تہ ووت نوہر تتہ پیٹھ ڈرا دتہ ڈیتن گجراتہ ڈیر. آتہ لائچس اکِر دوہ یہ گیون مجلسا رتژ زِ نوکلہ آے فر بستہ. ژنگہ ژنگہ لوکھ عالم، عاقل تہ کاسب.

## ہونرمند اُسہٕ کنٛبن ہنٛدۍ عجائب
## وٕنان ہر کانٛہہ بہ تمثیل غرائب

اُکھ منٛز چھُ مرزا عزت بیگ اَنہٕ کِس اَکِس کرٛالہٕ سٕنٛدۍ تأریف بوزان زُنہٕ چھُ بہٕ بہٕ بہٕ مارۍ مُنٛدۍ تہٕ لوٚبہٕ وٚنی بانہٕ تھران، تیٚمۍ زٕ عقلہٕ چھُنہٕ وٕہرٛان. تَس چھُ شوق گٔنان تہٕ چھُ یِنٛنس اَکِس غولامس کرٛالس رَنش سوزان. غولام چھُس تور یتھ کرٛالہٕ ہٕنٛز کور ہٕنٛد خوبصورتی آہنگی تیٚہنٛز تأریف وٕنان زٕ مرزا عزت بیگس چھُ بوزان بوزأنی کرٛالہٕ کور مُنٛد دِل دِلَس منٛز جاے کران. بیقرار گژھتھ چھُ غولامس سیٚتۍ تُلان تہٕ بانہٕ مُلی ہیٚنکہٕ ہیتہٕ کرٛالہٕ وان واتان. کرٛال چھُ گرٛاکہ وُچھتھ خوش گژھان تہٕ کور چھُ آنہٕ کران زٕ گرٛاکس ہاو بانہٕ. مرزا عزت بیگ چھُ کرٛالہٕ کور وُچھتھ پھلواے گژھان. مگر اظہار کرنُک چھُس نہٕ موقع میلان. کینٛہہ بانہٕ ہیٚتھ چھُ واپس ڈیرس بیٚہِتھ واتان. مگر اوٚت واتِت چھُ وارہٕ بیقرار گژھان تہٕ میانہٕ داوٕ سیٚتۍ ژھَرنہٕ ژھرٹ کران. کانٛہہ علاج چھُس کارگر گژھان. خاطر یِتھ تیتھ چھُ راتھ کڈان تہٕ کانش پھوٗل تھےٚ بنیہٕ کرٛالہٕ سُنٛد گرٕ دوران. اَتہٕ چھُ بنیہٕ بانہٕ مُلی ہیوان تہٕ ڈیرس بیٚہِتھ واتان. وقتا ووت یَیلہٕ زَن مرزا عزت بیگ چھُ بانہٕ تہٕ ہیوان بانہٕ کینٛہہ یُتھ زُ ملاقاتھ تہٕ بنان روزٕ یس تہٕ سیرس تہٕ سُندیس نہٕ فاش. مرزا عزت بیگ روٗد ذرٕ گرٕ موٚلہٕ ہیوان تہٕ سرٕ گرٕ موٚلہٕ کٔنان یوٗتام تہٕ ساروے دولتھ موکلیٚیس. چھیکرس ووت کرٛالس نِشہِ وٕہ زُم تُلنس بیٚہِتھ. یارو باجو

تہٕ نوکرو چاکرو ییٚلہٕ اُمِس کیٚشہ ریوان وُچھ تِم ژٕلۍ پانٕنۍ تہٕ یہِ ترٛاوُک گُھٹہٕ. مرزا عزت بیگ گوٚو لَج. کرٛالَس وونُن مے ژاے ژوٚر، یہِ کیٚنژھا اوسُم تہٕ نیوٚو ہم. مگر چوٚن چھُم قرٕض ہرگاہ ژٕ نوکر رٔٹِتھ ہیٚم بٕ والے یہِ قرٕضہٕ نکہِ. کرٛال گوٚو راضی تہٕ مرزا بیگَس روٗز کٲم سٲرۍ پیٚٹھ شہرَس پھیر پھیرتھ کوٗنٛدِ کیٚنژُت کوٚرُن تہٕ ژھوٚپھ سعہ مبرُن. کیٚنژہہ کالا گژھتھ دوٚیہہ ہس مٲنٛشن ژاٚیہ رود رٔژن. تہٕ مرزا عزت بیگ گوٚو مشہوٗر "میٚنوال" ناوِ مٲنٛشہ راٚچھ.

اُتھی دورانَس منٛز بنیوو دوٚہا اَکھ، عزت بیگَس پیٚیہ کرٛالہٕ کوٗرِ یَس "سوہنی" ناو اوس نظر کہ پیٚٹھۍ. عزت بیگَن بوٗزُس حالِ دِل تیٚتھہٕ کُنہ زٕ کتھہٕ گیٚیس دِلَس پیٚٹھ تہٕ چھوٚوٚرُس لولہٕ ژوٚر. اَمہ پتہٕ روٗد کہ نہٕ حال ہوشی. دوشوٚوے گیٚے اکھ اَکِس پتہٕ دیوانہٕ. نتیجہ درٛاو یہِ زِ کتھہٕ گوٚو نبٔرٕ سوہنیہ ییٚلہٕ ماجہ بوٗز سعہ گیٚیس ناراضٕ. تہٕ پتہٕ ییٚلہٕ پانٕہ کرٛالَس پیٚے لوٚگ تمہٕ ژھُن تمی آیہٕ میٚنوال (عزت بیگ) گرٛٹھ تہٕ کرٛان تام دوہن منٛز اندرے اندرٕ نیوٚن پنٕنہٕ کوٗرِ سوہنیہ ہنٛزٕ نِسبت اَکِس ہم قوم کرٛالہٕ کِس گُھلگونَس سیٚتۍ نیٚتھرٕ چاٚر پھتہٕ. گُھلگونَس ییٚلہٕ کُنٛڈ دِتمُت، سوہنی ہیوٚٹ وٕژھ وانہِ دا رز خُدایہ میون عصمتہٕ زٕچھوٚر زِ تر مےٚ دِزِ توفیق زٕ پَنٕنہِ. ہمتیچ دولتہٕ وانتہٕ بعظمتہٕ پتہٕ نیس پَرٕس یارَس عزت بیگَس نِش! خُدایہ شُند کرِن گُھلگونَن گوٚو اَمی آیہٕ نامرد تہٕ سوہنی روٗز پاک.

ہُمپارہٕ اوس میٚنوال (عزت بیگ) دربدر پھیران. اَکہٕ دوہہ آو

سپُدس سوہنی ہنٛزٕ اَکھ وٲنس۔ تمہِ بوٗزس سوہنی ہٕنٛد نیٚتھرٕ وکٕ تٕتھنٛز
مجبوٗری ہٕنٛد سورُے حال۔ بیحد بیقرار گو۔ اُمی سے وٕنیس اَتھٕ سوٗزِن
چِٹھ تہٕ وٲتناوٕن شیچھہ۔ سوہنی سوٗزُس جواب زِ سمکھنُک ہیداینہٕ مینوال
گو جوٚگی لاگِتھ تہٕ بیٚہِتھ کنہِ ستھکھ پٮ۪م تہٕ پرٲنی عاشق بیتِیہ اَکہِ لٕٹہِ۔ سوہنی
اُنٛزِس پیٚتِیہ چھُہ چیناب ناوِ ہِندِ درِیہ یاد۔ زِ اَس تِتھ اُندٕ پکھے رٕ زان تہٕ
یوٚرتہٕ آس مےٚ نٕش نظراہ نظراہ دِوان۔ چنانچہ یی گو مقرر تہٕ اُتھی ہیٚچھ
پٮ۪ن عمل۔ کیٚتھہ کالا گژھتھ ییٚلہ سوہنی پوٚر ہیوٚ لھٹ زِ مینوال چھُہ پٔزی پٲٹھی
تہٕ وفادار عاشق سعہ گژھہِ تس ہیٚچھ راہ حتو۔ دوٚ پنٕنس مینوالہ زِ ییلہ کوٗرتھ پنٕنز
وفاداری سیٚتہٕ پنُن پان عشقس منٛز وٕہ ستاد ثابت۔ یہٕ چھُس چھاپُنی
ژاٹھ۔ یوٚن پٔزٕ نہٕ مُلاقاتہٕ خاطرٕ یور مےٚ نٕش پیٚنُک تکلیف کرُن۔ وٕنی
آسہِ بےٚ زیٚر کر راتھ کیٚشت کوٚلہِ اَپور ژٕ مےٚ نٕش واتان۔ چنانچہ اَمہِ پٲٹھی
اُس سوہنی وٲرِو گرٕ پٔرِتھ دوٚہہ راتھ کیشت پانس پوٚرٕ پٲراد کرتھ کنٹرس
اَتھس پیٚتھ تہٕ نٕٹِس ہیٚچھ سوار سپدِتھ تہٕ کوٚلہِ تارٕ دِتھ اَپور پنٕنِس عاشقس
نٕش واتان تہٕ تَس سَن رَنٛزٕ نادان۔

وٲرِو گرِ آنیس زام۔ تس گوٚس شکھ تہٕ روٗزِس شاکنہٕ ییٚلہ
نٕٹِس ہیٚچھ تارٕ دِنُک حال وُچھن تہٕ قصس محرم گییہ۔ نار گو تمہٕ ماتس۔ اَکہ
دوٚہہ ہیٚہ بدلوونس نوٚٹ۔ پیٚہ خٔنتہٕ رچھ جایہ تھوٚونس اوم۔ اُمی دوٚہہ ہیٚہ لوٚگُن
روٚدٕ تہٕ کوٚلہِ کھوٚت ییٚپ۔ شام ڈٕلِتھ ڈرایہ رٔب تہٕ روٚد ماندٕان سوہنی
یارس سمکھنہٕ۔ مُقرر جایہ واتِتھ تہٕ تُلُن نوٚٹ تہٕ ہیٚتھ وٕتھ دِیُن تار۔ مگر نوٚٹ

اوس اوم پیمڑ اوس کولیٔ ٹیپ کھوتمت۔ سوہنی گیہ غرقِ آب، تمہ ژھچھ
باکہٕ یارٕ ہشدیس فراقس منز۔ میہوال اوس پیاران تہٕ ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹ کران
مگر سوہنی وانٹھس نہٕ اتہٕ۔ اتہٕ گٔیتس منز تہٕ گس نہٕ کینہہ تہٕ بوزُن تہٕ جُبُح
پیٹھہٕ پھوٗل میہوالس پرٕزٕناو سوہنی ہنز لاش کھولیٔ تُھجھس نکھہٕ پیران۔
تس روٗدنہٕ پانس تام۔ تیکُن تہٕ لٔرِن کھولیٔ ووہہ ٹہٕ تہٕ زٕٹن سوہنی ہنز
لاش نالہٕ متہٕ۔ اُتھو حالس منز سوریوس شہہ تہٕ ڈیتن امانتھ۔ پتہٕ پیٹھہٕ
سپنٕ ژھارتھ لوکو یمن لولہٕ متین ہنز لاشہ لبہٕ تہٕ دوشوے اکھ
اکس سیتی لٔرِتھ گمتٕ وچھ، تمن لوگنہٕ جارے تہٕ ڈیتنکھ یکہٕ وٹہٕ شران
تہٕ کرٕکھ اکی قبرِ منز دفن۔

گنجِ خم سلاد تک دون نازنینن
کفن دوٗل ہنکھ اسٕی دوت پاک زمینن
کرٕکھ دریکدی گر اوس دو فلہال
لب درہ یا قبرِ چھکھ طرفِ میہوال
دلا! وچھ پنتہ برتہ سماتا بتھ
بپاگی گوکھ حاجل وحل پندا اتھ

# زیبا نِگار

## اَوٚل

علاقہ سِندس مَنٛز چھُ اوسمُت اَکھ شٲہر یَتھ حسن آباد ناو اوس۔
اَتہِ زایہِ اَکِس برٛہمَن گرِس مَنٛز اَکھ کوٗر۔ اُمِس کوٗرِ ہُنٛد مول اوس بیناہ
زٲناس تہٕ۔ ییٚلہِ اُمہِ اُمِس کوٗرِ ہِنٛز سِتارہٕ باگے وُچھ اُمِس تووٚر فِکرِ زِ
اُمِس کوٗرِ ہُنٛد مذہب آسہِ اِسلام۔ تہٕ اَکھ مسلمان شہزادٕ آسہِ اُمِس
عاشق۔ اَمہِ خوفہٕ چھُہ یہِ برٛہمَن اُمِس کوٗرِ ہِنٛدِس قسمَس مَنٛز بنٛد کرِتھ کمہِ برٛیِٹھ
دِوان تہٕ اَمی شہرُک اَکھ مُسلمان دوٚب چھُ اُمِس کھالان تہٕ رٔچھان
دوٚب چھُ اُمِس زیبا ناو تھاوان تہٕ بالیغ سَپدِتھ چھےٚ زیبا پننہِ خوٗبصوٗرتی
موٗجوٗب سیٹھا مشہوٗر سَپدان۔ اَتیچ بادشاہ کوٗر چھےٚ اُمِس ہِنٛدِ حُسنُک
تاریٖف بوٗزِتھ اُمِس پانس نِش بُلاوان۔ اُمِس وُچھتھ خوش سَپدان تہٕ
اُمِس پننہِ وٲس بناوان۔

بادشاہ کوٚر چھُ مول بنٛدرکاہَس پیٚٹھ بیرٛونی مُلکن ہٕنٛدین سوداگارن ٹیکس ہیٚنہٕ باپتھ مُقرر کران۔ سہ چھےٚ بنٛدرکاہَس پیٚٹھ اکھ نفیس محل بناوان تہٕ وٕتن شُدرن سیتۍ اتہٕ بہان۔

بنٛدرکاہَس پیٚٹھ روزنہٕ رٕکنہٕ چھےٚ زیباہس ہنٛد حُسنُک شوہرتھ دوٗر دوٗر واتان۔ شہرٕ کینٛچیک اکھ ذہین تہٕ حسین شہزادٕ چھُ امۍ سنٛد حُسنُک شوہرتھ بوٗزتھ غائیبانہٕ امِس پیٚٹھ عاشق سپدان۔ شہزادٕ چھُ بیمار گژھان تہٕ یلاجچ پرٛیتھ کانٛہہ کوٗشش چھےٚ ناکام سپدان۔ یہ چھُ دوہس راتس خوٗدایس مَنگان زِ یارٕ سُنٛد مُلاقاتھ گرِتم نصیب۔ دُعا چھُ قبوٗل سپدان۔ شہرٕ کینٛچس چھُ دراگ وۄتھان۔ اَتھکو وار یاہ تاجِر چھ بادشاہس وَنان زِ غلہ اَنِنہٕ باپتھ گژھَن تِم حسن آباد تہٕ بادشاہس ہنٛد طرفہٕ گۄژھہ تِمن شہزادٕ میرِ کاروان آسُن۔ بادشاہ چھُ راضی سپدان تہٕ شہزادٕ چھُ کاروانس سیتۍ حسن آباد کُن رَوانہٕ گژھان۔ وَتہٕ چھُ شہزادٕ کاروانس حُکُم دِوان زِ تِم گژھَن تس دوٗبی زادٕ وَنُن۔

ییٚلہ کاروان حسن آباد واتان چھُ۔ اَتہٕ چھُ شہزادٕ پننہٕ حُسنہٕ کِنۍ بڈٕ مشہوٗر سپدان۔ زیبا ییٚلہ بوزان چھےٚ زِ اکھ کاروانچ سیٚٹھا دوٗرٕ آمت تہٕ اَمیُک سردار چھُ دوٗبی قومُک اکھ حسین تہٕ مالدار جوان تس تہٕ چھُ شوق دیدارُک سپدان۔ زیبا چھےٚ نہٕ تس صرف ٹیکسے ہیوت معاف کرناوان بلکہ چھےٚ اَکِس غوٗلامس اَتہٕ تس جِنیا فتھ تہٕ سوزان نِگار چھَنہٕ سیٚٹھا شاد سپدان تہٕ غوٗلامہ سنٛد دَسِ زیباہس پننہٕ وفاداری

ہُنٛد پٲغام سوزان۔ گوڈنیُک مُلاقات چھُ شہزادہ ہِندِس باغس منٛز سپدان۔ تہٕ دوٚیِم مُلاقات دوٚبی سٕنٛدِ گرٕ۔ اَمہ پَتہٕ چھُ نِگار اُکِس بَچہ زیبا یہ نِشہ سوزان۔ بُڈ چھےٚ زیبا یہ تٔمۍ سُنٛد حال وَنان تہٕ زیبا چھےٚ تس یوٚر دِبان زِ سو تہٕ چھےٚ نِگارس یِژھان۔

نِگار چھُ پنٕنِس اَکِس دوستس دوٚبِس نِش خاستگاری کرنہٕ باپتھ سوزان۔ دوٚب چھُ اَمِس وَنان زِ گوڈٕ وُچھ یہ کُرۍ کہ چھا دوٚبی کار جان پٲٹھۍ زانان۔ نِگار چھُ یہ جواب بوٗزِتھ مویوٗس سپدان۔ مگر عشق! یہ چھُ دوٚبِس نِش گژھان تہٕ تَس وَنان زِ سُہ زانہٕ دوٚبی کار پوٗرٕ پٲٹھۍ۔

دوٚب چھُ اَمِس کینٛہہ پلو چھَلنہٕ باپتھ دِوان۔ مگر اَمِس چھےٚ نہٕ یِم ژَکان چھلِنۍ تہٕ یہ چھُ سیٹھاہ پریشان سپدان دوٚب گوٚژھہ نہٕ ناراض سپدُن۔ مگر زیبا چھےٚ اَمِس وَتھ ہاوان۔ پَگاہ ییٚلہِ نِگار گرٕ اکٕن پلو واپس دِوان چھُ سُہ چھُ تِمَن تِہنٛد سیٹھی کینٛہہ رقم تہٕ دِوان۔ ساریٚ گرٕ اکھ چھِ اَمِس نِش گژھان تہٕ دوٚبِس نِش اَمہ سٕنٛدۍ تاریف کران۔ دوٚب چھُ مُطمین سپدِتھ زیبا یہ اَمِس سیٹھی نیتھر کران۔

بیپٲرۍ چھِ تاجرن ہُنٛد کاروان واپس گیٛہہ گژھنٕچ شکھر کران مگر شہزادٕ چھُ تِمَن واپس گژھنہٕ نِشہ اِنکار کران تہٕ مٲلۍ سٕنٛدِ ناوٕ اکھ خط دِوان۔ ییٚلہِ کاروان گیٛہہ واتان بادشاہس خط چھُ ہاوان سُہ چھُ مُنتظر سپدان۔ سُہ چھُ بیٚیِس نیٚچوِس نِگار واپس اَننہٕ باپتھ حُسن آباد سوزان سُہ چھُ نِگارس تِمہ وِز ژھَل کرِتھ گرٕ کڈان ییٚلہِ زُن زیبا شوٗ نیٚنگتھ

چھےٚ آسان۔ پتہٕ چھُ سُہ نگارس مَس چاوان تہٕ اَتھی حالتس منٛز گیٚہج واتہٕ ناوان۔ یتھ پٲٹھۍ ییٚلہِ زیبا ہُشار چھےٚ گژھان تہٕ نگارس چھینہٕ کُنی وُچھان سۅ چھےٚ پریشان سپدان تہٕ تس ژھانڈنہٕ نیران تس چھُہ مولوٗم سپدان زِ سُہ چھُ شہرٕ گیٚہجکۍ مکارو ژھل کرِتھ نیوٗمُت۔ سۅ چھےٚ وَدان کوہ تہٕ بال ژھنڈان تہٕ نگارس پتہٕ لاران۔ اَکس جایہِ واتِتھ چھےٚ سۅ ژھیٚنِتھ پیوان۔ تہٕ اَکس تیٚرِ اَچھس پٮ۪ٹھ حال باوِتھ جان بحق سپدان۔

ہُپٲرۍ ییٚلہِ نگار شہرٕ گیٚہج واتِتھ ہیسہ چھُ یوان تس چھُ فکر تران زِ تس سۅۍ کُس ژھل چھُ آمُت کرنہٕ۔ سُہ چھُ بادشاہس برٛونٛہہ دِتھ بییہ واپس حسن آباد کُن رَوانہٕ سپدان۔ مگر وَتہٕ چھُ سُہ اَکھ تازٕ قبر وُچھان تہٕ تیٚرِ اَچھس نِشہِ سورُے حال بوزان۔ زیبا یہٕ ہنٛدِ موتچ خبر بوٗزِتھ چھینہٕ تس کانٛہہ حال ہوش روزان۔ سُہ چھُ خۅدایس منٛگان زِ مےٚ دِ ایتہٕ ناوِ ینِس ماشوقس نِش۔ زیبا یہٕ ہنٛز قبر چھےٚ وُژھ سپدان تہٕ نگار چھُ تس نِشہِ واتنہٕ باپتھ زِنٛدٕ ے قبرِ اژان۔

# گُل نوٗر

## دٔلیل

دِلارام چھُ گُلفام شہرٕکِس بادشاہ سُنٛد فرزنٛد۔ سُہ چھُ آسمان سمن شہرٕچ گُل نوٗرِ ہِنٛدِ حُسنُک شُہرٕ بوٗزِتھ تَس پیٹھ دِل ہارِتھ گومُت۔ اکہِ دوہ ہیٚچھ بادشاہس نِش ترٛیٚیہِ کارِگر سوٗنٛز، کھارٕ تہٕ چھان پننہِ کارِ گری ہِنٛدِ ترٛیٚیہِ عجائبات ہیٚچھتھ واتان۔ بادشاہن چھُک وۄنمُت آسان زِ ترٛیٚنوٚے منٛزٕ یُس تمۍ سُنٛد نومونہٕ بہترین آسہِ سُہ روزِ باقے دوٚن ہُنٛد زیٚٹھ تہٕ ترٛیٚنوٚے والن پکہِ وٕنہِ پننہِ قرنن نکھہِ، یتھ پیٹھ تِمن بِگاہ دوٚن وۄنمُت اوس۔ سوٗترن اُس گاڈ بناوِمُت تہٕ سُہ ہیٚرِشن آبس انٛدر پکنہٕ۔ مگر کھارَن پیٚٹھلہِ پنن گورمُت ووٚدٕر ترٛاوو، تمۍ گور گاڈ پیٹھ حملہِ، یِم دۄنوٚے چیز وُچھتھ گے سٲری حَیران۔ مگر یمیلہ چھانن پنُن کمال ہاوو۔ سٲری گیہ ہیٚتہ بیٚنگہ، تمۍ اوس ہیچوٗ کرُ بنوومُت یُس حضرت خضرن دُعا سیتۍ تِتھی گَنٛڈِتھ ہیوٚہس منٛزٕ وُڈِتھ اوس ہیکان۔ شہزادٕ دِلارام گوٚو یہِ کرُ وُچھتھ حٲران تہٕ خوش تہٕ۔ تمۍ گَنٛڈ۔ رُشہ

تہٕ ووت گُل نوٗر ہِندِس شہرس منٛز۔ تتہِ رُود سُہ اَکِس کانٛدرٕ ٹینہٕ ہِندِس گرس منٛز۔ کانٛدرٕ ٹینہٕ کوٗر تہٕ تمِس واد۔ زِ سۅ دِیہٕ تمِس کوٗرِ نیٚتھر۔ دلارا اُس گُلنوٗرِ ہِنٛزِ جُدٲیی سٟتؠ باسان۔ اَکہ دوہہ گٔیہِ کانٛدرٕ ٹینہٕ تمٕ سٟنٛدِ حُسنکی سیٚٹھا تارٟف۔ سُہ گو نصیب۔ آزٕ تمٕ سٟنٛدِس خانگھس منٛز تہٕ کوٗرِن تمٕ سُنٛد دیدار۔ نشانٕ تراوُنس پٮ۪ٹھ پاپوش۔ سۅ گٔیہِ فلوٲتے گوڈنیک ملاقاتھ سٟدٕ پتہٕ گٔیہِ گُلنوٗرِ ہِنٛز حالتھ خراب۔ بادشاہس تور مارِ وہے فکرِ۔ تمو کھٕیہٕ نو شہزادٕ ہِندِس پلنگس سیٚتؠ اَکھ چاہ۔ دلارام آو گو پٕکِہنس منٛز۔ مگر سُہ ژول گرس بیچھٕ بیسلہٕ تمِس جلاد کلہٕ ژٹنس تیار اوس۔ شہزادٕ نِش واتتھ چھُہ تم دوہ نوٗے گرس بیچھٕ ژلان۔ کاٗنی دوٗرِ واتتھ چھُہ شہزادٕ ظلمٕ ہیوان زِ تم چھُہ دوہ نوٗے چھٕیِنی تہٕ نیمی۔ تمو چھُنہٕ کانہہ پوشہٕ ٹانکہٕ سیٚتؠ تلمُت۔ سۅ گٔیہِ گرس بیچھٕ واپس حملہٕ خانس منٛز، واپس ڈراے تہٕ وُچھن زِ تمٕ اوس غاۓب گومُت۔ سۅ لُج بیٚیہِ زالس منٛز تہٕ ماٗلی کوٗرس خاندرسٕہی شاہ چینہٕ کِس شہزادس سیٚتؠ۔ ییٚپارِ گو دلارام موؠکس تہٕ پکہٕ ژھیٚوان۔ سُہ چھُہ اَکِس خوجے سوداگرس سیٚتؠ اَکہ وُرہیہ پتہٕ بُمن شہرٕ واتان۔ اتہٕ چھُہ اُمس اَکِس کانٛدرٕ ٹینہٕ سیٚتؠ مُلاقاتھ گژھان۔ سۅ چھےٚ اُمس وَنان زِ گُلنوٗرِ چھُہ کھانٛدر سٟدُن ودل۔ تمِس تہٕ چھُہ سالس گژھُن۔ کاٗنی زارٕ پارٕ کٔرِتھ چھےٚ سۅ دِلارامس زنانہٕ رٕنٛگ کٔرِتھ پانس سیٚتؠ نِوان۔ تتہِ چھُہ سُہ نصیب شبس باغس منٛز گُل نوٗرِ سمکھان۔ تہٕ دوہ نوٗے چھُہ فوٗجی لباس لاگِتھ

گُرِ طبیلہٕ منٛز سأیِ پیٚنٛسٕ گُرِ زٕ ہیٚتھ ژلان۔ وۄنہٕ چھُک شاہ چیٖن برات ہیٚتھ یِوان نظرِ گژھان۔ شاہ چیٖن چھہ یمن دۄشونٛی پانٕنِس سٟتؠ سالس نیوان۔ گُلنوٗر ہِنٛدِس شہرس منٛز چھُ آسان شہزادِ لعٕل تہٕ پأٹھی ژھانٛڈ ولٕوٕ گمٕژ اٲخرٕ چھےٚ وزیرزادی شاہ چینس دِنہٕ یِوان۔ دِلارام تہٕ گُلنوٗر چھہ بیٚیہ نیران تہٕ اُکِس شہرس منٛز وأتِتھ قٲمؠ جنیٚس اَتھہ نِکاح پٔرِناوان۔

اَکہ دۄہہ ہیٚہ چھُ دِلارام بازر نیران تہٕ نسَ چھےٚ اَکھ کانٛدرٕنؠ یِوسہ ڈٲنٛ اُمس، ژھاوٕلی مۄنٛگرُ بناوان۔ شہزأدی چھےٚ گژھان پریشان تہٕ مَردٕ رٕخسس منٛز چھےٚ گُلفام ناوی بادشاہ ہِنٛدِس دربارس منٛز گژھان بۄ چھُ تِمِس سپہ سالار بناوان تہٕ اُکِس باغی بادشاہس ختم کرنہٕ خاطرٕ سوزان۔ سُہ چھُ یہ کام انٛدٕ واتہٕ ناوان تہٕ بادشاہ چھُ اُمس پیٚٹھ مہربان گژھِتھ اُمس پننہٕ کوٗرِ سٟتؠ خانٛدر کران۔ مگر سُہ چھےٚ اُمس وَنان زِ گۄڈٕ ژھانٛڈ سُہ پننِس ٹاٹھِس دوستس۔ اٲخرٕ چھےٚ سُہ ڈٲنٛ ہٕ لبان تہٕ تَس قَتل کرِتھ دِلارامس سٟتؠ میلان۔ پتہٕ لاکن چھےٚ گُلنوٗر پننہ مرضیہ شاہ گُلفامس سِنٛزِ کوٗرِ پننِس دِلارامس سٟتؠ نِکاح کران۔ تہٕ ترٛیشونٛے چھہ مال دولتھ تہٕ نوکر چاکر ہیٚتھ پننس گُلفامس منٛز واتان۔ بادشاہ چھُ تِمن مُلتھ نیران۔ بڈٕ بارٕ دعوتھ کران تہٕ دِلارامس بادشاہ بناوان۔

# گلدستہ بے نظیر

## ڈلیل

اَکِس مُلکَس مَنٛز اوس اَکھ بادشاہ راج کَران۔ شانَس تہٕ حشمتس اوسُس نہٕ کینٛہہ مول پیوٚن۔ خزانہٕ اُسیس مالہٕ تہٕ دیارٕ سیٹھا بَرِتھ۔ دُنیہکۍ ساری آرام تہٕ آسایش اُسیس مُیسَر۔ پَرٛنٛز اَکۍ پیٹھ تٔرداُدی اوس یہ ژھیتوٚن ہیوٚ گوٚمُت۔ یہٕ اَچھ کاش اوس نہٕ خدایَن اُمیس دِیتمٕژ۔ اَکہ دوہہ اوٚن اَمہ بادشاہن پنٕنۍ وزیرَن ناد دِتھ تہٕ وونُنَس زِ بہٕ ترٛاوہٕ سوٗرُے راج تاج تہٕ کرٕ گوشہ نشینی اختیار۔ تہٕ کیازِ بیٚیلہٕ نہٕ تَس راج تاجُک وارِث پیدٕ سپدان، زِ اوس زندگی نِش بیزار گوٚمُت۔ مگر اَمہ وفادار وزیرَن دِیتُنَس مَشورٕ زِ سُہ مہٕ ترٛاوِن راج تاج۔ بلکہ شاہی رَنٛخ وَلۍ تھَے کَرِن یادِ خدا۔ تمۍ سیٹھا گژھن ساری مُشکل حل۔ وزیرَس شُندِس مَشورَس پیٹھ پیٚتر بادشاہَن عمل کٔرِ [illegible] خدایہ سُندِ گژھن زِ نوٚو ریٚتھ زاو اُہنزِ اَکِس آشنہٕ نیچوٗیس بے نظیر تھوٚو اَکھ ناو۔ بیٚیلہٕ شہزادٕ بے نظیر بہہ[12] وُہُر گوٚ سُہ ڈراو سالس۔ شامَن آو واپس تہٕ شوٗنگ بامَس پیٹھ۔ کیازِ

زٕنہٕ رأژ ہِشہٕ خطہٕ تہٕ لُطف تُلنُک اوسُس سیٹھاہ یوسُس نصیب راتھا
گییہٕ تہٕ بیچھو کنہٕ آیہٕ اکھ پرٕی تختس پیٹھ ہیتھ وُڈان وُڈان تہٕ یُتھے
بے نظیر ہِشہٕ سِ جہاہ یارہٕ روٗ یس پیٹھ نظر پییس۔ دِلس منٛز ووہ تیلیوسُس
وول۔ بیٚیلہٕ عشقُن جادٕے زور کورُن نیندرٕ ہیوٚت شہزادٕ تُلِن، بوٚرُن
تختس تہٕ ژٕج بادشاہس کُنہٕ اُچھ گاش ہیتھ پرٕستان کُن۔ پرٕستانس منٛز
چھےٚ پرٕی بے نظیرس پرٕیتھ طریقہٕ خوش تھاونٕچ کوشش کران۔ مگر بے
نظیرس چھہٕ گرٕ نِش دوٗر آسنُک غم اندرٕے اندرٕے سوٗر کران۔ نہٕ ورٕی
چھہٕ پیٚتھے کنہٕ نیران۔ پرٕی چھےٚ شہزادس سیٚل کرنہٕ باپتھ اکھ گُر دِوان
اَنہٕتہٕ یَس فلک سیٚر چھہٕ آسان ناو۔ شہزادٕ چھہٕ ووہ نٕ پرٕیتھ شامس
گُرِس پیٹھ سیٚل کرنہٕ نیران۔ اکہٕ دۄہ ہہ دوٗر یوٗد ہنا جادٕے تہٕن تہٕ
ووت اُکس تھِیس باغس نکھہٕ یتھ منٛز اکھ عالی شان عمارتھ اُس۔
اَتہٕ دُ چھہٕ بے نظیرن کنیزن منٛز بانگ اکھ نوٗرٕ بُزرٕ وُگنہٕ ہشتھ کوٗر۔ یہٕ اُس
شہزادی یمِس بدرِ منیر اوس ناو۔ بے نظیر گوٚو اَمِ سٕنٛز خوبصوٗرتی وُچھتھے
اَمِس پیٹھ عاشق۔ بدرِ منیر تہٕ سپٕز اَمِس پیٹھ عاشق۔ بے نظیرن وونُن
اَمِس پنُن سوٗرُے دُنیاوُک تامُک حال۔ بے نظیر اوس ووہ نٕ پرٕیتھ شام
بدرِ منیرِ سِے نِش گژھان۔ اکہٕ دۄہ ہیہٕ ژٕ اُکس دیوٕ ہشہٕ ہروٚ بسہٕ
پرٕی اَتھ چیز خبر۔ پرٕی گیہٕ یہٕ بوٗزتھ نار ونار تہٕ ہسدٕ کی نارن گوٚ دٕس کلہٕ۔ اَمہِ
کوٚر بے نظیر اُکس چاہس منٛز قاد۔ ہُپارٕ گیہٕ بدرِ منیر سٕنٛز سٕما لیتھ بے نظیر
بِجُدأیی منٛز سیٹھا خراب۔ پننہٕ وٚیسہِ نجم النساء یہٕ کرِ نِش سیٹھا نصیحت

مگر بدرِ منیرس پیٹھ گوٚو نہٕ تمیُک کانٛہہ اثر۔

چھیکرس ڈرایہ نجم النسا بے نظیرس ژھارنہٕ خاطرٕ جوٚگی لباسس منٛز۔ اُمی دِتی جنگلن تہٕ بیابانن منٛز بے نظیرس وٲنۍ۔ اَگر راتھ اُسس سوٚ اَکِس وَنس منٛز بیٹھتھ بین وایان نہٕ اَکھ تخت آو ڈٕرٛان ڈٕرٛان تہٕ بیوٚٹھ اُمی نِش پیٹھ۔ اَتھ منٛز اوس اَکھ پَرۍ زاد۔ یُس ناو اوس فیروزشاہ۔ فیروز شاہ گوٚو نجم النسایہ پیٹھ عاشق تہٕ ژٕنِس تختس پیٹھ بِہناوِتھ نیٚن پانس سیٚتۍ پرستان۔ نجم النسایہ وَون فیروزشاہس بے نظیرتہٕ بدرِ منیرٕن سۭدٕ قصہ تہٕ سیٚتی ٹھوونس شرط زِ اَگر تہٕ یِژھان چھکھ مے سیٚتۍ نیتھہٕ کرُن تیلہ دِن مے بے نظیر لبتھ۔ فیروزشاہن دیُت اَمی ساتہٕ پننین جِنن تہٕ دیون حکم زِ یُس بے نظیرس شُند پوٚر پے پتا اَنہٕ تمِس یِیہ کانٛہہ ینام دِنہٕ۔ کینٛہہ دوہ گژھتھ اوٚن اَکہ جِنن بے نظیرسُند پے پتا تہٕ ووٚنُن بے نظیر چھُ اَکہ دِگنہٕ کوہ قافکِس اَکِس سیاہ چاہس منٛز قٲد کوٚرمت۔ فیروز شاہن لیچھو اَمی ساتہٕ اُمِس دِگنہٕ چھٹھ یتھ منٛز لیوٚکھمُس زِ تژے کیاہ کمی باسیی پری زادن منٛز زِ تژے میٚتھ آدم زاد ژھٕپس لٲرنۍ۔ بیٚیہ لیوٚکھمُس اگر نے بے نظیر جلد یلہ تراوِتھن بہٕ وَنے مالس۔ پَری کابرس یہ خط پرِتھ تہٕ تروُن قٲدٕ منٛز یلہ۔ اَمہ پتہٕ واتناو فیروزشاہن بے نظیر تہٕ نجم النسا واپس بدرِ منیرس نِش۔ بے نظیرن لیوٚکھ بدرِ منیرسُندِس مالس یانے سُلطان مسعود شاہس اَکھ خط یتھ منٛز لیوٚکھمُس زِ بہٕ چھُس جانہٕ کوٚر سیٚتی کھانٛدر یِژھان کرُن۔ سیٚتی لیوٚکھمُس اَتھ منٛز پنُن حسب و نسب

بیتیر تہٕ۔ پتہٕ کُنۍ سپُد یمَن دۄن کھانٛدر تہٕ ہُمیارٕۍ سپُد وزیر زادِ یانے نجم النسایہ تہٕ فیروز شاہس تہٕ نیتھتٕ بے نظیرٕ گٕ بدرِ مُنیرٕ ہسیتھ پننٮ۪ ملک روانہٕ تہٕ فیروز شاہ گوٚ نجمُ النسا ہسیتھ پرٕستان روانہٕ۔

# چنٛدر بدن

## دٔلیٖل

دٔکھنس (دَکن) منٛز اوس اَکھ سۄندرٕ بے جوڑ تہٕ مشہوٗر شہر ناو اوس پٹن۔ اَتیُک حُکمران اوس راجا رنگ۔ تٔمس اُس کوٗر چنٛدر بدن۔ سۄ اَس بے حد شکیٖل۔ بۆزِو نوٗرٕ دُزمل۔ طوٗرکہ نۆیُچ مشعل۔ اَکہِ دۄہہٕ وۄت اَکھ باکمال نقاش (مُصوّر) اَتھ شہرس منٛز ییٚلہِ تٔمۍ یہِ ماہ جبیٖن چنٛدر بدن وُچھ۔ سُہ آو دۄہ لستس۔ وُرے کھوٗرِ کھُلے ییٚس۔ یکدم زنیٖن اُمۍ سٕنٛزٕ تصویر بنأوِتھ۔ اَمہ پتہٕ رۆٹ یہِ مُصوّر یہِ تصویر ہیتھ مختلف جایِن گرٛژھان۔ کینٛہہ کالاہ گۆو تہٕ دۄہہٕ اَکہِ سَمکھہ تٔمس اَکِس جایہِ اَکھ خوش خُلق۔ خوٗبصوٗرت تہٕ اَدسوٗدٕ جان سوداگرا ۔ اَمِس خۄجہ سوداگرس ناو اوس مٕتیار۔ سۄ اوس دینہٕ کِنہ مُسلمان۔ مٕعیارَن ییٚلہِ چنٛدر بدنہٕ منٛز تصویر وُچھ، سُہ گوٚو ہیٚمتھ رٕود بٕتھ۔ اَکی نظرِ گوٚو اَمِس پیٚٹھ فدا۔ تٔمۍ پرٛژھ مُصورس یہِ نازٕنین کُس چھے، کتیٚچ روزَن وٲجیٚنہ چھےٚ؟ سُہ ووٚن تٔمس دٔر

جواب: "دَرراہِ صوٗرت بِشدرگاہ چھِے جایا اَکھ یتھ ناو چھُہ پٔڑن پٔہِ حوٗر چھے مٔتۍ روزان۔"

مہوان دِوان ٹیپیڈ پہِ فاصلہٕ ژٕ مُصوٗر گژھ مِعیارس سیتھ پٔڑن تہٕ کرٕ ناوِیس چندر بدنہٕ ہُنٛد دیدار۔ تم ییلہٕ توٗر واتی تہٕ مِعیارن ژٕندرِ مہ کھ حوٗر وُچھو تمہٕ دیُت تمہٕ سِندین بدین تَل پان دارٕ لتھ۔ تہٕ کوٗرن پٔمُن لول تہٕ اَمار ظاہِر۔ مگر چندر بدن اُمس ہیٖژو یأنی تہٕ مِعیار مُسلمان۔ مذہبُک ٹھوٗر شیُد منٛز باگ اِستادٕ۔ مِعیار گو لولہٕ نارٕ دَزان۔ ہجر و فراقس منٛز بنیو دیوانہٕ۔ مجنوٗن سٕنٛز عمل گیٚس۔ تِتھے پأٹھو لوٗگ وَن ژھنٛڈُنہٕ۔ اَکہ دۄہہ ووت اَکھ شاہ (بادشاہ) پننِس وزیرس سیتھ اَکِس جنگلس منٛز یتیتہ پہِ کُن تہٕ کیول درخاک پیٚوت اوس۔ شاید اُمس ژھ تم شکارس گمژ۔ وُچھُن تمہٕ پہِ دیوانہٕ صوٗرت مۄوش وُچھ۔ شاہس آو عار۔ تہٕ قصد کوٗرُن زِ یہ کرِ اُمہٕ سِندِس دادِس مرہم۔ تمہٕ نیوٗ پہِ مِعیار پانس سیتھ پننِس شہرس منٛز۔ مِعیار نہ روزنہٕ بابت آو موقوٗل تہٕ نظیس بندوبست کرنہٕ۔ شاہی فرمان سپُد جأری ژٕ [illegible] انسان اَتھ شہرس منٛز داخل سپید۔ سُہ گژھ گوڈٕ اُمس مُتس پان ہاوُن۔ مُدعا اوس یہ زِ یہ بوٗلہٕ گوژھ کأنٛہ وُچھتھ زیو مٔنٛزٕ اوٗن یتھ اَندرِم دود ظأہِر سپید ہیٚے تہٕ مرہم ژھارٕنچ سبیل پیدہٕ کرنہٕ۔ دۄہہ اَکہ پہو سُے مصوٗر اَتھ شہرس منٛز واتِتھ۔ احوال متانہٕ گو فاش۔ شاہن گوٚنٛڈ کمر راجہ رنگس پیٚٹھ حملہ کرنَس۔

پٹن شہرس منز ووتھ شور محشر۔ راجہ رنگس تام آیہ یہ شیچھ واتہٕ ناوینہٕ زِ یوٚدوَے سُہ پننِس سلامتی کانچھان چھُ۔ سُہ کرِن چندر بدنہٕ معیارس سیتی لاگٔنی ملہٕ ون۔ مگر راجہ رنگ سپُدنہٕ تیار۔ تمہِ کرِ پننِ مجبوری ظاہر۔ شاہ گو نارہ نار۔

ییٚ یٲرہِ دٕراو یہِ مجنون معیار چندر بدنہٕ ہُندِ دیدار کرِنہٕ۔ ییٚلہِ چندر بدنہٕ پنُن عاشق وُچھ۔ تمہِ کرِن پننہٕ لاچاری بیان۔ اَما پوٚز ووٚنی اٲسہِ دہ شہ وَے اَکھ اَکی سٕندِ لولہٕ نارِ دٕزان۔ معیارس گو عشقہٕ نار یوٚت شیشہ زِ تمہِ دیُت پنُن امانت۔ شاہ مَن ییٚلہِ یہِ خبر بوٗز، واٲلنج ژھیٚنس۔ سُہ دٕراو غمہٕ منز نیبر (شاید اوس جنگ چلان) تہٕ کفن دفن کرنہٕ آو سنز کرِنہٕ۔

چناچہ چھُ چندر بدنہٕ ہندِس محلس نزدیک تھنز دار تُل رُکاوینہٕ یوان۔ جنازس نکھہ دینہٕ واٲلی چھِ ہتھک دوان۔ دٕیان ییٚلہِ توبوٚت دٕبارہٕ ہچھوٚد رٕنج تُلنہٕ شکھر بیسِنہٕ۔ یہِ چھُنہٕ ووہ ہٲنی۔ وار یا ہچھو کرِ کوٗشش مگر یہِ ووٚتھنہٕ۔ یِر اوس سنخ گوہ بیومُت۔ شاہ مَن کوٚر آخرس راجہ رنگس سوال زِ سُہ دِیِن چندر بدنہٕ اجازتھ۔ سُہ دِیہِ پننِس عاشقس اَکھ نظر۔ راجہ رنگ چھُ لاچار سپدتھ پننہِ کورِ اجازتھ دوان۔ چندر بدن چھےٚ اسلام قبوٗل کران تہٕ جنازس منز اَژتھ پننِس عاشقس ییٚر شعہ نکان۔ سُہ تہٕ چھےٚ اَمانتھ دوان۔ جنازہ چھُ وُنہٕ نی آسٲنی سان تُلنہٕ یوان۔ دفن کرِنہٕ ورِ چھُ نشان زِ دوہ شوٚرے عاشق تہٕ معشوق

چھ تِتھۍ پٲٹھۍ اکھ اکس سیتۍ ریمِتۍ زِ جُدا کرٕنۍ چھ مُشکِل۔ لہٰذا چھ دمہ شوٗسے یکہ وٕنہٕ وٕڈراو نہٕ پیوان تہٕ مجازٕچ یہ لولہٕ ڈٲلیل چھےٚ عشقِ حقیقی ہنٛدِس تیٚہٕ ڈٕنٛدِس بیچھ واتِتھ ختم سپدان۔

# شیرین خسرو

## دٔلیل

نوشیروان سٕندِس نیچوِس ہُرمزَس چھُ نٔمہ وایس منگ منگ کرِتھ اولاد سپدان۔ ناو چھُس تھاونہٕ یوان خسرو پرویز۔ ییٚلہٕ خسرو ژٕوداہ ؤہرِ سپدان چھُ یہ چھُ حُسنَس علمَس تہٕ کاڈِ جارَس اَندر ژُ پاسے ناوداری لبان۔ بادشاہن ہنٛزو یہ سالارِ لشکر تہٕ ہیٚنٛزس خزانس ہیٚچھ تھوونس دَسگاہ حاصل۔

خسروس اوس شاوور ناوُک اَکھ رفیق۔ یہ چھُ اَمِس باوان زِ ارمن شہرس منز چھےٚ اَکھ بادشاہ بایہ مہین بانو، تمِس چھےٚ شیرین ناو اَکھ باوز یوہس لا انتہا حسین چھےٚ۔

یہ کتھ در گوشِ خسرو ژارِ یامَت
گئِس برپا ازاں سودا قیامَت

خسرون سۆزٕ شاوور اَمِس حۆرِ اَنِنہٕ خاطرٕ۔ شاوور چھُ ارمن واتان تہٕ تتھ باغس اندر ژٕور پاٹھی خسروٕ سنٛد تصویر اۆیزان تراوان، ییٚتھ اندر

شیٖرین وۄتھ سۄدرٕن سیٖتھ یوان اُمس۔ شیٖرین گیہ یہ تصویر وُچھتھ
فلوا۔

سۄ صوٗرتھ ڈیٖشتھ پھیٖے زن سایہ برخاک
وُسِتھ پیٚییہ، مثلِ گُل جامن ژٕتُن چاک

پیٚتھ تیتھ چھیٚنہ شیٖرین شاوٗرس وُچھان تہٕ تس نِشہٕ خسرو سُند پے پتاوزان
شاوٗرن دِژ ہس خسرو سُنز اکھ واٚج نِشانہٕ۔ یہ دراو شکارس بہانہٕ گرِ تہٕ
پننِس تیز رفتار شبدیزن گُرِس پیٚٹھ ژٲج خسروس سمکھنہٕ۔

خسروس چھُ مِنٛز وزیر بہرام مایِس نِشہٕ چُغلی کھیوان تہٕ یہ چھُ
تِس شِندِ ہا بتہٕ مُلکہٕ منز ژٕلان۔ شیٖرین چھیٚ خسرو سٕندِس محلہ خانس اندر
واتان۔ تیٚمن واٚج ہاوان یتھ چھس مہمان داری کران۔ خسرو چھُ ژٕلان۔
ژٕلان ارمن واتان تہٕ مہین بانو یہ ہُند مہمان بنان تہٕ پیٚٹھ چھُ شاوورس
شیٖرینہِ اَنہٕ خاطرٕ مدآین سوزان۔ سۄ چھُ تورٕ ژاٚ تیتھ شیٖرینہِ اَن۔ برمز
چھُ مران تہٕ خسرو چھُ یہ خبر بوٗزِتھ مداین گژھان تہٕ تختس بہان۔ شیٖرین
چھیٚ گرٕ واتان تہٕ وُچھان خسرو وایس گومُت۔ اَتھ دورانس منز چھُ
بہرام خسروس خلاف بغاوت کران۔

گرٕدِشس روٗکشی در پادشاہی

یہ نافرمان کریا فعہٕ رمانروأیی

حالات خراب گژھنہٕ کِنہ چھُ خسرو ارمن کُن ژٕلان تہٕ بہرام چھُ بادشاہی
سامان۔ مہین بانو چھیٚ شیٖرینہِ سمجھاوان زِ ہیٚس کر خسرو پھیری باغس تہٕ

کرِس بدنام۔ وُن گوٗو یِکھہٕ شُند ہے کرِس سۄ گٔیہ پٔژ کتھہ۔ شیرین چھےٚ یی کران تہٕ خسروس لوٗنان چھِہ کٔمِن بہرام ختم، مٲلِ ہِنز حۄکوٗمت اَنِ بدس۔ اَدٕ بٔنہٕ بٕ چھانگُن۔ خسرو ژراو شرارِ تہٕ ہیوٗت تہٕ پنُن مُلک واپس دِژھِن (بٔنِیس بادشاہ سِنٛدِ امدادٕ سیتۍ یمہٕ ہِنز کوٗر مریم نیتھ کرٕن) بہرامس شکس تہٕ بیوٚلھ تختس۔ ہیٚبارِ چھےٚ ہیٚین بانو تہٕ مران تہٕ شیرین چھےٚ تِہنز جایہ تختس بِہان۔ خسرو چھُہ شادو رٕس شیرینہٕ اَنِنہٕ خاطرٕ روانہٕ کران۔

شیرینہٕ اوس غذا دۄد۔ تِہُند یہ پہٕلۍ اُسی تیر دوٗر نیمٕتۍ۔ تِتہٕ پیٚیِھ اوس اُمِس دۄد سیٚٹھا ژٕپر ہیوان۔ فرہاد ناوٕک اَکھ وۄستاد چھُہ اَنِنہٕ یوان۔ تمِس چھُہ پہٕلِ سِنٛد پیٚیِھ شیرینہٕ تام دۄد واتناونہٕ خاطرٕ، پہاڑٕ ژٕٹِھ کھوٗل اَنان۔ مگر یہ چھُہ آسان گوٗمت شیرینہٕ پیٚٹھ عاشق۔ یہ بوٗزِتھ چھُہ خسرو اُمِس پانس نِشہٕ اَناوان تہٕ بیستون پہاڑ ژٕٹنٕک ہٕنٛدِ فایدٕ خاطرٕ، ژٹنُک درخاس کران۔ فرہاد چھُس اکھ کامہ بدلہٕ شیرین منگان۔ خسرو چھُہ مجبوٗر گژھان تہٕ فرہاد چھُہ بیستون ژٹان۔ خسرو چھُہ پریشان سپدان تہٕ اَکھ بُڑ اَنِتھ چھُہ تمِس فرہادس نِشہٕ سوزان۔

کوٗرُن ہے ہاے، گٔیہ شیرین مرِتھ رات

وُنِیس تامت کٔنِن گوٗسے ناژِتے ہیہات

فرہاد چھُہ "یا شیرین" کرِتھ مران۔ شیرین چھےٚ بوزان سۄ چھےٚ اُمِس کفن دفن کران۔ اَمہ پتہٕ چھُہ خسرو تہٕ شیرین بٔنِیہ رلان تہٕ کینژھُو حالاتو پتہٕ یانہٕ واٲنٛز واپس سپدان۔ اَتھو دورانس منٛز چھُہ حضرت محمدؐ پیغمبری ہُنٛد دعوا کران خسرو

چھُنہٕ اَتھ دھواہس ایمان انان۔ اُمس چھُہ مٔریمُن اَکھ نیچوٗ شیرِویہ آسان۔ سُہ چھُس گمہڈٕ قادٕ کَران تہٕ پَتہ قتل۔ یِہندِ پُھٹھو چھُس اسلامس پیٹھ ایمان نہٕ اَننک سزا میلان۔ شیرٔوین چھےٚ اُہندِس فراقس اَندر پنٕنۍ پان شمشیرِ سیتۍ ہلاک کران۔

# حبہ خوتون

## دلیل

شہرِ خاصَس منز اوس اَکھ اُمیر سوداگر خوجہ حیا بنْد ناؤک روزان۔ تَس اُمی چینِہ کِس بادشٲہس ملک داروبَس سیٚتھ خاص تولُقات۔ سُہ اوس کشیرِ ہِندِس خوجس نِش مال تہٕ وو زُم تُلان۔

اَکہِ لٹہِ پیٚیِلہِ خوجہ چھُ ملک داروبَس سیٚتھ حساب بوزان۔ تَس چھےٚ خوجہ پٔنٕنۍ ترٛے ساس تہٕ ترٛے ہتھ موہرِ باقے نیران۔ ملک داروب چھُ امہِ لٹہِ مُفلِس آسان گومُت تہٕ پیٚیِلہِ خوجہ اُمِس وُگرے منگان چھُ۔ سُہ چھُ سخ عاجز یوان۔ تہٕ آخر پَنٕنہِ زنانہِ سیٚتی مشورٕ کٔرِتھ چھُ اُمِس نیچِس پیٚچھ واتان زِ تمہٕ کَرِن خوجس پَنٕنۍ ٹاٹھ کور بقولِ مرحوم حنفی صاحب حبہ خاتون حوالہٕ۔

خوجہ حیا بنْد چھُ اُمِس کورِ چینِہ پیٚچھ کٔشیرِ واتناوان۔ کٔشیرِ واتِتھ چھِ اُمی سِندی جوہر نٔنۍ نیران۔ سعو چھےٚ خوجہ حیا بندس تہٕ تمی سِندِس نیچوِس حسابس پھیر کڑان یتھ تمہٕ پانہٕ سیٚتھا

مجبور اٰسی گمتی۔ تمہٕ اوس یہ کارکرنس پیٹھ خوش یُس آزاد کرنک وعدٕ ہیتھ تمٕت۔ یتھ سٕہ پتہٕ پوٗرٕ چھُنہٕ کران۔

سُہ چھُ اٰمس پننس نیچوِس خوٗجہ لاسس سیٹھاہ حفاظتہٕ سان ژٕ بتارٕ ژٕ پیٹھ خاندر کران۔ خوٗجہ چھُ تہنٛدِ خاندر بٔڈ چکہٕ چاو سان کران۔ مگر مہرٕ تہٕ مہرازس چھُ گوڈنیچے راتھ منز اَکھ عجیب گاٖیلہٕ درپیش یوان۔

خوٗجہ لاسس چھےٚ کُٹھس منز ژٕ ریش لگان۔ سُہ چھُ وُنی دوان تہٕ ژٕ ریش چھُس نہٕ لبنہٕ یوان۔ حبہ خاتوٗن چھےٚ یہ زانتھ زِ تمی سٕند یس خاندارس چھےٚ ژٕ ریش بجمرٕ، گلاسہٕ ہیتھ کُٹھ منز نیران۔ اُتی چھُ تمس اڈہٕ منز یہ دُیِ ژٕ تہٕ تیتھ لاٗنی نیلسے باگنہٕ یوان۔ یُس تس ہمیشہٕ خاطرٕ پننس خاندارس نِش جُدا چھُ کران، مطلب چھُ یہ زِ تس چھےٚ اُتھی وقتس منز اَکھ خوٗرشاپھ دوان۔ سۄ چھےٚ تس سینہٕ چھلتھ نوٗرِک خلتھ وَلان۔ خوٗجہ لالہٕ چھُ راتس آسان خاتوٗنہٕ پژاران۔ مگر سۄ ییٚلہٕ چھےٚ نہٕ گژھنے یوان تس چھُ شک گژران۔ اوٚ کنہٕ چھُ سُہ پتہٕ تیٚخ شرارتس لاینہٕ یوان۔

صُبحس ییٚلہٕ حبہ خاتوٗنہٕ شاپھ وۄتھان چھُ۔ سۄ چھےٚ یہ سوٗنچتھ بٔڈ پریشان گژھان زِ تمِ سٕند خانہٕ دار کیاہ آسہ تس متعلق سوچان۔ سۄ چھےٚ پھُٹرِ پتھو کمہٕ ٹھیو ژٕ ریش ہیتھ کُٹھس منز اژان تہٕ تمِ سٕند خانہٕ دار چھُ تس وُچھتھ پتھے کُٹھ نیبر ژٕ لان۔

خۄجہ لالہٕ چھُ حبہٕ خاتوٗنہِ ہِنٛز شکایتھ ہیٚنٛس ہاُلِس ماجہِ نِش تہٕ کران۔ تِمہٕ چھِ ہیٚنٛس نیٚچوِس چیٚنہٕ کِس سائلِس سوزان۔ ہُہ پائرِ چھےٚ حبہٕ خاتوٗن غمَس منٛز تٕلِتھ آسان گاٚمژٕ۔

خۄجہ لالہٕ چھُ اَکہٕ وۄہرٕ یِتھٕ گرٕ وایِس یِوان۔ سُہ چھُ دوٚکھ پاٚٹھۍ حبہٕ خاتوٗنہِ گرِس کیٚتھ گیرٕ کران تہٕ پانٛچھن داستاوان۔ یِتھٕ حبہٕ خاتوٗنہِ خانہٕ دار بنٛدہ بنِ کوتہٕ تھس پیٚٹھ کلہٕ تھاوِتھ نیٚنٛدرٕ ہیوان چھےٚ سُہ چھُ اَمی وِزِ تٔس لوٚنچہٕ خُط کٔشراوان یمہٕ ہُہ جواب تٔس خُلع اوسُس میوان۔ سعہ ییٚلہٕ نیٚنٛدرٕ بیدارٕ گژھان چھےٚ وُچھان چھےٚ زٕ خۄجہ لالہٕ تٔس دغا دِتھ تٕرٕ لمُت۔ سعہ چھےٚ پان پھاٹہٕ وٕنکٕ برادٕ کران۔ مگر اَمہٕ نِشہٕ چھُ تٔس اَکھ ہاٚنز بچاوان۔

اُتھۍ وقتس منٛز چھُ کٔشیرِ ہُنٛد بادشاہ یوٗسف شاہ ادسُت یُس خابس منٛز وُچھان چھُ زِ پانٛچھن چھےٚ دٔرۍ یادس منٛز اَکھ حوٗر پٕش زنانہٕ ییر گمٕژ۔ سُہ چھُ صُبحنس ہیٚنٛس درباری شایر مُلا سٕلمانس پرٛنٛدس کیٚتھ توٚت رَوانہٕ کران تہٕ پانہٕ چھُ گرِس کیٚتھ پانٛچھن نیران۔ تور دامتھ چھُ ہاٚنزٕ نِش معلوٗم کرانہٕ یِتہٕ حبہٕ خاتوٗنہِ گوہ ڈٕنبہٕ لیٚتھ وُچھان۔ یوسہ بےہوشی ہِنٛدِس عالمس منٛز آسِ۔ ییٚلہٕ مُلا سٕلمانہٕ پرٛنٛد تٔس نِش واتان چھُ سُہ چھُ حبہٕ خاتوٗنہِ اَکھتہٕ منٛز کیٚہا انداوان تہٕ پانہٕ چھُ گرِس کیٚتھ شہر واتان۔ پرٛنٛدس منٛز ییٚلہٕ مُلا سٕلمان ساز وایان چھُ۔ حبہٕ خاتوٗنہِ چھےٚ ہوش یِوان تہٕ سعہ چھےٚ تِمہٕ سِنٛدِس سازس نوقصِ

کران۔ شہر وٲتنٕ وِزِ چھُ بادشاہ تَس پننِس مجلسس منز بِہنہٕ گرٕ وٲجنہٕ ہٕنٛدِس صوٗرتس منز نہٕ کینٛہہ بُلی کرٕ پننِس مُشیرَن تہٕ وزیرَن ہاوِکو ہٕنٛدی پاٮ۪ٹھ تھاوان۔

حبہ خاتوٗن چھےٚ بادشاہَس پرٛٮ۪تھ قدمس پیٹھ رہبری کران۔ خۄدایہ سٟتؠ کارسازی تہٕ صنعت گری ہٕنٛدی توٗ بوٗتھ چھُس پیش کران۔ بیگمہِ سٟتؠ اختلاف کرٕ ہنس پیٹھ چھُس حُسن تہٕ قُبح ہیٚچھ نادان تہٕ اَکھ پیٹھ بادشاہ سُنٛد شادی پور زٕ لیتھ چھُس سٟتؠ سٟتی رٕزان۔

یوٗدوے خۄد چِہ لاگس چھُ پننہِ غلطی ہُنٛد احساس گژھِتھ حبہ خاتوٗن ژھانڈ نکھ تہٕ تَس دُبارٕ لِینکُھ شوق سِیٚکھ کنان تہٕ توٗے چھُ سُہ تَس وُنی دِوان۔ آخر بادشاہ سٟندِس مجلس منز ڈیشان بگر سعہ چھیٚنہٕ تَس سٟتؠ زُلُن بٔنیہ کینٛہہ تہٕ مانان۔ سعہ چھےٚ تَس آہ بد کرِتھ نیم معورٕ بناوان۔ بادشاہ تہٕ چھُ حبہ خاتوٗنہِ ہٕنٛدِس اَتھ فعلس زنانہٕ ہٕنٛز جفا جوئی سٟتؠ تائید کران۔ مگر سعہ چھُس نورٕ جرونما شاہ تہٕ تمہِ سٟنٛز کنیزٕ ہُنٛد حال بیان کران۔ یوٗس جرونما شاہنہٕ ڈلس پھٹنچہ بدخبر پیٹھ پنٕنۍ پان زٕنٛدے زالان چھےٚ مگر جرونما شاہ چھُ مُلہٕ تلہٕ زٕنٛد آسان تہٕ پننہٕ پھٹنیچ شوٗوے چھےٚ تمہِ آسان محض پننہِ ین حرم خانچِس زنانن آزماونہٕ خاطرٕ ژٕ اوٗمرٕژ۔

دوٗیم دلیل تہٕ چھُس بوزناوان یَتھ منز یہٕ سبق میلان

چھُ زبردست خاہ چھُ بدٕے یۄدوٕے تس سیٖتۍ سیٹھا پٲژر تہٕ پیٖیہ ؤرتاونہٕ۔ اوٕے کِنہٕ چھُ گگر اَکِس ہٕمہِس بَچھ کٔرِ پان پیٖیلہِ سۄ تس شُرین ہُنٛدِ قبضس منٛز کرٕان چھُ۔

اِمہِ دٔلیلہِ بوزنہٕ پتہٕ چھُ یوٗسُف خان بێیہِ اکہِ لٹہِ حبہ خاتوٗنہِ ہِنٛزِ دانٲیی تہٕ عقل مُنٛدی ہُنٛد موترف سپدان۔ مگر تۄتہٕ چھُس شہِ سیٹھا مدار کرٕان تاکہِ سۄ ژٲوِہے خۄدٕ چہٕ لالُن مٔلالہ۔

یۄدوٕے حبہ خاتوٗن چھێنہٕ بێیہِ خۄدٕ چہٕ لالس سیٖتۍ ازدواجی رِشتس منٛز رُوزُن یژھان تۄتہٕ چھێے سۄ خۄدٕ چہٕ لالس دوبارٕ زِنٛدگی پراونہٕ خٲطرٕ دُعا کرٕان۔ یِمہِ موجوٗب سۄ ٹھوٗد وۄتھان چھُ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ تس حبہ خاتوٗنہِ ہُنٛد لوٗب وۄدُس برابر روزان۔

یوٗسُف خان چھُ حبہ خاتوٗنہِ ہَنہٕ وٗنہِ معہ کٔچھ گُلمرگ خۄدٕ چہٕ لالس سیٖتۍ سٲلس نوان۔ مگر تتہٕ تہٕ چھێے سۄ بادشاہس ٹا کارٕ جواب کرٕان۔ پتہٕ پتھ چھێے سۄ ہوٲیی وُڈٕ تھ گژھان۔ اَمہِ سیٖتۍ چھُ بادشاہ سُنٛد دِل مۄلوٗل گژھان تہٕ خۄدٕ چہٕ لالہ چھُ اَمے وقتہٕ امانتھ دِوان۔

●

# قمرالزمان

## دلیل

اَکِس نُدِس اوس بادشاہ یُس زمان شاہ ناو اوس۔ سُہ اوس مَرِسان شُرا نہ کو مُسیبتھ کڑان زِہتگ تہٕ مشگ پیٖپیہ تسُ اَتہٕ دُچھان وُچھان ہَتِس پتہٕ زنڑ رِس کُن نظرِ۔ شُرا مُرا اوسُس نہٕ گیٚژھان۔ ییٚلہ کُنہ یہ سوٗنچھ زِ مےٚ پتہٕ کُس چلاوِ سوٗ ناکو مَنتھ تہٕ میون ناو کِتھۍ پأٹھۍ روزِ زِندٕ گوٚس ٹلواس۔ پیٖرن فقیرن گو، اَستانن تہٕ زیارتن ہیٚچھ کرُن مَنتگ منتگ زِ گڑنہٕ پأٹھۍ پھیرِ نا دُوٚنس سبزار۔ آہ پوٗز کیٚنٛہہ اندیوس تہٕ۔ آخر دِتنس وزیرن کھتہٕ دلیٚر خاراتھ کرنہٕ مشورٕ۔ خزانن آسہ بَرہٕ کِھچ ٹراونہٕ۔ غریب تہٕ عاجزن آسے پوٚشنہٕ بَرہٕ۔ خُدایَس کوٚر شُکر بوٚزُن تہٕ بادشاہس کُرُن سیٚعد خُوبصورت تہٕ گاٚرِ مُلند نیچُو عطا۔ یس قمرالزمان ناو آو تھونہٕ۔ شہزادِ آو دوٗد تہٕ دائن رچھنہٕ۔ یہ اوس سہ پٹھا تِرِ کتہ تہٕ کأرُن۔ ییٚلہ کُنہ اُمر تراو دا وُہرِ گژھنس تامے پرِ لگو تہٕ بیکھنکس سارے مرحلہ طے کرے۔ مگر سوٗ دے جان اُسیتھ تہٕ گو اکھ مسئلہ سہ یہ زِ شاہزادس اُس لوکچار پیٚٹھے زنانن

ہٲنِس نفرتھ۔ شہ اوس زنانہٕ ہُنٛد ناو بوٗزِتھٕے دولان تہٕ زٕزن کھسان۔

اَکہ دوہہ یہ تیٚج بادشاہن شاہزادس برونٛہہ کنہٕ تسٕنٛدِ نیتھرٕچ کتھ۔ مگر شاہزادَن تچھٕ ترٲو کنہٕ۔ تِمو موٚن نہٕ کُنہِ رنگہٕ تہٕ نیتھر کرُن۔ مٲج گَیس مَنہٕ ناوِنہٕ۔ اَمیرو وزیرو دِتُس نصیحتھ۔ زٕ یا ترٛے پھیرِ کوٚر ہس۔ مگر شاہزادَن مانہٕ نہٕ زٕ کتھٕ۔ بادشاہ گو نار و نار۔ گوڑٕ دیتُن شاہزادٕ مارنُک حُکم مگر اَمیرَن وزیرن ہٕنٛدِ وَننہٕ نیوٗن یہ حُکم واپس تہٕ اَتھ بدل دیتُن حُکم زِ شہزادٕ گژھِ جنگلس منٛز گٔژھ زوٗن نظربنٛد یُن کرنہٕ۔ اَتھ آڈرس پیٹھ سپُد فورن عمل۔ شہزادٕ آو دوٗر اَکس جنگلس منٛز جمہٕ خانس اَکِس منٛز قٲد کرنہٕ تہٕ اَکھ نوکر اوٚتھ تھووُہس خدمتس۔

زمان شاہنہٕ مُلکہٕ دوٗر اوس بیٚاکھ مُلکھا۔ اَتہِ کُس بادشاہس اوس راے دیو ناو۔ راے دیوس اُسہ گِنتی کوٗر۔ زوٗنہٕ ہِش سعندر تہٕ شیٖتل۔ مگر اَمس مَردَن ہٕنٛز دیے ترٕیہ اُس نہٕ بالغ گژھتھ نہٕ نیتھرس راضی سپدان۔

قمرالزمان ییتھ جایہ قٲد اوس پھیران پھیران واتٕ اَکہ دوہہ تہٕنٛدِس قٲد خانس نِش اَکھ پٔری یتھ سعہ ورد کرتھ اندر ژاییہ۔ یُتھے تِمہ شہزادٕ وُچھ تسٕنٛد حُسن وُچھتھ گییہ سعہ یُہیتھ تہٕ پھیرِ پھیرِ یِچھ تس وُچھنہٕ۔ سعہ ییتھُے اَتہٕ واپس دژایہ تَس سمکھ اَکھ جِن، ییٚس "کُنہ کُس" ناد اوس۔ تمہِ پَچھیرُ شاہزادٕ سٕنٛدِ حُسنُک جِنس نِش۔ جنَن اُسس راے دیو نٕ کوٗر وُچھمٕژ۔ شہ لوٚگُس تورٕ شہزازٕ ہٕنٛدِ حُسنُک ھتیسکنہٕ۔

دٔہ شوٗرِ نِژ ہٹوسہٕ ہٹوس۔ یِیمہٕ کنٕتھ ہیٚنٛد فاصلہ کرنہٕ معہ کھہٕ زِ دٔہ یوٚ منٛز
کٕس چھیٚچھ ژٲر خوبصورتھ، کوٚر دٔہ شوٗپے مُشخص زِ دٔہ شوٗرے (شاہزادٕ
تہٕ شاہزازٕ) اتھ کُھہ اکھ اکس نِشہٕ ۔ چھنٛن کوٚر وُڈوٗ تہٕ ژہِس منٛز اُنن
شہزاگنٛد محلہ خانہٕ منٛز تِلیتھ تہٕ واتناوُن قاعدٕ خانس منٛز۔ اکھ اکس وُچھتھ
گے دٔہ شوٗرے پہ ڈٔیِ زٕ تہٕ مَستو تہٕ بنے یہ عاشق ۔ گٔمہ ڈٕنٛکیِ مُلاقاتس
منٛز بدلاوِ یمو اوٚرِ یوٚر واچھ ۔ یُتھے صُبُح سپُدن ہیوٚتن، وِرِدْ کرتھ یاوُدِ چھٕنٛن
تہٕ یِرِہٕ دٔہ شوٗرِ نیٚنٛدِر ۔ شہزازٕ تُجکھ تہٕ واتنأوِکھ واپس پنُن گرٕ ۔

صُبحن ییٚلہِ دٔہ شوٗرے ہُشار گے رمٕو ہیوٚت اکھ اکی ہنٛدِس
فراقس منٛز گلُن تہٕ ودِ اکھ دِنی ۔ لُکو دوٚپ زِ مُژرٕ آکھ ۔ شہزازٕ
وٲن مألِس پنٕنِس محبوبہٕ سنٛد خولہٕ خط تہٕ شہزادن تہٕ کر پننہٕ دادِ چ
بادٕ کتھ ۔

راے دیوٚن دُیُت حُکم زِ یُس میانہٕ کوٗرِ پسنٛد یِیہ سہٕ کرٕ تتن
تس نیٚتھر۔ پوٚز یُس اتھ منٛز ناکام گژھہٕ تس پییہ گرٕدن دِنہٕ ۔ واریاہ
جوان گے قِسمتھ آزمأیی کرنہٕ مگر آسے پننہِ جوأنی وٕہٕسو کرتھ ۔ کلہٕ ہِن یِیر
کھٕنٛتو انبار تہٕ شور وۆتھ۔ آخرکار دیُت شہزازِ ہنٛدی دٔہ دٕ بأے
اکھ مأملس انٛد یوٚر ۔ قمرالزمانُن خولہ خط شہزازِ نِش موٗلوم کرتھ دراو
شہ تس ژھارنہٕ تہٕ ژھنٛدِتھ تہٕ ژھانٛڈِتھ گوو پننِس مقصدس منٛز
کامیاب۔ دوٚن دِلن موٗلوٗلن گو میٚلُن تہٕ جوأنی ہنٛدی اَتن کھنکا یہ پیٚنہٕ
ٹھکٕنہٕ۔

●

# گُل بکاولی

## دٔلیل

شرقستانس منز اوس اکھ بادشاہ۔ ناو اوس زین الملوک۔ اُمِس اُکھ پانژھ گٔبرٕ بیٚترِ مِس اوس ناو تاج الملوک۔ نجومیو ووٚنُس ہرگاہ ژٕ یٚمے گوڈٕ نکیٚن بہٕن وریٚن تام یٚمس پیٚٹھ نظر پیٚیی ژٕ گژھکھ اَنٛد۔ یِتھ چھہ کانٛہہ تدبیر کرُن پیٚیہ تہ یِتھے شاہس شکارس گژھان اُمِس پیٚٹھ نظر پیوان۔ شاہ چھُ اوٚنٛز، بیٚدتھ اُمِس پٔریتھ۔ دِوان۔ شاہٕنہ رشد اُنزوک علاج چھُ اکھ پوش اسان یتھ گُل بکاولی ونان چھِہ۔ یہ پوش حاصل کرنہ خٲطرٕ چھِہ ژور شہزادٕ نیران۔ تاج تہ چھُ رخ بدلٲوِتھ اکھ کاروانس سیٚتی نیران۔ شہر فردوسس منز چھِہ یِم ژور شہزادٕ اکس عیار زنانہِ دلبر بیسوایہ ہٕندِس داوس لگان۔ مگر تاج چھُ اُمِس عیار زنانہِ چھارٕ نٕسیٚتھ ہارٕ ناوان تہ مال کھو دولت بلکہ اُمِس دلبر تہ زینان تہ اتہ نیرتھ چھُ یِوان دیوَن ہٕندِ ملکس۔ تاج چھُ دیوَس یارٕ لاگتھ حمالہ دیوٕ ہٕندِ ناوِ خط ہیوان۔ یتہ چھُ اُہندی ذریعے پرستان واتان اتہ چھُ

تاج گو ڈنیٖتھ کھانٛدر اکس آدم کورِ محمود سیتیٚ کران۔ حمالہٕ چھس مددگار بنیٖتھ گژھان اَتھ بکاولی ہٕنٛدِس باغس ہُد دِیاوان۔ تاج چھُ پوش اَنان تِژھ مگر سیٚتی چھُ بکاولی ڈیشتھ والہٕ واشہ تہٕ لگان۔

تاج چھے پیٚٹھ ۔۔۔ تہٕ دلبر چھس سیتیٚ مگر بأے چھس اَڈورتی پوش ہیٚتھ ژٕلان۔ مأکِس یہ ہاوِنہٕ خأطرٕ پوش اَنُن اَسہِ حأصِل کرُتھ۔ تاج چھُ حمالہٕ دیٚونہٕ ہٕنٛدِ ذٔریعے شرقِستانس کرِ لوٚر بیٚیاکھ شہر بناوان تہٕ پیٚتھ پأٹھۍ مألی سٕنٛد توجہ زینان۔ بکاولی چھے پے گژھان اور واتان تہٕ پننس اَمس پوشہ ژوٚرس خط سوزان۔ تاج چھُ بکاولی ہٕنٛدِ باپتھ پرستان دَوان۔ بکاولی سیتیٚ چھس وَصل سپدان۔ اَکہِ دوہہ چھِک بکاولی ہٕنٛزِ مورج جمیلہٕ وُچھان۔ سۅ چھے بکاولی بے یزتی کران تہٕ تاجس اکس وأراتس منٛز دأرِتھ دِوان۔ تاج چھُ صدمہٕ تُلان تُلان فِروز یٚترِیے یوٚسہٕ بکاولی ہٕنٛز بیترِ بینہٕ چھے آسان ہٕمکھان۔ تاج چھُ اَمس اکس دیوٕ سٕنٛدِ قأدِ منٛز سوٚ کلاوان تہٕ اَہنٛدی دُسی چھُ تاجس تہٕ بکاولی کھانٛدر سپدان۔

راہٕ بیٚنٛدر راز چھُ بکاولی نادسوٚزِتھ پننس دربارس منٛز نٔژناوان۔ اَکہِ دوہہ چھُ تاج تہٕ ژوٚرِ پأٹھۍ بکاولی سازِ چ شگفت دِتھ یِناعٔ حأصِل کران۔ مگر راز چھُ نژان تہٕ بیٚنٛد راز چھُ تاجس عشق اَزماوِنہٕ باپتھ بکاولی شاپہ دِوان تہٕ کنِٛۍ بناوان۔ سۅ چھے شنگلدیپ کِس اکس منٛدرس منٛز تھاوِنہٕ یِوان۔ مگر تاج چھُ شنگلدیپ واتان تہٕ اکس ہِنٛدی

شہزادِ نِش ہاوٕرِتھ تس سیتؠ کھانٛدر کران۔ شہزادٕ چھےٚ تاج گُنٛڈتھ دٔہ ہنی آوُرِتھ چھِتھ بکاولی ہُنٛد پوٚتُل (گُمز) تہٕ مَنٛدر ریز ریز کرناوان۔

بکاولی چھےٚ نوٚو زُلم اُکس تَمیلہِ وأنٛز ہنٛدِ گَرٕ لُٹان۔ چھیکرس پیٚٹھ بکاولی تہٕ تاجس کھانٛدر سپدان۔

# رعنا زیبا

## دُلیل
۱

مُلکِ ختنس منز اوس ملک ریحان ناوٕک اکھ بادشاہ۔ یُس رنگہٕ رنگہٕ بخت یاور اوس۔ تس اوس خدایَن منٛگنہٕ سٟتۍ نیچُو عطا کوٚرمُت۔ ملک رعنا یس سُند موتُد۔ تہٕ شکیل۔ سُہ اوس وُنہٕ سٮ۪تہٕ وُہرُے تہٕ ملک ریحان گوٚو مَرِتھ۔ اَمِس وزیرَن چھہ مشورٕ کٔرِتھ ملک ریحان سٕنٛدِس بأیِس صنوبر شاہس رانہٕ گنٛڈنہٕ پُشرادٲن۔ صنوبر شاہ چھُہ پوٚرہِستن دٔسی تیٚن مُلکس پیٚٹھ راج کران تہٕ شاہزادٕ تہٕ چھُہ زودداہ وُہرُ واتِتھ پننِس پیٚترِس راجُت تس حوالہٕ کٔرنہٕ باپتھ ژنان۔ صنوبر شاہس چھہ طمع گلہ گنٛڈان تہٕ سُہ چھُنہٕ باپتھرس راجُت حوالہٕ کرنہٕ باپتھ آمادٕ۔ سپدان صنوبر شاہس اَمِس زیبا ناوٕچ اَکھ کوٗر یُس ختنس منز جورٕے اوس نہٕ۔ ملک ریحانَن تہٕ تمہِ اوس زندگٲنی منزے اَمِس پیٚترِ رشتہٕ کرِتھ واد کوٚرمُت۔

ملک ریحانُن مرنہٕ پتہٕ ژاو صنوبر شاہس شیٚطٲنس ژوٚر۔ تمہِ ہیوٚت پوٚت ملک رعناہس گوٚو پہٕ دُچھتہٕ سیٹھا دُکھ۔ تمہِ لیچھی پننِس پیٚترِ صنوبر

شاہَس چیٖچھو تہٕ پادِشاہَس بٲپس سیٹھا کٔرۍ میٚتھۍ وادٕ یاد۔ صنوبر شاہَن
ہُزٕ تٕہ تمۍ سٕنٛز کاشہ تہٕ کٔمِتھ۔ رعناہَن سوٗز مویوٗس سپدِتھ زیبایہ
دایہ اَتھہ خط یتھ منٛز تمۍ وۄنۍ تھ وٲنِچ لوٚیچ بادِتھ کٔرتھ ختن ترٲوِتھ
تٔرلنٛک اظہار کوٚر۔ جوابَن ڈیٚت زیبایہ تہٕ ملک رعناہَس لوٚکُٹ
اظہار کران خمتِہ منٛز راتو راتھ نیر نَکٕ مشورٕ۔ ییٚتھِنہٕ زمانہٕ لوٚلُس
ٹھیٚر بہیہ۔ تِم ڈٔلاے دۄشوٕے شُباہٕ تہٕ پیٚیہٕ اَکِس سمندرٕ بٔٹھِس
پیٛٹھ وٲتِتھ۔ تِم گٔے ترٛٲوِتھ تہٕ تراوِیَن منٛز زٕکیا کرِتھ تہٕ کیٚشہٕ۔ نہ چھُ
یتھ ژٕلنٕس دار تہٕ نہ بردنِتھ نیٚکتس۔ ہٕشٕکہ تہٕ منٛگہ گیٚیہ شِکار یاہ اکھ
بوٚڈ۔ تمۍ دوٚپ ظٲہر ڈٔلایہ یتھی اَتھہ تہٕ لوٚگُکھ ہٲنٛزس سمندرُک
حال پرٛژھن۔ تمۍ بیوٚلہٕ زیباوِ چھِ تمِس تنبلیو دِل تہٕ دوٚ وٕنکھ
شِکارٕچ چھٕنہٕ ترٲوِتھ دِیُتھ ترٛوٚنوٕے اَکی چھیٖرٕ اَپور تٔرِتھ ہیٚکو۔
سمندرس رٔسہٕ رٔسہٕ تاپہٕ تٔرنس لَگَن برابر زٕ تُجی دۄہہ۔ ناچار گٔژھِتھ
تہٕ صنوبر شاہنہٕ لشکرکہٕ تہٕ حملہٕ کرِتھ خوفہٕ کرٕ رعناہَن کمہ تامہ حالہٕ
زیبا ہٲنٛزس حوالہٕ۔ سو سمندر بٔٹھ اَپارٕ تراوِنہٕ باپتھ کٔرنس عاجزی
باپتھ روٗد بےراہ سمندرس وٕتَن وچھنہٕ تہٕ وٕنۍ دِنہٕ۔ تام دوٗرِ ہے تیٚ ہٲنٛزس
زیبایہ ہوشس تہٕ لوٚلس رٕلۍ ٹھوٚل۔ زیبا دِلدارہٕ پتھرٕ لوٚیچ کلہ مجبور تہٕ ہٲنٛز
تہٕ ہاوِ سو مغلوٗب۔ دِلیلن تہٕ تمثیلن منٛز گُذرییو ییٚتھے کُنہٕ وقت۔
زیبا سِنٛز دِل پھُٹتھ دِس بدُعا۔ قہرٕ دٔرِتھ آیہ بَرجوش۔ جۆانا اَکھ گوٚ
بیٚکِس شِکارِ کیٚتھ نوٚن۔ زیبا وُژھ درد زٕ ژنٛگ بہانہٕ کٔرتھ تتھ منٛز۔

شِکارٕچ ؤزاے ہیوٗ ہِکہ زورٕ تیز مَنٛز ہرلس کٕنۍ بٔنِدر وُچھتھ وۆن ہاٗنٛزن نوجوانَس سورُے ماجرٕ۔ تَس لۆگ اَحسان کٔرتھ ہُند پَے۔ تِمۍ کوٗر ہاٗنٛز شندر لٕہرن حوالہٕ۔ ہاٗنٛزن تِھوٗل آبہٕ بُزی گٔژھتھ زُوٕ نِشہ اَتھٕ۔ پتہٕ پاٗٹھۍ لۆب تِمۍ پننہِ کرِ مَتینِک پھل۔ زیبا وٲژ سمنٛدرٕ اَپارٕ " طراران" زُوِس پیٹھ۔ یہ اوس قہندٕ ؤزی کُٹیرن ہند اَڈٕ۔ زیبا یہ تمگھاینہٕ اَکھ نوجوانا۔ یہ اوس قہندٕ ؤزی کُٹیرٕ و بٔنٛد تھوٗومُت۔ زیبا یہ کوٗر سُہ آزاد۔ دۆشوٕے سپدۍ گُرٕن سوار تہٕ وٲتۍ پاٗٹھۍ کوٗرکھ وۆداوۍ یتہٕ یہ دۆپہ کوٗرکھ جایہٕ اَکس قرارٕ تہٕ نوجوانَن بوٗز زیبا یہ پننہ لولکۍ دَردٕ بٔرٕت اَفسانہٕ۔ مسعوٗد ناوُک یہ نوجوان اوس ژھۆداہیہ وُہرُے تجارتہٕ رکس سلسلس منٛز تاتار گومُت۔ ژھۆن ؤری ئِن بایارٕ کرٕنس دوران چھُہ سُہ گُلروٗ ناوِچہ اَکِس نازنِہ تہٕ نازنِینہِ پتھ مُتان۔ تاتارٕ نیبرٕ نِتھ آیہ تِم سمنٛدرٕچ سفرس منٛز ہیٖنہٕ۔ وٲژ طوفانس منٛز گوٚ مال و اسباب، ژۆنٛز بیترٕ سورُے کینہہ آبہٕ بُزی۔ مسعوٗد چھُہ اَکس تہٕ گُلرو بیٚکس پیٚٹھ کھٔنٛچ پیٚٹھ رٔچھتہ تمام پاٗٹھۍ بیٚیران روزان تہٕ بچان۔ وٲتۍ کہ زورٕ لۆگ سُہ یتھ تہٕ پتھ بۆٹھہ۔ گُلرو یہ ہند دۆرٕ رُک نارِ لِہٕ وان۔ مسعوٗد ژراو اَمہ پتہٕ رعنا ہس مُلکہٕ چین ژھارنہٕ۔ گُلرو تہٕ وٲژ بۆہٹھ لَگِتھ زیبا یہ نِش۔ اَمِتھ دورانس منٛز چھُہ صنوبر شاہ تہٕ مران۔ رعنا ہن پٲو رانہٕ گٔدۍ۔ زیبا یہ ژھارنکہ پتہٕ دِژ اوسُہ تاجر بَنِتھ۔ شیٚنۍ یہ رِیتھ ووت شُستہ "طراران" زُوِس پیٹھ۔ پۆتُس سیٚمہ یہ سارٕچ چینس منٛز۔ مُلکہٕ رعنا

چھُ زیبا یہ تہٕ مسعوٗد گُژھو یہِ پٕژ اوان ۔ دوہ نوٗرے جو یہ رٔلے پہٕ فراقس
منز دوہ کھٔتن تہٕ دوہ لابن بُتھہِ لگیتھ بیٚیہ پانہٕ وأنی ۔

ملک رعنا ووت ختن واپس تہٕ لوٗگ راجتھ کرٕ نہٕ ۔ مسعوٗد
بنیوو وزیرن ہُند سردار ۔ سارِ نے ہنٛدِ دِل آیہ بجانہٕ خوش تہٕ خوشحال
پأٹھۍ لگو دوہ دوہ کڈنہٕ ۔

# قمرالزمان وبدورا

## دٔلیل

مُلکِ کہُستانس نکھہِ خُلدانٕکِس پادشہ شہ زمانس اوس نہٕ اولاد ا
کانٛہہ۔ یُتھ کٲلی زاو تس اکھ نیٚچُو یس قمرالزمان ناو کوٚرُکھ۔ تنجیم دانو دِژ
ژِیتہٕ وُنی زِ اَمِس پیہ اَکہِ وَقتہٕ نختَس کوس۔ بالیغ سپنِتھٕ وۄرِثھ اَمی
سِنٛدِ خانٛدرِچ کنتھ۔ مگر شہزادَن موٚن نہٕ اَمہ رِکنہٕ خانٛدر کرُن زِ زنانہٕ
چھےٚ بےوَفا آسان۔ ییٚلہِ نہٕ پادشہس کیٛنٛہہ چلیوو تمہٕ کوٚرُس قاٚد۔
قاٚدخانہٕ اوس میمون پٔری ہُنٛد جایُن۔ اکِہ دۄہہ گو تس شہزادس نظر تہٕ اَمی
ہنٛز شکل ڈیٛشتھ گیہ سۄہ حیٲران۔ یہ اَمس اکھی حالس منٛزٕ دِلکش
ناوِی اکھ جِن دزراو اَیاٚری۔ یہ اوس اَمہ ساتہٕ چیٖنہٕ پیٹھ آمُت۔ میمون
پٔری وۄن اَمی جِنَس زِ شاہ چیٖنہٕ سنٛز کوٗر گیٛہ مےٚ نظرِ تس چھنہٕ
شکلہِ جوڑ سے۔ امن لوٚاگ بحث زِ جادٕ شکل کٔس چھےٚ۔ موغعر سوٗنٛچکھ زِ
دۄشوِے بھاووکھ نکھہ نکھہِ اَدٕ تیٚرِ فکر۔ چیٖنچ شہزادی آیہ اَدٕ ستے
داتنا۔۔ پتہٕ شہزادَس نکھہ بھاوو نہٕ۔ مگر پیتھٕ پاٹھو تہٕ مٹیو مکس نہٕ کانٛہہ فاصلہ

سَپدِتھ۔ تٔر اَکھ گُل شُشد پیوٚ ضنوٚر وٚرتھ۔ بیٚیاکھ دیوا کوٚر رُکھ ھاٚ مزٕ۔ تمیٚ کوٚر
سونٛچایہٕ وۄنُنکہ شکلہِ چھچھنہٕ اَکھ اَکس زٕشس کینٛہہ سِرِس۔ وۄن کریو کٔہ عقلہ
اِمتحان۔ شہزادی آیہٕ شاچہِ دِیتھے لھاونہٕ تہٕ شہزادٕ کوٚر رُکھ ہُشار۔ سُہ گوٚو
وُچھان وُچھان اَمس عاشق تہٕ ہیوٚتُن اَمس گوٚرٕ گوٚر کرُن۔ یییلہِ نہٕ یہ
ہُشار گییس بَدلاوُنس وأج۔ یُرکہ یہ دِتس شاچہ تہٕ کرُن شہزادی ہُشار۔ سوٚتہٕ
گَیہ شہزادٕ وُچھو یتھے اَمس منٛتو۔ تمہ تہٕ اوس نہٕ اڈاتاں خاندر کرُن لیمے
رِکنو وونُت زمرد چھم بےٚ وَفا آسان۔ کوشش کرُن زٕ شہزادٕ گژھہ نا
ہُشار سَہ سُہ کیتہٕ۔ اَمس گوٚر گوٚرٕ کرأنی گیِس زو یہ تہٕ شونٛچ۔ میھون یُرتہٕ
دِیُت جِنس حکم زٕ شہزادی تراوُن چھین نتھ پننہِ جایہ۔

شہزادٕ ییٚلہِ صُبحن ہُشار گوٚ تمیٚ ہیوٚت پان تہٕ جان مارُن۔ ڈیڈ
واتِن نیہ بادشاہس خبر۔ تمیٚ ییٚلہ قاد خانس منز یچھ اَمس دلیلا
پُرژ [illegible] تارن گوٚو۔ دَم دِلاسہٕ کرِتھ اندیوس نہٕ کینٛہہ۔ چنانچہ شہزادٕ تہٕ گیہ
یِھہ [illegible] تہٕ سعہ تہٕ آیہ دیوانہٕ زأنتھ بند لھاونہٕ۔ پننہِ دا یہ ہُشد نیٚچوٚ
مرزبان شیرارس دھد بوسے۔ تمیٚ ییٚلہ یہ دلیل بوٗز سُہ دڑاو شہزادٕ
ژھارنہٕ تہٕ [illegible] ہیمٹھا خأرِی ژلِتھ ووت خُلدان۔ تتہ سمکہ سُہ حکم لأگتھ
شہزادس تہٕ [illegible] تس شہزادہ منز ساٗرے دلیل۔ شہزادٕ گو ٹھیک تہٕ
قأد منز [illegible] کدٕ۔ [illegible] اَکہ دڑاسے یِہ شکارُک بہانہٕ کرِتھ۔ فوج اوٚسُکھ
سیتو۔ راتھ [illegible] اَکس جنگلس منز۔ فوجس ییٚلہ نیٚندر پییہ۔ یِم
کھیوٚتو گرٕ۔ [illegible] یا نہٕ گرا اَکھ تِلکھ [illegible] تو۔ دوٗر [illegible] تتھ موٚر کھ

یہ گرٕ۔ اَمہ پیٹھٕ تَس منٛز بتھاوِکھ شہزادس سٕندی پلو بیتھ ناوِ بتھ آتی

تہٕ پانہٕ ژٕلی۔ فوجن ییلہٕ صُبحن یم وُچھ ہٕ تمو ہیٚتو وُچھن کھوورِ

ژھانڈٕنی۔ تہٕ ییلہٕ شہزادس سٕندی رٕتہٕ ہٕرِت پلو وُچھکھ زونکھ

زِ شہ چھُ شکارس پیٚتہٕ دوران گژھیمژ مارٕ گومُت تہٕ تسنٛد یار چھُ زوٗکرٕ

خوفہٕ ژٕولمت۔ شہزادس سٕندی پلو ہیتھ گٔے تِم شہر واپس۔

ہُمیارٕ کہ ووت شہزادٕ مرزبانس سیتی چینس تہٕ حکیم لٔگتھ گوٚ شہزادٕ

بُلراونہٕ۔ تمہ ییلہٕ قمرالزمانس سیتی مُلاقات کوٚر۔ سہٕ بلےیہ۔ پادشاہن

کوٚر پننہٕ ییمہ وادٕ مطابق زِ یُس شخص شہزادٕ بلراوِ تَس سیتی کرِ مس

خاندر۔ یمن دوٚن نِکاح۔ کینٛہہ کال گژھتھ ہیوٚت قمرالزمان شاہ

چینس روخصت نہٕ ژٕراو ملکہ بدورا ہیتھ پنُن وطن۔ پادشاہن دِژ

پننہٕ کور رٔچھ پانژھ اَکھ رٔچھ سیتی تہٕ فوجہ کاروانا ہیتھ سیتی یم

چینہٕ پیٹھٕ روانہٕ۔ وَتہٕ پیٹھ جایہ یمن گوڈٕ نیچہ راتھ لُج۔ قمرالزمان مُرادِ

پننہٕ زنانہٕ کمربند تہٕ دوٚپُن یہٕ وُچھہا اَتھ منٛز کیا چھُ۔ اَتھ منٛز وُچھن

رٔچھو۔ تس آو حاجت بشرٕ تہٕ ژٕراو یہ ہیتھ نیبرٕ تہٕ تھووُن کنہ اَکِس

پیٹھٕ۔ اَکھ جانورا آو تہٕ تمہ نیہ یہ جوٚنٹ دِتھ۔ شہزادٕ دوریوو اَمس

جانورس پتہٕ تہٕ وارِیاہ کالا روٗد اَمہ سہے پتہٕ پکان۔ اَکِس جایہ مور یہ

جانور بیٚکی اَکی جانورن تہٕ رٔچھو نینگلووُن۔ شہزادٕ گوٚ مویوس۔ اوریور

دِژِن نظرا تہٕ وُچھُن اَکھ شہرا اَکھ دوٗرٕ پیٚن تہٕ پوٚک اَتھ کُن تہٕ ووت

اَتھ نکھہ اَکِس باغس منٛز۔ اَتہٕ بیوٚٹھ باغوانس نِش مہ ہنوی لانہٕ۔

بدوراہ بییلہ ہُشار گژھتھ شہزادٕ کُنہٕ وُچھنہٕ سۆ گیہٕ پریشان۔
خیمس نیبر کتہٕ وُچھُن ژھوٚرُے کمربند۔ وۄدُنا برژھنا کوٚرُن تہٕ
سوٚچُن ز فوجس گوٚژھنہٕ پتہ سگُن۔ پننی پلو لاگِتھ پننہٕ دایہ تہٕ پانس
کوٚرُن مردانہٕ رُخ تہٕ بنے یہ قمرالزمان۔ صُبحُ پھوٚل تہٕ گے روانہٕ۔ واتان واتان
واتی ابونی شہرس منز۔ اَتہٕ کوٚرنکھ بادشاہن استقبال تہٕ بناوُن پننی
میہمان۔ کینژھہ دۄہ گزرِتھ کوٚر بادشاہن پننہٕ کوٚر حیات النفسہ اُمس
سیتۍ خاندر۔ بدوراہ ووٚن خلوتھ پأٹھۍ سورُے راز حیات النفسہ تہٕ تمہ
ڈیتُس ہمدردی ہُنٛد یقین۔ قمرالزمان روٗد دۄن وریین باغوان سِنٛدِ
گرٕ۔ اکہ دۄہ ہیُٛتین تس اَتہٕ دۄن جانورن ہیچھ نظریم بانہٕ وانی
لڈان اُمہر۔ اکھ جاناوار وُچھُن بیٚیس مأرِتھ پتھر دارِتھ دِدان۔ یہ
گوٚز دیکھ تہٕ وُچھُن اُمس وچہ ژٲرِتھ۔ اُمہ سِنٛدِس شِکمس منز گیُس
زُچھو نظر۔ یہ کُڈِن تہٕ آو گرٕ۔ کینژھہ دۄہ گژھتھ ہیوٚتن باغوانس
اجازتھ۔ اُمہ ڈیتُس حالا جاداد یُس اُکس جہازس منز برنوٚوکھ۔ شہزادٕ
آو واپس باغوانس شکریہ کرِتھ اَتہٕ وُچھُن، یہ موجود تھیٚ۔ کفن کٕ دفنک
انتظام کرنس منز لوٚگ اُمس کینژھہ کالا تہٕ اَتہٕ معلوٚم گژھتھ یہ بلہ ستۍ دُژھس
پیٚھٹھ ووت جہازٕ اوس ڈرامت۔ ہُپارِکہ ووت ابونی شہرس منز سوداگار۔
بدوراہ یِکھ خبر سۆ گیہ پانہٕ تہٕ وُچھُن جہازس منز سیٹھا مال۔ اُمہ یوٚر ژھہ یہ
ملی ہیتُون۔ مگر معلوم سپُدُس ز یہ سامانہٕ چھُ بیٚیے کُستان سُنٛد یس جہازٕ
ژوٚلمت چھُ۔ اُمہ کوٚر حالہٕ جاداد ضبط تہٕ سوٗزُن سوداگارتس اَتھنہٕ واپس۔

کینٛہہ دوہ گژھِتھ ووت قمرالزمان تہٕ سورُے حال کوٚرُن پادشاہس
ِنش بَیان۔ حیات النفسہ کوٚرُکھ نوٚ ِنیرِ قمرالزمانس سیتھ نوٚ ِنیرِ نیتھر تہٕ
اَتھۍ سیتھ چھُ اولم انداواتان۔ دوٚیمِس جلدٕس منٛز چھُ اَمی سٕندین شرین
ہُندہ قِصہٕ۔ قمرالزمانس چھُ بدورا یہٕ ننز حیات النفسہٕ اولاد ینان۔ بدورایہ
چھُ زیوان نیٛچوِیس اَمجد چھُ ناو تھوان تہٕ حیات النفسہ ہٕنٛدِس
نیٛچوِس چھُ اسد ونان۔ بالغ گژھتھ چھےٚ دوشوے ماجہ یمن نیٛچوین ِنش
قمرالزمانس بدظن کران تہٕ سُہ چھُ یِہنٛدِ قتلُک حُکُم دِوان۔ یمن چھُ
پانہٕ وانۍ سخ محبت آسان یم چھ مارِ وانِس اَکھ اَکِس بوٚشھ مارنس
پیٛٹھ مجبوٗر کران۔ سُہ چھُ کران فاصلہٕ زِ دوشوے مارَکھ یکہٕ وٹہٕ۔ مگر
مارن وِز چھُ تس بنُن گرُژلان۔ سُہ چھُ دوران اُمی سے پَتہٕ۔ بیٛیلہٕ
دُقتا گژھتھ تہٕ واپس یوان چھُ۔ شاہزادہٕ چھُ تس ژھاران تہٕ وُچھان
سیہَن روٚٹمُت۔ یم چھُ اُمِس مہ کلاوان تہٕ مارِ واتُل چھُ یمن ژٕ لراوان
اُہنٛدی یلوٚ چھُ سیہہ سیٛندرَ تہٕ بَرِیتھ واپس شہر یوان تہٕ پادشاہس توٚ بوٚتھ
پیش کران۔

دوشوے شہزادہٕ چھ واریاہ کالا پکان روزان۔ اَکِس شہرَس
نکھہ چھ واتان۔ امجد چھُ اَسدس اَتی تھاوان تہٕ پانہٕ بیٛچھتھ تچھتھ
اَنٛنہٕ باپتھ شہر گژھان۔ اَتہٕ چھُ آتش پرستن اَتھہ لگان۔ یم اَمِس قربان
کرنہٕ باپتھ قاٗد تھوان چھ۔ امجد بیٛیلہٕ ژاران ژاران تھکان چھُ سُہ تہٕ
چھُ شہر وسان تہٕ اَکِس مُسلمان سٕنٛدِ گرِ بیہان۔ کینٛہہ کالا گژھتھ چھُ

یہ پادشاہ ہیٚنٛدِس داروغہٕ سُنٛد دوس بنان تہٕ تٔسۍ قتلہٕ نِش بچاوٕنہٕ
خاطرٕ دربارس تام واتان۔ سُہ چھُ بنان پادشاہ سُنٛد وزیر۔ قمرٕ بانُو ہنٛد
دوہ واتھ چھُ اسد اکس جہازس منٛز کھارنہٕ یوان۔ امجد چھُ اَتھ تلاشی
ہیاوہ ناوان مگر فوصنوٗل۔ کپتان چھُ وتھ ڈالان تہٕ اکس بدل شہرس کُن لگان
اَتہٕ چھےٚ اُمس اکھ مُلی کانٛژ مرجینا یہسۍ مسلمان اَمس رٹان۔ اسد چھُ امہ
ہیٚنٛدِس اتھس منٛز لگان۔ کینٛژھہ دۄہ پتہٕ چھُ اسد باغس کُن گژھان یوٚت
جہازٕ والۍ ہیٚنٛدۍ نوکر آبہٕ ہمشکہٕ برنہٕ خاطرٕ آمتۍ آسن۔ تم چھِ امس
دُبارٕ رٹان تہٕ نِوان۔ مُلی کانٛژ چھےٚ بوزان تہٕ یوان جہازس تلاشی کرنہٕ۔ اسد
چھُ دٔریاوس ترٛاونہٕ یوان۔ مُلی کانٛژ چھےٚ جہازس لوٗٹھ کرنٛک تہٕ کپتان
مارنُک حکم دِوان۔ جہاز ودل چھُ کینٛژھہ نوکر ہیٚتھ ژلان۔ اسد چھُ دۄہن
دوہن ژھانٛڈتھ واتِتھ بییہ آتش پرستن ہیٚنٛدِس شہرس کُن لگان تہٕ
اُہیٚنٛدِس اتھس منٛز یوان۔ اَتہٕ چھےٚ آتش پرستن ہیٚنٛدِس زِٹھِس ہیٚنٛز
کوٗر ہیٚنٛدِس مکانس منٛز یہ قیٚد اوس، امس عاشق گژھان تہٕ قمرٕ بانی
نِش بچاوتھ امجدس نِش واتناوان۔ آتش پرست چھُ مسلمان بنان۔
کینٛہہ کال گژھتھ چھےٚ اسد ژھاران ژھاران مرجینا
مُلی کانٛژ تہٕ اوتےٚ واتان تہٕ چینک پادشاہ قمرالزمان، قمرالزمانُن موٗل
سارےٚ اکھ شہرس منٛز واتِتھ اکھ اکس سمکھان۔ آتش پرستہٕ سٕنٛز
کوٗر بوستانہٕ چھ امجدس سیتہٕ تہٕ مرجینا یہ اسدس سیتۍ خانٛدر کران۔
کینٛہہ کال گژھتھ چھ ساری پادشاہ پننہٕ ملک واپس گژھان۔

اسد چھُ مرچیناپہ ہِندِس مُلکس تہٕ اَمجد آتش پرستن ہِندِس مُلکس پادشہہ بنان۔ قمرالزمانس چھےٚ خُلدا نِیچ پادشاہی میلان تہٕ ساری چھِ خوشحال گژھان۔

# بُلبُل ہزار داستان

## دُلیل

مُلکِ فارسہ کِس پادشاہ سُند نیچوٗ اوس پادشاہ بُنیتھ مٲلی ہُندِ کو پأٹھی ہمیشہ روت گردِشس نیران۔ اَکہ راتھ ژوز تٔمی اَکِس مکانس منٛز کُنہ کُنہ ہش۔ وزیر اوسُس سیتی، تس دوپُن زِ یہ مکانہ ہٲوِن وُنہ۔ مکانس منٛز آسہ ترٛۆیہ یتیم بیٚنہِ کٔتھ کران۔ زِ رچھ اَکہ وۄن کینژھن دوہن زِشوہٹ گۄژھہ پادشاہ ہُندِس کاندرس سیتی لأنی میُل گژھُن منٛز بہہ اَکہ وۄ نیٚچھ زِشوہٹ گژھہ پادشاہ ہُندِس وازس سیتی ڈیکس مٔڑنہ کینژھہ اَکہ وۄن زِشوہٹ گۄژھہ نعوذ پادشاہس سیتی ڈیکہ زلُن۔ بگاہ آیہ ترٛینہوٕ وۓ شاہی حُکمہ مُطابق دربارس منٛز حاضر کرنہ۔ اَکس آو کاندرس سیتی کرنہ نیتھر، بیٚیس وازس سیتی تہٕ ترٛیمس اَکس سیتی کوٚر پادشاہن زِچھن دوہن گوٚو پادشاہ بایہ ہُند حسد پأدٕ۔ کیوٚنژ کالا گژھتھ روٚز پادشاہ بایہ گومہ یہ کھوٗر تہٕ پادشاہس اجازتھ مَنٛگتھ آیس زِ چھ بیٚنہ زِ ہوٚٹ کرنہ، تمو اُمس بروٚنٹھے اَٹ کرمُت۔ پادشاہ بایہ زاو نیچوٗ، بیٚنیو تھوٚو ہس

ہُرِس مَنز مِیۆ ہ ہیو نہٕ بچہ، بادشاہ زادٕ ٹھوٗوکھ صوٗندُ قتس مَنز تہٕ ژروٗکھ دٔرِی یادٔس پیرٕ ہیچھُے یُٹھو زایہٕ پادشاہ بایہ بیٚیہ زٕ بچہ، اَکھ نیٚچوٗ تہٕ اَکھ کوٗر۔ یم زٕ تہٕ ترٚاوٕی پادشاہ بایہ ہمشیرٕ وحسد گاربیٚنیوگو ڈایس نیٚچوی شندُ یُٹھو صوٗندقس لدِتھ دٔرِی یادٔس۔ پادشاہ بایہ ھٹاوِکھ بڑار بچہ تہٕ اُتیٚر چھو (چھیچھودر) ہُرِس مَنز۔ پادشہس واتناوٕکھ شیٚیچھ زٕ بادشاہ بایہ زاییہ ہوٗن بچہ، بڑار بچہ تہٕ اُتیٚر چھو۔ پادشاہ گو نارونار تہٕ حُکم دِیتُن زِ پادشاہ بایے گرِتھ قتل کرِن۔ امایوٗنز وزیرَن بچاو بادشاہ بایے تہٕ سوٗزِ جاٚر آیہٕ قاٗد کرنہٕ، لکِن آو حُکم دِنہٕ زِ ییٚمہ وزِ اَپاٗری نیران اُسو بادشاہ بایہ گرِتھ تھوکہ بیتھ تُرن۔

پادشاہ سِنٛدِ جیلک داروغہٕ اوس دٔرِی یادٕ کنڈس بیٛچھ بسان۔ اُمرُکُی تریشنہٕ وٕے صوٗندُوقَ، تریشنہٕ وٕے بچہ واتناون گرِ تہٕ رٚچھن قندٕ نابدٕ۔ زِ پھٹس ترٚاکس کوٗرن ناو ہیہمن، مَنزِمِس اَکس پرٚوٗیز تہٕ ترٚٹکی کوٗرن ناو پریٚزاد۔ یم پرٚناوِن تاٗلیم، اُہندِ خاطرٕ بنووُن باغ تہٕ بنٛگلہٕ۔ کیوٚژر کالا گرِتھ گو داروغہ ییٚمہ عالمہٕ۔ کینٛشرِ کاٗلی آیہٕ وُڈاہ اَکھ تہٕ ووٚنُن پریٚزادِ زِ جاٗنس باغس مَنز گوٗژھ سوٗنہٕ رنٛگہ آب۔ گیوٗن وول گُل تہٕ کتھ کرن وول بُلبُل تہٕ آسُن۔ یم تریشنہٕ وٕے چھ ہندُستانکین بالن ہیٛچھ طلسماتس منز۔ پرٚیٚزادِ وڈان بایَن تہٕ حُکم بوزِتھ اُنی دزاو بہمن، طلسماتس گن، تلوار اَکھ کرِتھ بیٚینہٕ حوالہٕ، دوپنس ییٚلہٕ یہ تلوار خوٗن زِیہ زاٚنِی زِ بایس نِشہ چھوٗلم اَتھہ۔ طلسماتس منز چھ بہمن وُٹھو گرِتھان تہٕ پریٚزاد چھے تلوار

منٛز رٲژھ پٔشیمان وۄچھان۔ پیٚتھے پاٹھۍ میٚلہٕ پرویز تہٕ طِلسماتس منٛز وۄتھو گژھان چھہٕ، تیٚمۍ خبر پریزادٕ تمہٕ وزٕ لگان چھےٚ ییٚلہٕ پرویزٕ شٕہرٕ وژ مرٕ تٔسبیح ہٲنٛدۍ دانہٕ اکھ اکھ سیٚتھو ژلان چھہٕ۔ لہٰذا چھےٚ پریزاد پانے نیران مردانہٕ رُخ کرٕ رٲژھ۔ اَمس چھہٕ اکھ درویش سمکھان، ہنوٗ وُری رہبری کرٕ ژھ واتناو درویشن پریزاد طِلسماتس منٛز۔ کٕنھہ کرٕن وول بُلبُلس الانُن تہٕ تمہٕ ہوٗدس سعہٕ نہٕ آب تہٕ گیون وول گُل۔ اتہٕ آسہ شُمار روٗس گٔیہ، یمن چھوٗکُن سعہٕ نہٕ آب تہٕ یمن بنے یہ شہزادٕ، یم نٔن کٕنھہ کرٕن والۍ بُلبُل زِنہٕ آمتۍ اَسو تہٕ یِتہٕ اَسو وۄتھو گٲمتۍ۔ یمن سیٚتھو وۄٹ ژھ بٕہمن تہٕ تہٕ پرویز تہٕ۔ اَمہ پتہٕ ڈراے ساریٚ پانس پانس۔

پریزادٕ ہٲنٛدۍ بارٕ نۍ ترٕشے تہٕ واتۍ پٔتُن گرٕ۔ باعثس ییٚلہٕ نہٕ کانٛہہ پرٕگی روزٕ کھہٕ، اَمہ پتہٕ کوٗرٕ کھ پادشاہس سال۔ بُلبُلس سیٚتھو کوٗرُکھ مشورٕ تہٕ تمہٕ ہٲنٛدس مشورس پیٹھ کرٕ ژکھ رنٛگہٕ رنٛگہٕ نٔنیا مرٕ تیار۔ اما پوٚز لارٕ ہس سیٚتھو موختہٕ ژلاکٕ ژھ تہٕ بناوکھ اکھ ضیافتھ۔ پادشاہ ییٚلہٕ سال کھیٚنہٕ لوٚگ، دوٚپنکھ لارٕ سس تہٕ موختس کیا واتھ چھہٕ؟ یہ چھےٚ میشانہٕ خاطرٕ بے یزتی۔ بُلبُل اوس حاضرٕ۔ دوٚپنس پادشاہٕ ہم۔ ژٕ ہے کیا زٕ کٔرلو ڈیکس ۆرمہ۔ اگر ژٕ ہے تہٕ توٚگے بوزُن زِ موختس تہٕ نے دِس چھٕنہٕ واتھ۔ تیٚلہٕ کو نہٕ تجوٗدٕ بے بوزُن زِ زنانہٕ ہسہٕ کہ نہٕ ہوٗرنہٕ بچہٕ، برابر بچہٕ تہٕ اکھ چوٗز نیوٗ رٲژھ۔ ساجن ہٲنٛدس عشوٕ دسکھ کُن تہٕ بادشاہ باے تھاوٕکھن عذابس۔ بہمن، پرویز شہٕ پریزاد چھہٕ چانٛے اولاد۔ یہ بوزٕ ژھ راجۍ پادشاہن ترٕتہٕ ہُے بارٕ نی نالہٕ مت ژوٚشوٚ لۍ کوٗرٕ کھ وُدنارٕ وانہٕ۔ اَمی وزٕ آیہٕ پادشاہ باے جیلہٕ منٛز

# یوسف زلیخا

غلام نبی خیال

## تنقیدی سام

محموٗدن ییٚلہٕ لیکھٕن شوٗروٗ کوٚر تَس برٛونٛہہ کنہٕ آیہ تمہٕ ساتہٕ خاص طور شاعری ہٕنٛز نہٕ ذاتہٕ یمہٕ تَس زانٛنہٕ تہٕ ویٚنہٕ آسہٕ۔ اَکھ اَسِس پننہٕ تہٕ بیاکھ دوٚیِم۔ اَکہِ طرفہٕ اوٚس تس حبہ خوتوٗنہٕ ہٕنٛدی عشقہٕ بٲتہ تہٕ روٗمانٛنی گیت سُننے میٚلتھ تہٕ ہٕیِنہٕ یاسہٕ اوس تمۍ فارسی ادبُک اہم ترین حصہ یانے مثنویاتی اَدب شوقہٕ تہٕ مایہِ سان پوٚرمُت۔ تمۍ کوٚر اَتھ دوشونٛنی قسمن ہٕنٛدِس اَدبس استفادہٕ تہٕ سہ

کتھیوٗ پٕچھک نٕشہٕ بانے   دوہ لو ماشوقہ میانے

لیکھنس سیٚتی تہٕ سیتی تھاوِن نظامی۔ جامی۔ روٗمی تہٕ عطارنی شاہ فن پارہٕ تہٕ پننہٕ زبانٛنی مثنہٕ تارِتھ۔

محموٗد گامی ینہٕ تخلیقی قعہ وتُک کمال چھُہ یہٕ زِ یِمن قلم تُلان تُلانٛنی پھُٹرِ و تمۍ سارۍ یِمن ہٕنٛد قلمہٕ تہٕ وُچھان وُچھان گوٚو سہ تیوٗت مشہور تہٕ نامہ وار زِ یمو فارسی زبانٛنی ہٕنٛدیو مصنوعی پرستارو تس گوٚو ناہزل

کریمہ تمن تہ بیوٚ مانن زِ محموٗدُن چھُ تِتھ کاشُر زبانی اَکھ نوٚو یادُن عطا کوٚرمُت یمہ سیٖتۍ تہنٛدۍ کینٛہہ معٲصر تہٕ بے جان اُس بنیمٕژ۔ چنانچہ محموٗد گامیسند ہم عصر شاعر مثالے ولی اللہ متو۔ شاہ غفوٗر۔ سعہ چھ کرال۔ رحیم صاحب عبدالاحد نازم تہٕ ثناء اللہ کریری رۄدی تسندِس موجوٗدگی منٛز پسِ منظرس منٛز سے تہٕ تمو ہیٚوٚ کینٛہہ پَنُن فن محموٗدَس ہوٚس باگہٕ بٔرِتھ تَس گۄہٕ ماتس ترٛونٛتھ کنہٕ شولہٕ ناوِتھ۔ اَتھ برعکس کوٚر ولی اللہ متو یمن لفظن منٛز خصوصیتہٕ سان محموٗدس خراجِ تحسین اَدا سے

خصوٗصن کاشرِس منٛز مرد نامی چھُ کیاہ کم ایں زمان محموٗد گامی

تہٕ بیٚیس جایہ چھُ محموٗدُن یِہے بوٗدٕ بارٕ ہم عصر تسٕ "اُستادِ زمان" ونان سے

وِداکھا اَکھ مُناجا تِھا گرامی
زِ اُستادِ زمان محموٗد گامی

محموٗد گامی یُن یُس کلامہٕ اَز اَسہٕ نِش موجوٗد چھُ تتھ منٛز چھےٚ تمہ سنٛز نَو مثنوی تہٕ یوٗسف زلیخا۔ لیلا مجنوٗن۔ شیریں خسرو۔ ہارون رشید محموٗد غزنوی۔ شیخ صنعان۔ شیخ منصوٗر۔ پٔہلی نامہٕ تہٕ یَک حکایت۔ نگ بگ ہنٛتھ شتھ غزل تہٕ بٲتھ۔ کیٚنٛہہ نظمہٕ زِ ژوٗر فارسی چیز وفات نامہ، معراج نامہ تہٕ بیٚیہ کیٚنٛہہ منظوٗمات شامل۔ چونکہ یہ سورُے کلام چھُ سانین اکثر قدیم شاعرن ہنٛدی پأٹھۍ سینہ بہ سینے رٕژھرِتھ رۄدمُت تہٕ شوقہٕ والین ہنٛزِ زبٲنی روایژ پیٹھہٕ چھُ چھاپ گوٚمُت۔ اَمہٕ کِنۍ چھُ وایِن

جایِن باسان زِ گیوٚن وانیو، راٗوِنیو تہٕ کاٗتیو چھےٚ اَتھ مَنٛز وِزِ وِزِ اَدلا بَدلیہِ کَرمٕژ۔ یِیمہِ رَنٛگہٕ وارِیاہ چیٖز غلط پاٹھۍ چھاپنہٕ چھہٕ آمِتۍ۔ تِمو چھہِ پننہِ مزانٛزہِ تہٕ منشہٕ موٗجوٗب تہٕ شارَن ہِنٛدۍ شار ڈاٗلۍ مِتۍ۔ تہٕ یِوٚدوۓ کُنہِ باٗتس تخلُص چھُکھ بدلوومُت، سُہ باٗتھ تہٕ چھُ اَز تحقیق کارَن ہِنٛدِ خاطرٕ شکوٗک بنیومُت۔ یِتھےٚ کَنہِ چھہ کینٛژھہ چیٖز مُلّےٚ تلف گاٛمِتۍ۔ آزادن چھہ مثنوی "لیلا مجنوٗنہ" مَنٛز محموٗدنہِ اَکہٕ وَنہٕ وَہٕگِی زِہ بنٛد دَرج کٔری مِتۍ۔ مگر بدقسمتی رَنٛگہ چھینہٕ یِم وَنہٕ وُن مطبوعہ مثنوی مَنٛز کُنہِ۔ اَز چھہ اَسہِ نِش تیٚژھُے وارِیاہ کلام موجوٗد۔ یَتھ نِسبتھ نِسکہٕ پاٹھۍ تحقیق چھُ میکان سپدِتھ زِ یِم چھا لل دیدِ، حبہ خوتوٗنہِ اَرِنہٕ مالہ ہِنٛد کِنہٕ محموٗدن۔

یوٗسف زُلیخا چھےٚ محموٗد گاٛمی یِن مولانا عبدالرحمان جاٛمی یَس نِش اختصار کٔرِتھ کاٗشرِس مَنٛز تٲرمٕژ ؎

کٔرِتھ محموٗدو زلیخا موختصر　　　　داٗدی لَدٕن عاشقَن ہِنٛز خوتہٕ شٲ خبر۔

یِہ چھےٚ تمہِنزَن کامیاب ترین مثنوی یَن مَنٛز شُمار سپدان۔ اگر یاٛ اگر اٗمی محموٗدن لیلا مجنوٗن ہِش کمزور مثنوی پیش چھےٚ کٔرمٕژ یَتھ ترجمہ کارنہٕ ڈِسو بے مزگی گاٛمٕژ چھےٚ تہٕ یِتھ شاعری تنگ بنٛدی ہِنٛد پو حدوٗد نیبر چھینہٕ نیٚچِتھ نیرِتھ۔ بیٚیہ طرفہٕ چھُ شاعرَن یوٗسف زُلیخا چہ شکلہِ مَنٛز کاٗشرِ زَبٲنۍ اَکھ پُر اثر فن پارہٕ دیُتمُت۔

کاٗشرِ زَبٲنۍ ہِنٛزِ اکثر رزمیہ یا بزمیہ مثنوِیہ پرٛنہٕ تلہٕ چھُ تِمن زِ

---

[1] کشمیری زبان اور شاعری جلد دوم۔ ص ۲۵۸

کینژَو شاعِرَو رَوٗس چھُنہٕ سون کانٛہہ ترجمہ کار اَمہِ قسمُک چیز کاشرِس پاٹھۍ اَنَنہٕ وِزِ اصلی چیزَس پوٗرٕ پوٗرٕ تابع رُوٗدمُت۔ بلکہ چھُ تِمَو پننین ترجمَن منٛز واقعَن تہٕ حکایژَن ضروٗروٗرتہٕ موجوٗب ژھۄہ چیز زیچھر کمُت دیتمُت۔ محموٗد گامی تہٕ چھُ یوٗسف زُلیخا نظم کرَن وِزِ اَمی حسابہٕ پۄت تِمی چھےٚ جامی یَس برعکس پننِس مثنوی ژۄن بحرَن (۱) رمل مُثمّن (۲) خفیف مُسدّس (۳) متقارب مُثمّن تہٕ (۴) رمل مُسدّس منٛز لیچھمٕژ تہٕ اَتھ چھِ دلیل زیادٕ دلچسپ تہٕ مزدار بناونہٕ باپتھ چھُن اَتھ منٛز جایہ جایہ باتَن تہٕ غزلَن ہُنٛد ہیر کوٗرمُت۔ اگرچہ روانی منٛز یہٕ تیٚشر مثنوی "شیخ صنعانس" واتہٕ نہٕ مگر محموٗدنِس سارِوٕے مثنوین منٛز چھےٚ یوٗسف زُلیخا یاٹھۍ مشہوٗر تہٕ عام۔ اَمیُک وجہ چھُ یہٕ زِ یہٕ تخلیق چھ شاعرَن سادٕ تہٕ اثردار لفظ ژارَن منٛز پیش کرمژ۔ محموٗدنہٕ اَمہِ مثنوی منٛدِ مشہوٗر آسنُک چھُ ییٚمہ کتھہٕ سیٚتۍ تہٕ اندازٕ سیٚدان زِ اَکہِ جرمن عالِم کارل فریڈرک برکھارڈَن پھیرِ یہٕ مثنوی جرمن زبانی منٛز تہٕ یہٕ ترجمہ شیۆد جرمنی کِس اَکِس مشہوٗر رسالس منٛز دۄہ یہٕ پھیرِ یانے سنہ ۱۸۹۵ء تہٕ سنہ ۱۸۹۹ء یَس منٛز چھاپ۔[1]

مولانا جامی سِنٛز مثنوی ضخامتہٕ کنۍ ییٚژھ بڑ چھےٚ محموٗدُن ترجمہ چھُ تمہِ مقابلہ برابر تمِیُک دٔہیم حصہ رُوٗدمُت مگر تہٕ چھُ محموٗدنہٕ دوہ شاعری دی

---

۱؎ کٲشیرِ منٛز چھُ اَمہِ ترجمُک داتیٚد نخہ سنخہ یُس میٚہ نِش موجوٗد چھُ۔ (نقیال)

ہُنٛدُٕے کمال نٔ یہٕ دلچسپ تہٕ مشہوٗر داستان ییتھٕ کنٛز ژھوٗرٕاوِنہٕ تہٕ ژوٗمراونہٕ باوجوٗد چھُنہٕ اَمہ کِس مجموٗعی تاثرُس کانٛہہ دٔدار ووتمت۔ محموٗدنی یہٕ ژھوٗرٕن چھےٚ دمہ یہٕ رٔنٛگہٕ تاکارٕ پاٹھۍ باسان۔ اَکھ یہٕ زِ حضرت جامی سٕنٛزِ مثنوی ہُنٛد گوڈٕ تہٕ انٛد چھُ نعت و مناجات تہٕ قصیدو تہٕ نصیحتو سیتۍ بٔرِتھ مگر محموٗدن چھےٚ پننہٕ تخلیق یہٕ سورُے کینٛہہ اَنٛدکُن تراوِتھ سیٖدٕ سیٖدٕ ییمہٕ مصرعٕ سیتۍ شوٗرٕ کٔرمٕژ ؎

پادشاہا کھلا اوس شہرِ مغربس

تہٕ تھک چھُ کڈان سہ دلیل موکلاوِتھ تتھِن ییلہٕ یوٗسف ییمہٕ عالمہ چھُ گژھان تہٕ زلیخا چھےٚ تیٚنٛدِس مرنس پیٹھ ویداکھ لایان ؎

ناد لایے میانہٕ یوٗسفو ونہ لوٗ

اَتھ چھُ اَکھ خاص وجہ یہٕ زِ چونکہ ساہِن شاعرَن تہٕ گوڈٕ نہٕ ماتِن اُمن تہٕ بادشاہَن ہٕنٛز سرپرستی حاصل۔ لہٰذا اَسہِ نہٕ تم تِہنٛدۍ قصیدہٕ تہٕ تاریف نظم کرنس پیٹھ مجبوٗر سپدان۔ محموٗدنہٕ مثنوی منٛز چھُ اختصار دوٗنیہ ژنٛگہٕ تنتھ صوٗرتس منٛز نظر گژھان ییلہٕ سہ جامی ہنٛدِس تفصیلی بیانس ژھوٗرٕن کرِتھ اَصلہٕ کتھ تہٕ نصیحت تہٕ کمیٚنہٕ شارَن منٛز ودیرٕاوان چھُتھ جامی سٕنٛزِ مثنوی چھےٚ فارسی زبانِ ہنٛدِ ادب لطیفہٕ کیو استعارو حاورو تہٕ مثالو سیتۍ بٔرِتھ بٔرِتھ مگر محموٗدن چھُنہٕ پننہٕ مثنوی منٛز اَمہٕ قسمٕچ

---

۱ے بوگھاروٗنس مطبوعہ نُسخس ...... منٛز چھُ اَتھ مرٕکی منٛز انٛدِ ونٛدٕ "میانہٕ ماشوقو ونہ لوٗ" درج۔ (میالہ)

زبان دٲنی تہٕ محاورٕ سازی کٲم ہیٚژ ہرٕ ش۔

یہ زن اَسہِ گوڈٕ بیان کوٚر جٲمی تہٕ محموٗدنہٕ مثنوی منٛز چھےٚ ہیٲژ ہِ لحاظہٕ یہِ فرق باسان زِ جٲمی ین چھےٚ پننہٕ تخلیق صرف اَکِسے بحرس منٛز تحریر کرٕمژ یُس مثنوی بأپتھ مشہوٗر بحر چھُ مانہٕ یِوان مگر محموٗدن چھےٚ "یوٗسف زلیخا" ژٕھن بحرن منٛز اَنِمژ تہٕ اَتھ چھُ دلیل زیادٕ دلچسپ بناونہٕ بأپتھ چھُن اَتھ منٛز کیٚنہہ طبع زاد غزل تہٕ بٲتھ تہٕ شٲمل کٔرِمتہٕ۔ مضموٗنہٕ کہِ لحاظ چھ واقعات اَلہٕ پَلہٕ اَکی ترتیبہٕ بیان ییدہٕ مٕتہٕ۔ اَما پوٚز محموٗدن چھےٚ اختصارس کٲم ہیٚژ ہرٕ ش تہٕ جٲمی ین تیتہٕ یمن ہٕندۍ تفصیل بیان کٔرِمتہٕ۔ خاص فرق چھےٚ صرف مثنوی ہنٛدِس اَندس پیٚٹھ دریٛنٹھ گژھان۔ جٲمی سنٛز مثنوی چھےٚ یوٗسف تہٕ زُلیخا دوشونی ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ اَندٕ واتان مگر محموٗدن چھُ پننہٕ ترجمہ صرف یوٗسفنہٕ فوت سپدنہٕ پتہٕ زُلیخا یہ ہنٛدِس تتھ مرثیس سیتۍ مکمل کٔرمتہٕ یُس کٲشرِ بٲنی ہٕنٛز بہارکۍ شٲعری منٛز اَز تہٕ بے مثال سنٛ پارٕ چھُ یِوان مانہٕ۔ یہ مرثی ییکھِت چھُ شٲعرن سانہٕ شٲعری ہٕنٛد دامن اَکہِ موللہٕ دُردانہٕ سیتۍ جوٗر مُت۔ اَمیُک اَکھ اَکھ شعر چھُ اَز تہٕ سانۍ کٲشرِ ین گران منٛز۔ بأژن بأژن یاد تہٕ عالمی اَدبس منٛز ہیکہِ رٲژ تقابلس گرٕسے ہنٛدِس مشہوٗر مرثیس ہم پایہ گٔنزرٕنہٕ یِتھ۔ پننِس یہ موعصر مضموٗن ختم کرٕ نہ برونٛہہ بوزِو بنیہ اَمِکۍ کیٚنہہ شعر

مَتہ مرتمَ وُنہ مےّ چھم ماٹنز نمَ

نادلا یے میانہ یوٗسوٗفو ودہ لو

ہاے مرگو آے کاٹتیا سیم تن

ژلہ ناٹوِتھ وَلہ ناٹوِتھ تم کفَن

میون یوسُف کتہ تسا کوٗر تھَن دَفن

نادلا یے میانہ یوٗسوٗفو ودہ لو

مَرنہ چانے کاٹر منج گیٔہ سوٗنبُلن

مَرنہ چانے نالہ کیاہ دِتی بُلبُلن

مرنہ چانے پارہ جامہ کرِ گُلن

نادلا یے میانہ یوٗسوٗفو ودہ لو



# شیخ صنعان | اقبال فہیم

## تنقیدی سام

"شیخ صنعان" مثنوی ہٕنٛز کہانی چھےٚ رِوایتی۔ یَتھ سیٹھا شاعرن اِنصاف کرِتھ ہیٚو کمٕت چھُنہٕ۔ یہ داستان چھےٚ تمہ اندازٕ پیش کرنہٕ آمٕژ زِ اَمیُک پلاٹ چھُ بے زوٗ تہٕ نامُکمل آسنکُ پیٚے دِوان۔ اَمیُک سورُے تاثر چھُ کمہٕ ڈٲنگی نٕ ژور شار پٮ۪ٹھ کرِتھے زائِل سپدان۔ کہانی یمہٕ آیہ شوٗرُو کرنہٕ آمٕژ چھےٚ، تتھ چھُنہٕ کہانی ہٕندِس پۄت منظرس سیٹھا کانٛہہ واسطہٕ لگان۔ مثنوی اَمہٕ آیہ شوٗرُو کرٕنۍ چھےٚ سارِنٕے مثنوی نِگارن ہٕنٛز رِوایت روٗزمٕژ۔ اگر شاعر یہ مثنوی اکس فضہس تہٕ ماحولس تل شوٗرُو کرِہے یہ باسِہے زوردار تہٕ اَتھ فضہس تحت ہیٚکہِ ہے یہ شاعرانہ کمالات تہٕ ہاوِتھ۔ مگر یہ چھُنہٕ کانٛہہ خاص فضا پاۄدٕ کران یا کانٛسہ کردارٕچ اَندرٕونی کیفیژ شوٗمہ تلاوان۔ بلکہ چھُ باسان یہ سورُے وۄتھ ونِنہٕ آمُت۔

یتھ مثنوی منز چھہٕ (یمہٕ بروٚنٛہہ کنہِ چھُ چھاپی نوٚسخہ) وارِیاہ شار تِتھۍ تہٕ یمن منز پانژدانۍ قافیہ رلان چھُہ۔ حالانکہ مثنوی منز چھُ منوٚزری

پَرٛتھ شار گژھہِ ہم قافیہ آسُن۔ یِتھۍ کینٛہہ شار وُچھو :

بُت خانہٕ زُنّار ترٛاوُن
شراب شیٖشکۍ ترٛاوُن
قافیہ ندارد

یِتھہ پانٛژھ اوٚنتھس بیل
یِتھہ مجلوٚتس بیہٕتھ لال
دوٚیُم قافیہ غلط

زانٛہہ توٚ یان ہُشراوُن
خُدایہ تہٕ مدی ترٛاوُن
دوٚیُم قافیہ غلط

یِتھے پاٹھۍ چھِ کینٛژن شارن ہندۍ مصرع مختلف وزنن منٛز نظر گژھان۔ کُنہ چھُ وزن فعلن ژورِ لٹہٕ ورتاونہٕ آمُت تہٕ کُنہ چھُ مفعول تہٕ مستفعیل بنان۔ توٚتہٕ یُس رواں بحر شاعرن ورتوومُت چھُ، تتھ منٛز چھِ اکثر مثنوی نظر گژھان۔

یِمو کینٛژو فنی تہٕ عروضی خامیو علاوٕ چھِ مثنوی منٛز شاعرانہ وسیلن تہٕ کام آمِژ ہیٚنہٕ۔ یہ چھےٚ منتس تگ بندی ہٕنٛز نمایش باسان ناوِ خاطرٕ تہٕ چھِنہٕ شاعرن تشبیہن تہٕ استعارن کام ہیٚژمژ۔ پَرٛتھ چیز کہِ تاریف چھِ ژھوکہ وَنہٕ انداز کرنہٕ آمتۍ۔ مثلن شاعر چھُ حُسنکۍ تاریف کران:

صافی کیا اُس سینس — ترٛٲوِتھ چھِنہٕ زٕٹھہٕ آینس
شیخس کُن یام وُچھُن — زن شمشہارو بچھُن
تس یارِ بند سے حُسنہٕ — مس چیتہٕ ھیس روٗد سینہٕ

سراپا نگاری چھےٚ مثنوی ہُند اکھ گوٗن۔ زیرِ بحث مثنوی منٛز چھےٚ

سراپا نگاری نظرِ گژھان تہٕ نہٕ چھُ محبوبہٕ سُند کانٛہہ تصوُّر (IMAGE) شارِ پیٹھ ووتلان۔ یُس تہٕ تٲریف کران کران چھُ مثنوی ہُند (SUB-JECT) ژھوکان تہٕ فاعل سُندِ اندرونی تضاد تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ وُچھنہٕ یِوان۔

کردارَن ہُنٛز خٲمی چھےٚ یہ زِ یِم چھِنہٕ پننہٕ زبان تہٕ پننہٕ خیالات باوان بلکہ چھُ مثنوی نِگار تِمن بیان (DESCRIBE) کران۔ اَمہ سیتھ چھِنہٕ SITUATION ووتلان بلکہ چھےٚ سعو دَرہم برہم گژھان۔

کُس وَنہٕ یہٕ یارٕ دودُے
یِچشمو کوٗرہم جودُے

یا دَندَن مُتعلق وَنان:

دَند چانی چھی ہارٕ پھلی
وُچھان عاشق گٔلی

وُٹھن ہُنٛز تٲریف تہٕ وُچھِو:

وُٹھ چانی چھی رٕژٕ پھٕلی
بازر میلن نہٕ مُلی

یِم ساری تٲریف چھےٚ سیٹھا سطحی۔ تہٕ تمام مثنوی چھےٚ غٲر شاعرانہٕ اندازس منٛز نظم آمٕژ کرنہٕ۔

# زین العرب | پروفیسر غلام محمد شادؔ

## تنقیدی سام

مثنوی زین العرب چھےٚ ناظمہٕ سٕنز بے انتہا موٚیوسی ہنٛز عکاسی کران۔ حالانکہ یوٚہے ناظم چھُ پننین غزلن منز ہمیشہ خوش خرم تہٕ والہانہ موحبتُک اِظہار کران۔ یہ ساریے داستان چھےٚ اَلمیہ ییمہٕ سٕتۍ شوٚروٗ گژھتھ طربیہ کیہو وتو پوٚتس اَلمیہ سٕے پیٹھ اَند واتان۔

یہ سورُے وُچھتھ چھُ ییتہٕ ممکن باسان زِ ناظم ما آسہٕ ہے مجازٕ پیٹھ سفر شوٚروٗ کرِتھ عشق حقیقی کِس منزلس تام واتنُک قائل۔ یانہٕ چھُن اَتھ کُن اشارٕ کوٚرمُت سہ

مجازس منز کرکھ یوٚد استقامتھ
چھےٚ بہترٕ استقامتھ از کرامتھ

ناظمٕ سٕنٛد خیالہٕ چھُ سارِے کائیناتھ عشق۔ خُدایَن تہٕ کوٚر بنٛنٕ دوٚجود تہٕ پننۍ ذاتھ، محض اَندرمہٕ عُشقہ کِنۍ ظاہر۔ عُشقَن لائے تُریتھ کائنٛبہ پننۍ سٕن۔ عشق چھُ دِلہٕ دمہ کھ تہٕ لیٛتوٚدُر موکھ غشان۔ لکہٕ یامہٕ تہٕ زُند زوٗ

مرتبٕچ سِکھر چھےٚ لوٗلٕچ کامیابی۔ عالمس منٛز یِہ کینٛژھاہ یُس کانٛہ تھا آوُسہٕ آو صرف عشقہٕ سیتی۔ عشق ہرگاہ مجاٗزی تہٕ آسہ، پوٚز تتھ منٛز استقامت، چھےٚ بڈ کرامت۔ تکیا زِ عُشقے چھُ پوشہٕ وٕنی زندگی بخشان۔ مۆختصر یاٗٹھی چھُ ناظم سُند نظریہ مُطابق عُشقے تہٕ یارِ جلوگر۔ یہ عُشقُک یۄہے تصوُر چھُ ناظمٕ سنٛز مثنوی اَکھ لافانی حُسن بخشان۔

زین العرب چھےٚ انسٲنی واقاتن ہنٛز دٔلیل۔ یتھ بنٛنہٕ چھ کُنہ نتہٕ کُنہ ژۄ لہِ اَز تہٕ انسٲنی سماجس منٛز نظر گژھان۔ اکھ کردار پادشاہ کعب، شاہ حارث، زین العرب، تُرکی غولام بکتاش، شاعر رودکی، زین العربہٕ ہنٛز ژھۄنٛز، حملہ آور امیر عشیرالدین بیتر چھ سٲری انسٲنی کردار، یمو منٛز نہٕ چھُ کانٛہہ جن یا دیو تہٕ نہٕ چھےٚ کانٛہہ پٔری۔ نہٕ چھےٚ اگر پچھو نٕی۔ نہٕ چھ کانٛسہ انسٲنی کردارس تتھ جِسمٲنی یا روٗحٲنی کمالاتھ یمن بیتھ تہٕ کانٛسہ تہٕ پرٛژھ نہٕ آسہ تہٕ نہٕ چھےٚ۔

مثنوی زین العرب منٛز یۄدوے وارِیاہ کردار چھ، پوٚز ناظم چھُ خاص خاص کردارن ہنٛے یوٚت تہٕ یوٚرِ تہٕ ہٹھ عتلاوان۔ باقے کردار چھ تقریباً بیکار رٕہِتھ باسان۔ تیوٗتاہ بیکار زِ تم چھنہٕ ہیرو یا ہیروینہٕ کانٛہہ تہٕ خاص مدد کران۔ ساری مثنوی منٛز چھُ سارِوے کھۄتہٕ جاد جاندار کردار بذاتِ خود ہیروینہٕ ہُندُے۔ امہ باوجود زِ سۄ سہ چھےٚ پانہٕ جادٕ سیح یاٗٹھو عُشقہٕ تیرٕچ شِکار، ناظمن یتھ یاٗٹھ تمی ہنٛز حالتھ بیان چھےٚ کٔرمٕژ سۄ چھےٚ اصل واقعہ، ماحولٕچ تہٕ کردار نگاری ہنٛز بہترین مثال۔ زین العرب

چھےٚ اَسہٕ اَکس غم ناکھ ماحولس منٛز دٔرشیٹھ یوان۔ تَس اوس مول مۆد مُت۔ یُس اَکہ مُلکُک پادشاہ اوس۔ یتھس ناز بردار مائلِ شند مَرِن گوٚو زینُ العربنیچ دُشوار۔ سُہ گئِو کھسِتھ وٕنِ پوشہٕ ہتھ برٕ۔ مثنوی منٛز چھےٚ سُہ اَسہٕ تتھ باغھ نظرِ گرٛژھان زٕ باسان چھُ زنتہٕ روزِ اَزلہٕ پیٹھےٚ چھےٚ سُہ بد نصیب، تہٕ دوہ کھچ زٔد۔ سُہ چھےٚ غولام بکتاشَس پیٹھ فِلوا سپدان۔ عشقُک یہ زَر چھُ تمِس دِلَس تَب تہٕ وائِلنچہ دَم پھُٹ کران۔ لولہٕ کِس اَتہ تَسغرس چھُ اند لگان تمہٕ ساتہٕ ییٚلہٕ زینُ العرب تَمِس حمامس منٛز ژھرٕ ژھٹ کرِتھ مران چھےٚ۔ یہ ساریے حالتھ چھےٚ پَرن والِس پَسِ میمتھ بناوان۔ پوٚز ہیرو یِنہٕ چھُ لول ورناوُن نگان تہٕ لولہٕ روٚس زندگی چھےٚ تس فضوٗل باسان۔ اَما پوٚز یہ اَسِتھ تہٕ چھُنہٕ تمو سِتہٕ مس لولس شہوانی اولوٗدگی سپدان۔ چُنانچہ گیتھے بکتاش سمکھنہٕ وِز تس وَنان چھُ ؎

دِتم پیمانہٕ از پیمانہٕ وصل

مےٚ داماہ چاو از مے خانہٕ وصل

زینُ العرب چھےٚ اَمیٚشنٛ مطلب بدٕلے کیاہ تان زانان؟ ووہ شلن کھسِتھ چھےٚ سُہ بکتاشَس وَنان ؎

ہہ گرٛژھونے خانہٕ اَچھ سُہ رمس تہٕ سازس

نظرِ تھاو راستی تہٕ منٛز سروِ نازس

بہٕ صوٗرتھ وُچھ مگر منٛز معنیس راو

خیالے غارِ حق از دِل ژٕ ژٹِھتھ تراو

بکتاش سُند مطلب تہٕ اوس یہ تہٕ، ٹھیک اوس سُتۍ لوکٕ ٹھر زانان۔ ناظمن چھےٚ زین العرب ہٕ ہنٛز بکتاشس نِش جُدٲیی ہنٛز حالتھ سیٛٹھاہ شدتہٕ سان بیان کٔرمٕژ۔ سورُے قصہ چھُ ہجرک تہٕ جُدٲیی ہُنٛد قصہ تہٕ پٔرن وول چھُنہٕ دٔرِ ژھ یہ زر زٔرتھ ہیٚکان۔

ہیرو بکتاش سُند کردار چھُ گوڈٕ گوڈٕ بلکُل کمزور بے جان تہٕ شُش، مگر آخرس پیٹھ چھُ سُتۍ بٔڈ جاندار، پٔرکشس تہٕ باعمل بنان۔ ہر گاہ ناظم بکتاش ہنٛز زندگی ہٕندی پیٚتم ساتھ اَمہ زوٗ زیتہٕ پیش کرِ ہے تہٕ تمی سُند کردار باسہِ ہے صرف اَکس مقصد عزمن تہٕ مُلہوس انسانہٕ سُند کردار۔

ترٛیمِم اہم کردار چھُ حارِث شاہ۔ تمی سٕندین جذباتن تہٕ احساسن ہنٛز ترجمانی تہٕ چھےٚ ناظمن رٕتی پٲٹھۍ کٔرمٕژ۔ تمی سٕندی جذبات چھِ واقعی تہٕ سماجی ماحولیچ عکاسی کران۔ بینہِ بیٚنہِ ہُنٛد بیٚیس وہ پٔر مُردس سیتۍ نوٗلُق بوٗزتھ چھُ سہ قدرتی طور مغبنا کھ سپدتھ تہٕ کینٛژھا کران۔ تمی سٕندس طاقتس ختہ اوس۔ اَتھ منز نہ چھُ مُبالغہ نہ چھُ کانٛہہ بالافطری جذبہ۔ پوٚتس ہر گاہ حارِث پشیمان گژھتھ پیٚشان تہٕ دیان چھُ۔ سہ تہٕ چھےٚ بلکُل فطری کتھا۔

ٲمی سٕندس مرنس پیٹھ جادٕ ماتم کرُن۔ بکتاش سُند گیوٗن بوٗزتھ لاران لاران دار کیو پٲن، تہٕ ہُنٛدرِ لے بوٗزنی سیٛتھے دِلس منز عشقہ ریٚہہ وزہ تلنی، تہٕ واپہٕ اَتھہ سجندمنس لوکٕ خط سوزُن، یا بکتاش سُند

دایہ نِش خط رُٹِتھ تہٕ جٔب کٔرِتھ۔ یِمہٕ سارٕے کتھہٕ چھےٚ جذبات نِگٲری
ہُنٛزٕ پٔزٕ مِثالہٕ ؎

بگوش آمد صدا زین العرب را
فرٛوٗنی تس سینہٕ رنجو تعب را
دوٚپُن گیاہ چھُس کنوٚ بوزان خدایا
مےٚ چھُسنہ ژھٔنجہ دِل روزان خدایا
دٔہا اکھ کُن دِتُن بوٗزُن ترانہ
موٚٹھُس ماتم بنیاد آیس فسانہ
بدل ہیوٚتھ بے قرٲری یان یاران
بہ آخر طاق برطاق آیہ لاران
وُچھُن درپیش شاہ بکتاش خوش باش
کران غُلغُل تشنہ بُلبُل صفتھ باش
شہ زخمہ نوٚن زٔن زخمے دِلس پیوٚ
وُچھِتھ تس زیر و بم زیر و زبر گوٚ
دِعہ کٔرس پیٹھ گوش غائب عشق فِلحال
سینہٕ از دست غم در عشق پامال
کمندے جان سیٚنٛز تس مویہ بکتاش
فسوٗنش نرگسے جادوئیہ بکتاشش
نہ صبرو نے قرارش مانٛد در دِل
اما مِس شرمکس زالس اندر بگل

نہ زونُت رازِ دِل تمہ کأنسہ بأوِتھ
نہ زٕنجیرے حیا از پاسے ژأوِتھ

یا ییٚلہِ بکتاش دایہ ہیٚندِ دُسہِ زین العرب ہُند خط رٹان چھُ ، سُہ چھہِ حقیقی طورٕ جذبات نگأری ہِنٛز اکھ شاندار مثال . بکتاش اوس اکھ غوٚلام تِس چھےٚنہ پَرٕتھے بہان زِ زین العرب کیٛا آسہ اُکس غوٚلام سِنٛدِس لولس منٛز گرفتار گأمٕژ . سُہ چھُہ خط وُچھتھ پھیٛتے ہیٚے بُتھ گہ رٕوز تھ گژھان .

پوٚرُن نامہ چُھ گُل جامن دٕیتِن چاکھ
زِ حأرتھ اٗیینہ روٚیس لوٚدُن خاکھ
وُچھن پیٚکھتو رقیمس منٛز فسانہٕ
زِ ہجرٕ و دردُ غم ہاے زمانہ
ووٚنُن تَس دایہ ووٚلتَس مایہ سیٚتی
یہ غم ساتَس مےٚ تَس در سال کیٚتی
وُچھانم سیٚٹھ مےٚ ویٚنٛد روٗدم تِہُے سلِتھ
دِپے یوم بُتہٕ وُچھن زأنِم نہ کأنٛہہ ہٲتھ
دپےٚ یوم سیٚٹھ بہ وُچھہٕ ہُن ہوٚل وُچھم ما
دوہ یوٚشہارٕ ہی زُلفو دِل بُجھم ما
سہ ہر ما میون گُژہ تِلہ کأنٛہہ باوہم
بہ رشک از تیغ غمزہٕ مارٕ ناوہم

ساری مثنوی منٛز چھےٚ گُل بٕشُل زٕ دوٚرِ ہتا ہِ مکالمہ نگأری ہِنٛز . اکھ

ییلہ زین العرب پننہ نِس باغس منز یارہ پیٹھ ناوِ شاہ پرٗان چھےٚ تہٕ حارش چھُ اَچانک بوزان تمہ ساتہٕ چھُ حارش زین العربہ پرٛژھان زِ کس اُسکھ یِم ناد لایان ؟ زین العرب چھےٚ یتھ پٲٹھۍ آسان وَنان:

نسیمس کُن وَنان با دردو غم ہا
شبس نکھنا سوٗ ییے آس ترکِ یغما
بہٕ کرٕ نس تشنہٕ از سرِ خراب یوٚتم
تیوٗ سوٗ نبُل تاب دیتسم آب نیوٗتم
یہ بوزِتھ حارٕ ژن دوٚپنس وُنتھ کیٛتھ
وُنکھ سنےٚ یوٗز بہ مارٕ تھ چھکھ تہٕ گمراہ
دوٚپس تمہ چھُم پشومت مےٚ یادٕ سقا
زلب خشکی دِتم فرسی یادِ سقا
اوٚنن باور شہٕ ہس از شرحِ سقا
نہائی ترکِ یغما دوٚننہٕ حقا
جواب از یک سوخن بائیس کوٚرُن لوٗر
بہٕ دانائی نہ خود تہٕ ہیمتھ کرن وٗر

دوٚیم مِثال چھےٚ ییلہ زُن بمتاش چھُ زین العربہ شاہی محلہ خانہ یس ڈیٹھس (کامی پٲٹھۍ وزیس) منز وُچھان۔ سہ چھُ قدرتی طور بیتاب گژھتھ زین العربہ داماہ رٹان تہٕ وَنان:

مےٚ لوٗد تھم نامہٕ لیکھتھ رام کوٚرتھس
دُپہر وُن جانور در دام کوٚرتھس

وُنِتھس تاں چاٹھنی اُسم مَنہ کامَن
وَن کرٚ ژراوِ سے یِلہٕ از دست دامن
خطا کیتھ چھُم نہٕ مُژر چھین جٚبینس
زروتُل مؤژ لیم کھٔے آبگینس
دِتم پیمانہٕ اَز پیمانہٕ ییہ وٚصل
ہے دا ما چاو از میخانہٕ ییہ وٚصل

زین العرب چھِس واپس وَنان :

مُژر مہرو یہ لعل لَب بَصد ناز
دوٚپُس تمہٕ اے جوان نامحرم راز
ژٕلے شۆبیا طمعٕ تھاوُن وصل یامن
گژھِتھ از دست نیوُنس زورِ دامن
کُنے چھے حرفِ حق بہتر ز صد پند
"فرضن" ہیتھ بشد روزِیا باخُداوند
نِشان دیُت تمَ ز حُسنِ عالمِ دوٚر
تُرِے چھس مُبتلاے عشق مۆستوٚر
روٗژُم از حُسنِ صورت عشقِ در دل
زِ صورت معنییک میر گوم حاصِل
یہٕ صورت وُچھ مگر مَنز معنییس راو
خیالِ غیرِ حق از دِل ژٕھٹتھ ژراو

یہ خامی تراو عشقس منز سپن پوٗر
یہ دِل مولا رٹن نارس گژھی نوٗر

یہ مکالمہ بابہ داریاہ مَن افلاطوٗنی عشق مگر انسانی دُنی یہس منز چھے
پرٛتھ داریاہ مِثالہ پیش آمژ۔

زینُ العرب یہ ہُند مالی پٛنِدِس مرنس پیٹھ ماتم کرُن ہرگاہ زن منظر
نگٲری ہنٛز ترٛتھ مثال چھےٚ پرٛتھ زن محمود گامین : ——————

نادلاے مِیانہ یوسفو وولو، ؤنیتھ چھےٚ پیش کرمژ، پوز ناکارٕ تہٕ چھےٚ
البتہٕ بکتاش سِندِ گیونٕہِ مثال چھےٚ منظر نگٲری ہنٛز اکھ جان مثال
اما پوز اتہٕ نِس چھےٚ ناظمن اکھ عجیب غلطیاہ کرمژ۔ سہ گوٚیی زِ تمس
اوس نہٕ یہ تصور زِ گیونہٕ وزِ چھُ گیون والس اکےٚ ساز اتھس کیتھہ
آسان، بیٚیہ بیٚیلہ اکےٚ گیون وول آسہ۔ ونان چھُ :

دِوان ناخن گہے بکتاشس تارن
گہے بکتاشس از مستی بہ حالے
دِوان از چنگ سازس گوش مالے
گہے سیتار اوس از دست تراوان
بہ مستی دست بردس ادس چھاوان

منظر نگٲری ہنٛز چھےٚ تقریبن واریاہ رژٕ مثالہ مثنوی منز میلن
زین العرب یہ ہُند گرم حمامس منز تھرتھرٕ تھرتھر کرنی تہٕ بکتاش سُند یہ
ہوز دیتھ زِ زینُ العرب منگےٚ دردناک پاٹھو ہلاک، تہٕ پتہ تمِسُند ماتم کرُن۔

حمامس دارِ تے بڑ کرِتھ بستہٕ
کرُکھ بند تمہ اندر ماہ رُخے خستہٕ
در آتش خانہ از دل کوڑُن فریاد
رواں ہر سو دواں چوں سروِ آزاد
سپُن تُتہٕ آتشے حمام پیش چَل
قبا از تن گندِتھ ژرِ دُن کھوٗرن تل
بَرہ یکبار گل گے لبہٕ دیرہ زُون
اُچھن تس اوس زخمو کینو ہرن خون
قبا سأتی چَن تباہ کھوٗرِ تل بہ گرمی

پَدِن سر بند سپتین کرُنہٕ نرمی
وُنی ییس چشمہ در گرمی حمام آد
کھوٗرن تل اوش، کنین تامتھ قوامِ آد

پدین ہیُند دِہ کھوٗتُس در چشمِ بادام
زِ اشکِ خون سپُن رنگین حمام
دواں ژھرتھ تاوِ شرزات اُمس کاہی
گژھ مضطر پیٚمُت آنہ قرسہ شاہی

بکتاش چھُ ساتھ کران تہٕ وُزان :

مُرادن بہشتہٕ خدا ایی وہی نوژے نو
بجائے سروِ ناہ سوشن زنُے تو

زَرَے نو گُل بدن واتُن میٚژرٕے تل

زَرَے نو ہاپہٕ ہی تےٚ حنایہٕ مسوٗل

زَرَے نو سروِ قد واتُھ مزارس

ہُدا قمرُی دِوان گنٛژھ لالہٕ زارس

زَرَے نو جباہہٕ زیبا نالہٕ ژھاوُن

وَلُن پانَس کفَن در خاک ساوُن

یہٕ ماتمَ اسینہٕ زائلِتھ تاب نیٚوتمَ

دل سنگ آب کوٚر تمَ خاب نیٚوتمَ

بُرابرَ چھم مَرُن تےٚ زِنٛدٕ روزُن

دَنُن رودُم پنُن تےٚ چون بوزُن

نامِ ظلم پیٚٹھ مثنوی مَنز چھےٚ صنایع بدایع تہٕ، اختصار تہٕ، مناسب موقعن پیٚٹھ اصل قصس اضافہٕ تہٕ کرنہٕ آمُت۔ نزاکت تہٕ حقیقت نِگاری تہٕ انسانی ہمدردی ہِنٛز مثال تہٕ۔ پننہٕ کاشرِ ماحولچ تہٕ مُلکی سیاسیتچ عکاسی تہٕ۔ جذباتن ہُنٛد خیال تہٕ اتہٕ خارجی اثر تہٕ نظمس گرٛھان تہٕ گُنہٕ اسلوب بیانچ قدامت تہٕ۔

مثنوی اندر چھےٚ کاشرِ ماحولچ نفیس پاٹھٕ عکاسی سپزمِژ۔ ژھوَچر نظیرٕ تل تشبیہہ، نیتو کہٕ یم کینٛژھ لفظ تہٕ ترکیب یم کشیرِ ہِنٛدسے اوندپوک چھےٚ پیش کران۔

ٹاکٲنی، دٲن پوش، دۄر، ڈیکس ژٕندُن لاگُن، ہیٚچ کارٕ گُلین

پیمٕہ بادٕمن نیٚشندر پیٚنو، تہٕ نیٖتھو پوشن منٛز سیاہ زاغ (خال) گُلالہٕ ہُند
بر جگر داغ زٕٹھ۔ اُتھنٛز شہٕ گردن، شیٖشس ہیمٕہ نار، نٔدرِ کِہ وال ہیو کمر
پٔنجر دار یا عروسی کِنہ تُور یا بُتھو وُچھن بیتر۔

یوٗدوٚے نٲظم سراپا نِگٲری منٛز فارسی شاعرن ہٕنٛزِ تقلید
کران چھُ پوز تِتھہ منٛز تہٕ چھےٚ کٲشرِ ماحولٕچ واریاہ مِثالہٕ موجوٗد۔ اکثر جایِن
چھہ اَتھ منٛز کٲشرِ محاورٕ، مثالہٕ، تشبیہات تہٕ استعارٕ ورتاوِتھ سراپا
نِگٲری تہٕ نٲظمن کٲشرِس ماحولس وَیہ وٕنی بناوِتھ ہیتھ۔ یٚتھین رمز واشارٕ
ضروٗرتٕ کھٕتہٕ اُسو تیتھین چھےٚ نٲظمن مناسب حدس تام پردٕ دٲری ورتاومٕژ
زین السعرٕ ہُنٛد سراپا بیان کران کران چھےٚ نٲظمن لفظہٕ جودٕ گری
صنایع تہٕ بدایع فوصنوٗل خرچی سان ورتاوِتھ ہیتھ۔

مُختصر پٲٹھۍ ہیکَو یہ وَنِتھ زِ نٲظمہ سٕنٛزِ مثنوی ہٕنٛز زبان چھےٚ
دِلچسپ، فصیح تہٕ سادٕ تہٕ سَہل تہٕ۔ اَتھ مثنوی منٛز چھےٚ واقعاتن ہٕنٛز
صٔحی تصویر کشی کرنہٕ آمٕژ۔ تہٕ بیٚیہ چھُنہٕ یہ مثنوی محض تفریحی مثنوی
بَلکہ چھےٚ اَکھ اخلاقی مثنوی، یتھ منٛز انسانی ہمدردی ہٕنٛز لازوال
مِثال تہٕ داستان پیش چھےٚ کرنہٕ آمٕژ۔ اَتھ منٛز چھُنہٕ عشق ہوس پرستی
بنان، بَلکہ چھُ عشق اَکھ لافانی جذبہٕ بنان۔ مثنوی منٛز چھُ انسانی
ہمدردی ہُند اَکھ اعلا تہٕ مقدس پاکیزٕ تصوٗر لبنہٕ یوان۔ تہٕ یہے کتھ چھےٚ
اَتھ مثنوی کٲشرِس ادبس منٛز اہم بناوان۔

# ہیٚ مالٕی ناگرایے | غلام نبی فراق

## تنقیدی سام

ہیٚ مال چھےٚ مثنوی یَنٕکس منٛز دوٚیو شاعرو ترٲوِمٕژ۔ اَکھ گوٚو ولی اللہ متو تہٕ بیٚیاکھ سیف الدین منطقی۔ یِہ کٲم چھےٚ گوڈٕ ولی کران تہٕ اَد منطقی۔ ولی شُند آگُر چھُ مُفتی صدر الدین دفائی ہٕنز فارسی مثنوی قصۂ اَرزُن وہی مال تہٕ سیف الدینس یِم دوٚشوٕے۔ یِمہٕ کتھہٕ اَکھتہٕ کُن ترٲوِتھ چھُ یہِ پیٚزٕر ییٚنہٕ جایہِ کَہان زِ ولی ہٕنز ہیٚ مال چھےٚ سیف الدینٕنہٕ ہیٚ مالہٕ مُقابلہٕ زیادٕ [illegible] نٕمہٕ، سَنہٕ وٕنی، مزدار تہٕ ترٲوِش باسان۔ مغن چھُ اَتھ منٛز کٲشُر زبٲنی ہُنٛد ڈُکھ وار تہٕ اَرِچ خوشبوسے سون توجہ زٕنہٕ تھاوان۔ سیف الدین تہٕ چھُ پیٚوٚ کھمٕت پوٚرمُت تہٕ جہاندیدہ اوسمُت تہٕ ہیٚ مالہٕ علاوٕ چھےٚ تمی بیٚیاکھ مثنوی وامق عذرا تہٕ تحریر کٔرمٕژ۔ اَمہٕ پوٚز نٕچ تَس وٕلیس مُقابلہٕ بہتر شاعرانہٕ وَصف اَسہٕ متو نہٕ کٲشُر زبٲنی پیٚٹھ فنکارانہٕ دَسگاہ۔ تمی سِنٛز زبان چھےٚ گوٚب تہٕ نہٕ وَیہ وٕنو فارسی لفظو سیٚتی بدمزٕ باسان ییٚلہٕ ولی چھُ استعمال کران کٲشُر زبٲنی ہُنٛد حُسن تہٕ

اَمیُک میچھر تسلطس پیٹھ آنان۔ اَکھ بوٚڑ وجہ چھُ یِہ پزر کہ یوٚہے زدلی ہشنز ہِی مال چھِنے لوٚکن منز سیٹھاہ مقبوٗل۔ وزان آمُت تہٕ سیف الدینہٕ سنز ہلال یا ہِی مال چھِنہٕ اَتھ مقامس) تہٕ قوبولیتس واتُن۔ سیف الدینہٕ مثنوی منز چھہ شارن ہنز تعداد شار فارسی زبانی اندر پیش کرنہٕ آمِتہٕ وارِیاہن جاین چھُنہٕ اَکہ یادِ یِوان لفظو علاوہ کانٛہہ تہٕ لفظ کاشُر ولی چھُہ لفظن ہُنند استیمال بوزِ شوٗقہٕ تہٕ اختیصارہٕ سان کران۔ سہٕ چھُ ضروٗرتہٕ ورُزِ تہٕ نانہٕ موقعس پیٹھ دمہٕ ن کردارن اَکہ بیٛے شارس منز سوال جواب کرناوان تہٕ کم لفظن منز واراہ بیان کرنچ کُرہا پکھناوان۔ یہ چھُ تِمن سُنز شائیری ہُنند سُہ حُسن یُس اَتھ زندگی تہٕ زُو دِوان چھُ تہٕ اسلوٗب منز چُستی آنان چھُ۔ اَتھ سلسلس منز کرکھ بٔہ یم شار پیش ؎

فقیرن نالہٕ روٚٹ جانِ عزیزم
زمانے یا سے زُٹیس مٔت خیزم

یکاہ وہ ذی یوٚر ہتل پاتال والن
رحنا اوسس پیٹھ پاترال کھالن

کمیوٚ اوٚنتکھ زِ یوٚت ماشوقہ میانے
بہ واتِہس شوقہٕ تے تاشوقہ چانے

چھِنے ہیے مال گگاہ ارزنس زگرا!
منے ہاوم ذات باوم کس دِزس گالہ

یِہ ... بہٕ زتھ مُرشر کوٚر ہی مالے
دوٚپُن پرٛژھ کتھ! ترُژر لوز ہی مالے

چھُہ ماسَس کانہہ تہٕ کاسان پانٕی پانَے
بہسانہٕ کرٕ تہٕ عالم چھُے بہانَے
تمنا روبرو چھُم روز ہیُے بو
تمنا گفتگو چھُم بوزٕ ہیے بو

دلی چھُہ باضے اَتھ اختصارس، ژھو جرس تہٕ بوزٕ شوژٕ منز تمہٕ وزِ بشیا کھہ خوٗبی پاٗدٕ کرٕان ییٚلہٕ شہ کانہہ لفظ کنہٕ مصرس منز اَکہٕ کھوتہٕ جادٕ پھیر استعمال کرٕان چھُہ تہٕ شارس دو بدُو گُفتگٕہک انداز بخشان چھُہ۔ مثالہٕ باپتھ کرٕ کھ بَرٕ یم شار پیش سے

وسہ لو نَر والہٕ گرٕ والیو وسہ لو یوٗر یِہ
بہ خشہ ژھوہ دِمو وسہ زٕ مُفلسی دور
وسہ لےَ کینژھا مےٚ اوٗ نمےَ ہیے وسہ لہیَے
ژٕ پٔتہٕ چھپتہٕ یکھنہٕ نیرتھ بو ژلے ہے
دِتنٕ دامٕ رتھ کلس تس پوشہٕ گونڈُے
نوٚ بمٕ ہیے مے نوٚبمٕ ہیےَ مأری موٚنڈُے
یوٚ ہیےَ ہے چھُم یوٚ ہیے ہیےَ چھُم ہیٚنٕ یار
یوٚ ہیے گزشتہ مے گزٕ حم سٕنہٕ معو برتےَ دیار
یہ کیٛا چھُے پوشہٕ نے ستین یہ کیٛا چھُے
ہیوٚنے پا پوش پوشن منز گونہٕ کانہٕ چھُے۔

ییٚلہٕ وٕلِ یس شوٗرٕ ورت ہاسان چھےٚ سہٕ چھُہ زبان ژھاران ژھاران

شاعری کران۔ یوسہ یانہٕ تازٕ تہٕ ساددار آسان چھےٚ۔ ہی حال سپُد چھے
ییتھ پاٹھۍ نٲگ راے ہٕندِس خطس پیٹھ پنُن ردِ عمل پیش کران سہ

نہ اُنِس جاے تیتھ لیچھمرُ نہ ناوا
میانہٕ نامہٕ لیو کھٕمت آمہٕ تاوا
کتی کٔنو آو رو ترٲوان کوتےٚ کُن
سہ ہر ہنیٕ ژھالہٕ گو ماران کوتےٚ کُن

ولی سندِس ہی مالہٕ منزٕ تہٕ چھےٚ کینہہ کوتاہی نظرِ گژھان۔ امہِ پتۍ یہ چھےٚ سہ کوتاہی ییمکۍ شکار امہ دورکۍ باقی مثنوی نگار ہ علاوٕ اکہ نتہٕ بیٚیہ طریقہ غزل کارن تہٕ وژن لیکھن والۍ تہٕ سپدان چھہ۔ یہ کوتاہی چھےٚ جدت پسندی ہٕنز کمی۔ کردارن تہٕ کہانی ہٕندِ بڑونہہ یکتک رسمی تہٕ روایتی انداز، ہیرو تہٕ ہیروینہٕ ہُنٛد اکھ اکس وُچھان وُچھانۍ اکھ اکس پیتھ زُو دِنہٕ کِس حدس تام عاشق سپدُن۔ شاعرن ہُنٛد یمہ کوتاہیہ نِش دامن بچاوُن چھہ یوٚہسے مُشکل ہیوٚ باسان یُتھ مُشکل اَدٕ موجوب زِ یِمن شاعرن ہُنٛد تصورِ مثنوی، تصورِ فن تہٕ تصورِ حُسن اوس اکھ خاص قسمکہ فارسی ادبہٕ سیتۍ وابستہٕ وارٕ تہٕ ییمہ شونکی پاٹھۍ ژٕ پھیومُت۔ مثنوی نگار ولی چھِ نہٕ کردارن ہٕندِس نفسیاتی کیفیتس کُن سہ توجہہ دِوان ییتھ یمن منزٕ کُشادگی تہٕ وُسعت پیہ ہے۔ سراپا نگٲری تہٕ تصورِ حُسنس چھہ اَتہٕ سۍ اسلوب یُس گاشرکم تہٕ ایرانی زیادٕ چھُ۔ اَوٕ سے یُس محمود، رسول میر تہٕ مقبول و غارٕ تہٕ ورتاوان

چھہ۔ کِردار چھِنہٕ بالیغ سپدان تہٕ وَقتس سۭتۍ سۭتۍ تبدیلی ہاوان۔ موٗن زِ
ولی چھُ مُقابلَن ہمُو کوتاہیو نِش تہٕ حتٕل مقدوٗر دامَن بچاونٕچ کوٗشش
کَران۔ مگر سُہ چھُنہٕ اَتھ منٛز پوٗرٕ پأٹھۍ کامیاب سپدان۔ شاید چھُ اَتھی کُن
اِکھ بارٕ وجہہ یہ زِ تَسٕنٛد برٛونٛہہ کنہٕ اوٚس فارسی ہی مال یَیٚمہ چہ لفظہٕ
تہٕ اَمُک ہیٚنٛد اثر نِش تہٕ وۄہتھ۔ بعد وِرثس پۭٹھۍ رنگہ بَچُن قریب قریب
نا ممکن اوس۔ یہاے کتھ مدِ نظر تھاۄوتھ چھُ سُہ یَیٚمہ لحاظہ تأریفن
لایق زِ فارسی ہی مال برٛونٛہہ کنہٕ اوسِتھ تہٕ یِژھ کأشر ہی مال تمۍ تیار
کٔرتہٕ چِھ زبان چھِنہٕ کامیاب ہٕندِس تام کأشر تہٕ مأری منٛز۔

مثنوی ہٕندِس اِبتداہس اندر یِم ترٛۄوُہ شار زنانہٕ ہٕندِس حُسنٕچ
قبیحُ عنوانس تَل بیان کرنہٕ آمٕتۍ چھِ تِمَن چھُنہٕ داستانس سۭتۍ سیٚدھ
سیوٚد کانٛہہ واٹھ۔ یۄدوے تِم داستانہٕ منٛز کَڈنہٕ یِن۔ کہانی ہِنٛز روانی
پیٹھ پٮ۪یہ نہٕ اَکھ رَژھ تہٕ فرق۔ کانٛہہ دِیہ زِ یِمَن شارَن اندر چھُ ولی نَن
زنانن مُتعلق اَکھ تَصوُر پیش کوٚرمُت تہٕ آشنہٕ ہٕندِ ظُلمہ تہٕ تفریقہٕ نِش
تنگ یِتھ چھُ فقیر تہٕ ژٕرٕ ژٕ لِتھ سَرُچھ گرٕ نِوان تاکہ اَمہٕ شرٛی ٹھۄہ تہٕ
سۭتۍ گژھِ اَمہٕ شرٕ آشنۍ ختم۔ تہٕ نأگِرا ے تہٕ چھُ زنانہٕ ہٕندِ پھالوٗرن
وادِ سۭتۍ تَل یا تالہٕ نیرِتھ ہی مالہٕ سمکھان تہٕ نۄو سَر زِندگی شوٗروٗ کَرنۍ
یژھان۔ مگر یِمَن لوٗکَن پیٚزِ یہ کتھ تہٕ نظرِ تَل تھاوٕنۍ زِ یِمو شارو وَراے
تہٕ چھِ مثنوی منٛز تِم شار موجوٗد یِمو کنۍ ولی سُنٛد تَصوُر زَن سطحس
پیٹھ وۄتلان چھُ۔ اَتھ سِلسِلس منٛز کرٕ نمو نہٕ شار پیش۔۔

سیٹھا بیزار گومُت بر سَرِ زَن
زبردستو زنانن ووٚن تبر زَن
کوٚرے مانان مُلکے چھم ناخوداً یا
موافق مے کوٚہ نے چھم ناخوداً یا

یہ چھُ دُرِس زِ زنانہٕ مُتعلق یِم زیرِ بحث ترٛوُہ شار سپدِ عوامس اَندر سیٹھا مقبوٗل تہٕ کیمیٚژ تبر زَن بنے یہ زبرزَن۔ اَما پوٚز داستانس سیٹھا داپھٹ نہٕ آسنہٕ کنہٕ چھےٚ یِم زیب داستان بَنان۔ یِم چھےٚ سون جذبہ داستانس سیٹھا سیٹھا پکناونس منز کانٛہہ رہبری کران۔ یوٚہے حال چھُ تمن شارن ہُند تہٕ یِم صوفیانہٕ موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ آمتہٕ چھےٚ تہٕ اَتھ مثنوی منز شامِل حال چھُ۔

یَتہٕ روٗد یہ سوال زِ یہ داستان ما چھُ خیالی یوت یا اَتھ ما چھُ کشیرِ ہندِس پرٛانِس اساطیری قِصہٕس سیٹھا کانٛہہ توٗلُق تہٕ۔ سُہ اساطیری قصہ چھا عقلہٕ ویژن تہٕ بہن وول۔ سَر چھس کیتہٕ پاٹھو چھےٚ ناگی راے بنان تہٕ ناگرایس کیاہ رٕ چھُ سَر پیٹھ سپدان۔ یہی حالہٕ ہیٚکیا پھُٹہٕ کِھ دِنہٕ سیٹھا موختہٕ پھوٚل سپدِ تھ۔ یِمہ کتھہٕ تہٕ یم تماشہٕ ما چھےٚ عقلہٕ خلاف تہٕ یہ کیٚنژھا عقلہٕ خلاف چھُ تمہٕ پیٹھ ہیٚکنا شک تہٕ شُبہ پادٕ سپدِتھ۔

اَدبس اَندر چھےٚ یِم اہم تہٕ بُنیٛادی سوال تہٕ اَتھ حسابس منز پیٚیہ اَسہ یہ کتھ یاد تھاوٕنۍ زِ ہی مال ناگرایی یوت چھُنہٕ اَمہٕ رنگو عقلہٕ

حاٰران کرن وول داستان۔ دُنیِہ ہٕکین باقے زبانن منٛز تہٕ چھہ تِمٚتھن بارٕ ہٕکھِتھ اَہتِھ یِمَن اندر مافوق الفطرت پیش کرنہٕ آمُت چھُ۔ تہٕ یِمہٕ ہٕما مال ناگراے سٕنٛدی پٔھراز تہٕ موٗحفوٗظ کرنٕچ صلاحیت تھاوان چھہ۔ مافوق الفطرت یکسر یِنِہ پُش تراوُن چھُ اِنسانہٕ سٕنٛد باپتھ دُشوار۔ اَکھ اَدہٕ موٗجوٗب زِ یِمَن ہِنٛدِس پزرس تہٕ آمتس ہیٚچھ تِہٕ مذہبٕ تہٕ قرار کران تہٕ اِنسانہٕ سٕنٛز وارِیاہ پراٗنی تمدنی وراثت تہٕ چھےٚ یِمَن ہِنٛدِس حقس منز ہمہ دان نہٕ آسنہٕ کِنہٕ تہٕ ییٚنہٕ موٗحدوٗد عٔلمہٕ کِنہٕ چھےٚنہٕ انسان پرٛیچھ سوالس اَدہٕ تہٕ نہٕ کرٕتھ جواب دِتھ ہیٚکان۔ دُہلی کاشِش تہٕ زٕنہٕ کاشِش چھُ خلوٗ کھتہٕ دا نا کھ ؤتو کِنہٕ یُتھ خوش کران مگر اَتہٕ گٔژھ اندر ہمہٕ پنے علاقن ہُنٛد سار کرِتھ چھُ انسانس منز خطرات پاٗد کران۔ ہتہٕ اسہ تن نٔنِس مٔنز نکھ چھُ پتھ وسرادان۔ اِنسانہٕ سٕنٛز یہ نفسیاٗتی حالتھ چھےٚ تس مافوق الفطرت برداشت کرنس پیٚٹھ تیار۔

بیاکھ بٔڈ بار حقیقت چھےٚ یہ زِ اِنسانہٕ سُنٛد قدیم اَدب تہٕ چھُنہٕ اَمہٕ نِشہٕ خاٰلی۔ تمہٕ اندر تہٕ چھُ مافوق الفطرت یِنٛز حِصہ ادا کران۔ قدیم یوٗنانی ادب چھُ اَتھ اکھ زٕ مِثال یُس مافوق الفطرتس سیٚتھ برٕتھ چھُ۔ انساٗنی تہذیب ہٕکہِ منز کالِکُک اَدب تہٕ چھُ اَمہٕ مُعٔمر سیٚتو رنٛگنہٕ آمت۔ اَمہٕ پٔتہٕ زاتھ اَدبس اندر چھُ اکھ چیز مشترکہ۔ اَمہٕ ادبکس سورے مافوق الفطرت چھُ آمادہ بشارتہٕ آمُت۔ مافاق الفطرت کردارن تہٕ طاقتن چھےٚ اِنسانہٕ سٕنٛز عقل دنہٕ آمُتھ تہٕ تِمو سٕنٛدی صفت بخشنہٕ

آہستہ۔ قدیم یونانی دیوتا چھ انسانی صفتو سیتی بریتھ ۔ تمن تہٕ چھ انسانن ہُند ہیوٚ مزاج، یتھ اندر حسد، رشک، لول، نفرت، طمع، چند ازروُن تہٕ طرفداری ہِشہ عنصر شامل چھُ۔

یتھ جدید سائینسی زمانس اندر تہٕ چھ اسہ اخبارن اندر تہٕ باقے ڈسپلو کینہ تمہ تہٕ تژہ خبر بوزان یمہ عقلہ حارتھ دوان چھے۔ یمن اندر چھُ انسانہٕ سُند جنسی طور تبدیل سپدُن، تہٕ یتھ ہمہ زٕ ہمکی افسانہٕ وٕنہ تہٕ شامل۔ اسہ چھُ ییتہٕ وُچھمُت زِ ان پرن ییلہ پرکُرتی آزان چھُ تم چھ تمہ ساتہٕ بدلے کنھہ کران یمن ہُند علم اسہ انسانس ہرگز آسان چھُنہٕ۔ باقے چھُ یہ انسان امہ ساتہٕ بیکھتہٕ دوان زِ یہ کرن ہٕ آیشہٕ یہ انسان پریشان۔ یتھوٕ تہٕ امہ قبیلکہ باقے تماشہ چھ اسہ عوٚجوٚبہ ہی باسان۔ یمن عوٚجوبن پیش نظر ییلہ یتی ہی باقے عوٚجوٚبہ اسہ نظی سپدان چھ سون یقین چھُ سانین شوٚکوکن ہنا تل زمانن تہٕ گلہ زیو کران۔ اسہ پزِ یہ کنھہ تہٕ یاد تھاوٕنی زِ ادب چھُ آخرس زندگی ہُندُے اکھ اژھمین حصہٕ آسان۔ امایوز یہ چھُ زندگی نِش حنوٚ روٚر بُڈن تہٕ مختلف آسان۔ اکھ چھے بنیٚ منطق اکھ پزر دوان یُس سانین شنوکن یارہ ہوا بنتھ ییندر یاوان چھُ۔ یہاے بنی منطق چھے اکھ سانہٕ بایتھ حقیقی بناوان۔ یمہ کنھہ ہُند اشارہ تہٕ چھُ حنوٚ روٚرن زِ تہٕ ادب یادٕ کرن وول چھُ انسان یُس بنیہ تمی تخیلکہ امداد سیتی اکھ وُجود دوان چھُ یُس اسہ منز مشترک چھُ۔ یتہٕ چھُ اکھ پزر زیٚلہ

غأر انسأنی وۄجوٗد اَسہٕ بۄزنٕس کٔنہِ اِنسانن ہٕندِس پأٹھۍ کیٚنہہ کرن تہٕ
اِنسأنی تیٚدِفتن ہٕند اِظہار کران اَسہٕ چھُ تِہٕندِس کاڑھ جارُس تہٕ تِہنٛز
عَقلہِ سیٚتۍ لیِن دیِن روزان۔ تِہٕنٛد غأر انسأنی وۄجوٗد چھُ سانہٕ
شۄعوٗرکِس پوٚت منظرس منٛز غأیب گژھان۔ سأنی بے یقیٖنی تہٕ شکوٗک
چھ موطل سپدان۔ اَسہٕ چھُنہٕ غأر اِنسانن، سرِہیٚن، دیوَن، ریٚنٛز
پٔریَن، مَلکَن وغأرن سیٚتۍ لیِن دیِن روزان۔ بلکہ تِہٕندِس
آدمأوکہ تہٕ بشرأوی ہیٚتس وجوٗدس سیٚتۍ۔ فہم وفراستس سیٚتۍ۔ عقہ بہٕ تہٕ
گاڑھ جارُس سیٚتۍ۔ اَسہٕ چھ تم پانس ہیٚو باسان۔

پیٚلہٕ اَسہٕ اَتھ پوٚت منظرس منٛز ہیٚو حال نأگرایک مافوق الفطرت
وُچھان چھ یہٕ چھُنہٕ اَسہٕ منٛز کانٛہہ شکھ پأدٕ کران۔ اَتہٕ چھ سرِپہ تہٕ
اِنسانن ہٕندِس پأٹھۍ کلامہ کران۔ لسان بسان، لول بران، عاشوٗق
سپدان، دِے ورتاوان، انتقام ہیوان، سأزشہ کران تہٕ زٔمن ہٕند
تورٕ ژھانڈان۔ یِم کردار چھ بشرأوی ہیٚتہ تہٕ آدمأوی ہیٚتہ۔ نأگراے
چھُ ہیٚو حالہٕ ہٕندین شہلت ترٛاون والین زُلفن خُمن رسول میرنی پأٹھۍ
وُنہِ وان تہٕ میچہٕ رنی پأٹھۍ موج تُلان۔ گلزنگ پٔریٖ چھُ پنٕن خانہٕ دار
تل پاتال والین تلکان، تس چھُ وقتہٕ وِزِ آکس دِلن سیٚندِس پأٹھۍ
پھاس ترٛاوُن تلکان۔ لوکہ پال تہٕ گوپال چھ دٔہن انسأنی اَردلین
ہٕندِس پأٹھۍ ہیٚو حالہٕ پِہر دِوان۔ تل پاتالکۍ مافوق الفطرت لوکھ تہٕ
چھ بٔتہٕ زنان تہٕ بِمارن برِنجابہٕ چادان۔ سانہٕ دُنی ہیٚکو پأٹھۍ چھ

یہنٛدِین وَتَن اَنٛدر تہٕ سیٚہہ آسان ۔ کانٛہہ فرق چھُنہٕ نظر گژھان یہنٛدِس
تہٕ ساٹھِنس دُنٛیہٕس اَنٛدر ۔ اَتھ دُنٛیہٕس چھےٚ پرٛیتھ اَنٛد ساٹھنی مُنیمیچ
چھاپ ییمژ ۔ یوہے انسانی عنصر چھُ اَتھ عظمت بخشان تہٕ اَسہ
مٔحفوٗظ کرنُک طاقت دِوان ۔ یوہے انسانی ماحول تہٕ ہَوا نَوا چھُ
اَتھ مافوق الفطرتس پیٹھ اَسہ اعتبار کرناوان تہٕ ساٹٔنی شکوٗک ختم
کران ۔ ہرگاہ اَتھ اَنٛدر انسانن ہٕنٛدِین سوالن ہٕنٛد جواب تٔژھ پٔنٛن
ردِعمل سیٚس سیٚس تَرنہٕ سیتۍ ظٲہر کرہَن تیٚلہٕ سپدِ ہے نہٕ یہ مثنوی یٲدِ
اَثر سپدِ ہے نہٕ اَسہ وَنہٕ ہیوہ ای نہٕ یہ چھےٚ اَکہِ باوٕر ذہنُک یٲدادار ۔
گویا تیٚلہٕ آسہٕ ہے نہٕ مافوق الفطرت آدماوٕنہٕ تہٕ بشر ادٕنہٕ آمٕت ۔

یہ مضموٗن باسہِ تِتھ تام نامکمل یوٗتام نہٕ حالی ناگہ راے
ہٕنٛزِ کتھ پیٹھ تہٕ اَمہِ چہ تمثیلی اہمیژ پیٹھ کینٛہہ کتھ کرنہٕ ییٚن ۔
دِیان ہی مال ناگہ راے چھےٚ اَکھ پرٛانۍ کاشُر لکہ کتھ یۄس سیٚٹھا مقبوٗل
روٗزمٕژ چھےٚ ۔ اَمہِ کتھہِ ہٕنٛد گۄڈٕ رُخ کینٛژھاہ اوس تہٕ کیا اوس وَنہٕ دِیُکہ
نہٕ انسان تَتھ پیٹھ بروسہٕ سان کینٛہہ تہٕ وَنِتھ ۔ اَمیُک اَکھ وجہ چھُ یہ
زِ یہ چھُنہٕ ییٚنِس اصلی رُخس منز دستیاب سپدان ۔ اَتھ چھُ وقتہٕ پتہٕ چین
تبدیلیٚن سیٚتۍ سیٚتۍ لوکو خبر کیا تہٕ نوٚن مرتبہٕ دٲنِگ تروو مٕژ تہٕ خبر
کیٚتھ ناہ کمی بیشی کرمٕژ ۔ اَتھ لکہ کتھہِ مثنوی بناوَن والی چھِ مُفتی
صدر الدین وفائی ، ولی اللہ متو تہٕ سیف الدین منطقی ۔ دِیان چھِ درے
گاہ مکہ بہلہٕ پایہٕ فارسی شاعر مُلا اشرف بُلبُل ہٕمسایہ تہٕ چھُ اَتھ پیٹھ قلم

تُلمُت۔ مگر مُشکل چھُ یہِ زِ یہِ مثنوی چھےٚ کُنہِ تہٕ دیابہٕ لوٗدِ نیٚپدان۔ مےٚ چھےٚنہٕ مُفتی صدر الدینٕنۍ فارسی مثنوی دُچھمٕژ۔ اَما پوٗز ولی اللہ متوٗ تہٕ سیف الدین منطقی ینٛزٕ مثنوی چھےٚ مےٚ پرٕمٕژ۔ مےٚ کوٗر یمن ترٛین مثنوین ہُنٛد تذکرٕ اَدٕ موٗجوٗب زِ یمن چھُ اَکھ اَکس سیٟتؠ رَبط تہٕ رِشتہٕ ہاو۔ سمُت اَتھ کیٚنٛہہ مثنوی ہُنٛد کوشرٕ لباس لاگان لاگان چھُ دوٚشوے مثنوی نگارو دُلیٚن تہٕ تہٕ منطقی ین تہٕ اَمہٕ کہ کیٚنٛہہ ہُنٛد اساطیری کردار اَکہ نٔنہٕ ہیٚیہ شکلہِ برقرار تھوومُت۔ اَما پوٗز یہِ چھےٚ اَکھ حقیقت زِ تمو چھےٚ یہِ کیٚنٛہہ تس عصراوِ مرٕژہٕ اَتھ اَکھ نوٚو نتیجہ دِژمٕژ۔ یہِ کران کران چھُ تمو مافوق الفطر فائیدہٕ مُشِد کام ہیٚژمٕژ۔ مثلن ییٚلہِ ہی مال ناگِ راینٛزٕ لاش ہیٚتھ بلہ پوٗر مالیٚنۍ واتان چھےٚ سہ چھےٚ تمِس ناگہ رایس متعلق ونان زِ تمیٚ اُسی کُفرکہِ جامہ نرٛاونہٕ تہٕ اوس ہیتو ننہٕ اوس سہ زٕ کہ مُسلمان۔ ہی مال چھےٚ تمِس وَنان زِ :

مسلمان دینہٕ اُدسُم ناگ ارزُن
گیٚیس تس ناگِلہ مےٚ ییٚژ کالی پرزُن
چھُ خلوکھ تمہِ مےٚ وُنمُت ہی مالی
بہ ظاہر چھےٚ مےٚ کُفرکہِ جامہ نالی

ناگہ رایہ سینٛزٕ غایہ حاضری مٕژ تِس سوداگرہ ہی مالہ سمکھان چھُ شُتہ چھُ پننہِ دیٖتہ اسلامس ظاہر کران۔ اُخرس پیٚٹھ چھُ یم پاک عاشق زالنہٕ یوان۔ مگر اَتھ موقعس پیٚٹھ یم پاک مدینہ ہاکی تفسیر اَور داراتھ

پیوان چھ یِم چھِ دَیان زِ یِم چھِ مسلمان تہٕ بظاہِر نارس منٛز ژٲوِتھ چھِ یِم زِنٛدٕے۔ یِم چھِ پَتہٕ اسلامی رِوایژٕ موجوب دفن کَرنہٕ یِوان۔ کٲشِر ہِنٛد تواریخ ہیٚکہِ اَتھ عصراوِ منٛز حقیقژ تہٕ ساتھ دِتھ۔ مگر اَتھ کہانی چھُ بَتھ کالیچ کٲشِرِ سیتۍ تہٕ واتھٕ تہٕ ربط موجود۔

دَیان ناگہٕ رایس اوس ناگ قومس سیتۍ تعلُق۔ یِم ناگ ٲسۍ آریاہَو بَروٚنٛہہ کٲشِرِ اندر روزان۔ دَیان یِم ٲسۍ سَرپن تہٕ ناگَن ہِنٛز پوزا تہٕ پرستِش کران۔ ییٚلہِ آریا نسلکۍ لُکھ کٲشِرِ یِوان چھُ، تِم چھِ ناگَن سیتۍ ژوان تہٕ ناگ چھِ کمزور۔ کَرٕ ھتھ شِکَس کھیوان یِکان ژلان۔ کینٛہہ چھِ آریاہَن بَروٚنٛہہ کنہٕ ہٕتھی یار ژٲوِتھ تہٕ آن مٲنٛتھ یٔتھی روزان۔ ہِیۡ حال چھِٮ۪ فاتح آریا قوٚمچ اَکھ خوٗبصورت کوٗر۔ آریا ٲسۍ پانس ناگَن مُقابلہٕ سیٚٹھا تھَدۍ تہٕ مہذب مانان۔ تِمَن اوس پننہِ نسلی برتری ہِنٛد تہٕ داریاہ گُمانہٕ۔ ناگَن منٛز کمتری ہِنٛد جذبہٕ پاد کَرنُکہِ غرضہٕ تہٕ آسہٕ تِم ناگَن وُسۍ پایہٕ لوٗکھ مانان۔ ناگہٕ رایہ چھُ اَمی وُسۍ پایہٕ قومُک اَکھ مٲرۍ موٚنٛد نشُد بوٚن جوان یُس کٲشرِ تہٕ آریا نسلچہِ کوٗرِ ہِنٛد دِل ژٕڈِرِ نِنٛج جسمٲنی خوٗبصورتی تہٕ تہذیبی مٲرۍ مشُد یُت ھاوان چھُ۔ سُہ جوان یُس پننہِ ناگ قوٚمچ پسماندہ غار مہذب وٲرن بیرت زنانہٕ سیتۍ زندگی گزارِتھ۔ جہنمس منٛز روزنس برابر باسان چھُ۔ ہِیۡ حالہِ منٛز چھِٮ۪ تس اَکھ منہ مٲنۍ تہٕ مثٲلی زنانہٕ نظرِ گژھان۔ ہِیۡ حالہٕ تہٕ چھُ ناگہٕ رایس اندر اَکھ سُہ بَرپوٗر مرد نظرِ گژھان، یُس حاصل کَرنہٕ

باپتھ سعہ جدوجہد کران چھےٚ تہٕ یَس مُتعلق سعہ یٚمہ علاوٕ بیٚیہ کینٛہہ زانُن یژھان چھِنہٕ زِ سُہ گژھِ تَس حٲصل سپدُن۔ سعہ چھِنہٕ ناگی رایہ سٕنٛز ذٲتی حیثیت راوُن یژھان۔ تکیازِ لولَس مُقابلہٕ چھِنہٕ یمَن مولی چیزَن زِنہٕ تہٕ اہمیت روزان۔ چُناچہ یہ لول تہٕ موحبت چھُ دۄن بدٲن قومَن تہٕ نسلَن ہنٛدِ ملاپٕچ علامت بنان۔ اما پوز یہ ملاپ چھُنہٕ واریاہن رجعت پسندن تہٕ قدامت پسندن وَیان تہٕ برہ یوان۔ تِم چھِہ اَتھ اکھ رومٲنی افراط زانِتھ موقعس پیٹھ کمزور کران۔ یہ رشتہ ختم کرنہٕ باپتھ چھےٚ ناگی رایہ سٕنٛز پرٲنٛی آشِنٛو گلہ زنگ پٔری کرٲنۍ۔ تیٚتھ ہی حالہٕ اندر ناگی رایس خلاف باقی وُبوُدرتلَن واجِنو کُنتھو علاوہ نسلی امتیازٕچ نفرت بہ پٲدٕ کران۔ سعہ چھےٚ تَس پتہٕ وَنان زِ ناگی رایہ چھےٚ پسماندٕ قومُک کونٛشہ زٕورتہٕ واتُل۔ سُہ چھُنہٕ اعتمادس تہٕ بروسس لایق۔ اکھ سعہ اَخلٲقی کمزوری یوسہٕ ستھرٕ ذٲژ ہنٛدین لوکن وَسی بایہ ذٲژ ہنٛدین مُلکَن اندر ہمیشہ دٕرینٛٹھی یوان چھےٚ۔ یہ وَنُن چھُ پوز زِ بنُن خانہٕ دار نۄ سترٕ حٲصل کرنہٕ سعہ کھَن چھےٚ سعہ تہٕ چال گنٛدان تہٕ اَتھ پیٹھ تَس کانٛہہ الزام دیُن آسہ نہٕ مُناسب۔ مگر یہ پَزر چھُ منورور بنیہ حبایہ ثٲبت زِ ہی حالہٕ مقابلہ چھےٚ سعہ وُسو پایہ صفتن ہنٛز مالِک۔ یہ چھُ اکھ سُہ ناقابلِ تردید ثبوٗت یُس وُچھتھ ناگی رایہ ہی مال وُچھنہٕ تر ونیٹھے گلہ زنگ پٔری ژراوان چھُ۔ ہی حالہٕ اندر چھُ تَس اکھ مثٲلی زنانہٕ کردار نظر گژھان یُس مُقابلن زیادٕ مارہ موند لوبہٕ وۄن تہٕ شیٹھ بار کرناوان

چھُہ۔ اَتھ پرٛزَس بیٚٹھ نظر چھُہ سُہ ہِی مالہٕ پیٚٹھ ہاران۔

لُکہٕ پال تہٕ گوٚپال تہٕ چھہ ظاہِری طور ناگُراىس دوٚستی ہُنٛد دَم بَران۔ تَس چھُہ اَکِس مُہذب اِنسانہٕ ہُنٛد کہ پاٹھۍ تِہٕنٛز دوستی پیٚٹھ اعتماد آسان۔ تیٚتھُے اعتماد ژُ سُہ چھُہ یارٕ دٲنِس مَنٛز۔ پننہِ بِمار محبوبہٕ تِمَن حوالہٕ کٔرِتھ نیران۔ مگر تِم اَرچِھنہٕ تہٕ آسان پہٕ تِمَن ناگُراے مانان چھُہ۔ ہِی مال ییٚلہٕ بُلان چھِہٕ تِم دٔہ شوٗرے رچھہ تَس یارٕ دٲنِس مَنٛز بےسروسامٲنی ہُنٛدِس عالمَس مَنٛز ژٕراوان تہٕ ناگُراىس پانے تِمو ہُنٛز بَلنٛچ شٮ۪چھ باوٕنہٕ گژھان۔ پہٕ چھِہٕ تِہٕنٛز سوٗ غفلتھ یا چال آسان یوٚسہٕ بڑٕ ونیٚٹھ ییٚکِتھ دٔہ شوٗرٕ نٕ عاشقَن ہُنٛدِ مُصیبتچ تہٕ موتچ ذمہ دار بَنان چھِہٕ۔ ناگُراے چھُہ توٚرے تِمَن پوٚتُس قصاص ہیوان تہٕ مٲرِتھ ژٕھنان۔ اَمی تِلہٕ چھُہ نَنان زِ تِم چھِہ تَس وَگوٚ ژٕٹنَس پیٚٹھ آسان۔ تہٕ دوٚستی ہُنٛز شکلہِ مَنٛز دُشمنی ورتاوان۔ تِمتے پاٹھۍ چھُنہٕ ہِی مالہٕ ہُنٛد مالیُن تہٕ اَتھ اَشناوی پیٚٹھ خوٚش آسان۔ مول چھُہ مجبوٗر گژھتھ یہٕ رِشتہٕ تیٚلی منظوٗر کَران ییٚلہِ سو تمبرٕ رِسم مناوان ہِی مال ناگُرا پہٕ سے منتخب کَران تہٕ ژاران چھِہٕ۔ ییٚلہ ہِی مال ناگُراینز لاش ہیٚتھ بَلہٕ پوٚر واتان چھِہٕ تَتہٕ چھُہ تَس مالِنٛز قبیلہٕ واقات بوٗزِتھ یِہٕ ہے رسمی ماتم ہیٚوٚ کَران۔ حالانکہ یہٕ چھُہ سُہ دلدوز موقعہ ییٚلہٕ کُنہٕ دٔہ گَن تہٕ اوٚنٛد پوٚکھ اَشہٕ ٹارٕ ہو بَنہٕ۔ ہِی مال چھِہٕ خانٛدرٕ پَتہٕ اَکھ وٕری گژھتھ پتھے موٚنٛدٕ ٹینٛتھ مالیُن واتان۔ تَس چھِہٕ وۄنہٕ تِمَن ہنانٛدریچ ماگُنز ناگِرٕ ہے آسان۔ یہٕ زمانہٕ چھُہ وۄنہٕ مہرٕ ٹِیہٕ تانٛہ کیٚہ زمانہٕ آسان۔ مگر حالات چھ

تمہٕ سِند پن خابن تہٕ اَرمانن آنہٕ ماینہٕ کران۔ تمہٕ سُند دُنیا چھُ بوٚرباد آسان زندگی چھُس لوٚٹ سپدان۔ تس چھُ ژھوا پارِہ اَنہٕ گوٚٹے اَنہٕ گوٚٹ بوزنہٕ یوان۔ تِکیازِ تس چھُ پنُن ڈیکہ لون پنُن ٹوٹھ محبوب پننہٕ مرضی سیتؠ ژور مُت خانہٕ دار تہٕ زندگی ہنٛد سیتؠ بوج سیتؠ آسان۔ مگر کیتھہٕ پاٹھؠ؟ تلوارِ سیتؠ ٹکہٕ ٹکہٕ کرنہٕ آمُت، رتس منز غوطہٕ دنہٕ آمُت، قتل کرنہٕ آمُت اَمہِ ساتہٕ چھےٚ سعہ یان مارِتھ تہٕ ماتم کرِتھ تھچمرٕ، لوکہٕ سمرٕ تہٕ پنہٕ پننہٕ گامرٕ آسان۔ تمہٕ سُند یتیم ہمسوسہٕ چھُ ناگی راے رسمی طور اندمزار اند واتناوُن آسان۔ کیا آسہِ تس یمن حالاتن اندر کانٛسہِ ہنٛز نصیحت تہٕ کانٛسہِ ہنٛد مشوَرٕ فکرِ کھسان؟

ناگی رایہٕ نہٕ غارتگرٕ ہنٛزی منز یُس سوداگار ہی مالہٕ یار وٚنس منز تمکھان چھُ سُتہٕ چھُ ہی مالہٕ یٕہے واطہٕ پران زِ پرٕ قومن مقابلہٕ چھُ پننہٕ قومہٕ کے رِشتہٕ جان ثابت سپدان۔ سہٕ چھُ ہی مالہٕ وَنان زِ تس پزِ ناگی راے مشورت تسہٕ سیتؠ خاندر کرُن۔ سہٕ چھُ ہی مالہٕ سیتؠ ناگرایس متعلق یمن لفظن اندر گفتگو کران ؎

سہٕ کیا زانی یہ زنبُل روے چونے
سہٕ کیا زانی یہ سنبُل موے چونے
سہٕ کیا زانی یہ چونے نارتے ساز
بہ عاشق اُتھ بہ زانے مے کنے ماز

عشق بازی چھےٚ پٔژ ہم قدمنے سیتھ

کران تی خار ستے آوارٕ گٔر کیتھ

بہ ذاتٕہ بوڈ چھُسے بوڈ چھُس مے کرُنُے

بہ ذاتٕہ قیمت چھُس بہ زانٕن مول پوٚنُے

مثنوی ہیمال ناگراے چھےٚ اکھ سعہ تمثیلی نظم یمہ سٕہ مختلف قومن اندر تہٕ قومیتن اندر تہذیبی یکجہتی تہٕ مذہبی رواداری ہُنٛد منظر سطحس پیٹھ انان چھےٚ۔ اتھ مثنوی چھُہ کشیرِ اندر قبولِ عام حاصل سپُدمُت۔ باقے وجوہاتو علاوٕ چھُہ امیُک اکھ بار وجہ یتھ زِ اساطیری موجزٕ رچھ اُتری ذمٕس تام اتھ تمثیلس پرُکشش تہٕ دلچسپ بناوان۔

# وامق عذرا | مرغوب بانہالی

## تنقیدی جائزہ

وامق عذرا چھےٚ میر سیف الدین تارٕ بلی صٲبنیو ستو تصنیفو منٛز سعہ اہم تصنیف یتھ تمو پانٕنس کٕھسہ وٕنس یاونس منٛز تمہ وقتہٕ دس اوس تلمٕت۔ یتھ تمن عربی تہٕ فارسییس پیٹھ پوٚرٕ دسترس حٲصل اوس ... تہٕ ییٚلہٕ تمن حضرتِ ایشان شیخ یعقوب صرفی صٲبنہٕ

---

لہ حضرت شیخ یعقوب صرفی صٲبنس "ایشان" لقبس متعلق چھےٚ کتھ منٛز واریاہ کتھہٕ گرٛنہٕ آمٕژ۔ یتھ چھُ پہ ز "ایشان" لفظُک مطلب وسط ایشیاہس خاص کرِتھ موجوٗدٕ روٗسی تاجکستانس منٛز اکہ تیٚتھ عالمِ دین تہٕ علامہ وقت ییٚمہ سُنٛد روٗحٲنی کمال تہٕ علمی جلال یا بییہ لفظن منٛز عالمِ باعمل آسُن وَقتہٕ کیو عالمو تہٕ گاٹلیو تسلیم آسہ کوٚرمُت چنانچہ اوس حضرت صرفی یس منٛز امہ قسمُک کمال وُچھتھ تمن تمہ وقتہٕ پہ لقب دِنہٕ آمُت۔ ییٚلہٕ تمو بلخ، بخارا، تاشقند تہٕ یارقند چین کیٚن شہرن

فارسی وامق عذرا مثنوی منز مجازس تہ حقیقتس میثل سیدان باسیوو اماپوز یاوَن گژھکہ منز لیکھمت شہ گوڈنیک نوسخہ چھ اَمہ بوٚنہٕ سیفہ صابس راوان زِ شہ تارہے تمہ نظرِ ثانی کرتھ پتہٕ گنہ دوٚیمس کاکذس پیٹھ۔ تمہ راوی میتس نہ سخنس متلق ہیکو نہ اسہِ ونتھ زِ شہ اوسا

---

(پتہٕ مہ صفحک فٹ نوٹک باقے:) عالمانہ مجلسن منز بنہس تحصیلتس نیر کرتھ اَہر یہ ہنوو۔ "ایشان" لفظکہ اَمہ حقیقتک تصدیق سیٚد کشیر بنور سٹی ہندس اکس نامور پروفیسر ڈاکٹر شمس الدین احمد صابس تمہ وقتہ ییلہ تم از برونٹھ ترٛیہ ؤری رؤسہ کس شہرس دوران تاجکستان تہ حضرت شاہ ہمدان صابنس روضہ پاکس پیٹھ گوو لاب وأتی۔ پننہِ بوز پروفیسر صابن یانہ تتہ یہ لفظ از تہ اَمی مطلبہ خاطرہ ورتاونہٕ یوان۔ حضرت صرفی ہندس بیتن گنجس منز چھیم پانژھ مثنوی شامل: (۱) مسلک الاخیار (۲) وامق وعذرا (۳) لیلیٰ ومجنون (۴) مغازالنبی (۵) مقاماتِ مرشد۔

سرینگرکس ریسرچ ڈیپارٹمنٹس منز چھ بنج گنج صرفی تروٚاہ (۱۳) نمبرس تحت تہ دیوانِ صرفی کنترٕہ (۲۹) نمبرس تحت موجود۔ صرفی صابنہ وامق وعذرا مثنوی ہند گوڈنیک شار چھ یہ ؎

خداوندا حجاب از پیش بگشای — بمشتاقان جمال خویش بنمای

تہ سیف صابس برونٹھ کنہ نوٚمتہٕ بنن واجنہ اَمہ مثنوی ہند تیٚم شار چھ یہ ؎

خدایا عفو کن تقصیر صرفی — بامدادِ دعای پیرِ صرفی

صرفی صابنہٕ مثنوی ہُنٛد پابند ترجمہ کرنہٕ تٔمیٖشُک ویُور تہٕ آزاد ترجمہٕ پرٕنہٕ موجودٕ کاشُروامق عذرا چھےٚ۔ سیفہٕ صابنہٕ موجودٕ مثنوی تہٕ چھےٚنہٕ ترجمکؠ لوازمات پورٕ کران۔ یوٚدوے یہ اَمہِ برٛونٛہہ لیکھنہٕ آمژن کینٛژن مثنوین ہُنٛدِ پاٹھو بےٚ گنٛڈ ژٕ واٹھ تہٕ چھےٚنہٕ۔ تہٕ کیازِ سیفہٕ صابَس چھےٚ پننِس ماخذس منٛز رٕژنہٕ آمٕژ صوفیانہٕ تراے بہر حال نظرن تَل رٕکوزمٕژ۔ چنانچہ صرفی صابنہٕ صوفیانہٕ انداز بیانُک کاماکارٕ تٔمۍ بوٚتھ چھےٚ کتابہٕ ہُنٛدِس پتمِس حصس منٛز میلان۔ ویسے چھہٕ گوڈٕ تس منٛز تہٕ سیفہٕ صابنہٕ پننہٕ ماخذُک موختصر مگر مانہٕ دار ذکر یمن لفظن منٛز گومُت ے

چھہٕ فرماوان جنابِ شیخ صرفی

محیطِ عشق و عرفان در شگرفی

بٔلکہٕ چھہٕ[25] اندازٕ سپدان زٕ موجودٕ مثنوی چھےٚ راوٕ دٕمژ مثنوی پَتہٕ پیٚنٛزٕ بہٕ وہرٕ ١٢٧١ سنہ ہجری (١٨٥٥ء) یس منٛز تمہِ سانہٕ لیکھنہٕ آمژ، یتھ یلہِ سیفہٕ صابن پنجابَس منٛز پننہِ وانسہِ ہُنٛد زیادٕ حصہٕ گُزٕرٕتھ۔ بحرس کُن یا بٔیتن لفظن منٛز تجربہ کرنس نٔیرس نہٕ تھاوس کُنہِ قدم ترٛٲوِمُت اوس سُہ خوشخۆلُق۔ خوش نویس۔ عالِم تہٕ قابِل پیرزادٕ اوس لُدھیانکہ حکمران شاہ جمجاہ شجاعن پننین شُرین تالیم پرناونہٕ خاطرٕ پنجاب نیومُت۔ پنجابس منٛز یوٚدوے درمیانی پنٛژہن ورٕین ہندیو جاری تاتو تس کشیرِ ہُنٛدؠ اکثر خیالاتھ مشراوِنہ۔ امابوز کینٛژھا لوکہٕ چارٕ کِس بتہٕ نارٕس صوفیانہٕ آیہٕ پھیرٕ ڈُنگ اَمار تہٕ کینٛژھا ساراج دین ناوِکِس اکِس یارٕ غارٕ سُنٛد اصرارٕ زٕ سیفہٕ صابن

پیچھ مثنویہ گامُت مثنوی دُبارٕ۔ سیفٕ صاحب چھُ پانہٕ امیتُک ذکر یتھٕ پاٹھو کران ؎

میٚے وُنہٕ خام اَسی لۄکہ چارٕ کی خیالاتھ
بفکرِ وامق و عذرا گیم راتھ
بوٚڈ ہتھ تتھ راتھ گومُت روز روشن
حقیقت تتھ مجازس دِل چھُ گلشن
سُہ اوسُم قصہ در کشمیر وونمُت
ولے تا وصل در تحریر اونمُت
صفا چوڑِتھ کھٔتِتھ زن عائب تھوُوم
حیا سیتی نہ زانہہ ہوُوم نہ بوُوم
مُجزا بر سوادِ طرح اول
بیاض اصلاح نیشہٕ پیومُت مُعطل
اَکے نوٚہ سخا لیکھِتھ اوسُم سُہ روُوم
پتے رو جانبِ پنجاب نژوُوم
زمانن کرٕ سیٹھا گردش بحالاتھ
بُڈِتھ منتھٕ رٕتم جوانی ہیشہ خیالاتھ
ٹکان پیشرہٕ وری گئے درمیانہ
تیپن تتھ خاتمہ در لدھیانہ
سراج الدین تیپُن باعث برین کار
سُہ یارِ نازنین شائق بہ اشعار

سَنہٕ ہجری سَتھ اَکہٕ پینٛٹھ تہٕ بہٕ شتھ
رجب ریتہٕ زوٗنہٕ پچھ، دوہ اَگہٕ دوہ گَین سَتھ

یمن کینٛژن شارَن ہیکو اَسہِ وامق عذرا مثنوی ہِنٛد موختصر تاریخی تعارُف دِتھ۔ اَما پوٚز اَمیُک اَدبی تہٕ تنقیدی تعارُف ہیکہٕ نہٕ یوٚت ژھۄ چرسان بیان کَرنہٕ یِتھ۔ یوٚتام مَتھ زن یہِ مثنوی لیکھنہٕ خاطرٕ ژارنہٕ آمژٕ زمینہٕ تہٕ بحرٕ ہِنٛد توٗق چھُ تتھ مُتعلق چھُ یِتھٕ وَنُن کأفی زِ سیفہٕ صابَن چھےٚ سوے بحر ژأرمٕژ یۄسہٕ صرفی صابَن پننہٕ فارسی مثنوی خاطرٕ بابہٕ ناد مٕژ اَس۔ کٔشیرِ منٛز شاہکار مثنوی گُلریز تہٕ چھےٚ اَتھی بحرٕ منٛز لیکھنہٕ آمژ۔ یوٚتام مَتھ اَتھ کتابہِ منٛز سیفہٕ صابنہٕ زبأنی ہِنٛد تہٕ طرزِ بیانُک توٗق چھُ۔ سہٕ چھےٚنہٕ تِہنٛزِ مثنوی ہی مالہٕ کھہٕ تہٕ جادٕ مُختلف۔ تہٕ زَن گوٚ کینٛژھا عالمٕ آسنٕچ تہٕ زبأندأنی ہاوٕنٕچ مجبوٗری تہٕ کینٛژھا فارسی آمیز پسند کَرن والین دوستَن ہِنٛزِ مزاز شنأسی زِ تموٚ چھےٚ اَزی کَس کأشرِ سینہٕ کرِ حسابہٕ سیٹھا مُشکل تہٕ عالمانہٕ عبارژ نظماونٕچ کوٚشش کرٕمژ۔ یہٕ چھےٚ بیاکھ کتھ زِ تِہنٛدی اُستادانہٕ صلاحیژ چھےٚنہٕ تِہنٛدِس عربی تہٕ فارسی آمیز عبارتَس ناگوارٕ بَدن واجینہٕ (غأر مانوٗس) کھیرٕ پننہٕ دِژمٕژ بلکہ چھےٚ گوہ بہ لفظو باوُد جوٗد تہٕ عبارژ اَکہ حوشوٗز موجوٗد باسان۔ یہٕ کتاب ترٛین[3] زبانن عربی، فارسی تہٕ کأشرِ ہیٚکُ یوشہٕ گوٚنٛد یُس زأنتھ مانتھ کوٚشش کرنہٕ چھےٚ آمژ تمہٕ کِس گوٚہ نہٕ ہس یا ثوابَس منٛز چھہ شاعرن پننیو یا دِس برابر شریک زأنی مِتھ۔ چنانچہ چھُن رأیجُل وقت فارسی آمیز عبارتُک ذکر یمن لفظن منٛز

کوٚدمُت ؎

یہِ یارو دوٚپ تہٕ پیوٚ مانُن سَراسَر
مےٚ شعر ہر زبان زانُن بَرابَر

ویسے چھہ چھاپ سپنہٕ مِژ اَتھہ کاشِر مثنوی منز کُل دہ شتھہ کُنوُنزاہ شار۔ تِموٚ منز چھہ قرٖیبَن ست تٕرٛہ شار دوہ یہٕ دوہ یہٕ لَبہٕ لیکھنہٕ آمِتۍ۔ ژَتجی شار چھہ خالِص عَرَبی۔ قرٖیبَن اَکھ ہتھہ وُہ شار چھہ خالِص فارسی۔ زٕ ہتھہ پَینٛٹھی شار چھہ تِتھۍ یِمَن ہِندِ گَہہ ڈٔنیکُھ یا پینٛتیٛمُ مِصرٕ لوٚر پوٚر فارسی چھُہ۔ مگر وامق عذرا مثنوی ہِندِس مقبوٗلیتس پیٚٹھ اثر انداز سپدَن والین گَہ ہین نہٕ فارسی آمیز شارَن لَرِ لوٚرِ چھہ لفظن ہِندِ کاٗمِ جودگرَن یانے سیف صابُن کینٛژَن جاین تھٕیکنہٕ لایق خالِص کاشُر شار نہٕ لیٚکھمِتۍ۔ مثلَن وامقہٕ سِنٛدِ یارِ گژھنہٕ پتہٕ چھہ گانس تام پکنس دوران یِم خیالاتھ غارفطری طریقس پیٚٹھ عذرا ہِندِس دِماغس منز گتہٕ گیوٚر کَران چھہ (غارفطری اوٚمہ کِنہ زِ یِتھہ صندِ یہٕ واتَن وِزِ چھُنہٕ اَکھ دوہ کھِلہٕ تیوٚت سوٚنچھتھ ہیکان یوٚت سیفہٕ صابُ پانہٕ اَتھہ مُتعلِق سوچان چھُ) تِم چھہ شاعرَن یِمَن میٚٹھین نہٕ شعدِ ین کاشرِین لفظن منز نظمٲوِمِتۍ ؎

وفادارٕی چھےٚ روزُن با صفا پوٚر
جفا کارٕی چھےٚ آسُن از وفا دوٗر
مےٚ تَس روٗس زندگی شرمندگی چھم
مَرُن فرخندگی، پَژھ زندگی غم

بر شیٖر بن لاگہٕ سیٚتی پان مارس
شوٗنگس سیٖنہٕ بسینہ جاگٕنی یارس
سُہ ناگ ارزُن متےٚ پیٚتھ ڈوٗل راجہٕ تاجہٕ
پٔرستانٕک پٔری ییٚکرٕ سُہ راجہٕ
مَرُن مارُن تَسُند بوزِتھ ہیٚتو گمُنہٕ
وُچھتھ کر بوٚہیکہٕ تیٚتھ تاب چھُمُنہٕ
ہیٚیہ مالِہ سُہ تاف اوسُم بہارس
گیٚنہٕ رِنی تَس پیٚتے ووٚتھ لایہٕ نارس
یہے تَس سیٚتی پانس اُس کیٚتھ باتھ
بوٚزُن اللہ کوٚرُن یارسس مُلاقاتھ

يٚیتہِ نس چھےٚ اَتھ کیٚتھ باوَتھ کرٕنی ضروٗری زِ اگر اَتھ مثنوی منز ہاوٕ باوٕ خاطرٕ ییکھنہٕ آمتین غارِ ضروٗری یا کم ضروٗری شارن زِوِل پیٚیہ دِنہٕ تیٚلہٕ موہ تِہ سارٕٹن دٔہن شِتن شارن ہیٚنٛہ مُشتمل سیفہٕ صٲنٛز مثنوی [illegible] کھوہ تِہ جادٕ صارٕٹن ترٕٹن ۂتن شارن تام۔ یِم عام کٲشرِ [illegible] پَسند ییٚنہٕ علاوٕ آمہٕ دلیلہٕ ہندِس پٔرِتھ حِصَس صَحی نمایندگی کرٕن۔ یہِ کیٚتھ چھےٚ اکثر پرٕن والین خبر زِ ژٕ کہٕ چھُ دامِق۔ عذرا دلیلہٕ ہُند توٚاُت تِتھُے عربستانس سیٚتی یِتھ لٲل تہٕ مجنوٗن ہِش عالمگیر دلیل تھٲنہٕ چھےٚ ییٚمہِ شرِ عربہٕ نیٚبر ییمِہ دُنیہِ ہس منز کرٕ یہِ داستان محمود غزنوی کیہ پیچھر سُلطان محمود غزنوی سُندِ مشہوٗر درباری شاعر عنصری ین فارسی مثنوی منظوم نیٚہِ

گوشہ شرٕ۔ یُودوٕے عنصری سُنٛز تمہٕ مثنوی ہندٕ پوٗ تمو کینٛژہ شارٕ وعلاوٕ
بیٚیہ کینہہ موجوٗد چھیٚنہٕ یم فرہنگ اسدی کتابہ منٛز درج چھ۔ تاہم چھیٚ
عنصری یُس پتہٕ نظماوٕنہٕ پینہٕ کنہ حضرت صرفی سُنٛز وامق عذرا سارٕ پے
کھوتہٕ پرٛانۍ تہٕ اہم۔ عنصری سُنٛد زمانہٕ چھُ

تہٕ صرفی سُنٛد زمانہٕ ۹۲۸ھ تا ۱۰۰۳ھ۔ تہٕ اَتھ درمیانۍ زمانس منٛز
چھیٚنہٕ اَمہ ڈٲلیہ ہنٛد نظماوُنہٕ پنُک کانہہ ذِکر میلان۔ لہٰذا ایٚتہٕ صرفی صابن
ایران گژھن تاریخی طور ثابت چھُ تتہٕ چھُ پتہٕ ممکن زِ ایرانس منٛز شعر پرٕھتھ
پرٛاوِن وا جیٚنہٕ میرزا محمد صدیق نامی سُنٛز وامق عذرا تہٕ تا آسہ صرفی صابنی
مثنوی پرونٛچھ کنہٕ تھوٗمُت لیکھنہٕ آمژ سنہ ۱۲۰۲ھ یس منٛز لیکھنہٕ آمژ نامی
پٔنٛز اَتھ مثنوی منٛز صرفی سُنٛد تا کاہ ذِکر نہ آسنُک وجہ ہیٚکہ کینٛہہ تہٕ آسِتھ
خاص کرِتھ ییٚلہِ زِ صرفی اَکھ غار ایرانۍ فارسی شاعر اوسمت چھُ۔ یُودوٕے
سیفہ صابنس صرفی سُنٛد ہیوٗ زورِ بیان تہٕ واقعات نگٲری باگہ چھیٚنہٕ آمژ
تاہم چھُ اُدُ تٔمِس منٛز صرفی سُنٛد سوز وگداز تہٕ صوفیانہ مقصدٕ پرٛٲوِنچ
بر زِ رِتھ کُنہِ ہنٛز کامیاب کوشش کرمژ۔ چنانچہ چھُ دٔہ شوٗنی مثنوی ین منٛز
وامق سُنٛد موجوٗد ورگہ پُنٹھ اَکس صوفی سُنٛد وجوٗد۔ تہٕ عذرا تمہٕ حقیقتُک
ناو یوس حاصل کرنس منٛز تژھ ریاضتھ کرٕنۍ چھےٚ پیوان۔ ییٚتھ منٛز پوٚتس
سوٗفی یُس پنُن زُو تام چھیٚپیہ چھُ پیوان دِیُن۔ پیٚتھے پاٹھۍ چھُ تھوٗمُت تہٕ
بٲنکل کرن والین نفسانی جذبن تہٕ کھروس اَنن والین دُنیاوی
خاہشاتن یا نے رقیبن ہُنٛد ورگہ ناو قمر، شاہ بہمن تہٕ عشیر بقنوٕنہٕ آمت

پموٚ منٛز کیٚنٛشرٚن سٕلہ گرٚ نٕنہٕ سٟتۍ اِصلاح چھُ ہیٚکان سٟپدِتھ تہٕ کیٚنٛہہ چھ تیٚتھ پاٹھۍ اَگادِ گژھان زِ یمِن دمس تام چھینہٕ تھپھ تُلان۔

اَمِکس پرٛانِس بزرگ شاعرس شنٛز غنیمتھ زانہِ لایق کامہِ تہٕ کارنامہٕ آسنہٕ باوجوٗد چھُ اَکھ مثنوی منٛز اَمِکس پٔرِن وٲلِس تیٚتھو غار فطری تہٕ غار دِلچسپ تجربو منٛزۍ گزرُنہٕ وقتہٕ تۍ سٟپدان یہ اکثر ہندوستٲنی فِلمن منٛز زورٕ وٕیپراونہٕ آمتین باتَن ہُنٛد رعب زٕ شرٕکی بوزنۍ سٟپدان چھُ۔ بلکہ چھِے پٔرِن وٲلِس سیٚفہ صاحبنین یتھین تجربن کُن وُچھتھ واریاہ سوال نال وَلان۔ مثلن ادبیاتُک اَکھ طالب علم یُس ضروٗر یہ پرٛژھن زِ کشیر ہندین مثنوی نگارَن منٛز پانہٕ زاویر ( ORIGINALITY ) نہ آسنہٕ سببہٕ یوٗدوَے تیٚہندین اکثر کارنامن اَزکے سہ وَنن گامُت چھِے زِ تمو منٛز چھینہٕ اَکھ کارنامہ تہٕ بیٚین زبانن مُقابلہٕ پیش کرٕن لایق یا بیٚین زبانن ہِندِ خاطرٕ نموٗنہٕ بنتھکس درجس تام وٲتتھ ہیوٚکمُت۔ توتہٕ ییٚلہ ہیٚن ناتم پانٕ مہ خیالاتن کٕنٛزرس منٛز پھیرِن وقتہٕ ہاو باوس لٔگتھ دِتھ مقبوٗل شاہ کرالہ وٲرۍ سٕنٛز یا عبدالرحیم اعمیٰ سٕنٛز تھیٚج تہٕ پانہٕ ناوِتھ۔ سیٚفہ صاحب چھُ ییٚتہٕ نسن امہِ گزاوِ نیشہ کُنہٕ ہدس تام بدوٚن تیکیاز گہڈٲرے آو وَننہٕ زِ تٔہنٛز یہ مثنوی چھِے پنجابس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ ییتھے پاٹھۍ ییٚلہ عِلم ساجیاتُک اَکھ طالب علم واتِتھ عذراہشن کیٚنٛشرِن مثنوین مُتعلق یہ سوال تہٕ پرٛژھتھ زِ سانیو شاعرو کیازِ چھُ اکثر اَکِس شہزادس اکثر اَکِس شہزادِ سٟتۍ عشق ہوومُت۔ حالانکہ اکثر مثنویہ یہ چھِے عربی تہٕ فارسی تُہنز یام ز

پیٚٹھ دٔرِتھ۔ کیا یہِ چھنا دَرپیٚرد، برصغیرکیٚن شاعرَن یا مجموعی طور مشرقی
شاعرَن ہندِس تحتِ شعوٗرس منٛز ذات پاتُک سوٗن اثر آسنُک باس دِوان
یِیٚھے پاپھٹھ چھُ یہِ سوال تہٕ پرٛژھن لایق زِ کانٛہہ کامیڈی یا ٹریجیڈی
نظماوَن وَقتہٕ یا ترجمہ کرَن وَقتہٕ کوٚنہٕ چھہ ساگی شاعر پنُن پان خاطرٕ
کِردارَن لرِ لوٗر پکناوِنہٕ نِشہٕ بدوٗن ہیکان تھٔوِتھ تہٕ تِم کیاز چھہ واقاتَن منٛز
پننہٕ وجوٗدُک باس دِنہٕ ووٗل تبصرٕ کرٕتھ پرٛن وائلس تہٕ کِردارَس دَرمیان
ٹھوٗر بنان۔ بہرحال پرٛژھن ژاین دٔس تِمنُک تہٕ ورناوُنُک الزام ہیکو نہٕ
سیفہٕ صابَس پیٚٹھ یوت دِتھ۔ بلکہ چھےٚ یہِ کتھ قابلِ قدر زِ سیفہٕ صابُن دلیل
بیان کرنُک انداز چھُ نفسیٲتی طور کٲشرِس مزاجَس سیٚٹھاہ نیٚزِ آسنَس
منٛز موہتاز تہٕ تیہنٛز لفظہٕ ژارٕ چھےٚ اَکھ تحقیقُک لایق حقیقت۔ چُنانچہ چھُ
اَتھ مثنوی منٛز فارسی آمیز عبارَتھ پسند کرَن والین سیٹھاہ ستہٕ شوٗد
تہٕ سہل کٲشُر پسند کرَن والین ہُنٛد خیال تھوٚونہٕ علاوہ اَمہِ کیٚن واقاتَن
منٛز خالص کٲشُر ماحول اٲرٕن رٔچھتھ تھاوِنہٕ آمُت۔

# گُل ریز
## محمد یوسف ٹینگ

## تنقیدی سام

گُل ریز چھُ مقبول شٲہن سارِوٕے کھوتہٕ شاندار تصنیف تہٕ سارِوٕے کاشرِس ادبس منٛز بینہِ نوعیتیچ سارِوٕے کھوتہٕ لوٗبہٕ وُنۍ تہٕ پرنہٕ لایق کتاب۔

بِنیٲدی چھےٚ گُلریز فارسی اَدبُک اَکھ بےٚ نموٗد مثنوی۔ مقبول شاہن چھُنہٕ کنہِ تام اَمہِ ناگہِ کتابہِ ہُنٛد نوہ سیٖخ اَکھ آمُت۔ کتابہِ ہِنٛدِ نوٗران تہٕ اَکِہ سیٖدِ سادہِ قصکہِ تلہِ تہٕ اون تہٕ اَکھ منٛز یِم اِمکان جذبات نگٲری تہٕ منظر نگٲری ہیٚنٛدِ موجوٗد چھہٕ، تِمو چھُ مقبولُن دِل نٮ۪وٗمُت تہٕ تِمی چھےٚ یہِ ترجمہٕ تٲرِ مژ۔ فارسیس منٛز چھےٚ یہِ مثنوی ضیاء الدین نخشیبن لیوٗکھمٕژ۔ یعنے مسجع تہٕ مقفیٰ نثرس تہٕ نظمہ منٛز تحریر چھےٚ کرنہٕ آمٕژ۔

دلپلا بوز درد و سوز آمیز
چھُ ہتُھ و مُت راوٕی یتھ ناو گُلریز
یِمیٚنٛک راوی ضیائی نخشبی چھےٚ
بقولِ راست فرماوان عمی چھےٚ

مقبول شاہن چھ اصل مثنوی ہندِ تگ بگ ساری واقعات ترجمہ کرِتھ ہیتھ۔ مگر اَمہِ چھےٚ اَولہٕ بیٚتھ اُمرس تام منظوم ترجمہ کورمُت تہٕ مثنوی ہشتیرِ اکے بحرس وَرتاوِمُت۔ مگر کینہہ تمثیلی واقعات، اقوال تہٕ امثال چھِن اَلگ تراوِتھ ہیتھ۔ اَمہِ علاوہ تہٕ چھُ فارسی تہٕ کاشُر گگریز کینژَن لحاظَن پیٹھ کھۄنہٕ تفصیلَن منز تضاد۔ یہ چھُ صاف فِکرِ ترٛاوان زِ مقبولَن چھےٚ شیرِ ژار کامہِ ہیتھ تہٕ کرِن ڈالہٕ لحہ واقعات جاےِ فطری بناوِتھ ہیتھ۔ مثلَن بیٚیلہٕ گوڈنیچ نیچھ تازمت، نوش لبہ عجب مُلِ کنہِ عشقُک حال باوان چھےٚ فارسی گگریزِ مطابق چھُنہٕ تس کانہہ شرارتھ کھسان۔ اکھتے پٕتھ چھُ تس یکدم اثر گژھان تہٕ مرِتھہ چھیران۔ امہِ مقابلہٕ چھُ کاشُر گگریزِ منز نوش لبنہٕ پوزٕ پتھے سنح خشم کھسان (سعہ چھےٚ تی کران تہٕ یتھس موقس چھُ یہ بڈٕ فطری عمل) تہٕ سعہ چھےٚ پننہٕ پاک بازی ہنذ کلاف نومن لسقطن منز ووان۔

زِ رکھہ منز یوٚر دوٚہ مس چھایہ شایاں
زِ نےٚ تے مےٚ دوستی وودنی واٹٕ پایاں
نہ زانن کانہہ نہ زانہم کانہہ مےٚ اَز تام
زِ کوٚ یُتُر چھک کران ناحق مےٚ بدنام
بہ یتھ دوہس تامتھ مےٚ چھُم ناو
چھُنہٕ لوگمُت مےٚ یاوُن نیٚنجہ زنہہ واو
روا چھا یی اَپزٕ تہمت مےٚ اُنی تھم
زہر بنڈ شرٛاکھ زن وائینچہ ژھنی تھم

اَمہ رنگہٕ ییٚلہِ نازٕ مستہ ناکٲمی گییہ، سعہ چھےٚ نوش لَبہٕ۔ بیٚییہ ژٕولہِ رام کرٲن۔ سعہ چھےٚ تَس وَنان زِ اَمو کیاژ کوٗر میانہِ خاطرٕ۔ اَمہ سیٖتۍ چھُہ نوشِ لَبہ تہٕ اِقرارٕک وار پیوان۔

مُفصّل تمۍ شُنٛدُے تمہٕ حال ووٚنُنم

سُہ غائرتھ بوزِ ی بتھے مےٚ تہٕ حال اوٚ ننم

مےٚ پیٚیہ ٹھ ییٚمی یوٚت غائرتھ کوٚر سُہ وُچھرِن

لۄلے منٛز باگ وۄ رکھو یا ہٹھو رٕچھرِن

مقبوٗلن ییٚمہ آیہ پیٚہ واقعہٕ ووٚنمُت چھُہ، سُہ چھُہ زنانہِ ہنٛدِس فطرتَس جادٕ نکھ۔ یمہٕ سعہ گعوڈٕ گعوڈٕ عشقکٕ اِقرار پننہِ جگری ویٚسہِ نِشہ تہٕ چھےٚ ناز و انداز ہاوِتھ پتےٚ کرٲن۔

ضیائی نخشبی سٕنٛزِ گُلریزِ متعلق چھےٚ کشیرِ منٛز عام غلط فہمی زِ یہ چھےٚ مقبوٗل شاہ نہ ترجمہ کھعوتہٕ کم ترٕ۔ اَتھ چھُنہ کانٛہہ شک زِ مقبوٗلن چھےٚ کیٚشرن شاعرن پننہِ طبعٕ عتک کمال ہوومُت تہٕ درجن زِ دَرجن شار چھِ تھجو پیٚمن مُنٛدہِ نخشبیس نِشہ جوابے چھُہ۔ مگر نخشبی ہٕنٛزن ادبی خوبین نِشہ اَچھ وٕ ٹِتھ چھُنہ اِنصاف۔ ییٚمۍ مُصنّفن مقبوٗلس یوٚت جان شاہکار تیٚیارٕ کوٚر، تِمس غلط رنگس منٛز پیش کرُن ہیٚکہ سیٖتۍ ہٕرِنہ سانیٚن اَدبی روایژن کیٚنٛہہ ـــــــــــــــــــ ہٕزار چھُہ یہ زِ نخشبین چھےٚ یہ مثنوی تمہ وزِ

لیچھر شییلہ زَن ایرانٔنی تمدٕنُن دُنی یاوٕری جاہ تہٕ مأدی پاپر جاگٕنی ہُنٛد مُسبہ چھورُن اوس آمُت تہٕ اَتھ اوس فراغتُک تہٕ فارغ البالی ہُنٛد ؟ ۔ شُمار پٔشپان۔ یِتھس ترقی یافتہ تمدٕنس مٔنز نخشبی ہٕنٛز فنی لحاظ مکمل تہٕ مرصع مثنوی پٲدٕ گژھنۍ چھےٚ قدرتی کتھا۔ یِتھ کٔنۍ نخشبی ہٕنٛز مثنوی تِمہٕ ہٕنٛز پیچ دار عأشق پسنٛد تہٕ باثروت سماج چہ ترجمانی ہمہ راوان چھےٚ۔ یتھے کٔنۍ چھےٚ مقبولن مثنوی تِمہٕ ہِنٛد ینٛنہ نسبتن کم ترقی یافتہ، نادار تہٕ بے حٲل عایہ سماجہ کِین ہِندین سادن میارن ہیتھ پٔزر ہٕسان۔ یہ کتھ چھےٚ مقبول ہٕنٛز حقیقت پسندی ہُنٛد دلیل زِ اَکس جمتہ ترمیشہ ہِندی پأٹھۍ گوڈنہ سہ نخشبی ہِندین پرزلوٕ ون آرائشی سامانن خام طماہ تہٕ تِمہٕ ژاور تیوت تے یُس تِمہٕ ہِندس سماجکس مزازس ؤیہ ؤن اوس۔

یِمن دۆن مثنوین ہُنٛد تقابلی مُطالہ کرُن وِز چھُ بییہ کینہہ دِلچسپ کتھ نظرِ تل ودٕ تلان۔ مقبولن چھُ مثنوی ہِندین واقاتن ہٕنٛز ہائیکل ژٕٹنہٕ وراے کینژن کتھن ہنٛنہ حسابہ زنگ کھورمُت مگر کینژن چھُ سُہ نخشبیس پتہ گومُت۔ عموماً چھُ سُہ جذبات نگأری منٛز نخشبیس بأزی ناران۔ تکیازِ اَتھ چھےٚ مُشاہدچ وُسعت یا سفرچ ضرورت۔ جذبہ چھُ آفاقی نوعیت تھاوان تہٕ شأعرانہٕ کمالس سیتۍ رشتہ جوڑان۔ مقبولن چھا بنہٕ گُریز تہٕ دویم مقام کأشرِ ین شعرن ہند کاممتو چھُ۔

یِمن منٛز چھُ تیٚمۍ سیٚٹھہٕ بیٚنہٕ کمالٕک حِصہٕ مُشلِن نوش لبہٕ ہُنٛد سراپا چھُ اصل کتابہِ منٛز (مختصر لفظن منٛز بیان سپدمُت) مگر مقبولن چھُ شہُرتہٕ تٔن بے مِثال شارٕن منٛز یہِ تصویر بناوِتھ تہٕ امیٚک نظیر چھُنہٕ وُنہٕ کانٛہہ شرِس ادبس منٛز دریٚشِھ یوان۔ باغُک ذِکر تہِ چھُ اصل کتابہِ منٛز مختصر مگر مقبولن چھےٚ تمہ داریاہ گل کاری کٔرمٕژ تہٕ سائنس پرٛائنس ادبس منٛز (مہجورس تانٛی) چھُ یہِ منظر نگٲری ہُنٛد نہایت مکمل نموٗنہ۔ یمن جاین چھِ مقبولن اصل مثنوی کھۄتہٕ داریاہ قدم برٛونٛہہ تراوِتھ مِتۍ۔ مگر میانہٕ خیالہٕ چھُ تمۍ سُنٛد سارِوے کھۄتہٕ جادٕ کمال جذبات نگٲری منٛز نناں۔

عجب ملک تہٕ نوش لب چھِ باغس منٛز راز و نیازس منٛز آورِتھ۔ عجب ملک چھُ کم کم انداز بیان ورتاوِتھ نوش لبہٕ مایِل کرنٕچ کوشش کران۔ مگر تٔمِسُنٛد جواب چھُ اکہ طرفہٕ اُکس اَنہٕ ہُرکہ شہ ہیٚنٛدٕ حیا ہُکہٕ تہٕ مُشد چھِ ہُنٛد ترجمان۔ مگر دوٚیمہِ طرفہٕ چھُ شوقہٕ کِس کُنٛگس تہٕ جادٕ سے تیز راوان۔

خیالِ وصل من دوٚن یمس عبث چھےٚ
بنُن ژے آدمی ہم جنس بٔس چھےٚ
چھُ لازم پرٛیتھ اکس ہم جنس ژھاڑُن
کرُن ہر گوٚنہٕ شوبیس مُل تس کُن
ژےٚ نے ژھارُن چھےٚ پنُن ہم جنس شایان
مےٚ سیتیٚن اشنٲیی کرٕ چھےٚ امکان

رِشِلےٚ چھُم رۄٚچھمُت چھس پاکدامن
مُلےٚ بوزنےٚ ہۄ یوٚد دِکھ چاک جامن
زِ مہرمن ہِ تُل یکبارگی دل
تُرن شمشیر گرُن چھِنہٕ کارِ عاقل
مُلیچ کتھ چھےٚ بہ چھس کھوژان پامن
مےٚ چھےٚ نازنین گومُت اُدلوٚد دامن
دُرِ عصمت مےٚ چھُم نامُفتہ ازتام
مےٚ زنتہٕ تاحال تُلمُت کانٛسہٕ چھِنہٕ کام
مےٚ زِنتہٕ مطلب ژٕ ہےٚ نیری نُومُلےٚ زاہ
دِمےٚ نوٚ وَتہ، ییمہٕ نو زَنہ تہٕ ہمراہ

یمن شارن منٛز ( یۄہٕ شار پرِو وٕ کھ اصیل مثنوی منٛز ) چھِ چھنسی جذبک تُزر پننس لطیف رنگس منٛز ۔ مگر مقبولن چھِنہٕ کتھ کنہ جایہ حد گُذرمِژ ۔ یہ نوٚز کھ مرحلہٕ چھُ فنکارہ سُند خاطر بڑُ اوٗیل تہٕ مقبول چھُ اَتھ پُلِ صراطس خوش پاٹھو تورمُت ۔

مقبول صاٛبن چھُ سماجی قدرن ہُند یہ احترام سارِنے شاین نظر تل تھوومُت تہٕ حُسن کاری ہندِن تقاضن کھےٚ لاگِنہٕ وراٗے چھُ تمو بڑٕ جان انٛدازس منٛز یمن قدرن ہُند دامن رۄٚچھمُت ۔ مےٚ چھُ باسان

زِ مقبوٗلیٚنہٕ مقبوٗلِیتُک اکھ سبب چھُ یِتہٕ زِ تِمَو چھُ پننین ہموطنن ہٕنٛد جمالیٲتی احساس تہٕنٛدین سماجی قدرن سٟتۍ ہم آہنگ کوٚرمُت۔ مثلن یِمٕتین تِمَو سماجی قدرن ماچہٕ ہٕنٛدین آفاقی احساساتن سٟتۍ اُدٲرن کٔرِتھ علاوٕ اَدبُک نوٚو موٗنہٕ پیش کوٚرمُت چھُ۔ سُہ گو تِمہٕ وِزِ یِلہِ زَن نوش لَبہٕ ہیٚنز ماج کوٚرِ وو پَر مَرَدٕ ہٕنٛدِس وَچھس سٟتۍ وَچھ مِلنٲوِتھ شوٗنکِتھ چھےٚ وُچھان تہٕ نازمستہٕ نوٚہمَن خاٲلِص کٲشرِ لفظَن تہٕ اندازَس منٛز ملامت کران:

یوٚہَے چھا رسم دٲیِن اصالت
شرمہ دارن ژٕ یَے یادِتھ پیٚٹھ خجالت
عداوت پیٚٹھ کمَر اَسے ژٕ یَے ساٲنی
کٔرِتھ رُسواے عالمَس کوٗر میأنی
بدی ماز نہٕ کرِے اَسہٕ کرتہٕ اثبات
کرِے نیکی ژٕ یَے بد ہورُتھ مکافات
ژٕ یَے چھےٚ ناکانہٕ خطا، راہ چھُم مےٚ پانس
مےٚ پانے پٲن ملوٗم زعفرانس
مےٚ دردِل حُسنِ ظعن اوٚسُم سِٹھا چون
بیٚتر لٲگِتھ شِترا سکھ مےٚ کرزون
یہٕ فتنہٕ ظاہرَن برپا کوٚرُتھ ژٕ یِیے
دِتِتھ سٲسکَھنٛدَری گٔلِس شعلہٕ گَو دبوٚرِتھ تِیے
چھمبس تے تیز نارس ژٕ یے کوٚرُتھ میشل
یہٕ چانی باعِث پیٚتھ مطلبس بیشُل

مگر گُلریز ہیند کلامکس تہٕ مقبولہ ہیند فن کارِی ہُند سارُے
کھوتہٕ شاعر ترٲو مؤنہٕ چھُ عجب مُلکیتس فراقس منز نوش لیبہٕ ہیندی
ورد ویداکھ۔ یہ حصہ چھُ پرزِک پاٹھۍ مقبولنہٕ آرٹک سارُے کھوتہٕ تھوٚد
نوقطہ۔ اصل گلریز چھُ یہ بناوٕنۍ تہٕ بے تاثیر باسان۔ یمن اَرہٕ اٹھن
شارن منز چھُ مقبولنٕن کاشُرٕ نانہٕ ہُندِس سورُے دہٕ کھ شرُوٕ پرٕ وٕ مُت۔
یُس تَس زٕنمہٕ زٕنمہ پیچھہٕ تُلان ووت۔ یمن شارن منز چھےٚ تمہٕ لافانی
جذبٕ معہٕ جستجو گرٲے، یُس نہٕ زٕنہے بی چھُ گژھان۔ سورُے ویداکہٕ یتھن
نقل کرُن گژھہ زیوٚٹھ مگر نوم شارُ چھو کِیا تیتہٕ چھُ تھاوان :

صُبح پھوٚل بُلبُلو تُل شور و غوغا
گیِیس بیدار مُژرٲوِم چشم شہلا
خبر آسِم یہٕ چھِس دربرنگارس
مُقرٕر گو ب چھےٚ نیندرٕ ہیتِھ بہارس
نہ ڈیوٚٹھُم یارٕ نے گُلزارٕ نے باغ
نہ رٲوٕتھ عاشُش الٰا بر جگر داغ
دُیاں آسِس دِلس با چشم پُرآب
سٕہ مجلس راتہٕ پچھ ما آسہٕ ہے خواب
مژُر اوٚنتم تمژُر کوٚر تمہٕ بدٕنس
وَدان آلوٚ ہیتِھم پرٕنۍ تس مَدنس
ہمہ شرٕ لاگتھ نیندٕر با وہتھ ژوٚلوہم
فراقا کلہٕ ووٚن عقاٴ وہتھ ژوٚلوہم

خرٕیدارو کمیو بازارٕ ژھانڈِٹٕت
مےٚ تاوٕن پوو ہتھ کمہٕ وانہٕ گارٕت
ییتوٗ ہا صُبحٕکے خوشبوے واوو
نتہٕ تُس گلعذارس میانہٕ گڑاوو
زٕ گردِ رہ ژٕ دامٕن ہٕنی زٕ اوّل
پس آنگہ نٹہ نیٚٹی گژھو زٕ پس برٕس تَل
اَدَب رٔچھی تھے صدا کرٕ ہو زٕ پس بہ حلقہ
خبر آہستہٕ وٕنی زٕ پس منٛدٕرٕ حلقہ
جفا اندیشہ کس تٕرٛأوتہ سو مظلوٗم
کوٗرُتہ کیاٚ ہتامہٕ لأجہتھ پامہٕ موصوٗم
ہتو داوو ژٕ کیاہ زانکھ مےٚ کیا گوو
گمتھ چھم وأنجھے دم پٕرکی سرو
ژٕ ٹھتہ کمہٕ نشترنے لوگم متریے
لٔدِتھ طاسس ہٕیُم طوسس اجر ییے
تیتھس جانانہٕ ہے روّ ستےٚ لسا بو
سہٕ ژٕ اُوتہ غارٕ نے ہٮٚتٕن بسا بو

مقبولہٕ نہ آرٹ، جذبات نگأری، احساس، جمالن تہٕ تمدنی تعلق
چھُ سانیٹ انتہأیی اَولین احساسن معراج وونت۔
گرٕ تیز پیٚٹھ چھُ اکھ اعتراض کرنہٕ یوان زِ اتھ زبان چھے مستورہ

کھوتہٕ جادٕ فارسی آمیز۔ یہ اعتراض چھُ واریاہن قدس تانی صحی۔ مگر مقبوٗل شٲعرن مجبوٗرین پیٹھ نظر تھاوٕنی تہٕ چھُ ضروٗری۔ تمہ وِزِ اوس فارسیُک چلن جادٕ لوٚگمُت۔ تمہٕ اُس اکھ فارسی کتھ بیہہ اَنی ہرشتہٕ اکھ شِنز اُنس فارسی ماحولس تہٕ استعیارَن ہُنز جادٕ تی ناگزیر۔ مگر یِہٕ ات کرِتھ چھے اَکھ کتھ مقبول شاعرس بچاوان۔ سُہ چھُ فارسی لفظ بَدٕ تاثیری ژاری کِ وَرتاوان تہٕ عام طور چھِنہٕ تمہ گوٚبی باسان۔ دوٚیم کتھ چھے یہ زِ گُلریزٕ مُنز چھِنہٕ سلیس تہٕ صاف کاشرِ شعرن ہُند تیداد کم کینہہ تہٕ۔ تریم چھ تِھتھو مزدار، سادٕ دار تہٕ بے پناہ زیر تقی میر سُند کِ دُستَتھ[2] نشتر رِچھ یاد پیوان۔ میانہٕ خیالہ چھ گُلریزٕ ہُند اصل زوٗت تمے۔ کینژن وُزملن

ہَرِ تمہِ چشمہٕ ڈیشتھ گیہ یمبرزل
ژلتھ گے پَرنہٕ ہانگل رُودی جنگل

•

وَدَن زَن تریش تاوے ژھرٹ وان اوس
شمع صورت دزان گاہ ژھیوان اوس

•

خودا غم کاسنس اَسِن پھولہ وُن
سعہ چھعہ کھ تلراونس یُس چھُس للاوُن

•

ژھیتہ مشعل گیُس یاوُن دیتہٕ گوم
معمہ پیس وُدی وُدی شورُس زبتہٕ پیوم

•

نگرنی ہیئش بلبلن لاوِن گُلن کرٲو
پنُن ہُرکنس تہٕ لگنس آے میونے

مقبول شاہ نہٕ مثنوی ہٕنٛد ییم چھاپی نوٚہ نسخہٕ بازرس منٛز بٔتھان چھہ، تمن منٛز چھہٕ آخرس پیٹھ مقبول شاہ نِہن لفظن منٛز سال تحریر تیٚمہ انداز درج۔

سنہ باہ شتھ شۆے پیٚٹھ شیتن برابر
بہارس منٛز یہ نوٚو نسخہٕ ووت تا سر

یعنی ۱۲۸۶ھ۔ مےٚ ییم ژور قلمی نوٚہ نسخہٕ وُچھ، تمن منٛز تہٕ چھہٕ یہ شار ییٚتھے کنۍ درج۔ مگر آزادن چھُ لیٚوٗکھمُت زِ مےٚ وُچھ گُلریزٕ ہُنٛد اکھ قلمی نوٚہ نسخہٕ یتھ منٛز یہ شار تیٚمہ آیہ درج چھُ:

سنہ باہ شتھ شۆے پیٚٹھ شیٹھن برابر
بہارس منٛز یہ نوٚو نسخہٕ ووت تا سر

آزاد چھُ اتھ بیانس صحیح مانان۔ اگر ۱۲۶۰ھ گُلریزٕ ہُنٛد سالِ تصنیف مانِنہٕ ییہ تیٚلہِ چھہ مقبول شاہ تاریخی نقطہٕ نظرٕ منٛز محمود گامیس سیٚتی ستو مرتبہ حاصل کران۔

# شکر ریز | غلام نبی شاکر

## تنقیدی سام

مثنوی شکر ریزُک ماخذ چھُ فارسی زبٲنی ہٕنز کتاب "شیرین" یِمہٕ چھُ پانہٕ وَنمُت:

عجب قصہ چھُ منز عشقس شہ آمیز
چھہ "شیرین" ناو میٚے کورمس شکر ریز
چھہ فرمادان عمادالدین جامی
بزرگاہ در عرب یثرادس نامی

مثنوی شکر ریز پرٕنہٕ پتہٕ چھُ پَتہٕ وول عجیب بکیس ہٕندِس عالمس منز واتان۔ اَمہ مثنوی ہٕنز واقعات چھُ زیادِ پچھے زَن ہُوہَس منز مُتعلق۔ یہ کتھ چھِنہٕ نَنان زِ "ریا" یِمہ سہ ہیرو دیت چھے"، کتھ باتھی چھے "عبینہٕ" ناوِکس اَکس عربی جوانس عاشق سپدان۔ پننِس گوڈنکس مُلاقاتس منز چھے سعہٕ اُمِس وَنان زِ بہ چھَس چانہٕ حُسنکی تاریف بوزِتھ ژٕ نیے ہیچھ عاشق سپدان۔ کتابہٕ منز چھِنہٕ کُنہٕ جایہ نَنان زِ عبینہٕ اوس

تمہ شکل وشمائلک اِنسان زِ تہٕنٛد حُسنکو تأریف اُسو اکہ شہرٕ نیرِ بتہ بیٚیس شہرس منز تام واتٕی رِمتو۔ اَمہ پتہٕ چھے رٔیا پننین کیٚنٛژن وہسن سُندن اَکھ عبینٕس اَکھ پأغام سوزان۔ اَمہ پأغامک مُدا چھُ زِ عبینہ نیرِ گرٕ تہٕ عُشقکی داگُدی برداش کرِتھ کیٚنٛہہ کانٛہہ وَقتہ رٔیا حاصِل کرِہیٚچ۔ مگر عبینہ چھُ یہٕ خط پرٕان' بے ہوش گژھان۔ اَتھ موٗہ نہٕ تہٕ میٹھو کران۔ مگر شہرِ مدینہ منٛز نیر نُکُ چھُنہٕ کانٛہہ ہیٚنٛز کران۔ اَمہ مثنوی ہُنٛد لُبِ لباب چھُ بس یُتے۔ یانے اَکھ نامُراد عاشق چھُ مدینہ شریفہ کیس اَستانس گیٚتھ دوان تہٕ ہجرکی ویدا اَکھ دِوان۔ یِم ویدا اَکھ چھ بٔڈ حِساب تہٕ آنٛتہٕ رٔسی۔ گرا غزل بنان تہٕ گرا نعت۔ مثنوی ہیٚنٛدِس اَتھ طویل حِصّس منٛز چھُ مُصنیف اَکہ انٛدٕ عبینہ سٕنٛدِ ہجرکو ویدا اَکھ بوٗزٕ ناوان تہٕ بیٚیہ انٛدٕ رٔیا سٕنٛدی زیٖٹھی غزل یِم سعہ عبینہ سٕنٛدِس ہجرس منٛز گیوان چھِ۔ رٔیا چھے بیمار تہٕ گژھان تہٕ اُمِس چھ اَکِس باغس منٛز تہٕ نوان۔ مُصنیف چھُ اَمہ باغٕکی تأریف قرآن دوٗن ہیٚتھ شارٕ منٛز کران مگر اَمہ باوجود تہٕ چھُنہ باغ نظرِ تل یوان۔

شہ باغا اوس دردُنیا عجائب
بہ آرائیش شہ بس زیبا غرائب
بہ خوبی زنہنتھا تتھ گوٗہ گوٗہ
ز جنّت اوس شہ در دُنیا نوٗ موٗنہ
بُلند اوس حصارِ چار دیوار
بہ ہر جانب برہ تھوٗوٗمت زری کار

گُلِ سنجد ز بادِ نو بہارُی
کراں اُمس اَچھ پوشَن زر نشارُی

گُلِ سرخ تاج زر دِتھ اوس بر سَر
وَرق وار پارچہ کرِٕتھ سۆ دربر

گُلالَن دوٚپ زِ چھُم مےٚ سبز جامہ
گُلَن مَنز مو تبر چھُس نا بہ خامہ

گُلابن دوٚپ سہ پوٚز چون چھےٚ نہ کانٛہہ راہ
چھہ شوٗبان چوبدارَس لوٗر ہمراہ

گُلِ نارِکی تیوٗتھٛ گُل وُچھ وُچھ چنارن
کنارَن ہرِدِ تتھ زِچھ ڈکدٕ یِہ نارَن

گُلِ طفلَن شبیہ مٲج اُمس ساوان
صبا دوِ دِ موج اُکھ وُزِ ناوان

اَمہِ مثنوی ہِندِ ہیرو عبیتہ چھُ اکھ چیز نعمہ ش قسمت زِ تس چھُ
آستان شریفس پیٹھ اکھ رُت بزرگ مُعتمر سمکھان۔ یہ مُعتمر چھُ اُمس
پیٹھ جار پیٹھ زو جان تِ ژٕھتھ تمَن دوٛن میثُل کران۔ اگر یہ شہزٕ عبیتہٕ تس
سمکھیے نہٕ یہ داستان عشق روزِ ہے نامکمل۔ تکیاز عبیتہ چھُ پننیو تِھگوبدل
مُعتمرِ شِرٕ وزتگو عشقہٕ چہ وَتہِ مانڈان۔ بیٚیہ اَمہِ قسمہ کین اِنسانَن ہیکہ دِ
اُسہِ عاشق وُنہتھ۔ تکیازِ عاشقَن ہٕنِد یُس طریقہٕ کار چھُ تمو منز چھُ نہ

اکھ صفت تہٕ عبیٖنہٕ سٕنٛد ذٲتی بے ظٲہر سپدان۔

مثنوی ہٕنٛدس آخرس پیٹھ چھُ مُصنِف ہمیٚشہٕ کنہِ اکھ بوڈ بار حادثہ رونما کران یانے ژوٚرن سیٚتی جنٛگ کران چھُ ہیرو مران۔ ظٲہرا چھُ عبیٖنہٕ سٕنٛد مرنے امہٕ مثنوی ہنٛد روٗح۔ تکیاز اگر نہ سُہ مرِہے تیٚلہٕ گیا ئنا ادس اتھ مثنوی منٛز۔ ووٚنی ہرگاہ عبیٖنہ موٚد تمہٕ سیٚتی زٕن گیاہ ریو اتھ؟ یُس نہ زیٚٹھی سُہ کتہٕ مرِ۔ مرِ سُہ ییٚمی زنٛدگی ہنٛدس مٲدانس منٛز ژھالہٕ مارِ مٔژ آسن۔ لہٰذا عبیٖنہ مُرکرن پارِیا۔ یم دوٚشوٕے چھِ اتھ واقعہس منٛز زٕ ژھایہٕ ہمیشہ نژان تہٕ ژھاین چھُنہٕ کانٛہہ وجوٗدُے۔ باسان چھُ زٕ فارسی زبٲنۍ منٛز ییٚمِک حوالہٕ مُصنِفن دیُت چھُ امہٕ پہٕ اکہ اعتبارٕ جان مثنوی سُہ گو اتھ منٛز چھُ سوٚت سوٚت عشقہٕ دود ییٚمہٕ کھٲترٕ بیانس پیٹھ قمہ دراتھ آسنہٕ گژھہ۔ ییٚتھ کیٚنہ چھُنہٕ کانٛہہ شک زٕ زٕ موصم روٗح چھِ ییٚتھ مثنوی منٛز اکھ اکس عاشق سپدان، ہنا چھکھ دوٚرہ ہر ہیوان۔ ووٚن اگر مُصنِف ہیرو ہس چُس تہٕ چالاک ہاوِہے یہٕ دوٚرہ ہر اوس نہٕ کانٛہہ دوٚرہ ہر۔ ریا اُس بنی سلیم قبیلس سیٚتی توٗنُک تھو عبیٖنہ انصار قبیلک اکھ نوجوان۔ کھانٛدر کرن تہٕ اوس نہٕ مُشکل تہٕ مثنوی ہنٛد سوز و گداز یُس فارسی نو سخس منٛز میانہ خیالہٕ موجب آسہٕ، سُتہٕ رُوزِہے برقرار۔ واقعہٕ پُرسوز بناونہٕ کھٲترٕ چھُ تخلیق کارن اکھ تیتھ عاشق ژورُت یُس توکل برنٛہہ وا کرن دول اوس مُت چھُ نگر بیانہٕ ژنگی محض غزل تہٕ نعت۔ ونہٕ سیٚتی ماگژھہ پرن دول تیوٗت متاثر زواقاتی کمزوری گژھن

تَس مُشِد۔

یمہٕ آسہٕ تمہٕ کینٛہہ کیتھ یمہٕ مثنوی شکر ریزکِس واقاتی مسلسل متعلق وۅنتھ ہیکو۔ یتھ رۅد اَمہٕ مثنوی ہُند طریقہ بیان۔ مےٚ چھُ باسان زِ مُصنف چھُ طوالت پسندی ہُند سیٹھاہ ناکارٕ خدمس تام شکار سپدمُت۔ یہ مثنوی چھےٚ صفن پیٹھ لیکھتھ۔ حالانکہ یہ ہیکہٕ ہے اَمیُک نصیف مۆژ تھٲوتھ جکن چھُ باشعور پرن والین روزِ ہے نہٕ جادٕ شکایت۔

یتھ مثنوی منٛز چھِ غزلن پیٹھ غزل درج۔ باسان چھُ زن یہ قدیر صابس پننہٕ زندگی منٛز یہ اکھ موقعہ میسر چھُ آمُت یتھ منٛز تمو پنٕنۍ سورُے اندریم ہنر ژھٹنیچ کوشش کٔرمٕژ چھےٚ۔ پانس چھُکھن نہٕ کانٛہہ تمام باقے تھوٚومُت۔ یمن غزلن ہُند تیداد چھُ ژۅ یہ ترٛہن تام واتان۔ یمن چھِ مُصنفن مختلف جاین بیٚون بیٚون ناو تھٲوِمٕتۍ۔ مثلن غزل کنیزن وِدایہ ہٕنٛز۔ غزلِ زنانہٕ۔ غزلِ زنانِ مستور، غزل بطرزِ تعنی۔ غزل مرثیہ بیتر۔ اَمہٕ پتہٕ چھُ کتابہٕ ہُندس آخری صفس پیٹھ مُصنف بیٚیہ زٕ غزل درج کران۔ اکھ پیر عزیزاللہ حقانی سٕنٛد تہٕ بیاکھ مسکین سٕنٛد۔ خبر زانِ کیاز۔

یتھ عشقیہ مثنوی منٛز چھُ باقے تھٕ علاوٕ اکھ خاص موقعہ یُس پیٚدہٕ مُصنف کہانی ہٕنٛز ہیروئینہٕ ہُند سراپا چھُ پیش کران۔ بظاہر چھُ اَمہٕ وزِ ییٚکھن وول پننس فنس پۆرٕ ورتاوس منٛز داوس لاگان۔ چھُ نہٕ یہ اَکھ اہم باب آسان، یُس چھُنہٕ چھیٚی پرکشش۔ یہ چھُ محدود دلن نوٗن زندگی

بخشان تہٕ بوزن وأل کیاہ نہٕ بَرن نہ چاو۔ یِتھٕ پٲٹھۍ اَکھ فنکار لیکھن وول تمن
پننہٕ جادوٗ نِگٲری سیتۍ خاب کرِ عالمہٕ منز اَکھ تژھ صوٗرت بیدار کرِ یوس
تمن بڑوٚنہہ کنہِ گرا ڈالہٕ دِیہ تہٕ گرا کالہٕ زُلفو سیتۍ گٹہٕ کار ژھلہٕ۔ گرا یمبرزلی
اَچھو جام نوش کرناوِ تہٕ گیہہ کنھو سیتۍ کوسم پھولراوِ۔

یتھ مثنوی منز چھُ یہ باب اَکِس ہتس تہٕ اَژھ تراہن شارن پیٹھ
مُبنی تہٕ اَتھ منز چھُ عبیبنہٕ پنٕنس دوستس بڑوٚنہہ کنہِ پننہ عاشوقہٕ ریایہ ہُند
حُلیہ بیان کران۔ یِم سأری شار چھِ وُچھنہٕ دار۔ کانٛہہ اَکھ تہٕ چھُنہٕ ریایہ ہُند
حُسن وَمَہ تلاوان۔ یِم سأری ۱۳۸ شار پُریتھ چھِنہٕ اَسہ بڑوٚنہہ کُن کانٛہہ
خوب صوٗرت تصویر یوان تِلی کرِ چھِ اُسی پانٔے مُقرر کران زِ لیکھن وٲلی
شُند مطلب چھُ یہ زِ ریا چھےٚ اَکھ خوب صوٗرت زنانہٕ۔ کیٛنہہ شار وُچھو

گہن اَسنس اندر تس اوس کیاہ بَرق
کنہن یتھ تِل کوہن خورشید در شرق
عجب از احسن تقویم شکلاد
چھہ ماہ کرٕ منے تس تسلیم شکلا
خضر کھاٹن زٕ زمزم آب پرتاب
گُلن سوٗنبلن یمبرزلے دوان آب
کُشادہ سینہ چھس انگیختہ ناز
دِلش در سینہ گنجینہ زصد راز

یٔژن والین منز دلچسپی کھاتر کرٕ بہٕ یِیتین گُریز منز اَمی قسمکی کیٛنہہ

شار نقل۔ یمو سیتھ ننہ زِ کنہہ تہٕ کنہہ کاُژاہ فرق چھُے۔ یہ چھُس بہٕ اَد
کینہہ کڑان زِ شکر ریز چھُے قدیر صابن بزم خود گُلریز جواب وَنی ہمُش:

وَنتےٚ کیتھ سینہٕ پۄژن چھُس شیشہٕ خوتہٕ
بصائی صاف تر آئینہ خوتہ
چھہ تیتھ سیتی آئینہٕ ہمسر
دو پستانش حباب آب کوثر
کھسہٕ وٕنی ڈۄری زن یا تازٕ انار
تیمن وُچھو وُچھو بلکن کاُتیاہ رنجہ بیمار

سیٚوٚد ساد یا ہیوٚ واضح تفطن شُر کاُژاہ خوش کرٕ وٕنی تصویر کشی چھُے کرنہٕ
آمٕژ تہٕ مثنوی شکر ریز چھُے آمرٕ نیشہ خالی۔

ہرگاہ میانس پیٚرس بیانس سیتھ یہ تضاد ییہٕ نہٕ مانٕنہٕ،
بہٕ وَنہٕ زِ ۱۳۸ سرا پابہکِو شار وَننہٕ بجایہ، یمن اندر حُسن تہٕ حُسنک
تصویرِ بے راوات چھُہ، ہرگاہ صرف یم اَٹھے شار لیکھنہٕ آسہن
آمتو، کاُفی اوس۔ یم چھُہ نہٕ صرف جان شاگیری ہُندِ نوٗ موٗنہٕ بلکہ یمن
۱۳۸ شارن ہُندِ کھ ہتر تر۔

ڈیکھ زن زوٗن پھٔیہ وُسہ آسمانہٕ
ننہ کنہ زوٗنہٕ تس سیتھ اُمس ماہہٕ
سُید ظاہر تتین ننہٕ آفتابا
کہ از قاف پیٚوو نہٕ تیٚتھہ ناقاف تا قا



وَننہٕ پاٹھو وُلی اللہ مُتی سٕنز قبر (بٔڑ مُجہ کلس تَل)

پری رویا، پٔری زادیا، پٔری کوٚر
تھرے پوشا، دُرِ گوش، دلکش حوٗر

زری طاقین پری دِتھ ببر مُستس
سَرس منٛز یُتھ کول، گُل یُتھ بہشتس

گگ افتابک کلہ تھاوِتھ کُلاہ ہٲنٛع
سُہ گُل دُچھو ہتے کُلہ دارن کُلاہ ڈٲج

چھِہ ڈالان لالہ رویَن ڈالہ کینٛہ دِل
بہشتہ ڈالان چھِہ واتان ڈالہ تسٔنٛدِ دِل

فدا تتھ گرٛایہ زُ میون آسے پھرنس
نشٔنٛز رایہ تس کیتھ آیہ وُچھنس

ریٚا چھِے شاہی چشمس منٛز ماٗنٛزراتھ دِمہٕ مٔژان کرٛان۔ امیُک تفصیل تہٕ چھُہ غاٚر ضرورٕی طور زیٹھراونہٕ آمت۔ ریٚا چھِے اَکہٕ اَکہٕ بلوٚہ کڈان، زیور مُژراوان تہٕ آخر ناگس منٛز دِسان۔ پٲنٛژہ اَتھ شار چھِہ کلّ بل اَتھ بیانس اندر جان ـــ

سپینہٕ عُریان یان عزیچ سعہٕ رِژ حوٗر
پٔری تُجمی دِنان تس چشمِ بد دوٗر

سعہٕ مٔژرِژ اَس مُژراوان زوٗنے
زہیمنٛچہ زوٗنہٕ میانے واجہ جوٗنے

یہ ڈاپشِتھ زوٗنہٕ کیتھنہٕ رٔوِدتابا
دوٚپُن یا لیشتبنٛ کُنتُے توٗ اَبا

پھلاں اُس رُئے آمیفن ، موے اسوَد

رُخ کعبس ، تھَوان پیچھہ حجرِ اسوَد

کران نہ تار آبس تام تمہ تھہ

ہہ وَ ٹاہی کران ہہ ہہ تہٕ وہ وہ

امہ پتہٕ چھ مثنوی ہنٛد رُنمہ باب یوان۔ یمن منز مصنف داستان وِرٛ ھناوان چھُ۔ یہ چھنے محض وِداکھ تہٕ ہجروٕک نار تہٕ تیٖچ دگ۔ امہ کِس اظہارس تہٕ چھہ نفیس موقہٕ۔ مگر تم سارٕی چھ شاعرن راوراٰدی ہتو ، پننہ فن کارٕی ہٕنٛزٕ ناپہ ختگی رُزنہ۔ کینٛہہ شار بوزِو :

ہہ چاٰنٛز شیٖچھہ باوہِنا با کیو تر
سُہ اُتِھ نے آم وَنِہ ہے چِھسَن ابتر
بہ اٰنہ ہِن طوطیٔ شیرٖین حِکایت
سُہ پٔرزٕ پاٹھو باوِہی مِیاٰنی شِکایت
ہٕ وَنہ ہے ہُد ہُدس پَننہِ نے فسانہٕ
سُہ ہیوٚتے باوٕہی دِل سٕندُو وٹا ہٕ
یِہو اندرہ مٔے فالَس ذرام بُلبُل
ہٕ ستے سوزن تھُندُس باغن تہٕ چھکھ گُل

کُنہ کُنہ جایہ چھُ قدرِ صائبُن قلم لفظی ورُ پھیر تلہٕ ہنا آزاد ہیوٚ گژھان تہٕ دلہٕ کِس احوالس چھنے ہنا وٕھ اَتھ لگان۔ یہ چھس سیٹھے کم جایِن ممکن سُپدمُت تہٕ مٔے زون یتہٕ فنسمحہ۔ نتہٕ چھنہ اَتھ منزٕ تہٕ کانہہ خاص کتھا پامہ سپنز مُرشہ۔

وٕلو دِلدارٕ چھُکھ بو درتب و تاب
چھُم کُس آمُت مےٚ پیٚتھ کُنہٕ آو سیلاب

وٕلو دِلدارٕ بو دیوانہٕ کرٕتھس
شمع روٗیس پیٹھن پروانہٕ کرتھس

وٕلو دِلدارٕ کرٕ وادس وفائی
دٕغا دِین جان چھا پٔژ چھا جُدائی

وٕلو دِلدارٕ دِل کےٚ حال باوے
یہنٛز اوارٕ گی بو بال ہاوے

یہ محبتہ پیٹھ انسانن ہنٛد ژٕرٕ کرِتھ چھُ سنٛدان ریا پتھ
لیلی کرٕان آمیہ چیز چھُ شاعرن یہ ہرگاہ عشقہ نٕژان پیٹھ پرد ریتھ لیلان
چھینہٕ رہنُن یند یگہ چھُکھ ہٕگی یہ ہمی حالہٕ، خبرٕ خرتواں پتھ یوسُف شاہ
ہنٛزِ شعرِ ملر بزونیتھ گٔن یوان :

زٕلمی جامن زنرتا پا دِتن چاک
سہی قد سرو ہیوٚ تمہ ترٕوو بر خاک

بدن ڈٕلرِ وان نکھ تل گیہ عبتنس
بٕ تن تن لاگنس بستہ نازنینس

بٕ شوق و ذوق رٕوُتن نالہ متے
دوٚپُن تس چھس بہ ریا لالہ متے

نیٚنو صاف سینہ نازنین چھس
بہ ریا چانہِ بایتھ ہمہ جبین چھس

یہ ریاؔ حیاتہٕ بانٛچھ مہ جیٖبِہ پھس

نیٚندرٕ کیہ ہیٚش چھےٚ بر چشمِ مخمور

مژر اچھہ نالہٕ مَتہٕ چھےٚ جنتٕچ حوٗر

یہ لوٗکہٕ ٹاگی رایو کمہٕ دوٗمٕلےٚ نال

پٔتہ بہٕ گرٛنَس ترٛ و تازٕہ ہیٚیہ مال

ولو شاہ یوٗسفو کمہٕ نٔبےٚ ہوٚتٕے لول

میٚٹہ نیبہٕ دُب گوم چھُس یہٕ عشقہٕ خوتوٗن

ماحولہٕ کہ تُمہٕ کٕنٛشریح مِثال چھُہ یہ شارتہٕ :

ہیمون نےٚ سیتہٕ سیر کرٕ آشکارا

گژھو بد نام کشیٖر رودٕ خارا

شاعرن چھُنہٕ مثنوی ہندِس مسوٗدَس دوٚیمٕ نظرِ دِتھ مُژ۔ حالانکہ یٔتھن تخلیقن ہندِ خاطرٕ چھُہ تہٕ سیٹھاہ ضروٗری۔ تمہٕ سیتہٕ چھےٚ بیانَس پیچہٕ ژلان تہٕ شارن یا گراوسپدان۔

یہ دوٚن میٚٹہ تی لیتھ کھُم کوٚر متس تہٕ اصلاح

محلہٕ اُسہم نہٕ اصلا، اوس نہٕ آفلاح

یہ مثنوی کٔتھہٕ تُنٛس اندر چھےٚ لیکھنہٕ آمٕژ۔ تمیُک چھُنہٕ شاعرن کانٛہہ پَے پَتاہ دیتمُت۔ ماسوا یہ زِ بٔہمہ ۱۲ صَفرٕ چھےٚ اَتھ واتہٕ مُژ۔

بحمد اللہ خرد آنا دوٚن میٚٹہ انجام

بِہِ اوس از قدرتِ یتھ آو اِتمام

•

# زُہرہ وبہرام | رشید نازکی

## تنقیدی سام

مثنوی زُہرہ وبہرام چھےٚ عام کاشرِ مثنوِیَن ہِنٛدی پاٹھۍ شورٕ
گژھان مگر مناجات تہٕ نعت چھہ بڑٕ مختصر۔ البتہٕ مورشد حمید صابٕہ
نۍ وٕرین مدح چھہ زیوٚٹھ۔ ییٚلہِ کہِ یہٕ مثنوی لیکھنس منٛز چھہٕ عاشق صابس
پیر مُرشد دوپ تہٕ اکھ وجہ بنیومُت۔ تیٚمہِ شہادتہ سرورقس پیٚٹھ یہٕ عبارت
چھےٚ " من تصنیف شاعر نامی گرامی علی محمد صاحب گنائی ... بفرمائش
صاحب اِرشاد و اذکار رشیدی میر غلام محی الدین نوٗری سجادہ نشین
حضرت ایشان شیخ یعقوب صرفیؒ "

مثنوی ہٕنٛز زبان چھےٚ فارسی آمیز۔ کُنہِ مُشکل فارسی کاشُر،
حالانکہ عاشق صابٕ چھہ محمود گامیس تہٕ مقبول صابس پتہٕ کتہِ کور پاٹھۍ
گومت۔ عاشق سُند زا سنہٕ چھہ ۱۸۴۲ء تہٕ سنہٕ وفات چھس ۱۹۱۰ء
امہِ حسابہٕ یودوے وُچھو فارسیک زور اوس تہٕ تیوٚت زیادٕ یوت زن محمود
تہٕ مقبولنہِ وقتہٕ اوس، مگر عاشق چھہ یانہٕ بہلہ پایہ فارسی عالم اوسمت

تہٕ فارسیک یہ ماحول چھُ تس پیرٕ پشدِ خاندانہٕ پیٹھٕ پننس خانوادس تام بہ سے یوت تہٕ محیط او سمت۔ اَوِ کنہٕ چھ تمہ اکثر شار چھُرٕ فارسیس منز لیکھمتی تہٕ باز شار چھ فارسی زبانی منز تہٕ مُشکل۔ مثالے سہ

ہدایت بابلاغت یار من کُن

ز لُطفت یک نظر درکارِ من کُن

زعشقِ مُصطفےٰ قوتِ دِلم کُن

ز مہرِ گُلرخ او بُلبُلم کُن

صر روح اللّٰہ در پیٖس او خم

یہ روح الامین زو ماندہ درہم

صفیر شوق او موسیقہ کردار

بموسیقار موسیٰ کردہ درکار

رشید و افضل و اقرانِ اعظم

سعید و اکمل و اعیانِ اعلم

طبیبِ علتِ قلب و صبوری

جناب شاہ شمس الدین نوری

زہی بدرے کہ بدرا بدر سازد

چہی صدریکہ صدرا صدر سازد

یہ اقتباس چھُ فقط حمد تہٕ مدحِ مرشد منز، یم کُل اٹھ وُہ شار تہٕ تہٕ سائی سے مثنوی منز اگر یوٗہے او شط ژُکو، تیلہ چھُ مثنوی ہُند ژوٗرِم حِصہ

(حالانکہ چھُ اُمہ زیادٕ) چھُس ٲ فارسی۔ کاشُر شارکی انداز تہٕ چھُہ ثقیلی عدس تام فارسی آمیز بَشلن ؎

شہ صاحب تاج موہ سل تس چھ موہ حتاج
تِہنٛدٕ سے راج صاحب سیتہٕ معراج
گدا اے در تمِس خاقان و قیصر
تعالی اللہ شہ پیٔغمبر سرن سر
چہ چار اختر تہندی یار اَفسر
ابوبکر و عمر عثمان و حیدر
تِمے ہر چار اسلامکی چھ سردار
رتمن پتھ لار اے عاشق بہر کار
تہنٛدی حالاتھ پن ہٕ در مقامات
بہ تہلیات گوٗڑن تفسیہ کےٗ لات

فارسی کلامکی یُہ انداز تہٕ کاشُر شارکی پہ درتاد دہ شوٗرے چھہ ہاوان زِ شاعیرٕ سُند لہجہ چھُ تادٕ خاطرٕ سے کاشُر۔ واقعہ چھُ یہی زِ عاشق تراگی چھُ
درمیانٛی دورکی شاعیر یُہنٛد مقام محموٗد گامیس تہٕ حقانیس درمیا
پییہ کرنہ۔ یہنٛدِس انداز تحریرس تہٕ شاعیری منز چھُ سیف الدین تارٕبلی تہٕ حاجی الیاس ترٛاڑی سُند انہار، یُہ لفظن ہٕنٛد شان و شوکتھ، تکلفات صنایع بدایع تہٕ لفظی نوٗرٕکی خیالی، یتھ منز فن چھُ، مگر خیالکی نسبتہٕ چھپنہٕ اَتھ منز چھنے عاشق صابس عام بزم گو مثنوی نگارن ہنٛدی پاٹھی کینٛہہ مجبوری

دربیشیں۔ ساٲنین مثنوی نگارن چھ فارسی کِس تتبعس منز کیتھہ مجبوری دربیش نن
مثلن سراپانگارۍ۔ فراق وٕصل تہٕ منظر نگارۍ۔ پزٕ چھ زِ situation
پیٹھ چھ شاعر ہُند کمال تہٕ فن پنُن معجزٕ ہاوان۔ مثنوی زٕہرہ وٕ بہرامس منزٕ تہٕ
چھ یِم مقام تہٕ شاعرن چھ یِزٕ بہ یاٹھ لفظن گلال مُلیتھ۔ فضا وٕ شلیوُت
بہرامہٕ سُنٕد سراپا چھُ عاشقن ہٕنٛدِ موختصر یاٹھ لیوٗکھمت۔ مگر اَتھ اختصارس
منزٕ تہٕ چھُ شاعری ہُند پزر یہِ وٕنہٕ دُن کنن گژھان ؎

کُنِس راجس گُنٛۓ زن لال تاجس
گُنٛۓ فرزندس اوسُس خوش مزاجس
شہ بہرام اوس شاہسُ دُن اُچھن گاش
تہٕ ہُند دیدار زونُن عالمک راش
یوٗہے لالہ کوٗرٕن مشکین کلالہ
غزالہ وار وُستادس حوالہ

تہٕ زہرایہ ہُند اہنار دأیراں دأیراں چھُ شاعر یُزٕ یاٹھ خیالک زبر جدٕ
لعل چھُنکہ مرژٕ بازٕ ہٕ صحاوان ؎

شبُن کیا دلبری ہاچھو پٔری تس
بمعشوقان ہری غارتگری تس
وُچھتھ سۓ قامتِ موزون یکبار
چُو قمری سرو زٕول درسوے کوہسار
شہ تراوان زلف کافر کیش بردوش
گژھان از دل مسلمانی فراموش

میانہٕ قد تٔھند ڈیشتھ صنوبر
خجل گوٚ طولِ قامتھ کرِ چھُ بہتر
ڈیکس پیٹھ ٹِکہٕ ترٛاوان شعلہ نوٗر
چھُ زن خورشیدِ تاباں بر سرِ طوٗر
ہٕندرہ کیشا دٔھہٕ پھٔلی تَس جانہِ جاتَس
چھہ زَن تارکھ پٔرزَن برجِ دہانَس
شہٕ طاقین ماہ زَن اندر شبِ داج
نٔتے دوٚن شاہمارن ماگنٕے تاج
بُمَن منٛز خال تَس ابروٗ ہلالَس
شُبن بر طاقِ مسجد جا بلالَس
رُخس پیٹھ خالِ عنبر تَس نگارَس
تُوَے ما داغ بیوٚن بیوٚن لالہٕ زارَس
نتہٕ بر صفحۂ آں روے انور
شُبن آں محال زن مُہرِ پیمبر

ییٚلہ زہرائہٕ بہرامَن عشق نوٚن گرٛنھان چھُ، تہٕ وزیر طیشَس پیٹھ، زہرا یہٕ مکتبہٕ منٛز تٕلتھ نوان چھُ، تمہ وزِ چھُ شاعر جُدایی ہنٛز اکھ situation پانٛدہ کران، اگرچہ اَتھ منٛز تٕگریزہٕ ہنٛز نوش لب تہٕ عجب ٹُلی کنہٕ ہجرک وتار چھینہٕ تہٕ نہٕ چھےٚ سوٚ منظر نگاری۔ مگر ییٚنہٕ آیہٕ چھُ یتہٕ احساسَس تہٕ خیالَس پیٚش یمنہٕ ناردوان تہٕ پینہٕ ہجر کو دادی چھ پرٛتھ انسانَس یاد پیوان ۔

کڈھن ڈسستی ازین جنت سرا حور
ننه بیمار از دارل شفا دوٗر
ازین غم یک قلم شہزاد بہرام
سپن دیوانه گو بے صبر و آرام
پریشان گو چھو زُلف یار غم خار
ننه بیمار ہیچوں چشم دلدار
سه زہرا ناله گُل ہیچو بلبل
بکاشانے ووڈن بر فرقت گُل
بدولت خانه مجمرۂ ناله زن رگل
سه دولت خانه تس زندان مشکل

یا بیلہ زہرا اتھ کنہ ژھوکھ تہ ناگس بیٹھ شو نگان چھ تہ بہرام سوچان چھ:

امس چھم ناگہ ہینڈ رکیشا زبیدار
کرن ہشیار پانے سپد دلدار

ته وزیر شدیس فوجس وچھتھ مقابلچ تیاری کران چھ، ته اکس بیس ہس
مقابلس تزکارتھ تہ ژھنان چھ۔ اوت تام چھے زہرا بیدار آسان گامژ
سه چھے بہرامس وُنی نزدان۔ ته اکھ ستی ستی چھے وپداکھ ته دوان۔ یم
وپداکھ چھنه فقط سینہ ونی۔ بلکہ چھے اکھ تزار یا ہس خدس نام مقائیت لبنه
ریوان ته زہرا ته ہمثه اماری بنزی یا ونکس مشکه چھ ژهون طرفن پھیران،

دوہن یارب شہ رازے ہونس کوت گوم
زبخت بد یہ کس راتہ معہ غل پیوم
نہ ڈیو ٹھسن یار سنے آں مرکب یار
سپینہ پیچید ہمچوں مار طوؔمار
دِرِ زن زدن یخ ڈچ آب و تابے
سرِ راہ گوس لو سیھ آفتابے
بجز غم تس نہ ہمدم کانہہ تہ شامس
گزہسن گویا لوگس ماہِ تمامس
سپین صحرا چون زلفش تیرہ و تار
نہ دل ور تن تمس نے سیتی دلدار

یہ وِیداکھ چھ پتھ کنو ے

ولو جانانہ کرتم جان نوازی
گئیس بیجان از بس جانگدازی
ولو دِلدار چھس چانی طلبگار
بہ لاگے دمبدم نازن خریدار
بہ دزایس زور کرانے عشقہ جانے
یہ روہ کھ دوِر میانے نندہ بانے
بہ چھس نارس اندر اے یار نارس
زبلکھ نارس و چھتھ یا باغ مارس

گرٚے دٕرایس بغٕر بیمہ کمہ لرٚے مٕتے

ژھرے لوسم کرٕتھ شٕز کیاہ ترٚے مٕتے

زرے کو تاہ مٕتے راۄم یاوٕ نہِنز زی

برٚے کرٕ تھس پھہ لاگنی شٕراونہِنز ہی

گیُس مفتوں چوٗ بُلبُل چانہٕ ویرے

گہہ لاو بیہہ تہٕ سا بقا میانہٕ شیرے

رازٕ ہونٛز، راتہٕ موٗ غلی، دٕر زون، سرٕ راہہ آفتابہٕ لوٗس، گرٕ دِن، ماہِ تمام

نرٕ لوسنہٕ، یاونہٕ زی، شٕراونہٕ ہی، ویرٕ نیرن، شیرٕ لاگن، چھِپنہٕ فقط

معروف کأشرٕ علامژٕ۔ بلکہ چھُ اَتھ منٛز روزمرک تہٕ محاورک سہ جود، یُس

اَچھرس اَچھرس زِہن ہُند عالم عالم آیت تھاوان چھُ۔ یِمے علامژ تہٕ

محاورٕ ورتاوٕ تھ چھُ شأیرن، جُدأیی ہُند سہ ماحول باگہٕ کورمُت یُس

اَرکس مد ماژ نازلہِ ہندِ ہبرؤک پرٕتھ فرٚد یاد لولہٕ رَکس اِسیٚند سوزَس زاَلیتھ

ینٛز سورٚے اونٛد پوک مشکاوان چھُ۔ رازٕ ہونٛز تہٕ لیتھ راتہٕ موٗغلٕ ہُنٛز

چھُ ارمانن ہندِ نشاطہٕ تارٕ دِتھ مایوسی ہنٛدِ ڈٕلہٕ ناو پھٹنو تہٕ لولہٕ سفرس

منٛز ہیٚلہٕ سرٕ راہہ آفتابہٕ لوسہٕ پرٕتھ کانہہ زوٗن چھُ دٕرلگان۔ تہٕ پھِپنہٕ ٹھینٛٹ

کرٕ ونس یاونس منٛز ہبرؤک تاوَن چھُ بہرحال ژھہ داہِمہ زۄنہٕ ہُند گرون۔

یتھ تمام دُنیا وٕ چھتھ افسوس کرٕتھ تہٕ چھُنہٕ کینٛہہ ہیکان کرٕتھ۔

مےٚ چھُ بوٗنیٹھے عرض کوٗرمُت زِ یہٕ مثنوی چھےٚ تکلفانو تہٕ تصنعاتو

سیٖتو ہیٚرِ بون آراستہٕ، مگر اَمہ باوجود چھِ کینٛہہ شار بلکل بے تکلف۔

تہٕ یِم چھہٕ شاعرٕ ہُند زبانٕچ پیٹھ وَسرٲنس تہٕ جذبات نگٲرۍ ہُند کمال ہاوِتھ دوان۔

بہٕ دَزایس ژھۄرِ کرانے عشقہٕ چانے

تہٕ رۄد گژھ دۄرِ میانے نُندٕ بانے

ولو دِلدارٕ چھُس چانی طلبگار

بٕ لاگے دمبدم نازٔن خریدار

گرے دَزایس بغر بتہٕ نمہٕ لرے مئے

ژھرے لوسم کرٕتھ شرزٕ کیا نمے مئے

گیُس مفتوں بلبُل چانہٕ ویرے

گژھ لالو بہتہٕ ساتھا میانہٕ شیرے

یِہ چھےٚ مہجورٕ تہٕ آزادٕنی زبان باسان۔ یتھ روزمرہ تہٕ محاورٕ کٕ گژھ لاب شیرِ لاگان چھہٕ، جُدٲیی ہُند یہِ ماتم چھُ پَزِتھ تَس حۄرِ ویُود، یُس لاوِ مۄرِ عشقُک نارلہ وُن پیومُت چھُ۔ اَوے چھُنہٕ زہرایہ [illegible] خالِص تمیُک شُند ماتم۔ بلکہ چھہٕ یِم شار پَزِتھ لولہٕ بیمارٕ سُند [illegible] رٔیہہ شولہٕ نادِتھ یکان۔ عاشقن چھُ اکثر شارن منز صنائع بدایع ورتاوِتھ منز۔ صنعتِ تضاد، عکس وتبدیل، لف ونشر، سیاقۃ الاعداد وغارٕ۔ اگر یہِ بحث تلوٕ تہٕ شاید گژِ ہم بیاکھ اَکھ مضمون پادٕ۔ مگر یہ کتھ چھےٚ ونُنۍ لایق زِ صنعتِ ایہام چھُ اَتھ مثنوی منز یَسلہٕ پٲٹھۍ لبنہٕ یِوان۔ یُس شاید غنی، بیدل، صایب تہٕ یِتھۍ شاعرن ہُند مطالعُک نتیجہ ہیکہ

اُسِتھ۔ بۄ کرٕ فقط اَکھ مثال پیش ؎

بٕ چھُس نارَس اندر اے یار نارَس
ژُکھِتھ نارَس وُچھتھ یا بارِغ نارَس

اَکھ شارَس منز چھِ نارَس مانے بَدلان تہٕ ژور مختلف مانے چھِ بَدَس یِوان، نارَس اندر آسُن چھُ کاشُر مُحاورٕ، مطلب بیقرار آسُن۔ دوٚیُم نارَس چھےٚ فارسی ترکیب۔ نہ واتن وول یانے نادان۔ دوٚیمہِ مصرٕ کِس نارَس چھِ ژٕ مانے۔ نار دوٚن وڈٕرن درمیانکٕ سوٚن جاین تہٕ تہٕ نارتہٕ۔ بارِغ نارَس چھےٚ فارسی ترکیب تہٕ ژٕ مانے چھِس۔ شہ بارغ یوٚت ژٕ دٲرتھ ہیٚکو ژٕ بِیاکھ مانے دٲن بارِغ، اگر اَمہٕ مِصرٕ کِس گوڈنکِس نارَس تہٕ نارٕ سے مانے نمو، تیٚلہ چھِ شار زیادٕ بلیغ بَنان۔ شواہِد نِس نارَس تہٕ دٲگ بانِس چھےٚ پانٕ واٚنی مشابہتھ۔ دوشوے چھِ شولان، مگر ساری سے شارَس منز چھُنہٕ حرف تشبیہہ کُنہِ جایہِ لبنہٕ یِوان۔ تۆ کِنو چھُ استعارٕ تہٕ سورُے شار چھُ ژٲلتھ ورگہٕ مانے ژوان۔ تمہِ کِنو چھُ استعارٕ بِل کنا یہ۔ مےٚ چھُ باسان بحث زیٹھ۔ ہاں یہِ کَتھ وَنِنہٕ چھےٚ ضروٗری ژٕ اَکھ مثنوی منز چھےٚ زبردَس WORD SYMPHONY یِتھہٕ سیتھ نغمہ گی تہٕ موسیقی یانے شارَس منز پادٕ گرٕ ھان چھےٚ۔ لفظَن اَندر چھےٚ پٔژھ ہم آہنگی تہٕ ہمواری ژٕ پٔرتھ لفظ چھُ نِیہٕ میشٕدی پاٹھو وَزان تہٕ پٔرتھ اُرتھ چھُ جان ہاران۔ فقط کینٕہہ شار کرٕ پیش ؎

زوٚچُن تمہِ شہریارَن تاجدارَن
کرٕن خاہش شکارَن آولارَن

ژٔٹن مأدان ڈٔلن سنگر تہٕ کہسار
رٹہٕ وحشی ژٹہٕ از تیغ خونبار
چہ شیر شنگ در جنگل قوی جنگ
شہ تیز آہنگ سپن تہٕ آونے تنگ
گہے ہارن کلنگن گہہ پلنگن
گہے ہارن خدنگن گہہ تفنگن
گہے بالن کھسِتھ والان شغالن
گہے نالن وسِتھ گالان غزالن

شہر یارن، تاجدارن، شکارن، لارن، ژٹن، وٹن، رٹن کہسار، خونبار، شنگ، جنگ، آہنگ، تنگ، کلنگن، پلنگن، خدنگن، تفنگن۔

یمن لفظن ہنز ہم آہنگی چھنہٕ فقط روانی گوڈ بران۔ بلکہ چھے نغمگی ہنز سہ عالم پادٕ کران، یُس اَتھ منظرس موزون چھُ۔ اُتھو جنگ تہٕ شکار کِس ماحولس منز میلہ سہ زہرا یہٕ ہنز پیکر پیش کران ... ہنز موٗر چھُ بدلان تہٕ منظر چھُ بدل یاٹھو پوش ہاران ؎

سو نیکو فال زہرا اندرین حال
ز دار زال دراہش ہمچو بطال
کھسِتھ چون ارجمندے بر سمندے
بکاکل دیو بندی چون کمندی
دون وٗنی اُس یارس گلعذارس
پیون پیٔے تس نگارس خوش شعارس

گرٛھمنارام طالع بخت بہ رام
ئبتھ بہرام نیٚنٛم ہوش و آرام

مثنوی ہٕنٛز یہ خصوٗصیت چھےٚ پٔرٛنہٕ پأٹھۍ دلآویز۔ نغمن ہنٛد بیکر
چھہ تیتھ کٔنۍ گرنہٕ آمت زِ نغمن ہنٛد آبشار چھُ ہیٚر بوٚن گرٛزان لبنہٕ یوان۔
مثنوی ہنٛدِس داستانس منٛز چھہ کیٚنٛہہ حُسن تہٕ تِہٕنٛدۍ حُسن رچھ
بعض اوقات قبیح تہٕ بنان۔ گوڈنیچ کتھ یوسہٕ اَتھ داستانس اکثر مثنوی
ہنٛدیو داستانو نِشہ بٔیوٚن کڈان چھےٚ، چھےٚ اَتھ منٛز سراسر انسأنی کِردار تہٕ
انسأنی زِندگی۔ مثنوی چھےٚ ہیٚر بوٚن۔ انسأنی واقاتن ہنٛدِس ماحولس
منٛز شۆہ ہاوان، تہٕ چھےٚ نہٕ کُنہ تہٕ جایہ مافوق الفِطرتھ یا Super-
natural بنان۔ دیو در ژیٚھال چھےٚ نہٕ اَتھ منٛز کُنہ شایہ نظر گژھان
یتھ کٔنۍ گل ریز یا گل بکاولی تہٕ اکثر بیٚیَن داستانن منٛز قدمس قدمس پیٚٹھ
یہنٛد وجوٗد مثنوی نال ولان چھُ۔ یتھ کٔنۍ چھےٚ یہ مثنوی یِمن زمینچ تہٕ
آسمانچ داستان بنان تہٕ داستانکۍ پٔد چھہ یِتھۍ زمینہ تہٕ یِیتہٕ کینہ
واقاتن پیٚٹھ روزان۔ اَمہ چیزن چھےٚ خأمی یہ پأدٕ کٔرمٕژ زِ داستان
چھےٚ وار یاہَس قدمس تام بےٚ رنگ تہٕ چھٔرٛ باسان۔ اَتھ چھُ وجہ یہ زِ
شأعرن چھےٚ داستان گوئی ہٕنٛز رتبہ وار یاہ Situation تہٕ
وۄہ غافلن ترأومٕژ۔ یِیتین داستان طوٗل تہٕ بنہٕ ہے تہٕ اَتھ منٛز ہیٚکہ ہے
Surprise تہٕ Suspense تہٕ پأدٕ گٔژھتھ۔ یِیتھو ڈٲتیو
سیٚتو چھہ داستانس رنگ کھسان تہٕ مثنوی نِگارس پنٕنۍ کمال ہاوِنک

موقعہٕ یوان۔ اوّر دُوس تہٕ فارسیس منٛز چھِنہٕ پرٛٹھن داستانن ہِنٛز کمی ضروٗری چھُنہٕ زِ مافوق الفطرت عناصرن شامِل کرٕ نہٕ۔ مگر داستان گوئی تہٕ داستان سرائی چھ پننہٕ کینٛہہ تقاضہٕ تہٕ موموٗلی ہیر پھیر سیتؠ چھےٚ داستان کتھ کور واتان۔ مگر اَتھ مثنوی منٛز چھِنہٕ پرٛٹھن [illegible] [illegible] موٗلے یا ذکر کرنہٕ آمُت۔ مِثالے زہرا تہٕ بہرام الگ گژھتھ چھُنہٕ داستان ختم گژھان تام بہرامُن پے پتہٕ ہے لگان۔ تہٕ اَخرس چھُ بہرام تمِتھ کنٕز حاضر گژھان زِنتہٕ سُہ مثنوی نِگارن تولت تام ڈابس منٛز بہتھ تھووُمت چھُ آسان۔ یتھ کنٕز چھےٚ ساریے داستان زہرا یہٕ اَنٛدی اَنٛدی نژان تہٕ زہرا چھےٚ ہیف خانہٕ زینتھ پوٚتُس پانس تہٕ شہزادٕ بہرامس سیتؠ خاندر کران۔ زِنتہٕ بہرام فقط اَمی وجہ کہٕ خاطرٕ یادٕ اوس گومُت۔ اگر بہرامُن کردار تہٕ ییتےٚ رنٛگ آمیز ییتھےٚ زوردار تہٕ زوراوار آسہ ہے یُتھ زہرا یہٕ ہُنٛد کردار چھُ، یہٕ مثنوی آسہ ہے سانٛہو کامیاب ترین مثنوی یو منٛز اَکھ۔ یہٕ چھُ واقعہ زِ زہرا و بہرام چھےٚ اَکھ فارسی نثری داستان یُس عاشقن ہٕنٛدی شرو یاٹھو کاتہہ فارسی مثنوی زیرِ نظر آسہ نے شاعرُو منٛز چھےٚ، مگر داستانٕچ سادگی زیرِ نظر تھاٚوِتھ اوس یہٕ ضروٗری زِ فنی زتاو بایتھ ییہ ہے داستان مثنوی لایق بناونہٕ۔

سانٛہو کاشُر پوٚشاعیرو چھُ مثنوی منٛز منظر نِگارٕی یتھ کنٕی کرٕمُژ۔ زِ مثنوی تہٕ اَمکو کردار چھِ سانی کشیرِ منٛز بسنہٕ یوان۔ مثلن یتیلہٕ مقبول شاہن باغچ منظر نِگارٕی کرٕمٕژ چھےٚ۔ باسان چھُ زِ اَمِس چھُ نشاط، شالمار

یُس مرگ تہٕ توسہٕ مادان زیرِ نظر اُسی ہیتھ۔

نگان ییلہٕ آسہٕ پوشن واو گرایے
ہُران اُمس عطر باغس جایہ جایے
گُلاب وہی تہٕ مسول آرول کیا
گیول کاٹتیاہ چمن ہُرہو ہُرہ مول کیا
پھلیٚے ہر طرفہٕ آمژ اُس بر جوش
ڈلاٚنی پوشہٕ مایے بلبلن ہوش
شُمارا پوشہٕ ذاژن ہُند نہٕ کانہہ آو
نہٕ کیٚشا بوزکھ تہٕ کاژن ہُند وُنے ناو
وو پھرمُت اوس سبزک فرش مخمل
کران تنتھ برگ گُل سیم وزرس تل
گُل دوو دِتے پیپھ بُلبُل مس
زبُرکی زن ورق ہیتھ اُسی دردس

مگر مثنوی زہرا و بہرامس منز چھےٚ منظر نگاری نہٕ آسنس برابر۔ ییٚمہ کینہہ تہٕ مثنوی گہنہ روس مہر نیو بوزنہٕ یوان چھےٚ۔ باسان چھُ زِ مثنوی نگارن چھےٚ داستانچ صداقتھ پٮ۪ٹھ ورتاو دِتھ۔ شاعرانہ فن کاری تہٕ داستان گویی ہُند فن پسِ پُشت تراوی ہیتھ۔

کُنہ کُنہ جایہ چھےٚ مثنوی ہُنز غار ضروری سنجیدگی تہٕ پرن وٲلس بےتنگ انان۔ تہٕ کیٚاژ شاعر چھُ وارِیاہ کینہہ وُنتھ تفصیلاتن غار متوقع

پٲٹھؠ ٹھکھ دِوان۔ اگر اختصارُک یہ انداز فنکارانہ آسہ ہے، تیٚلہ پیہ ہے پیٚھکین مقامن پیٹھ افسانُک لُطُف مگر باسان چھُ زِ شاعیر چھُ خامخاہ سنجیدگی ہٲوِتھ جامہ لاگِتھ اکہِ مریضِ نفسیاتُک چُرنگ دِوان۔ زہرا یہ ہُند سراپا لیکھان چھُ شاعیر ہنگہ منگہ بڑونہہ یکنہ بجایہ وَنان ــہ

زِ نافس تا بزانو چھُمنہ کینْہہ یاد
نکویم نکتہٕ زان عصمت آباد

"چھُمنہ کینْہہ یاد" چھےٚ یِتھے شرح لاگِزہش باسان۔ حالانکہ دۆیمہ مصرعہٕ چ دلیل تہٕ چھےٚ زاہدن تہٕ پرہیزگارن وَیہ پٕتی۔ سراپا نگاری منز چھُ یہ نوٚقط بڑٕ اۆدُل تہٕ کامیاب مثنوی نگارو چھےٚ لفظس منز سۆدُر وٕیترِ اعتھ ... ... ... وۆنمت۔ شلن مقبول شہہ چھُ اتھ مقامس پیٹھ وا ... وَنان ... ...

زِ نافس رشک بھاوان آہوے چین
دُرِ ناسُفتہ چھُس در حصنِ روئین
چھُ مخفی عصمتُک تس گنج بے مار
چھےٚ راہِ فکر تتھ کُن سخت دُشوار

ظاہر چھُ زِ مقبول صاب چھُنہ کینْہہ تہٕ ژۆر بھاوان، مگر اظہار تہٕ چھُنہ ناکارہ پٲٹھؠ گژھان۔ گومگوٚہُک یہ انداز چھُ ترن وٲلس پانے سوٚرُے کینْہہ وَنان۔ سُہ چھُنہ "چھُمنہ کینْہہ یاد" وَنان، تہٕ کیازِ یہ چھُنہ مردانہ انداز۔ اتھ چھُ عاشق صابن ماحول واریاہس حدس تام ذِمہ وار، خاص پٲٹھؠ یِر

صائبُن ارشاد چھُ، سِپرس سر پوش ھشاونُک قٲیِل۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یہِ تہٕ اَکھ نفسأتی نۄقطہٕ زِ عاشق صائبَن چھےٚ یہِ مثنوی پننِس بُجرس منز لیٚچھمٕژ۔ عاشق چھُ یہِ مثنوی لیکھن وِز لگ بگ پنژاہہ وُہرادٕسمُت۔ تخمینہٕ مُطأبق چھُ سنہ ۱۸۴۴ءٕ منز زامُت تہٕ مثنوی ہنٛد تکمیلُک تأریخ چھُہ یِیمہٕ شارٕ تلہٕ نیران سہ

ز روی بخت بہر نظم والا

ندا آمد چراغ بزم والا

تہٕ دۄیمہٕ مِصرٕ منز چھُ ابجدٕ حسابہٕ ۱۲۹۱ھ نیران یُس عیسوی حسابہٕ ۱۸۹۴ءٕ واتان چھُ۔ اَمہٕ حسابہٕ چھُ عاشق مثنوی ہنٛد تکمیل وِز وُمرِ ہنٛزِ سٹھگہ مالہٕ ڈٲلمُت۔ اَوے چھِ اَتھ مثنوی منز تِمہٕ کُنٛیہ رۄز مرٕژ یِمہ خیالن، جذبن تہٕ کمالاتن جوأنی تہٕ جولأنی بخشِتھ مثنوی ہُنٛد جاہ و جلال ہُرادٕ ہٕن۔

# سوہنی میہنوال | رحمان راہی

## تنقیدی سام

سوہنی میہنوال ناوِچ یہ بولہٕ کِتھ چھِپِتھ بڈٕ اُتی کاشُر۔ اَمہٕ کِس ماخذس مُتعلِق چھُ مسکین صاب زٕ مختلف بیان دِوان۔ اِبتداہس منٛز چھُ دِوان زٕ

یہِ کورٕ مُت اہلِ دردن اَکھ چھُ تصنیف
بہ پنجابی زبان اوٚنمُت بتألیف

مگر اَندس واتِتھ چھُ ییٚتھ پأٹھ پنجأبی زبأنی، ہندی زبان ناوکرن تہٕ پَرن وألِس دُلمُلَس منٛز ترٛاوان:

یہِ کورٕ مُت صاحبن اَکھ قِصہ مرقوم
چھُ در "ہندی" زبان در سِلک منظوم

یا تہٕ چھُ مانُن زٕ ہندی وَنِتھ چھُ تِمن مُراد پنجأبی زبانے اوسمُت ہندی یا نے ہندوستانچ اَکھ زبان نتہٕ چھُ مشخص کرُن زٕ مسکین صابن آسہِ اَمہٕ قِصُک کانہہ اُردوٗ روٗپ وُچھمُت۔ واللہ اعلم بالصواب۔

کاشرِ مثنوی چھےٚ اَلہٕ پَلہٕ پٔتھٕ صوٗرتہٕ فارسی مثنوی ہٕنٛزِ رَکمہٕ پکان روٗزِہرٕ تہٕ سوٚہنی میٖنوال چھِنہٕ کُنہٕ پٲٹھۍ تہٕ کانٛہہ اَکھہٕ مِثال۔ شُے رِوایتھ حِسابہٕ حمدٕ تہٕ نعت تہٕ منقبت تہٕ سُے ماخذس کُن رسمہٕ مُطابق اِشارٕ تہٕ سُے مُقررٕ پٲٹھۍ دلیل تُلنُک انٛداز۔ سُے عُنوان فارسی زبانۍ منٛز ییکھنُک طریقہ۔ سُے رِوایژ منٛزٕ منٛز غزل گیوٗمُت سُے سراپا نِگارۍ منٛز سروٕ قامتھ تہٕ سونٛبل مو یکتا تعریف وغیرٕ۔

حمدٕ تس خالقس یٚیمہٕ درٕ دُ عالَم
زِ خلقت خاص کوٗر ایجادِ آدم
کوٚرُن یٚیمہٕ خوٗشتمٲ تقدیرِ انسان
مُسلّم در نصیبِ عشق و عرفان
دِتُن یٚیمہٕ خوٗبرویَن حُسنِ دِلکش
عذارِ ماہوش خویِ پُر آتش
دِتُن دوٗکان عشقُن دراو بازار
بحُسنِ خوٗدسُنٛد پانے خریدار

•

زوٗرُن نٔہرٕ رمضح کھٔٹُن از حُسنِ بیحد
کوٚرُن نوٗرن پان از نوٗرِ محمدؐ
کوٚرُن سُے در بنی آدم شرفناک
بخشُنس خلعتِ تشریفِ لولاک

مُدا از آفرینش اوس کیاہ تس
فقط نورِ محمد مصطفےٰ، بس
یمُہ بیاکھ تمِس ہیتھ کرِ چھہ امکان
بُرُٹھ از نعتِ اوسوُ چھہ فرقان
دِتمُہ دوِن عالمن ہُند راج تمو ہے
تھوُوُن بَر سرَس "یٰسین" تاج تمو ہے

•

درُودِ بیعدد باد انثارس
بآلِ پاک و اصحابِ کبارس
خصوصاً چَون یارِ جانی کانِ گوہر
ابوبکرؓ و عمرؓ عثمانؓ و حیدرؓ
چھہ عالی شان دینکۍ ژور ارکان
تِہندِ رأضی خُدا ییٚ پاک ہرآن

•

زبعد حمد و نعتھ اے مردِ دم سرد
زغبنھہ اکھ دماہ کُن تھاد بادرد
کرکھ از غل و غش یوَد دِل ژٕ خالی
کرِیے دوِن عاشقن ہُند حال حالی
فنی لحاظہٕ چھے سوہنی میںنوال اکھ عام کاشُر مثنوی یتھ کلہم کریتھ

روایتی وَنُن پٮ۪ٹھ۔ روایتی داریاہو کٔنتھو کٔنہ۔ کوہ ڈٔنیتھے قصہٕ گوٚیی ہنٛد
سیمی طور طریقہ موجوٗب۔ تہٕ زٲنہ گوٚو قصہ بیان کرنس منٛز نہ چھُہ موزوٗن
ڈرامٲیی طریقہ ورتاونہٕ آمُت تہٕ نہ قصہٕ ژھعہٕ ٹٔکھعہ تہٕ ژھوٚنی یا ٹھوٚڈنک
انداز رٔٹنہٕ آمُت۔ اَز برٛوٚنٛٹھ ڈاے ترٛٮ۪ یے ساس وٕری چھُہ یوٗنانکہ ہومرن
اِیلیڈ ناوُک اَکھ قصہٕ شارَن منٛز وَوٕنمُت۔ اَتھ چھِہ زٕ اہم گوٚن۔ واقاتن
ہنٛز ڈرامٲیی پیش کش تہٕ بیانُک ژھعہ جیٚر۔ ژھعہ چھِہ زٕ ہر گاہ کانٛہہ
حِصہ تراووس کُلہم قِصس واتہٕ نٔکھ، تہٕ ڈرامٲیی پیٚشکش زٕ اَکھ حِصہ چھُہ
بٮ۪یہ حِصہٕ منٛز ووہ یدان تہٕ سارُی چھِہ اَکھ اکس گاشراوان تہٕ وُسوار بناوان۔
یِم زٕ اہم گوٚن چھِہ ظاہر کٔرنہٕ تہٕ کانٛشر مثنوٕیہٕ۔ اَمہ لحاظ چھےٚ فارسی
مثنوٕیہ تہٕ وارٮ۪ہس حدس تام چھےٚ تنیٚہ۔ خمہٕ فردوسی تہٕ چھُنہٕ یمن ما ملت
منٛز ہومرس واتان تہٕ باقیَن ہنٛز چھےٚ تہٕ کٔتھے۔ یونان چھِہ ہٮ۪لَن ناوِ اکس
نیہتھ واجنہ حسین زنانہٕ چھُہ پُرژھو پاٹھو آمُت ٹرایٮ۪ک اَکھ شہزادہٕ پیرس
وٕرغلاوِتھ نِوان۔ یہ چھُہ یوٗنانہٕ کس غارتس چیلنج بنان۔ یوٗنان چھُہ ٹرایس
پٮ۪ٹھ حملہ کران تہٕ جنٛگ چھُہ دٔہن ؤرٮ۪ین جٲری روزان۔ کم کم جانانہٕ سپہ سالار
چھِہ مارٕ گژھان تہٕ چھیکرس چھُہ رونُشتھ بٮ۪ٹھی مِتِس اکس یوٗنٲنی دلاورس
ایکلیزس نشتم کھسان تہٕ تسنٛدِ خشمہ چھُہ حملُک زور تیشتھ ہُران زِ ٹرایے
چھُہ ہاران۔ ٹرایکیٖن شاہی محلَن چھُہ نار ٹاوٕرو بٮ۪یٹھو ژھعہٕ کڈان تہٕ
یوٗنٲنی فوج چھُہ ٹرایس انتقام ہیتھ واپس گرٕ واتان۔ فردوسی تے
آسہِ ہیٚتہ کرِ ہے یہ سارُے دلیل اندر پیٹھ اندٕس تام بیان نہٕ ہیس ہیٚراو

کینژہ تہٕ نہ چھِھ یِہ راوٕہامیس۔ مگر نتیجہ نیرِہے اَکھ زیوٗزا پیٹھ قِصہٕ مگر ہیومرس یِمہٕ سٕہ ژھوٗٹ ڈرامٲیی زہدار تہٕ زٲرِ وٕنی صوٗرتھ اَتھ قِصس بخشِس ہرِ چھیٚ سو ہیسکہ اپلیڈ پَرِتھ بتھے بڑو تھیٚڑ کُن پیتھ۔ اَمہٕ نِشہِ یہِ رکہ ہیومر کرِ ہیٚے ژھ اکِس شہزادس سُند یونان وائتھ تِس حسین زنانہِ دِرِ غلا زنہٕ کہٕ واقعہ پیٹھ قِصہٕ شوٗرُوٗ تہٕ دہوٕنی ورہیَن ہینٛدی واقاتھ پھیرِتھ اَکہ اَکہ، سُہ چھُ آخری وری یکین آخری دُہن دوہن ہُنٛد حال بیان کران۔ تہٕ تسٕہ شوٗرُوٗ کران تمہٕ کالہٕ پیٹھ ییلہِ یِنہٕ نِین یونٲنی دِلاور ہُنٛد یوتِس پَتھ تہٕ غمناک شکِس دُ چھیتھ ایکلیزس خشمکُ سوٗدُر ووان چھُ تہٕ سُہ سورُے نُشرِتھ یانہٕ کرِنہٕ نیران چھُ۔ یِزَ چھُ یِزِ ہیومر چھُ یِنہٕ نِس قِصس دِنِس تٲگی لفظ "خشمہٕ" سیتی۔

خشم ییلہِ ایکلیزس کھوٗت

تہٕ یِمتھ کُنہٕ چھُ زِنتہ اَکہِ وَسہ وِنہٕ دٔرِہ یادہِ کیس ٹرنٛدکس اَکس تھیچہٕ دوان نہٕ تمہِ کرِ دٔرِہ یِہ وارِ وارِ ژنِ کیچ تامتھ خبرِ وَنان تہٕ حال اوحال باوِنہٕ بجاے ہاوان۔

سون مسکین چھُ کینژھا فارسی تہٕ کینژھا ہینز کاشُر ریوایتھ بڑونٛہہ کنہٕ رٔٹِتھ عام پادشاہ کتھ ہنٛدی پاٹھو شہرِ بلخ کِس مرزا علی بیگ سنٛدی اولاد آسنہٕ پیٹھ شوٗرُوٗ کرِتھ سوہنی تہٕ مینوال قبیرِ النفس تام بایِنہٕ بایِنہٕ تہٕ سِلسِلہٕ وار ساری واقاتھ بیان کران۔ یِہ دائیرِ نے زکیتھ ہنٛد پٔن کمہٕ واقعہ پیٹھ پرِ تُلتھ یا یِہ سونچ نے زکا نہٕ واقِ ما چھُ غارِ ضروٗری

مِثالہٕ پأٹھۍ اگر قِصہٕ آسہِ ڈرامأیی طریقہٕ تَمہٕ واقعہٕ پیٹھ شوٗروٗ کرنہٕ آمُت ییلہٕ زَن شوہنی پنٕنِس مہرٔبینہٕ وردٕ نِشہِ پَرٕ کأنی وألِتھ گُلگونس سیٖتۍ نِیتھ سَپدِ نِشہِ خلاف احتجاج کران چھےٚ، تہٕ پَتہٕ پَتہٕ یِہنٕ برٛوٚنٛہہٕ ٹھۍ واقعات (ہُمہٕ مُرشدی پأٹھۍ بلکہ مقبولیتھ پأٹھۍ) فلیش بیک طریقہٕ برٛوٚنٛہہٕ کُن اَنٕنہٕ۔ خبر چھا قِصٕکۍ بیان ما آسہِ ہنا زٮ۪وٕ دار بنیومُت۔ یِتھےٚ کٕنۍ چھُ غأر ضروٗری واقعاتن ہُنٛد مسلہٕ۔ مِثالے مأنٛز تہٕ عزت بیگُن دِلہٕ وأرِتھ شاہ جہانس ڈالہٕ گُذراوُنک واقعہٕ یِیہِ قِصہٕ منٛز حذف کرنہٕ، اَصل دلیلہٕ پٮ۪یِیا کاشہِ بُنٛز یأدی پھیرِ ؟

غأر یہ گو قِصہٕ گوٚیی ہُنٛد اَکھ پاس۔ وَں ییتہٕ کردار نگأری۔ اَمہٕ لحاظہٕ تہٕ چھےٚنہٕ سوہنی مینوال کانٛہہ خاص کارناماہ۔ عزت بیگ چھُ مأرِس دِلہٕ گژھِتھ بِکٕٮ۪ شوق باوان تہٕ مألۍ سُنٛد ردِ عمل چھُ نہٕ صرف رسمی بلکہ غأر منطقی۔ یِتھےٚ کٕنۍ عزت بیگ نہٕ دِلہٕ نیرنہٕ برٛوٚنٛہہٕ گرٕ ڈٕ ماجہِ ہٕنٛز شدید بے قرأری تہٕ پَتہٕ دیل وَنُن وأرۍ سُنٛد بے توٚقہٕ پأٹھۍ یہ وٕنِتھ کہتہٕ ژٕٹھنہٕ ز:

بٔنۍ اَنہِ چھُ تی یی آسہِ تقدیر

کرٛالہٕ کوٗرۍ وچھتھ عزت بیگُن تیتھُہ بے ہوش گژھُن نہٕ نہٕ صرف بیٚییہ بیتھر بلکہ بیی لَرزِھ منٛز لیٖتھ وَنہٕ تہٕ کَمہٕ سٕتۍ گژھِہس زب۔ یہ سورُے چھُ غأر حقیقت پسندانہٕ۔ باقی کردارن ہٕنٛز چھےٚنہٕ کانٛہہ خود میرو تہٕ ہیراین تہٕ چھےٚنہٕ گٕنہٕ سٕتۍ مُشاہدٕ کٕ۔ یا کُنہٕ گہرہ نفسیأتی مطالعہٕ کُک باس دِوان۔ یوٚت زٕ عام مثنوی لیکھن والین ہُنٛد پأٹھۍ چھُ مسکینن تہٕ ژوٗر پٕہن رسمی طریقہٕ

سراپا ییکھنٕ زٕنتہٕ فنکٕ کمال زانان ییہٕ گو مینٛوال :

کمالِ سیرت و صوٗرتھ لوٗبُن پوٗر
ہیوٚ نَرٕ تَے حُسن تَس نوٗرُن علانوٗر
روٗخَس تَس اوس کیاہ حسنِ دِل افروز
زچار ابروٗ شُبَن چون صُبحِ نوروز
گوٚلاباہ حُسنٕکس باغَس تُسٕند روٗے
شُہ خطِ ریحان نَتہٕ سوٗنبُل تُسٕند موٗے
قیامتھ قامتَس سروِ سرافراز
جوانا ناز نین کیاہ شوخ و طنّاز
بصوٗرتھ یوٗسفِ ثانی شُہ مَہوَش
وچھتھ بلبخکٕ تمِس چون مصریان خوٚش

تٕ ییہٕ گٕیہ سوہنی :

مَہہ شیرین صِفتھ رشکِ زُلیخا
نہٕ تَس ہمتا چھُنہٕ لیلا نَے سوٚ عذرا
شُہ قد ڈیشِتھ اَلِف زَن دال ہیوٚ گو
وُچھتھ تَتھ از خیالِ راستی بیوٚ
پریشان زُلفِ مشکین تا بدامان
ڈٕلِتھ زَن نال سَروَس عُشقہٕ پیچان
چھُہ حُسنٕکٕ کعبہ تمُسٕند روٗیے خوٚشتاب
دو ابروٗ تَتھ مُناسب ہمچو محراب

اَکھ چھُ اَمہِ سراپا ہِنٛک لفظ لفظ بارٕ دٕوان زِ اَسہِ چھہٕ رسمی تہٕ رِوایتی تہٕ بیہتھ چھُ اَمیُک بیان تیوٗت زیوٗٹھ زِ پرٛان پرٛان چھُ جیر یوان! تہٕ چھُنہٕ مشکین ہیٚکان پیوٚت توٗ صوٗرٕ بلۍ کہ اَمہِ پٮ۪ٹھ سارٕنۍ کاشرٮ۪ن (بلکہ فارسی کیو اُردو) مثنوی نگارن تہٕ. سراپا نگٲری چھےٚ اِشارن تہٕ رَمزن ہٕنٛدٕ ونہٕ وُک کمال، نہٕ زِ اَدٕ طوٗل تہٕ بےٚ طوٗل تفصیلُک تہٕ کتٲبی تہٕ بناوٹی تشبیہن ہُنٛد کھارنس ناو. ڈٲنٹےٚ چھُ بیٚترچے ہِنٛدِ معشوق تَنہٕ پھیٛکیُک جلوٕ ہاوان تہٕ بس! شیکسپیرٕنۍ چھُنہٕ جوٗلیٹ، قلوپیٹرا تہٕ ڈیسڈیموناہِشن ہیرائینن ہٕنٛدِ حُسن باوان تہٕ کُنہِ قسمٕچ تفصیل نگٲری وَرتاوِمٕژ، تہٕ غالب ییٚلہِ وَننہٕ تہٕ یِوان چھُ تیٚلہِ تہٕ چھُ میٚنٛتھ یوت وَنان زِ:

چہرہ فروغِ مے سے گلستاں کئے ہوئے

یا

بہارِ بسترِ نوروزِ آغوشش

طوٗفان چھُ یِزاہِل حقیقتھ مولوٗم سپدِتھ تہٕ چھُ میٚنوال پنٕنِس خنطس منز سوہنیہ گژھِ کرٛان تہٕ ٹیپ ٹٲمان زِ اَخرس ڈرائیکھ بےٚ وَفیے تہٕ غازن سیتی اوسے ینار! تہٕ سوہنی ہیٚنز مٲج چھےٚ کور ملامتھ کرٛان، مکر زنٕ وَدان، یہ نشرِتھ زِ پانہٕ تہٕ ما چھےٚ زنانے! اَدٕ تھیلوہٕس چھُ اکر وِز کلس دود کرٛان تہٕ تیتھ چھُ واقعاتن سیٚتی گہر واتھ آسان مگر میٚنوالس کیاہ زِ سوہنی وُچھتھ میاد سیٚہ دود کرٛان تہٕ چھُنہٕ مولوٗم.

پٔتہٕ کاشُر مثنوی نِگٲری پیٚٹھ سیٚد سیٚنٛدٕ فارسی مثنوی یوٚت نِشہ

مُتأثر روزمِت، لہٰذا چھُ زبأنی لحاظہٕ تہٕ سانِین مثنوِیَن پیٹھ فارسیُک خٲص رٔنگ غٲلب۔ وونۍ گوٚو مسکین چھُ واریاہَن جاین اَتھ منز تہٕ فنی کمزوری ہُنٛد باس دِوان۔ مثلَن " میٚے چھا تاب صبوری " یا " میٚے نو چھُم دانہٕ صبرُک استقامت"۔ یہِ وَننُک نہ چھُ بٕرِ فارسی دأنی ہُنٛد توٚ بوٚتھ تہٕ نہ رُت کأشُر لیکھنُک نشانہٕ۔ بیٚیہ پٲٹھۍ چھےٚ مسکینَن فارسی اَثرس تَل ییٚتھ کینٛہہ عجیب محاورٕ تہٕ اِظہار ورتأوِمتۍ۔ مثلَن تٔمۍ ہیٚوتھ کَرٕنۍ حسرت نیٚتھ، خار اَنُن یا اَختیار ہیٚوٚن یا نے خَبر دِتھ۔ حُکُم وَننُ بجاے حُکُم دیُن۔ ذوق ہیٚوٚن بجاے شوق کَرٕنۍ تھوٚن۔ ناقابل کرُن یا نے ناپسند کرُن۔ مصیبتھ دِنۍ یا نے تکلیف دیُن یا بہ دٲلی پیٚیے گژھتھ بجاے دٲلی پیٚیے دأرِتھ۔ کوٚرُن ہیٚیمو یا نے ہیٚیمو کوٚر بیترِ۔

اد اَکِس کتھہِ چھُ واتھ کڈُن ضروری۔ ییٚمن گوٚو سوہنی مہیوال مأوِتھ غلام محی الدین مسکین نہ مثنوی ہِنٛز مُتعلق یِمہ کتھہ ہیٚر کنہ بیان سپدٕ تِمہ آیہ تنقید یا یکُس عالمی ادب مدِ نظر تھأوِتھ وَنِنہٕ۔ نتہٕ ہرگاہ محض کأشرِن مثنوِیَن سٕتۍ مقابلہٕ کرنہٕ ییٚمو تیلہٕ ییٚیہ نہٕ زیرِ تبصر مثنوی یہ تہٕ یوٚت پَرٕ۔ مثالہٕ پأٹھۍ نیتوٚ سعدِ وِزِ ییٚلہٕ سوہنی ہِنٛز مأج تسنٛزِ مَنہٕ کامنہٕ ہِنٛز شوونے بوزان چھےٚ۔ تمہ وِزِ چھےٚ مأجہِ ہِنٛزِ ملامتھ بوزِتھ پرَن واٲلِس نوش لَبہ ہِنٛزِ موج ژیتس یِوان۔ مقبولُن پوٚتُر اگرچہ گوٚبُے چھُ باسان مگر تاہم چھُ مسکینَن تہٕ ییٚنسنٕ ہہٕ ترٕ ہاوِنُک موقع تھاران باسان:

مُنصلو بھتہ ماجہ تا منتھ ناد دِتھ اُنِ

ژٕ وَنتے کوٗرِ وڑایِکھ ہیٚپہٕ کیٚشا ننیٚو
پہٕ یوٚد وَسے موٗل بوٗزِ پان ماری
رٕدِ یکبار گرٕدَن ، نوٚن ماری
اَوسے باپتھ ژٕھکھ پارِ چھکھ ژٕ ازتام
کرٕکھ یٚتھ عالمس رسوا تہٕ بدنام

یاسوا المناکھ وز ہیٚلِہ سوہنی نُنِتس ہیٚپھٕ کھُرشِتہٕ دُرِ یاوَس ژٕھٹنن ووہٹ :

ہریوٗمت آب دُرِ یاوَس نہٕ باران
بکرِشِتہ اوس کوٗیت ہیوٚ موج ماران
وساوُن آیہٕ پیسے مُترِتس شہٕ نوٗٹ لوٗس
کران کیا اُس واویلا تہٕ افسوس
بَنیم کیاہ ووہ فی زِشوقِ یار بیتاب
گمُرِش چھس یِتھ چھُ آمُت آیہٕ سیلاب
وو لو دِلدارِ وُچھتم کیاہ بنیتھ آم
مےٚ چانے عشقہٕ کیاہ ڈیوٗ ٹھم سرانجام
مےٚ چانے ویرِکِس غارتھ کرٕن پیوم
پیٚتھس سیلابہٕ طوٗفانس ترٕن پیوم
مےٚ عزرائیل پرٛاران زوٗرِتس پہ چھُم
مگر زوٗ پرٛارُن چانیس بِنس پہ چھُم

تہٕ اُتھ سٕہلایہٕ گیہ تہٕ اُتھ مُرن بَنیس منز مأج یاد بٮ۪ینہٕ چھُ وٕلکہٕ اُزبانٕ

توابے مادر مےٚ در وقتِ ولادَتھ
اگرچہِ مارٕہِ کھ اوسُم سعادَتھ
مےٚ مارِ ہیہ نہٕ ہم بُنہٕ تھ پتہٕ ہیوٚ ستم زاہ
گیس رُسوا، مےٚ یس ناحق تہٕ بے راہ

یتھے یأژھ چھُ کینژھاہ شار پننہ روأنی کِنۍ تہٕ جۍہس لایق باسان :

ہا ایحسان کرٕ کھ تُشتہِ گأمِژ روایہ
سمندر ہیوٚ چھلَت پٕژھ کأشہٕ ہندِ کھوٚر



ہیکاہ ژٕ اُرِلہتھ بہٕ چانے دوٚر رٕنج مُشراکھ
جِگر صد پارٕ گومُت سینہٕ صد چاکھ



سراسر ہیرِ بنُن کوٚرمےٚ ژےٚ اِظہار
بہٕ وصٕنۍ زانکھ تہٕ کرٕ چھکھ پانہٕ مُختار
گژھی خوش نہٕ ژٕ تھاوُم، تارِ تارُم
ژےٚ تےٚ شمشیرِ تٕل یکبار مارُم
مےٚ کُن کرٕ سیوٚد نظر، ژےٚ چھُم مےٚ ارمان
بہٕ تھسہٕ چھوٚسے ہٕ رٕوٚپہ زورِ دامان



مےٚ شوقن یارٕ پنٕنٮ۪ی سرٕ پیٚٹھ کُٹھرم ژھیوٚٹھ

مےٚ ژٕٹھ کیٚنٛژھ چھمنہٕ وۅنہٕ ژینٛنی زبان وٕٹھ



خبراہ چھس کیٛتھ ووٚالنہ چھٹان نس

شماد زن چھیسنہٕ پوشہ ادُش رٹان نس



مےٚ عزرائیل زاگان زٕ نٕنس پیٚتھ

مگر ژٕ ہرارٕ ووٚن نیا نسی پنٕنس پیٚتھ

یہ روانی چھےٚ کیٚنٛژن غزلن تہٕ باگہٕ آمژٕ مشلن یمہٕ گوڈنیتھ سیٹھ شوٗرٕ سپدن وٲلی غزل :

ہےٚ وُنی ہیہ تنہٕ ادہٕ یتہٕ ہٮ۪ندٕ رنٛگ

کس ژٕ شنگ گوم یارٕ سُند دل



موروش مےٚ دوہوش ڈولُم چانہٕ لولرےٚ

چھُم ہوس شیٚنہٕ زالہ تہٕ ژٕ ڈولُم چانہٕ لولرےٚ

کُنہٕ کُنہٕ جایہ چھُ مسکین سیٹھاہ نوٕ تشبیہہ ورتاوان یمہٕ اگر زن رِوایتی رنٛگہ تہٕ باسان چھےٚ مگر کران چھےٚ تخیُل بیدار مشلن :

نمرن منز کیاہ شبُن تس خال ہتھ گوش

چھُ زنٛگی زاد میٛتھ زن تیغ بردوش

تہٕ باضے ساتہٕ چھُ پتہٕ رٕن وول یُتھ ہیوٚ عالی شان حُسنِ تعلیل لبُتھ
ووہٕ ہِش کڈان :

ژٕ چھکھ یامتہٕ سۄ نوزُک سۆرُبہ کارٕی
کوٚرُن ہیٚٹھ بادٕ موٚژھن پانہٕ ماری

یہ مثنوی چھاپ سپدنہٕ وِکہٕ چھُنہٕ باوتھ پوٚز مسکینن صابُن چھُ قصہٕ
اندواتناوَن وِزِ مثنوی لیکھنُک وَکھ پتہٕ کُنہِ بیان کوٚرمُت :

ژٕواہ شُتھ پانژٕ پیٚٹھ سِنہٕ اوس توٚت آم
سیُن ایی قصہٕ تصنیف اتمام

گو ۱۳۰۵ ہجری یاسہ از بروٚنہہ اکہٕ نمتھ وُری .



# زیبا نِگار | ایچ، ایم، ظفر

## تنقیدی سام

یہ مثنوی چھےٚ رِوایتی اَندازس منز لیکھنہٕ آمژ۔ اَتھ منز چھِ ۲۹ شَتھ تہٕ پینٹھ شعار۔ مثنوی چھےٚ حمد و نعتہ سیتی شوٗرٕ گژھان بَلکہ مثنوی ہِندِس پَس منظرس سیتی کانہہ واٹھ چھُ۔ اَلبتہ چھےٚ تہٕ کأشرِ مثنوی ہِنز رِوایتھ۔ تہٕ مسکینن تہٕ چھےٚ یہ رِوایتھ باجمژ۔

اَمہِ مثنوی ہِنز بحر چھےٚ ہزج مسدس مقصور ؎

سو زیبائی وُچھتھ شرمِند شمشاد
گژھن پابستہ در گِل سروِ آزاد

سو زیبائی = مفاعیلن، وُچھتھ شرمن = مفاعیلن، دِ شمشاد = مفاعیل
گژھن پابست = مفاعیلن، تہٕ در گِل سر = مفاعیلن، و آزاد = مفاعیل

مگر کُنہ کُنہ شارس چھُ وزن پھُٹان تہٕ کُنہ کُنہ جایہ چھِ شاعیرن وزنی برابری خاطرٕ لفظن نِش ڈاج پیمژ۔ مثلن ؎

ڈیٚکھ تِمس شُند رَہ یہ شُند ذرح موزون
نیٚچھتھ تَمہ اُسی کمہ کمہ تازٕ مضمون

اگر یہ شار اَتھو صورتس منز پرٛو تیٚلہ چھُہ اَمہ کس گوڈنکس

مصرس وزن چھیٚٹان مگر یوٚدوے یتھ کنٛو لیکھو۔

ڈیکہٕ تمی سُند روپے سُند لوح موزون

تیٚلہٕ چھُہ وزن برابر مگر لفظن چھ ڈلان نس۔

مثنوی ہنٛز زبان چھےٚ فارسی آمیز۔ مگر یتھ وزِ اَمہ وقتکس

مزاجس سنان چھےٚ۔ یہ فارسیت چھےٚ کانٛہہ بوڈ عائب باسان تِکیازِ

وقتک عام قاری ہیٚکہا یہ زبان جان پاٹھو سمجھتھ تہٕ اَتھ حظ تُلتھ۔ بلکہ

ہیٚکہ اُنہٕک نوشُرتہ مثنوی جان پاٹھو سمجھتھ تہٕ رسہ ہیٚکہ اَمہ نِشہ لُطف

اندوز سپدتھ۔ مثالہ پاٹھی پرِیو تو یم شار ؎

گوہ لاپا شیٚلن منز آشکارا

بنفشن منز چھُہ پھولمت گُل انارا

جبین تمی سنز دِچھتھ شرمندہ خورشید

ظہورِ نورِ حق مہتاب اُمید

چھُہ روشن از جبین وروی آن حور

دلیلِ معنے نورہا علی نور

شہ حُسنک کعبہ تمی سُند روی خوش خد

ششبان خال سیاہ تتھ سنگِ اسود

یہ مثنوی ہیکو اَسی باثرن جشن منز باگرِتھ۔ گوڈنکس جشنس

منز چھُہ زیبا یہ ہنٛد بے دردی سان موتک تذکرہ کرنہٕ آمت۔

گوڈنیمس حصس منز چھُنہٕ یہ فِکرٕ ترٲن زٕ زیبا یہ ہٕنٛد برہمن گرٕس منز زینہٕ سیتی کیا فرق پیٚوو چھےٚ کہٲنی ہٕنٛدِس پلاٹس پیوان۔ یہ چھےٚ محض کہٲنی طوالہٕ دِنٛچ کوشش۔ بیٚییہ چھُ شاعر خامخاہ بیٚییہ سٕندین اعتقادن منز مداخلت کران۔ حالانکہ تیٚہُنز کٲم چھےٚ کہٲنی ہٕنٛز سچویشن (situa- tion) وچھتھ وٲدنی نہٕ کرِ مداخلت کرٕنۍ۔ ییٚتھ شاعر چھ یقینن کہٲنی ہٕنٛدِس تاثرس زکھ واتناوان ۔

وٲدِ تھ وارہٕ بر پیشے بُت سہٕ مردود

ژھینتھ پیو گو نہٕ حاصل تس سہٕ مقصود

چھ کافر بد شگون در بُت پرستی

گومُت گمراہ از خامی و مستی

یہٕنٛد دعویٰ بلا شک زان باطل

کنونشن چھا بنان مقصود حاصل

یُودوے یم شعر مثنوی منز کڈنہٕ پن، مثنوی ہٕنٛدِس مجموعی تاثرس پیٚٹھ پیٚییہ نہٕ کانٛہہ برٕ اثر بلکہ پیٚییہ جانٛہ۔

دویمس حصس منز چھُ شاعر ہیٚنٛزٕ سورٕے زورِ قلم حُسنکی تارٲیف کرنس پیٚٹھ صرف کران۔ ... تارٲیف تہٕ گژھہ پزٕنۍ، مگر تتھ تہٕ گژھہ کانٛہہ حد آسٕنۍ۔ بیٚیلہ شاعر تارٲیف کرنس پیٚٹھ چھُ یوان سہٕ چھُنہٕ اد پھیٚٹھ ژلان تہٕ پرن وول چھُ سیٚٹھا بور گژھان۔ ییٚلہ سہٕ زیبا یہ ہٕنٛدِ حُسنکۍ تارٲیف چھُ کران سہٕ چھُ اُمی ہٕنٛد بُتھ کُس

پٔرچھ جھس بیچھ خال وَنہٕ کڈان۔ ییٚتھ کیتھ کنٛ چھُنہٕ تس ظلمن
گرٛھان زِ یتھ بتھس جایہ جایہ 'خال' آسُن سہٕ کیتہٕ گوٚ خوٗبصورت۔
مگر یہ آسنہٕ باوجوٗد چھ واریاہ شاعرٕ تہٕ ہنٛز بے ساختگی تہٕ برجستگی
متأثر کرنہٕ روٗس چھنہٕ روزان۔ مثلن ییٚمہ وِز شاعر زیبایہ ہنٛد حُسنکی
تعریف چھُ کران سہٕ چھُ وَنان ؎

فسوں گر آسہٕ کیا تس چشمِ آہو
کران تسخیر بنگالس بجا دو
وچھان بیٚیلہ نِندرِ ہرٛ ازچشمِ بیمار
مران عاشق کران کم فِتنہ بیدار
سعہ زیبائی وُچھتھ شرمندٕ شمشاد
گرٛھن پابستہ در گِل سروِ آزاد
گوہ لابا سُنبلن منز آشکارا
بنفشن منز چھُ چھو لمٔت گُل انارا
جبین تمہٕ شرٕ وُچھت شرمندٕ خورشید
ظہورِ نوٗرِ حق مہتاب اُمید
ڈیکے تمہٕ شُند رعہ پے سُند لوحِ موزون
لیکِھتھ تمہٕ اُسی کم کم تارِ مضمون
چھُ روشن از جبینِ روی آں حوٗر
دلیلِ معنیٔ نورا علیٰ نوٗر

سہ حُسنٕک کعبہٕ تمۍ شُند روی خوش خد
شبان خالِ سیاہ تتھ سنگِ اسوٗد
دو پستانش حباب بحرِ کافوٗر
سپر سینش نتے چھس قُبّہٕ نوٗر

یی ؔلہ نگار زیبایہٕ ہنٛد حُسنکۍ تاریف چھُ بوزان تمۍ سنٛز حالتھ چھےٚ سیٹھاہ ابتر سپدان تہٕ مسکین چھُ اَتھ تصویرکشی نوٚمن شارن منز کران سہ

دُہنک آرام راتکٕ خاب رۄدُس
سپُن بے صبر آب و تاب رۄدُس
عزیزے ناز پرورِ نار سَپُن
چُھ چشمِ خود زِ غم بیمار سپُن
ڈلیتھ گو رنگ روتس گلعذارس
سپُن زن زعفران تس گُل انارس
اندر تس جوش گوٚنڈنس لولہٕ نارا
گکیَس تِم لعلِ اب زن سنگخارا
نہالِ نازنین ہیوٚکھ سہ بے برگ
امی احوالہٕ پیوٚ بر بسترِ مرگ
زِ دردِ عشق پیوٚ در ناتوانی
سَپُن پیرانہٕ سر در نوجوانی

قریب قریب ژٕ ہَتھ شار وٕنِتھ تہٕ چھُنہٕ شاعِر تصویر کشی کرنس منز کامیاب سپدمُت ۔ تہٕ ژٕ ہَتھ شار پرٕتھ تہٕ چھُنہٕ ساننِ اَچھن تل سوہ تصویر اَبران ۔ یوسہٕ شاعِر اُبارٕنۍ چھُ یژھان ۔

یِیمہٕ روزٕ نِگار حسن آباد واتان چھُ زیبا چھِیے تس مختلف قسمن ہِنٛدۍ طعام و شراب سوزان ۔ اَکس ہیتس شارن منز چھُنہٕ اَکہٕ شرابک تہٕ ناو نہ چھُ کُنہِ کھینک تذکرٕ ۔ شاعِر چھُ محض یہ وَنان زِ دنیا فتھا اُس جان ۔ حالانکہ سیٹھا جان پٲٹھۍ ہیٚکیا شاعِر تمہِ وقتہٕ کیٛن کھینن تہٕ مشروبن ہُنٛد تذکرٕ کرِتھ ۔

وَصلِچ کیفیت چھُ شاعِر خصٕ تُلان ۔ تہٕ یِمن شارن منز چھُ شاعِر گرٛزان باسان ؎

ژٕ ٹُن از برگ گل شفتالوے خام
دِتن تس بوسہٕ بر لعل مے آشام
کرن ہیٚنٛز تمہٕ بشوخی دستبازی
بہ آں دلبر زِ روے دلنوازی
گہے اوسس ژٕ ہن لب چوں نمکداں
گہے اوسس رٹان سیب زنخداں
گہے اوسس رٹان تم نارٕ پستان
ہمن اوسس بیتاب و تاب دل و جان
مگر تس یارٕ شندے جامہٕ رنگین
سپن زن درمیان دیوار سنگین

زتن یکسو کڈِتھ تَس جامہٕ ژٕڈون
تنِ خود باتنے طنانہٕ سوڈُن
یزارِ گلبدنہٕ کڈنَس ہیک آن
سیٖٹھ چون گلبدن تس محض عُریان
بدَن تمی ٲسند سراپا دستہٕ گُل
چھُوے کو تاہ وُچھِتھ مانند بُلبُل
کو ٲرکھ تیٖتھ نالہٕ موّت دوٕنوٕنی گَنٕے گوکھ
دوٕنی ژٕاُوِتھ ییے یکسان کیا چوکھ
رٕتھے تَس نازنین پانس وِولُن پان
گرٕدھن ییتھ باطِلا سیماب یکسان
نہانی اوس تس یُس عصمتُک گنٛج
لوٗٹُن تمی مُفت بے شُمار بے رنج
وُچھُن ناسفتہٕ ہیچنوں دُرِ مکنوں
سیٖٹھ سرکش تٕسند الماس موزوں
بشوخی نوک الماسش بر آشفت
بصد مستی درِ ناسُفتہ اش سُفت
بشورِ عشق تیر از حد بروں گو
ژ سر ژٕاُوِتھ متی اٰخر زبوں گو

بہاوس مشرٕ ییتھ چھُنہٕ شاعرس پانس تام روزان ہتہٕ سہ چھ فحش گویی

کران۔ تہٕ یوسہٕ مثنوی نعتِ شریفہٕ سیتھ شورٕ چھےٚ سپدان تتھ منٛز ناشایانہٕ پٔرِتھ چھِنہٕ صرف مزٕ ے اوت راوان بلکہ چھُ تاجُب تہٕ سپدان۔

آخرس پیٹھ پیٚلہِ نگارس بوے ژھل کٔرِتھ نِوان چھُ زیبا چھےٚ مضطرب سپدان۔ اَمہ اِضطرٲبی کیفیتُک منٛز تصویر چھُ شاعر یمن شارن منٛز کھیٚنچان ؎

بلا زَن وُژھ سعہ تھوٚد از بسترِ خاب
سپنہٕ پرٛش مضطرب مانندِ سیماب
گیَیس از خاب خالی نمانہٕ چشم
بوٚرُن از خونِ دِل پیمانہٕ چشم
کوٚڈُن آہ جگر کاشانہ زولُن
وُچھُن از یار خالی خانہ زولُن
کوٚرُن آشفتہ دل فریاد فریاد
خداوندا پیہ کوتاہ گوم بیداد
پہ کمہِ دوٚہہ پیہ کمہ کو پچھُم پہ گیَ دم
ژوٚلُم کُس یار ہیتھ کُس غول رٕ پیوم
پہ کمہ دوٚہہ ژٕے گژھ نیٚر مدن جُدائی
نیٚتھ نہٕ اوٚسُن نہٕ توٚرُم کمہ ناخُش ادائی
زِ تنہائی سپُن تس خانہٕ زندان
چھُ بے شک خانہ بے جانان زندان

کڈان موکٕے نٕچھتٕے پأٹھو اُسن کاکُل
وٕدان ہی تٕے کڈان از زیخ شُنبل
سعہ مہرٕ گاہ رودِس مُشٕلدان اُس
سپدٕن اُہسس نٕہ کہنہ لیکن وُدن اُس
زخمہ دِ بیخہ دسینہ پیٚیہ برسرِ خاک
بہوش پیٚیلہ آیہ ژٔرِہ جامن دِتٕن چاک
ہمٕگُش گُل برٕزن لجٕمُش درٕہ زوٗن
نِگارٕن ژٕورِتٕس آرام جان نیوٗن

یہ حالت بیان کرنہٕ باپتھ چھُ شاعرٕ مہتہ وادشارٕو نان تہٕ کامیاب تصویرکشی کرنہٕ باوجوٗد چھ گٔنہ گٔنہ اہل صوٗرتن ہنٛزٕ صوٗرتھ سپدان تہٕ مثنوی ہٕندِس تاثرُس منٛز کمی سپدان۔

زیبا چھےٚ پریشان حالتس منٛز نِگارُس وُنی دِنہٕ نیران تہٕ بیابانو تہٕ سنگستانو منٛزی تُشِہٕ دِتہٕ گارٕنہٕ وِداکھ دِوان۔ تسنٛدی یم آلو چھ بے شک دِلس شِنتھ گرٕھان ؎

ژٕ زٕن خورشید راتو راتھ ژوٗل ہم
کرٕتھ نے کاژٕ زونے مات ژوٗل ہم
ژوگمہ ژھین دِتھ میٚے نِش لاچار کٔرتھس
گییس پھلوارٕنے پتھ آوار کٔرتھس
وُنے چونے تمنا چھُم نہ سوران
اژھو کینٛہ چھس دِتن چانین یہ دِوان

ز سوزِ شوق از دردِ ندامت
رفیقِ راہ چھُم مرگ و قیامت
چھسنے ہیمرٕ ژھینتھ سوٗرُم کوٚتھ ہا ہوش
دَماہ پژارُم مسا کرُتم فراموش
چھُنا شرطِ وفا اے یارِ دلجوی
پنٕن مُشرِتھ پرن ہیتین تھوٗن خوی
یہ کر زونُم ژٕ لکہہ چوٗن چشمۂ آب
مےٚ تھاوکھ ہیچھوٚن ماہیٔ دٕر تب و تاب
یہ کر زونُم ژٕ مے ہیتین گرتھ ہیم ژھین
برٕنی ژٕ مے سیتؠ اسہِ دوٗرٕ ہٕ کو دین
یہ کر زونُم ژٕ مے آسی خوے سیماب
مےٚ چونے وصلِ اسہِ نقش بر آب
یہ کر زونُم جُدائی ہُند غرض چھُے
اَڈے لیچھ آشنائی ہُند غرض چھُے

مگر باضے چھُ شاعرٕ آدمو کیفیژن ہُند نقشہ تتھ انداز س منز پیش کران ز سورُے چھُ نقلی باسان۔ مثلن یتھ وزن نگار زیبا یہ منز قبرٕ پیٹھ واتان چھُ سُہ چھُ روٗزتھ گژھان تہٕ وونٹ چھُنہٕ تس بلکُل قدم کڈان۔ سُہ چھُ اُخر اُکس تیرٕ رأ چھس پرٕ ژھان ؎

ہیتوتُن اُخر پرٕژھن از مرد چوپان
حقیقت وارٕ ژٕھے وَنتم وَندے جان

پہ کس مرے مسافر یا تہ شہہ ہو
بتقدیر خود اپنیتو ہتھے مرتھ گو
پیالا موت نے کیونکر پلایا
قضا نے خاک میں کب کا ملایا
قدم میرا نہیں چلتا اگاہاں
اسی جذبے نے موڑا اندا پچھاہاں

فکر چھنہ تران پز شاعرس کیا ضرور تھ اُس اُردو استعمال کرنیچ پڑھ بد مزگی چھے گرداھان۔ بہرحال مثنوی چھے داد یاہس خدس تام غنیمت۔

# گُل نوٗر | پروفیسر حامدی

## تنقیدی ساعم

مثنوی "گُل نور" چھےٚ مسکین حاجی محی الدینن لیٚچھمٕژ تہٕ چھےٚ بٔڑ سایزٕکین ۵٦ صفحن پیٹھ مشتمل۔ یہ مثنوی چھےٚ گوڈٕ پیٹھ اندس تام رِوٲیتی اندازس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ شوٗرُوٗعس منٛز چھُہ بییٚن کٲشرِ تہٕ اُردوٗ مثنوِین ہِندی پٲٹھۍ حمد، نعت، تہٕ منقبت۔ تمہ پتہٕ چھُہ قصہٕ وَنہٕ کُک سبب بیان کرنہٕ آمُت۔ قصہٕ شوٗرُوٗ سپدنس سیٖتۍ سیٖتۍ چھےٚ فارسی زبٲنۍ منٛز ذیلی عنوانن تل قصکۍ نوٚو موڑ تہٕ نوٚو حالاتھ وَننہٕ آمٕتۍ تہٕ منٛز منٛز چھہ عاشق تہٕ معشوقہٕ سٕندِ ہجرُک ماتم وَژنن تہٕ غزلن منٛز وِستھارٕ سان وَننہٕ آمٕتۍ۔ یوٗتام مثنوی ہِندِ قصُک تعلُق چھُ۔ یہ چھُہ شیوٗد ساد عشقہٕ قصہ شہزادہٕ دِلآرام تہٕ گُلنوٗر شہزادہٕ ہِندٕ۔ یہ قصہ چھُہ سیٚدھا زیوٗٹھ تہٕ بےگنڈ۔ اَتھ چھُنہٕ پانٕہ وٲنۍ واقعاتن منٛز کانٛہہ منطقی واٹھ۔ مثنوی نگارن چھہ قصکۍ تأثیری اصوٗل مُتراُدِتھ ۔ اَکھ کُن تراٚوِتھ کتھہٕ منٛز کتھ کڈِمٕژ تہٕ اَکہ بییہِ قصس منٛز دٔہ قصہ وَنۍ مٕتۍ۔ یِمن

ہوٗٹ گٔنہِ چھُہ نہٕ لوٗٹ، باسان چھُہ زِ مِسکینن چھےٚ وارِیاہن دلیلن (یِم تٕمۍ بوزمٕژ یا اَلف لیٚلہٕ منٛز پٔرمٕژ چھےٚ) ہٕنٛز کھسٕر ہِشٕ کٔرمٕژ۔ شوٗرو منٛز چھُہ تٕمۍ لیوکھمُت زِ اَکھ اردو منظوم کتاب گلنوٗر پٔرِتھ چھُہ تٕمِس یہِ مثنوی لیکھنُک خیال آمُت۔ ونان چھُہ :

وُچھم اُردو کتا با نظم بَرپوٗر
دِیار نۄنتھ ناو چھُے مشہوٗر گُل نوٗر

اَمہ بٔپأ زٕ موجوب چھُہ مِسکینن اَتھ کتابہِ ترجمہ کوٚرمُت یا خُلاصہ لیوٗکھمُت مگر گٔنہِ شہادتہٕ وَرأے ہیٚکو نہٕ کینٛہہ وٲنتھ۔ تاہم قصہٕ طبع زاد اُسِتن یا ترجمہ یا ہیےٚ ناو، چھُہ اُردو کتابہِ ہُنٛد چربہٕ۔ یہِ چھےٚ حقیقت زِ یہِ چھُہ اَکھ ہیٚ مزٕ تہٕ ہیٚ زُو قصہٕ۔ یِم کردار یانی دِلارام، گلنوٗر، کاندرینٛز شاہ چین، بادشاہ یمن، خوجہ سوداگر وغأرٕ چھِہ اَتھ منٛز ڈرینٛھہ یوان تم چھِہ سأری 'کاکذی مُلہ بھٹ' محض ژھایہ۔ تم چھےنہٕ پننِ کانٛہہ شخصیت یاراے یا عمل ہاوان یمہ سیتۍ تِم زندگی پُراو ہأن۔ تمن مُتعلق چھُہ مثنوی نگار حرف کنتھ ونان تہٕ بٔتیہ یشنزٕ کتھو سیتۍ کُس زُو زِ یتہٕ پھیر ژھایِن؟

سأرٕ ہیے نظمہ چھُہ محض بیانیہ انداز، ژھوٚرُے، چھونٛسُے تہٕ تاثر مِسکینس چھےنہٕ شارت نکھو تہٕ پوٚکمُت۔ اَتھ مقابلہٕ چھُہ گُل ریز منٛز واریاہ شاعرانہٕ حصہ موجوٗد تہٕ مقبوٗل شہینہ شاعرانہٕ نظرٕ ہُنٛد چھُہ قائل ییوان منٛنٕ گُل نوٗر مثنوی منٛز چھُہ اَکھ پرون رِوایتی تہٕ بیہ گنڈ قصہ چھِر انظم کرنہٕ آمُت تہٕ انٛد یمبھہٕ اندس تام پھِٹے سارے مثنوی تکٕ بندی باسان۔ اَمِچ زبان

تہٕ چھےٚ کھٕرُ دٕر، ویُٹھو پوٚہٹ، تہٕ پھُیٹ پھراہٕڈ دار۔ اکثر شار چھ فارسی آمیز تہٕ فارسی لفظ چھ بےٚ واریہ استعمال کرنہٕ آمتۍ:

میانے باغ چشمہ اکھ چھُ خوشتر
عجب تخت اہ لب جوٗیش پُرٕ از زر
بیٚہن گُلنوٗر تتھ تختس چھےٚ پانہٕ
رٕتیس کیٚتُت شوٗبہ آسُن رُت مکانہٕ
بہ جلوہ حُسنٕکے انوار رویس
ہران چھس عنبر تاتار مویس
چھ سُنبل در چمن پیچیدٕ مشکیں
ژٕھے ما سُنبل چھ وُچھمتۍ نزدِ نسرین

تاہم چھُ اُمنزی مثنوی منز بانٔی ہُنٛد کاشرۍ باس دِوان:

چھےٚ تس ماشوقہٕ ہےٚ شہر سمن جاے
نہٕ تم تس کنُ مےٚ دردِ دل چھُم تسنز ماے
بہ کرُ تھس خستہٕ یِی سٕنۍ عارمیو سٕنے
وُچھتہ کر چھُ مےٚ لوٗگمُت زوٗنہٕ گروٗنے
ڈٕجس بہ ہوٗشہ گجسو آمہٕ تاوہ
ژٕ بِکھنا کادٕ یارس میشانہٕ گراوہ
ہتو داو گرٕژھتہ تس دِلبرس وَن
مےٚ تمہٕ سٕندی لولہٕ نارٕن زاجنم تن

کأشرِ ییتھٕ ایحساس چھُ مثنوی ہنٛدِس شوٗرٕ وٕ عَس منٛز ترٛین یاپٕن سوٗنٛرُ، کھار تہٕ چھانہٕ پشرٕ یارٕز، باج وَڈٕ تہٕ بگارٕ سہتھ تہٕ گرٛٹھان۔ اَما پوٗز تمہ چھہ ترٛینٕوٕے شوٗرٕ وٕ عَس منٛزٕے غایب گرٛٹھان تہٕ تھٕنٛہنٕ لُنٛڈٕے چھےٚ ژھسنان۔

کُلہُم پأٹھۍ چھُ میون تأثُر یہِ زِ یِتھ کتابہٕ چھُنہٕ کُہنہ اَہم شأعری کٔرمٕژ۔ شأعرن چھُ محض دِل بہلأیی خأطرٕ اَکھ بُلی کہ واریاہ قصہ مُروجہ بحرَس منٛز نظم کٔرۍ مِتۍ۔ مثنوی چھَنہٕ کُنہٕ اَنٛدرِمہ جوشہٕ یا شأعری قوت وَرتاونہٕ خأطرٕ لیکھنہٕ آمٕژ۔ لہٰذا چھُ اَتھ کأشرِ ہن مثنوی ین منٛز موموٗلی درجہ حأصِل۔

یِتھ کتھہِ چھُنہٕ البتہٕ کانٛہہ شک زِ میکینس چھہ واریاہ شأعرانہٕ صِفت تِمس چھُ کأشرِ تہٕ فارسی زبأنِ پیٹھ عبوٗر حأصِل۔ سُہ چھُ شأعرانہٕ تخیُلچہ رنٛگینی سیتۍ مثنوی منٛز کینٛہہ ژٕہہ شوٗبہٕ راوان۔ بیٚیہ اَکِس ساد دلیلہ واریاہ لنٛگ لَنٛجہ کڈان۔ تِمس چھُ عِشقُک دود دِلَس سَنیومُت تہٕ مثنوی منٛز چھُن عشقہٕ کین تھیوٗن۔ تھیوٗن جذباتن تہٕ ایحساسن ہُنٛد اظہار کوٚرمُت۔ اَما پوٗز شأعرانہٕ شخصیژ ہنٛد کریم صِفت چھَنہٕ اَنٛدرِمیس تخلیقی نارٕ الاوس منٛز وِگلِتھ اَکِس نٔوِس شأعری ہیژ منٛز ڈلے مِتۍ۔ غألبن چھُنہٕ مثنوی ہمیشہ رِوایتی ہیژ منٛز تجربہ کٔرِتھ تۆتہِ تخلیقی اظہار مُمکِن۔ اَما پوٗز اَتھ نثری بدمزگی تہٕ بیانیہ بےرنٛگی دوٗر کرنہٕ خأطرٕ چھُ مثنوی نِگار کینٛژن شأعری طریقن (Poetic devices) کأم ہیوان۔ یِمن منٛز کردار

نِگاری، جُزیات نِگاری، ڈرامائیت تہٕ جذباتیت (touches)
شامِل چھہ۔

مِسکینَن چھےٚ کیفیژن جایِن پٕمن طریقن کأم ہیٚتھ مُژٕ کُنہٕ جایہِ چھُ تِمو کردارن ہٕنٛز کتھہٕ باتہٕ رٔنگو ڈرامأیی عنصر وُہ تہٕ لاوٕنٕچ کوٗشش کٔرمٕژ۔ مِثالن سہ

بفرحت آو تامَت پیشِ گلنوٗر
سعہ ڈیشِتھ گو تِمس دِل شاد و مسرور
دوٚپس گُلنوٗرِ چھُم کأمرٕ قتیٖ مُتھ
مُبارک چھےٚ خَتن ٹھوٗنٛک شُلا مُتھ
دوہ مید اُمیمنہٕ بو ڈیشِتھ دُبارہ
فراقن جأنی کوٗرنم پارہ پارہ
دِلارامَن دوٚپس چھُم ناقرارہ
بہٕ چامنے بِرِژ گومُت دِل خستہٕ خارہ
ژٕنے روٗستے چھُم نہٕ مےٚ آرام یکدم
گرٛٔدھکھ آسنو مےٚ ہر وقتہٕ ژٕ ہمدم

دوہ شوٗنی ہٕنٛز کتھہٕ باتہٕ علاوٕ چھُ تِہنٛزٕ حرکتو تہٕ دوہ ژٕ سیتو تہٕ ڈرامائیت نٔنِس نیران سہ

دوٚپس گُلنوٗرِ بسم اللہ قدم تُل
یِیتے پھولہٕ ہم گگو تتہٕ آسہٕ بُلبُل

کمر بستہٕ سپدِ دوشونے بدل شاد
گرِس باہم کھسِتھ گیٖ تیز چون مار

اَتہٕ منظرچ پتہٕ منز دِلارام گرِس کھسِتھ قلابہ اندر اُتھ گُلنوارنس خاب گہٕنس منز واتان چھُ پتہٕ سو پلنگس پیٹھ شونگتھ آسان چھےٚ تہٕ تمہٕ پتہٕ بے قرارٕ ی ہاونہٕ چھےٚ یوان ۔ ڈرامائی بادُتھ چھےٚ یمن لفظن منز کرنہٕ آمژ :

پلنگس پیٹھ شونگتھ مہرشے خوشخوے
جرتھ لالو، بُرتھ از اشک تس روے
سپُن پروانہٕ ڈیشِتھ شمع رویاہ
بدن وارٕ تس اُڈ کر آرزو یاہ
کھُورن تل گہہ یوانی گہہ بہ بالیں
گہے رویس وچھان گہہ زلف مشکیں
وُچھتھ شہزادٕ پیو بیہوش بر خاک
ز عشق او گریبانس دِتن چاک

مثنوی منز چھِ کینہہ حصہ یمن منز شاعرن منظر کشی کام چھےٚ کرانٕ سہ چھُم بیانکہ زاویہ جارسان، مناسب لفظو تہٕ معرزو سیتی مشاہدکہ شمنزِ وتس باس دِوان۔ مثالہ پأٹھی وُچھو یہ حصہ :

بعد چھےٚ ہوت اوس ستے گو سوے بازار
وُچھن بشگلاہ عجب آئیب پُر طلاکار

جُرٕہ تٕہٕنٛدۍ ہیرٕ بوٗنۍ اوس زرکشاہ
مُنقش ہر طرف کوٚرمُت زٕبرکشاہ

مثنوی منٛز چھےٚ سراپا نگٲری ہنٛدۍ تہٕ کینٛہہ نموٗنہٕ. یم چھہ عمومن روٲیتی انداز کۍ، فارسی تہٕ کٲشر لفظن ہنٛز کھٕچرِ ریستو چھےٚ نہٕ کانٛہہ تصویر ووتلان۔ تاہم چھہ اَکس جایہ بیانٕچ صفٲیی تہٕ مشاہدٕچ بارٕیکی نشان:

رُمہٕ تہٕ مُرٕژھ شولہٕ دِوان سوٚنہٕ کرِن منٛز
مِلوٚمُت سیم و زر نوٗٹمُت نٔرِن منٛز
نٔمن ہٕنٛزن مانٛزٕ وُچھو چھِو دال چھُو اوبان
سفیدی ہیٚنٛدٕ سوٚ سورخی کیا چھےٚ شوبان
زٕ موٗنوزٕک کمر اُوتُل تہٕ زاٚوُل
تُلن نہٕ موسے بشکھ بار پھُلہٕ گُل

مثنوی منٛز چھےٚ کینٛہہ طِلسمٲتی یا فوق الفطرت کردار تہٕ واقعات تہٕ موجود۔ چھانہٕ گنٛڈ بنوومُت ہیچھو گرٕ بُس رٕشولاٚ گٕژھتھ موہُس منٛز وٕدان چھُو یا ڈاٚرِن ہنٛد کانٛدرٕ تھٕنٛتھ شہزادس برزغالہ بناوُن چھُ فوق الفطری عمل۔ مثنوی ین منٛز چھہ عموماً یتھو داستانوی عجائباتھ ورتاونہٕ یوان۔ اَمیُک مطلب چھُنہٕ یہ زِ یم چھہ مثنوی ین تہٕ داستانن سیتی مخصوص۔ شاعر ہیٚکہٕ شاعری ہنٛدین بییَن صنفن منٛز تہٕ یم ورتاوِتھ۔ کوٚتہٕ جَن چھُ پنٕنٚین نظمن مثلن بِل نمانی تہٕ انششٹ میر ییرِن منٛز طِلسماتی تہٕ جادوٗگری

ووٚنۍ تلوٗمُت۔ یِمَہ رٕ چھُ یہِ زِ یہِ طِلِسماتی فِضا چھُنہٕ کُنہِ تہٕ صوٗرتہٕ شاعرس
ہیٚنٛدِس طِلِسماتی فِضہِ ہس خلاف۔ شاعری چھےٚ پانہٕ جودٕ تہٕ مٲہِر شاعر
چھُ غالبہٕ سٕنٛدۍ پٲٹھۍ " سیکہٕ صحراوس منٛز ناوٕ چلان ہاوان "[1] یا کُنہِ
منٛز مارِہ مٕنٛدۍ ماشوقن ہُنٛد رقص وُچھان "[2] مگر یہِ طِلِسماتی دُنیا یا پٲد
کرنہٕ یا جادوٗیی اثر کارگر کرنہٕ خاطرٕ چھُ شاعرس لفظو سیٚتۍ تیٚتھ ماحول
یا فضا دوٚنُن پیوان، یتھ منٛز وٲتتھ بقول کولرج " سارِنۍ گٕمانہٕ تہٕ
شکہٕ چھِ دٔسی پیوان " تہٕ یَپاری وولُن چھُ شاعر پننہٕ زٕتہٕ کُنہِ کتھہِ پیٹھ
ایمان انان۔ افسوس چھُ یہِ زِ مِسکینن مثنوی چھیٚنہٕ تُس جادوٗیی ماحول
پٲدٕ کران، لہٰذا چھِ اکھ فوق الفطرت کردار یا نی جادوٗیی گُرٕ یا ڈاکن
نقلی باسان۔ شاعر پننہٕ ییمہٕ کتھ سیٚتۍ ہیٚکہٕ نہٕ شہزادٕ بزغالہ تٕہنٛزِ بچہِ ۔

پٔرِن ماٚنتھر نظر کرٕنس زٕ دو کام
سپُن بزغالہ شہزادس بیک آن

گُلنوٗرِ ہِنٛز یہِ خوبی چھےٚ وَنُنس لایق زِ امہِ منٛز چھِ کیٚنٛہہ انسٲنی
جذبات مثلن عشقس منٛز جُدٲیی ہِنٛدۍ صدمہٕ تہٕ دوٚکھ سوٗ دلہٕ وَنہٕ آمتۍ۔

خبر اُنی دایہ وٲتھ دربیش گلنوٗر
دِتِن نالہٕ دوٚپُن روٗوُم اَچھن نوٗر

---

[1] ۔ جس سحر سے سفینے رواں ہوں سراب میں
[2] ۔ در دلِ سنگ بنگر رقصِ بتانِ آذری

گٔیِس آوارٕ بوٚ دِلدارٕ ہے ہے

گژھس اَمارٕ چھلنے یارٕ ہے ہے

ہِتو جانانہٕ کیاہ ہیو چھکھس بر بوزان

دٕزِس چوٚن تارٕ موٚ در نار سوزان

ہِتو جانانہٕ وٕنٛدَے تھۆکھ تتےٚ جان

کرِتھ زنجیٖر یِتھ نیوٚکھ بر مادان

ہِتو جانانہ وٕنٛدَے دیدہ یا دن

ژٕ کمہ ہاوٕ شے رٹھ منت چھکھ جلادن

## تنقیدی سام

ناپے آسہ کانٛہہ نفر یٖمہٕ نہٕ اُردوٗ مثنوی ”سحرالبیان“ پٔرمٕژ آسہ یا اَمیُک ناو آمہٕ نہٕ بوٗزمُت۔ اُردوٗ ہنٛز یہ مقبوٗلِ عام مثنوی چھےٚ میر حسن سٕنٛز تخلیق۔ یہ مثنوی کیٛاز بیٛیہ مقبوٗل تہٕ وَنٛنہٕ چھےٚ کانٛہہ ضروٗرت تہٕ نہ چھےٚ گُنجایش۔ وُچھوٕ ہے تہٕ اَتھ مثنوی مَنٛز چھُنہٕ کانٛہہ تیٛتھ نَوِر یُس دِمون یہ ادبی کارنامہ قرار۔ اَتھ مثنوی تہٕ چھےٚ رَتمے کَتھ ہنا ہیٛر پھیر کرِتھ اَمہٕ بَیان کرنہٕ یِمہٕ تِمہٕ زمانچین باقے مثنوین تہٕ داستانن مَنٛز آسہٕ یِوان عام پٲٹھۍ وَنہٕ۔ اَتھ مثنوی مَنٛز تہٕ چھُ بادشاہ یِس بےٚ پِھر دادِ حالِ حٲران۔ نَوجوان مَنٛز بیٛشن گوٗپی، پَری، شہزادہٕ، شہزادِ تہٕ تِہُنٛد عشق بیترِ موجوٗد۔ مگر یُس چیز اَتھ مثنوی باقین سارنے مثنوین نِش بیٛون تہٕ بڑوٗن چھُ کران سُہ چھُ اَمیُک اندازِ بیان۔ اَمِچ خوش پوٗنی روانی تہٕ اَمِچ شوٗز تہٕ شوٗژ زبان۔

باقین مثنوین ہِنٛدی پٲٹھۍ چھُ اَتھ مَنٛز تہٕ مبالغہٕ یُتھ زَن کینٛہہ

نقاد چھ وَنان زِ یہ چھ مشرقی شاعری ہُند رُخ۔ مگر یہ مثنوی پرِتھ چھُ باسان زِ امیُک مبالغہ چھُ نہ دِ امی مثنوی ہُند رُخ۔ اَتھ مثنوی منز چھُ میر حسن پرٛیتھ داستانُک آغاز ساقی نامہ سیتۍ کران۔ پرٛیتھ ساقی نامہ چھُ یِنہٕ والین واقاتن ہُنز زِینہٕ وُنی دِوان۔ یِتھ کٕنۍ چھُ یِمن وول ذِہینی طور برٛونہہ تیار روزان تہٕ یِنہٕ وٲلۍ واقعات چھِینہٕ تٕس غار متوقع باسان۔ مِثالہٕ دِرٛینج چھُنہٕ شاید کانٛہہ ضروٗرژھ۔

یُہے داستان یوٚسہٕ سحرالبیان ناوٕ چہٕ مثنوی منز میر حسنن بیان کرٕمژ، کاٗنۍ مقبوٗل پیٚیہ، چھےٚ حقانی صابن تہٕ کاشرِس منز نظماوِمٕژ ناوچھُس تھوٚوُمُت "گلدستہٕ بے نظیر"۔ حقانین چھےٚ یہ مثنوی تتھۍ وزنس منز لیچھمٕژ یتھ منز "سحرالبیان" چھےٚ آمٕژ لیکھنہٕ۔ حقانی چھُ امہ کتھہ ہنٛد پانہٕ اعتراف کران۔ وَنان چھُ ؎

بہ ہندی زبان اوس سحرالبیان

سُپُن نوشوارو ہی کشمیریان

بیانا بہ شیرین زبان دل پذیر

تھوٚوُس ناو گُلدستہٕ بے نظیر

حقانین چھےٚ "گلدستہٕ بے نظیر" تتھۍ روایتی انداز منز نظماوِمٕژ یُس تمہ زمانس عام پٲٹھۍ رائج اوس۔ مثنوی ین ہندین ستن مخصوص بحرن منز چھےٚ یتہٕ اَکس بحرس منز لیکھنہٕ آمٕژ۔ یمیُک وزن: فعولُن فعولُن فعولُن فعول (دوہ یہ لَٹہٕ) چھُ۔ اکھ شارٕ چھُو ؎

بَلو ساقیو چاو جامِ شراب
چھُ اَندر طپش دِل کران اضطراب

"گلدستۂ بے نظیر" چھے اکھ کلاسیکی مثنوی تہٕ باقے کلاسیکی مثنوی یَن ہندی پٲٹھی چھِس کِردار تہٕ کَم۔ بے نظیر، بدرِ مُنیر تہٕ نجم النساء چھِ اَمِکۍ ترٛین اہم کِردار تہٕ باقے کِردار چھِس ضمنی مگر غأر اہم نہٕ تِکیاز تِہنٛد سیتھ چھُ قِصس بروٚنٛہہ پکنس منٛز کٲفی اَتھہ رَٹ سپدان۔ حقأنی چھے اہم کِردارن وۄہ براونہِ پذیر کوشش کرمٕژ۔ مثنوی پران پران چھِ اَسہ یِمن کِردارن ہنٛز شکل صورت، پۆشاکھ، وۄتھن بِہن، تِہنٛدین خیالن جذبن تہٕ احساسن ہنٛز کیفیتہ خوش رِیوٕ تصویرٕ تہٕ دَرٛینٛٹھ گژھان۔ حقأنی چھُ بے نظیر ہنٛز مختلف تصویرٕ یِتھہ کٕنۍ نقشاوان ؎

عجب صاحبِ حُسن تابندہ چِہر
وُچھت شیفتہ تس سپدن ماہ و مہر
تسُند روے چوٗن ماہِ آفاق گیر
تَوے ناو پیوٚ تس شہہ بے نظیر

بے نظیرٕ سٕنٛزِ کرٕنۍ تصویر چھُ حقأنی یِمَن لفظن منٛز پیش کران ؎

چھُ حمام سرگرم از بے نظیر
ببُرجِ حمام آو بدرِ مُنیر
وَپن پانہٕ حبابانہٕ ازٕ خانہٕ دژاد
[illegible] شاہانہٕ حمام ژاو

تنِ نازنینٕنس عرق پھوٚٹ زٕ مُل
بہ شبنم سپُن غرق روےٚ خسارِ گُل

یا

دِپن یام بر حوضن گو بے نظیر
بتالاب پیوٚ تاب بدرِ منیر
مُصفّا تنے آب تراوان زٕ سر
چُھ مہتاب پیوٚ تاب آبس اندر

یتھے کنٕز چھُ حقانی سُند قلم اَندس تام بے نظیرنس حُسنس تہٕ جمالس رنگ رٲدمُت بران۔ حقانیٖن یِیمہٕ آیہٕ بے نظیرِ سنٕز تصویر کشی چھےٚ کرٕمٕژ تمہٕ سیٖتۍ چھُ اَسہٕ بروٚنٛہہ کُن صرف تَسُند جسمانی حُسن یِوان۔ بے نظیر چھِ اَمہٕ مثنوی ہُند اَکھ بےٚ حرکتھ تہٕ بےٚ عمل کردار۔ اَمِس چھِ کانٛہ تِیا موقہٕ تہِنٛدۍ تہٕ میلان یِیٚلہِ نن یہٕ پننہِ حرکژ تہٕ عملہٕ سیٖتۍ ہیٚکہِ ہے سانِین ذٲہنَن پیٚٹھ پننہِ کردارُک چھاپ ترٲوِتھ۔ سُہ چھُنہٕ پننِس تتھ جلالس کُنہِ جایہِ تہٕ کانٛہہ ہیوان۔ یُس شہزادَن ہُنٛد گَنٛہنہٕ تہٕ زیور اوس آسان۔ سُہ چھُنہٕ پٔری سُنٛد قاٛدخانہٕ مَنٛزٕ نیرنچ کانٛہہ کوٗشش کران۔ پننِس دِلبرِس چھُنہٕ ہیکان پننیوٚ زورو حاصِل کٔرِتھ۔ ہرگاہ حاصِل چھُس کران تہٕ بَتیِہٕ سُنٛدی وِے زورٕ وَننُک مَطلب چھُ یہِ زِ بے نَظیر چھُنہٕ کانٛہہ زِنٛدٕ تہٕ زوردار کردار۔ حقانیٖن چھُ پننہِ قلمُک سورُے زور چھرا تَسُنٛد ظاہری حُسن تہٕ تَسُنٛدِ خولہٕ خط وغیرِ ونس پیٚٹھ خرچ کوٚرمُت تہٕ کردار نگٲری اَتھۍ مَنٛزٕ ترٲوِمٕژ۔

حقائیٚن چھےٚ پیٚٹھے کنُو بدرِ مُنیرِ سٕنٛزِ کردار نگأری منٛز تہٕ بیٚیہِ تہٕ وٕنی تہٕ
تہٕ پٔژ زبٲنی لفظ استعمال کٔرِمٕتؠ۔ حقائیٚن چھےٚ تِمَو رنگو سٟتؠ تۄہ اُمہِ سٕنٛز
تصویر بنٲوِمٕژ زِ اُمِس پیٚٹھ چھِنہٕ آدم زاد آسنُک گُمان سپدان۔ اُمہِ سٕنٛزِ
حُسنٕکۍ تأریف کران کران چھِ حقائیٚن زمین آسمان رلٲوِمٕتؠ۔ تِتھس
مبالغس چھُن کانٛہہ ہیٚژہ ہیٚژ یُس نہٕ ہیٚکہِ وُسُن لایق چھُ ؎

وجاہت نہ موجِ دریائے حسن
نزاکت فزا اُمہِ سُندِ آرائے حسن
قد و قامتش فتنہ آفت قیام
قیامت کران تتھ بہر دم سلام

یہِ مثنوی پران پران چھُ تِمَن جاین صرف جسمٲنی حُسنے حُسن نظرِ گژھان یِمَن جاین بدرِمُنیرِ آسنُک گژھہ۔ انتہا درجس مبالغس کانٛہہ ہیٚتھ چھُ حُسن دٔرِ یتھ گژھان مگر حسین تہٕ حُسن وِدِل نہٕ کُنہ۔ حقائی چھُنہٕ جنٛیاتن تہٕ آدم زادن ہٕنٛزِ فرق تہٕ جان پأٹھۍ سنٛجراونس منٛز کامیاب روُدمُت۔ پری، بدرِ مُنیر تہٕ نجم النساء ہٕنٛدس حُسنس منٛز چھِنہٕ کانٛہہ فرق باسان۔ یہِ چھےٚ اَمہِ مثنوی ہٕنٛز اکھ بٔڈ خٲمی۔ اَتھ برعکس چھےٚ "سحرالبیان" منٛز میر حسنن بدرِ منیر سٕنٛز آدمہِ خصلتھ تہٕ تمی سُند آدمی حُسن پٔرتھ جایہِ نظرِ تل تھوومُت۔ بے نظیرنس فراقس منٛز چھُ میر حسن بدرِ منیر سٕنٛز حالتھ یِتھ کنُو بیان کران ؎

خفا زندگانی سے ہونے لگی
بہانے سے جا جا کے سونے لگی

نہ اگلا سا ہنسنا نہ وہ بولنا
نہ کھانا نہ پینا نہ لب کھولنا
جو پوچھا کسی نے کہ کیا حال ہے
تو کہنا یہی ہے جو احوال ہے
کسی نے جو کچھ بات کی بات کی
یہ دن کی جو پوچھی کہی رات کی

یِم شعر پٔرِتھ چھُ باسان زِ یٔتھی عالَمِچ اَکھ کوٗر چھےٚ بٔنِس دِلبرسٕندِ ین فراقس منٛز بدولہٕ ہوش گٔمٕژ۔ یہِ خوٗبی چھےٚ حقانی سٕنٛز مثنوی منٛز تٔتہٕ نجم النساء چھےٚ اَمہِ مثنوی ہُنٛد بیاکھ اہم کردار۔ یہِ چھےٚ اَکھ وزیر زادٕ کوٗر تہٕ بدر منیر سٕنٛز جِگری دوس۔ یہِ مثنوی چھےٚ اَکِس خاص وٕدسہِ پیٹھ واریاہ حرف اَمہِ سٕندی سٔتہِ برونٛہہ یِکان۔ اَتھ سٕنٛد کردار چھُ اَدہٕ بیٚیہِ سٕتہِ تیتھ مثنوی منٛز حرکتھ بٲدِ تَرٲن۔ نجم النساء چھےٚ خوٗبصوٗرت زٔنانہِ پیکر بٔنِتھ یوان برونٛہہ کُن۔ یہِ چھےٚ پننہِ وٕنیسہ پٔرِتھ حالتس منٛز خوش یٔژھان روٗزِتھ۔ بےنظیرنہِ قاد گژھنہٕ پتہٕ بدر منیرس یوس حالتھ گژھان چھےٚ سۄ چھےٚ نجم النساء زٲنان۔ وَنان چھس سۄ

مُسافِر جوانا وُچھتھ سر سری
تمِس پتھ چھےٚ دیوانہٕ گامژ پری
سۄ چھےٚ بے وفاتس مہٕ کر اعتماد
زِ ناحق گژھکھ درموجبتہٕ بباد

## مُسافر کِتھَن پیٹھ مَتَن چھا روا
## غریب الوطن آسہٕ یُس بے وفا

یِمَن شارَن مَنز چھُ نصیحتُک انداز تہٕ پرِیدٲن۔ یِیٚلہِ بدر منیرس پیٹھ اَمُیٚک اثر چھُ سپدان، نجم النسار چھےٚ تَمہِ سٕند خاطرٕ اَکھ بڈ قصہِ ربٲنی دِنہٕ باپتھ نیران۔ سوٚ چھےٚ جوگَن بُنتھ وَنَن تہٕ بیابانَن مَنز بے نظیرس تلاش کران۔ فقط یِنہِ وٲتِتھ بدر منیر سٕنز زِندگی بال بچھ لاگِنہٕ موکھ چھِیکرس چھےٚ نجم النساء بے نظیرس یِری ہٕنٛد قائد خانہٕ مَنز اَکِس دیوٕ ہٕنٛدِ ڈٲسِکہِ ترا وناوٕنس مَنز کامیاب گژھان۔ مگر اَمہِ بدلہٕ چھُ اَمِس دیوس سیٚتی یَس فیروز شاہ ناو آسان چھُ کُھ اَنٛدر ہیوان کرُن۔ یِنہِ وٲتِتھ ہٕنٛدی دوہ کھ دادٕ دوٗر کرنہٕ خاطرٕ چھےٚ سوٚ اَکِس غارٕ جِنَس سیٚتی نیتھر کرنس پیٹھ تیار گژھان۔ یہِ چھےٚ سوٚ قوہ ربٲنی یِمہ سیٚتی اَمہِ سٕنٛد کردار اَتھ مثنوی مَنز لازوال چھُ بنیومُت۔ ہر گہِ حقٲنی اَمِس کردارس سیٚتی ہنا فنکارانہٕ وَرتاو کرِہے یہِ آسہِ ہے سارِنے مثنوِیَن مَنز اَکھ لافٲنی کردار گژھِتھ رُدمُت۔

مکالمہٕ نگٲری ییٚتہِ کیٚتھ ڈرامہٕ ہَن مَنز چھےٚ تیٚتہٕ چھےٚ نہٕ اَتھ مثنوی مَنز آسان۔ تہٕ کیازِ ڈراما چھُ تقریبن مکالمو سیٚتی بَرِتھ تہٕ یِکان تہٕ مثنوی مَنز چھُ لِکھاری گوڈ پیٹھ اَنٛدس تام پانے کران قصہ بیان۔ مگر مُنزی چھےٚ کیٚنٛہہ تھٕہو تہٕ موقہٕ یوان یِیٚتِن کردار پانہٕ وٲنی چھِ کَتھ باتھ کران۔ اوٗردو چہ مثنوی سحرالبیان مَنز چھےٚ اَسہِ کیٚنٛہہ میٹھو تہٕ فطری مکالمہ ڈیٚشِتھ گژھان۔ یِمو سیٚتی یِوان کردار چھِنہٕ پوٗر پاٹھو یوان مُژرنہٕ یا تھٕھٕنہٕ

أندرِ مہ زندگی ہُنٛد چھُنہٕ پوٗر پےٚ ہیکان میلتھ۔ تاہم تہنٛزن حالتن ہُنٛد چھُ کم قلیلا پےٚ لگان۔ مِثالہٕ پأٹھۍ وُچھو کھدیم ترٛیٚشے شار ؎

کہا گر کسی نے کہ بی بی چلو
تو اُٹھنا اُسے کہہ کے ہاں جی چلو
کہا گر کسی نے کہ کچھ کھایئے
کہا خیر بہتر ہے منگوایئے
کسی نے کہا سیر کیجئے ذرا
کہا سیر سے دل ہے میرا بھرا

مگر حقانٛیُنہٕ مثنوی "گلدستۂ بے نظیرس" منٛز چھُنہٕ یِتھۍ ہوۍ مکالمہٕ کُنہٕ تہٕ نظرِ گژھان۔ تمہِ چھُ اکھ خاص وجہ یہٕ زِ تسٕ اُس صرف قصس سیٹھاہ دلچسپی تہٕ قصکۍ جزٕیات وِستارٕ ونُن سیٹھا نہٕ۔ شایدٕ سہٕ اوس یتھہٕ کنٛہِ نِش بے خبر زِ مثنوی ہِنٛز خوبصورتی چھےٚ جزئیات نگأری منٛز ژٕوٕرٕ۔

میر حسنَن چھےٚ سحرالبیانس منٛز منظر نگأری طٲیس پیٹھ واتنأوِمٕژ۔ اُردوٗ چہ کُنہٕ تہٕ مثنوی منٛز چھےنہٕ ترٛٲہ ہِش منظر نگأری ڈٕرٛینٹھ گژھان یِژھ سحرالبیانس منٛز چھےٚ۔ سحرالبیانس منٛز چھ معٲلی تہٕ زیٖنٹھ منظر نامہٕ نظرِ گژھان۔ اکہ زیٖنٹھ منظر نامکۍ کینٛہہ شار وُچھو۔ اتھ منٛز چھُ میر حسن تمہٕ جنٛگلُک اکھ مکمل تصویر کران یُس زُنہٕ گاشس منٛز سیٚرۍ چھُ گومُت ؎

وہ سنسان جنگل وہ نورِ قمر
وہ براق سا ہر طرف دشت و در

وہ اُجلا سا میدان چمکتی سی ریت

اُگا نور سے چاند تاروں کا کھیت

درختوں کے پتے چمکتے ہوئے

خس و خار سارے جھمکتے ہوئے

درختوں کے سایہ سے مہ کا ظہور

گرے جیسے چھلنی سے چھن چھن کے نور

یِم شار پَرِتھ چھُ میر حسنٕنہِ سحرکٲری پیٹھ ایمان ہیوان اَنُن۔ حقائقی پیٹھ مثنوی منز چھُنہٕ یُتھ کانٛہہ جیٚر نظیر گژھان۔ وۄنی اگر کُنہ منظرچ تصوٗر کشی چھنہٕ کرمٕژ تہٕ سو تہٕ چھےٚ رگن منز اَدٕ۔ ییٚمہ زُنہ راتھ تہٕ جنگلچ تصوٗر پیش کران میر حسن چھُ، پنٛہ منظر نامہ قسمہ ہنٛد کٔر دستہٕ تِمہ زُنہ راتھ ہنٛد نظار چھُ حقائقی صرف اَکِس شارس منز بیان کران۔ یِمہ شار پَرِتھ تہٕ چھُ گمانہٕ سپدان زِ یہ چھُ میر حسنٕنہِ سُنٛدے شار آمُت بَکارٕ پٲٹھ پیش کرنہٕ۔ شار چھُ سہ

سہ سر سبزیٔ کوہ و نورِ قمر

سہ برّاقیٔ دشت و دیوار و در

اَتھ مثنوی منز چھُنہٕ کُنہ تہٕ جایہ کانٛہہ تیٚتھ نوٚو منظر گژھان یُتھ زَن تہٕ ہیکہ ہوو وِنتھ زِ سحرالبیانس برونٛہہ کُن چھُ آمُت مقدم تھٲونہٕ۔ اَمہ قصہ کِس پلاٹس منز چھُنہٕ کانٛہہ دِلچسپی یِنہٕ چھُ اَتھ مثنوی منز کانٛہہ ریلاتِ کانٛہہ انقلاب آمُت اَنُنہٕ۔ قصہ چھُ شوٗرٕ گژھان تہٕ مختلف واقعو

مُنز ہی گُذرِتھ بہ خاطر اُند واتان ۔ اَمیُک کلائیمکس تہٕ چھُنہٕ تیُتھ یِمہ سیٚتھ پرٚان والین ہنٛدِ ذہنن منٛز ٹیٚنشن ہُرِ ۔ یہ قِصہ پٔرِتھ چھُ اَکھ ذہنی سوٗکوٗن ضروٗر وُرمیلان مگر اَتھ سوٗکوٗنس چھُنہٕ سُہ منٛز تہٕ لُطف یُس تیٚتھ سوٗکوٗنس چھُ آسان یُس ذہنی تناوٕ تہٕ ٹیٚنشنہٕ پتہٕ حاصِل چھُ سپدان۔

حقائی سُنٛز "گلدستۂ بے نظیر" پٔرِتھ چھُ یِمہ کتھہِ ہُنٛد تہٕ ایحساس گَژھان زِ تِمَو چھِنہٕ پننِس موٗلِس وَقتس جان کامہِ ہیٚژمِژ۔ اَتھ مثنوی منٛز چھِنہٕ کُنہِ تہٕ جایہِ کاشریت یا اَمیُک رٔنٛگ ژھاے تہٕ نظر گژھان۔ میر حسنن چھےٚ سحرالبیان صاف شیٖرِن تہٕ سہل اُردوس منٛز لیٖچھمِژ۔ مگر حقائینن چھُ نہ صِرف اَمیُک خلاصہ فارسی آمیز کاشرِس منٛز پیش کوٚرمُت۔ بلکہ چھِکھ اصل قِصس تہٕ مسخ صورت کٔرمِژ۔ اَمِچہ زبٲنی کِنہِ ہیٚکو وُچھتھ تہٕ اَتھ کاشرِ مثنوی وَننس پرژھنہٕ مَن۔

الٰہی بہ حقِ شہہ مُرسلین
بحقِ علی و بہ اصحاب دین
بہ آرام اندر منام تمام
بہ این عیش و آرام بالاے بام

یہ کوسہ زبان چھےٚ؟ ... یہ ما چھےٚ سوے زبان یتھ مُتلق حقائینن چھُ پانہٕ وونمُت سہ

چھُ کوشُر عجب ریختہ دِلپسند

یِتھے پٲٹھۍ چھےٚ زبٲنۍ ہِنٛز غلطی تہٕ کُنہٕ کُنہٕ موجوٗد۔ مثلن ؎

بہ خلوت وزیرا اوٚنُن برٛونٛہہ کُن

پننُ دارِغ درد دروٗن تس وٚنُن

دارِغ چھا یِوان ہاونہٕ کیٛنہہ وَنیہٕ ؟

میر حسنٕنۍ سحرالبیان پٕریتھ چھہ اَسہِ آسٲنۍ سان اندازٕ ہیکان کرِتھ زِ ہِندُستانس منٛز کیتھہٕ پٲٹھۍ اَسہِ شاہی خاندانس سٟتۍ وابستہٕ لُکھ زندگی بَسر کَران۔ تِہنٛدِ سوچنُک انداز بیتر کیا اوس۔ یُتھے یوت نہٕ بلکہ چھےٚ تمہِ زمانچن کینٛژن قدرَن ہُنٛد تہٕ پے لگان۔ یِم چھہ کینٛہہ تِتھۍ عنصر یِمَو سٟتۍ اَمہِ مثنوی ہِنٛز قدر چھےٚ ہُران۔ یِمے عنصر نظرِ تَل تھٲوِتھ چھہ اَسہِ ہیکان وٲنِتھ زِ اَتھ مثنوی منٛز چھےٚ ہِندُستٲنیت۔ یا اگر نے پٲٹھۍ بیٛہن گژھیم یہِ تہٕ ہیکَو وٲنِتھ زِ میر حسن اوس پننہِ زمانُک شعوٗر تھاوان۔ اَتھ برعکس حقٲیٔقی پٲٹھۍ مثنوی منٛز یِم چیز ژھارٕنۍ چھہ پیٛیکھس منٛز ذم ژھارنس برابر۔ حقٲیٔقن چھہ نقل کرِتھ کرِتھ گلدستہٕ بے نظیر مُکمل کرِ ہُژ۔ پننہِ کنہِ چھُن سیٹھا ژھعچرس تہٕ اختصارس کام ہیٚژمٕژ۔ مگر یہِ کرٲن کرٲن چھُس تمہِ خوابہٕ بیمٕژ یِمَو سٟتۍ میر حسنن امتیاز لوٗب۔ آخرِ کار چھُ پاسہٕ پاسے تہٕ کھوٚٹ کھوٚٹے آسان۔

# چندربدن

اوتار کشن رہبر

## تنقیدی سام

چنٛدر بدن ـــ نہ چھ اَکھ ایرٲنی دلیل نہ چھ اَکھ مقامی کتھ۔ یہ چھ مُلہٕ تلہٕ دکنچ (دکن) اَکھ موشوٗر تہٕ مقبوٗل لُکہٕ دٔلیل ییٚمیُک ہیرو مہیار (مہ یار) تہٕ ہیروین چندر بدن چھ۔ چنٛدر بدن تہٕ مہیار چھ عشقیہ کردارن منٛز دکنس منٛز تیٚتی مقبوٗل تہٕ ہر پھیرِ تہٕ درزبانٕی ییٚتھ پنجابس منٛز ہیر رانجھا سوہنی مہیوال یا کٲشیرِ منٛز ہیمال تہٕ نٲگرائے چھ۔ یہ لُکہٕ کتھ چھ سارِنے بروٛنٛہہ بیجاپورکی اَکی شاعر مقیمی یِن ابراہیم عادل شاہ (۱۵۸۰ء - ۱۶۲۶ء) سٕندِس زمانس منٛز مثنوی ہٕندِس فارمس منٛز لیچھمٕژ۔ مُقیمی سُند اَصل ناو چھُہ محمد مُقیم اوسمُت۔ مُقیمی اوسُس تخلص۔ سُہ اوس مُلہٕ تلہٕ ایرانُک روزن وول۔ پتہٕ سُہ بیجاپورس منٛز آباد۔ فارسی زبانہِ سیٖتۍ سیٖتۍ اوس دکنی اُردوٗہس منٛز شار وَنان۔ ییٚمیُک ثبوٗت چھ یہنٛزٕ "مثنوی چندر بدن تہٕ مہیار" تہٕ بیاکھ اَکھ مثنوی چھنے۔ یہ چھُہ پوٗز یِہ سہٕ دوہ شادی مُقیمی ییٚس

فارسی یس بیٛچھ اُس تتھ اُیس نہٕ اُردوٗس بیٛچھ۔ اما یوٗزٕ یہ مثنوی چھےٚ یہ اُسیتھ تہٕ دکنہٕ کِس قدیم اُردوٗ ادبس منٛز کلاسکن منٛز شامل کرٕنہٕ یوان۔ مقیمی ین یُس رنگ اَتھ مثنوی منٛز دِتھ تلوومُت چھُ سُے رنگ چھُ بڑونہہ کُن میر، مصحفی تہٕ راسخ ہنٛزن مثنویین منٛز برجستہٕ پھُلےٚ ہاوان۔ مُقیمی یُس پتہٕ چھُ بیٚیہ اَکھ شاعرن تہٕ یہ قصہ لیٛوکھمُت اَکھ سُندناو چھُ واقف وَننہٕ یوان۔ مگر اَتھ چھِنہٕ کانٛہہ اہمیت حاصل۔

پیر عزیز اللہ حقانی ہنٛز کاشُر مثنوی چندر بدن چھےٚ اَکھ موختصر مثنوی۔ شارن ہُنٛد کُل تیداد چھُ ۳۸۰۔ یہ مثنوی چھےٚ حقانی ین ۱۳۲۰ ہجری یس منٛز اَند واتٕناومٕژ۔ حقانی سُند زاسنہٕ چھُ ۱۲۷۱ھ (یانے ۱۸۵۵ء) تمیُک مطلب چھُ یہ نیران زِ تمی ہنٛز واُنس چھےٚ تمہ وقتہٕ ہجری سنہٕ مُطابق ۴۹ وری اُسمٕژ ییلہٕ تمی یہ مثنوی مُکمل کرٕ۔ باسان چھُ ییمہٕ وقتہٕ یہ عشقہٕ دلیل حقانی ین کاشرِس منٛز نظماوٕمٕژ چھےٚ، یہ کتھ آسہے نہٕ کُنہ ہنٛدِ خاطرٕ بلکُل نوٚ کینٛہہ۔ تم آسہن کم از کم اَتھ کتھ سیٹھاہ برٛونٛہہ واقف۔ حقانی چھُ وَنان ؎

اے عاشق نغمہ کتہٕ پَرْوَر
اشعار حقانی پَر

شُستہٕ یہ حالاہ چھُ بے طوٗل
عامَن تہٕ خاصَن مقبوٗل
زوٗرہ ہستہٕ چھ وُہہ کَم ابیات
چوٗراہ کانٛہہ چھِنہٕ اثبات

۳۲۰
سانٛسِ چھہ ترٛیٛشے ہَتھ تہٕ وُہ زیادٕ

۱۳۲۰ھ
از سالِ ہجرت بھو یاد

بامان چھُ حقٲنی ییٚن چھیٚنہٕ مُقیمی ہٕنٛز اُردوٗ مثنوی وُچھیتھ یا پٔرِتھ تیٚمۍ چھیٚ ہنٛز پاٹھۍ تہٕ کٔنٛہہ کٲشرِس منٛز نظم وٕرٛتھ۔ حقٲنی چھُ ہیروٗ سُنٛد ناو معیار لیکھان۔ اَصل ناو چھُ دکنہٕ چہ کتھ منٛز مہیار (مہیار) راجا رنگ چھُ دِر اَصل چیٚنٛدر پٔٹنٕ جایہ ہُنٛد بادشاہ آسان تہٕ مہیارس یُس شاہ (بادشاہ) مدد چھُ کران۔ سُہ چھُ حملہٕ تلہ بیما نگرُک راجہ آسان۔ کیٚنٛژن چھُ اُمِس انجم نگرُک بادشاہ تہٕ وۅنمُت۔ حقٲنی سٕنٛز مثنوی منٛز نہٕ چھُ انجم نگر تہٕ نہٕ بیجا نگرُک نار ڈرییشتھ پیوان۔

حقٲنی چھُ چیٚنٛدر بدنٕ مثنوی ہُنٛد گوڈٕ عام مثنوین ہٕنٛدِ پاٹھۍ حمدٕ سیتۍ ہیوان۔ بیانس منٛز چھیٚ روانی۔ اَچھر چھُ اُکس بہاوس منٛز دِلہٕ کرِ ناگرادٕ منٛز وُزان ؎

حمداہ شوٗبی ذاتس
یُس جلوہ گر کائناتس

---

۱ اَکھ چھُ چیٚنٛدر ربن تہٕ ونان۔ مُقیمی چھُ ونان ؎

سُنا ہوں کہ یک شہر سُنٛدر پٹن
اُتھا راج واں ایک ہندو برن

حقٲنی چھُ لیکھان ؎

شہراہ در طرفِ ڈکھن
مشہوٗر تتھ ناو پٹن

ییٚمو ووتھیدو عالمُ ییٚتہٕ
ییٚمو سنپدوو آدم ییٚتہٕ
موجود مُطلق پایہٕ
ہرجایہٕ دِت ڈوکایہٕ
سپچھے رنگہٕ رنگہٕ مصدر
بے رنگ پانے چھُ مظہر
ہیٚرِ بوٚن ریہت پایہٕ
سپچھے غائرِ شُند بہانہٕ
از عشقِ نوہکتا سورُن
جلواہ تمہ رکنو ژوُدُن
از نورکتہٕ نوٚن نوٗر سرمد
احمد سُن ناو بیو احمد
سُے مظہر کُلِ اشیا
ساماہٕ کھائرِ یتھ برپا
سُے جلوہ گر جایہ جایہ
شمشاد قد زیبایہٕ
سُے گُل کُے مظہرِ کُل
سُے گُل یتہٕ ساری بُلبُلن
سُے مقصد کائناتُک
سُے مظہرِ عینِ ذاتُک

ہا دردٕہ کے پروانہ

پَرٕ زالتو مَردانہ

برٕ شمع رُخ دِلبرٕ

پروانہ سٕندی گٔژھتھ کرٕ

یوٗد سٕنی مٔنز سپنٕس

کھے کاسٕتو اپٕنٕس

محباز کین پیشالن

لوٗد مُت سٕے مٔے کلہٕ والن

رِندو چھُ مستانہ

سے عشقٕنی میخانہ

مگر امرہ حمدنہ پیتہ ییتھٕ پاٹھٕ قصہ بکُن تہ پھانپھلن گوٚژھ تہ چھُنہ سپدان۔ شاید چھُ بوٚز رتھے پکان۔ سُہ زن چھُ ژھوکان تمۍ سٕنز نظر چھےٚنہ اکھ شوٗبہ وُن تہ مأری موٚنٛد قصہ وونہ نس کُن روزان۔ نتیجہ چھُ یہ نیران زِ کہیں کردار چھُنہ وعہ تلیتھ ہیکان تہ یَرٕن وأل سٕندِس دِلس منٛز جاے لبان۔ حالانکہ یوٚتام دٕلیلہٕ منٛد تولُق چھُ سعہ ژارنس منٛز چھ حقانی ین اکس وہ مثالہٕ ہنٛز نظر ہاوِہ۔ تہ کیازِ کٔتھ منٛز چھ تم ساری عناصر موجود یِموٚ سٕتی اکھ لازوال ژیبعدی تہ مثنوی زٔنم ہیکہِ لبِتھ۔ چنٛدر بدن تہ مہیار چھنہ جنن تہ پریوٚ ین ہنٛز کہأنی بلکہ تیمن دوٚن آدم زادن ہنٛز کتھ یم سأنی پاٹھۍ ییتھ بُتہ رأژ بیہٕتھ لسان بسان چھ۔ یم اکھ

اَکِس سیٚتھ موجُب چھِ گژھان۔ مگر مذہب چھُ دیوار بنان یمہِ اکہ اکِس
نِش دوٗر تھاوان۔ قِصس منٛز چھہ اکہِ زوٗدار ڈراما ہٕنٛدۍ ساری عُنصر موجوٗد
مگر حقانی چھُنہٕ اتھ اکھ جاندار مثنوی بناوِتھ ہیٚوٚکمُت۔ کِردار نِگٲری
منظر نِگٲری۔ ڈراما نِگٲری۔ واقعات نِگٲری۔ رزمیہ نِگٲری تہٕ جذبات
نِگٲری۔ یِم اَکِس بہترین مثنوی ہٕنٛدۍ اہم گُنہٕ چھہ۔ چندر بدن چھِ
یِمو نِشہِ خٲلی۔ مہیار تہٕ چندر بدنہٕ ہٕنٛدۍ جذبات۔ عشقُک منٛزر تہٕ نثر۔
مہیار تہٕ مُصوّر سُنٛز دوستی، راجا رنگ۔ نخشبی تہٕ اکھ بادشاہ تہٕ کور
ہول۔ شاہ انجم سُنٛد مہیارس پیٚٹھ رحم کھیٚوٚن تہٕ مدد کرُن۔ جنٛگُک
بیان۔ جنٛگلن تہٕ شیرن ہٕنٛز وۄپھنیٚ۔ مہیار سُنٛد جنازٕ چندر بدنہٕ
ہٕنٛز ڈیڈِ تل پکہٕ ناوُن ہیٚتہٕ ٹھہرٲوِتھ یہِ نہٕ تھوٚد وۄتھُن۔ شاہ
انجم سُنٛد راجہ رنٛگس سوال کرُن۔ یِم ساری چھہ کہانی ہٕنٛدۍ تِتھۍ موڑ
تہٕ عناصر یِہنٛد رُت، شوٗبہٕ وُن، زوٗدار تہٕ موزوٗن بیان اتھ کٲشُر
مثنوی اکھ شاہکار ہیٚکہٕ ہے بنٲوِتھ۔ مگر تہٕ چھُنہٕ سپدیوٚمُت۔ یِتھۍ
کٲشر مثنوی ہٕنٛز چھُنہٕ کیتھہ کانٛہہ کٲشُر شاعر چھُنہٕ مثنوی ہُنٛد بحر
گُشادگی تہٕ وُسعت پرزنٲوِتھ ہیٚوٚکمُت۔ یِتھہٕ پٲٹھۍ فارسی زبٲنۍ ہٕنٛدۍ
باکمال شاعر فردوسی، رومی، سعدی، جامی، نظامی ہیٚکہٕ یہِ تہٕ حقانی
چھہ یِمنٛد زمانک اکھ بڑ گو شاعر اوسمُت۔ تِمو چھہ واریاہ کینٛہہ کٲشرس
تہٕ فارسی یِس منٛز لیٚوٚکھمُت۔ یِمن منٛز واریاہ مثنوی مثلن جوہرِ عشق
قصہٕ بےنظیر بدر مُنیر، ماہروۓ گل اندام، قصہٕ دشنان تہٕ رُوٚنتہِ شہد ا

شأمِل چھ مگر کاتھہ اَکھ مثنوی چھِنہٕ ترٛٲٹھ یِتھ منٛز حقأنی ہِشرٕن بے مِثال شأیرانہٕ جوہرٕن۔ بے جورٕ تخلیقی قوٗژن تہٕ کُنہٕ قسمہٕ کہٕ آگیرِک (ORIGINALITY) پیٚیہِ میلہٕ ہے۔ چندر بدٕن مثنوی منٛز ہێتیٚن ییٚتیٚن شأیر پننہٕ زورِ قلمُک تہٕ فن کار شعوٗر دِنبہِ دِہند وُچھ وارہٕ وِتھ ہیکہِ ہے تنتیٚن چھُن کنہہ کھیمہٕ۔ یہ چھُ پَزر زِ یِتھ ماحولس منٛز سأنی کاشرِ شأیرن زِ کھ اُسی کرٕان تہٕ لُکن ہُند خاطرِ تفریحُک سامانہٕ اُسی یادٕ کرٕان تہِ چھُ تأریفن لایق۔ یِتھ مثنوی منٛز یم رٕوان، بیان تہٕ خوٗبصورت شار کیٚنژن جایِن چھ دریٚنٛٹھ یوان۔ تم چھ غنیمت ؎

یِتھ کارٕ کاکُل مَستہٕ
سوٗرٕ گیٚگرٕ سوٗنبل دستہٕ

●

گیسوی مشکین بر دوش
زن کالہٕ شاہ مار مینوش

●

دوٗہ اکہٕ توٚت ووت نقاش
احوالِ مستانہٕ گوٚفاش
نقاشس ڈیٚشتھ مجنوٗن
از چشمِ تر ہرٕنہٕ لوٚگ خوٗن
دوٚپنس اَز پاپس داوَر
وَنتم چھُ کتھ جایہِ دِلبر

تِم دوہ شوٗبے خوٗن ہاران

یُتھ اَبر تراوان باران

از عشق دُزمرٕ وُسس تہٕ

مَستانہٕ پثیوٗمُت مُس تہٕ

عشقُک ہاوان دوہ کھ تہٕ

دردُک ہاوان چھوکھ تہٕ

ہا ذوقہٕ سے کے کلہٕ دالو

شوقُک چاوُم پیالو

ہا عشقہٕ بے پروا سے

کمہ کمہ ژٕ کٔرئے [illegible] شوہا سے

●

ہا عشقہٕ یوٗسفنہٕ ماسے

دِل نیوٗتھ زُلیخا سے

ہا عشقہٕ زنجیرِ چانے

شیخن کرٕ ہیشز یانے

یُس نیرِ قبیلہٕ کرانے

سُے زانہٕ تمہٕ کےٚ مانے

یُس سوٗر عشقُنی دِلَس

سُے واتہٕ یتھ منزلس

جایا چھُس غنائے فِلن

عشقس کوٗت بسائیلن

عقلی چھُ محکوم فرمان
عشقس چھُ سورُے یکسان
صوٗرت چھِ گژھان برہم
معنیس کُنہٕ آو سر خم
یِم سوز باوَسے تس تہٕ
یَس نارٕ دُز مژٕ وُس تہٕ
تُس باوٕ ہا داتہٕ داتہٕ
نوٗن عشقُنٕ اَفسانہٕ
اے عاشقِ نوٗ کتہٕ پرَور
اشعارٕ عشقٕ نی بوز



ساری چھِ روٗزِتھ تیار
در قبر والون معیار
تابوٗت ییٚلہِ مُژٕ روٗوُک
جلوٕ ذاتُک ہوٗوُک
تَتہٕ میلُے(۱) در یک کفن
معیار تہٕ چندر بدن

---

(۱) یہ ہیتھکی "میٚل" تہٕ اُستھ۔

اے عاشقِ رِندِ جانباز
پرٛچھ نہ کتہٕ از رازِ مجاز
رٕتھ بیٚلہٕ لالہٕ کوٚڈ رسگے
مجنوٗنس پوٚک ڈٔاگے



خوٗب صوٗرتہٕ ماہ روخسارو
دِلدارو ہا معیارو
پاک عاشق نیکو کارو
دِلدارو ہا معیارو
ہی ترٛاوِتھ عشقہ دٔری یاوس
سیٚزٕ نیوٗتھو کنٛو ہے ناوس
ڈُنگہٕ کھاٲرِتھ دُرِ شاہسوارو
لولہ اِخلاص لاگو بازو

---

۱ء مُقیمی چھُ پننہ مثنوی منز یمہ پاٹھۍ اَتھ ذکر کران ؎

ہوا جوں عمل قبر کا سب تمام | اوٹھیا دفن کرنیکوں شہ نیک نام
نیکا جوں قبر میں روتاروں اسے | دفن کر دتیاں تے بساروں اوسے
جو دیکھنے جنازہ میں ہمیار کون | اوہے خفت مل کر اوسے نارسوں
کفن پیچ آکر اور چیندر بدن | گلے لگ سوتی ہے سو جوں ایک تن

ہیہ مالہِ گو سینہٕ افگارو

دِلدارو ہا مِعیارو

نوٗرِ شمعکہ ہا پروانو

ژوٗرِ ڈیوٚ ٹھٚٹ نوٗرِ نورانو

نائلی ترائوٚ تھٕ عشقہٕ زنارو

دِلدارو ہا مِعیارو

ہوٗلہِ چھوٚکھ پیوٚ لولہِ گتہٕ رٚینے

یان زولن عشقہ آو رٚینے

وٚتہٕ وٚ چھان گامہٕ شہارو

دِلدارہ ہا مِعیارو

دوٗرِ ڈیوٚ ٹھٚکھ یوٚسفنہٕ خالو

ہیشالہ برٕیو مالا مالو

ہیشنز کی یکھنا شیخ دیندارو

دِلدارو ہا مِعیارو



دٕ ماہ ہاو روے تابانہٕ

بژماہ سمساد چھیے

جمع گژھ مے بہ پیمانہ

چھمو میخانہٕ میے

چھُ عاشق رِند میخانہٕ
تمس یکسانہٕ چھُ سے
نہٕ ہندو نے مُسلمانہٕ
چھُو میخانہٕ سے مَیے
ستمگر ترُک مستانہٕ
سے یوٗدوے ہاوِ روسے
گُنٛے چھُم روٗح تہٕ ریحانہٕ
چھُو میخانہٕ سے مَیے
گُنٛے چھُ کعبہٕ مُبتخانہٕ
گُنٛے چھُم قبلہٕ سیے
گُنٛے چھُم حوٗرہ غلمانہٕ
چھُو میخانہٕ سے مَیے
ژٕے حقانی چھُے شایانہٕ
رِژُن رِندانہٕ سے پیے
رہ رِندی چھُ مردانہٕ
چھُو میخانہٕ سے مَیے

❁

# شیرین خسرو | امین کامل

## تنقیدی سام

ناٲمی ہشِر مثنوی ہُند آگُر تہٕ چھُ سُے یِمہٕ أندر محموٗد گامی ہشِر ناٲمی ناوُچ مثنوی ڈرامہِ چھِنہٕ سہٕ گوٚ مشہوٗر فارسی شاعیر نظامی گنجوی سٕنز "شیرین خسرو"۔ محموٗد گامین چھےٚ یہِ دلیل سیٹھے ژھوٚٹراوِتھ بیان کٔرمٕژ۔ اما پوٚز ناٲمی یَمِس چھُنہٕ تِکُنشُد یہ ژھعہ چرٚٹار کھوٚتمُت تہٕ اَتھ چھُن ہَنا زیچھر دِتھ پینتہٕ آیہٕ "سترِ عورت" نوٚرُست۔ وَنان چھُ:

سُہ[1] ہرچند اوس بوٚوُد مضمون شناسا
وٚلٕکِن تَس مۄہ مختصر کاٹر لباسا
مےٚ کوٚرمس سٕتے لباسس اما پنہ دار
بہ تھٕتھ پیمہٕ چھُس نہ ورظاہر گونہگار
اگرچہ چھُس بہٕ بروٗ نٕہشیم ہیوٗ[2] خد وخال
ولیکن سترِ عورت گوس فِل حال

---

[1] مطلب محموٗد گامی [2] مطلب نظامی ہشِر مثنوی ہُند ہیوٗ۔

اَمِکہ چھُنہٕ شک زِ ناظمی ہُنٛز یہ مثنوی چھےٚ مانہٕ تہٕ بیان دوشوٚے لحاظہ وار یاہ کینٛژھاہ ہینہٕ دار۔ یہ چھےٚ اُمر وُہنہٕ ۲۰ وہرِ کۍ لیٚکھمٕژ تہٕ وٲنٛسہ ہیٚتہ چھُہ اَمہ "شُرہِ خیال" قرار دِوان :

قریب ادمُش بہ عمر بیست سالا
دوٚہتھ از دل مےٚ ییٚتہ ہیوٚ شُرہ خیالا
ضرورآسن چھُہ اندر خورد سالی
طبیعت خالی از مضمونِ عالی

مثنوی چھےٚ اَز ہُوٚکھہٕ ۷۶ وری یانےٚ ۱۳۲۱ھ اندر تصنیف سپٕزمٕژ۔

زِ ہجرت اُسہِ گٲمِت کُل اِلا حال
اَکس سالس تہٕ ژیٚے ہتہ ہیٚتھ دہ تہٕ اکھ سال

داستان چھےٚ فارسی مثنوِیَن ہِنٛدِ سےٚ اندازس مُنز پیش سپٕزمٕژ۔ غارِ ڈرامایی ہیاتھ تہٕ غارِ ضرورٕ ری زیٚچھر۔ ہرگاہ یٕیمہ مثنوی ہنٛدی شار، یم توتہٕ ہیہ ژودہ داہ شتھ آسن، واقاتَن ترتیب بدلاوِتھ ہتہ پونٛژہ موٚژراوِنہٕ ییٚن، رتہٕ بنہٕ اَکھ نفیس نظم۔ ژرائِنس لٕڑہ بحرس نوٚ شکل دِنک ہیکہِ شاید یہ اکھ جان تجویز بنِتھ۔

گُلکھم پاٹھو مثنوی ہیٚتھ نظر تراوِتھ یُوت سہ کنیتھ انسانس گوڈنی وۄنیٚر لمان چھےٚ۔ سہ چھےٚ مثنوی نگارن ہنٛز ہزلہ شوید بد... یہ خوٚا صفوریت چھُنہٕ دوٚیمین لولہ مثنوِیَن اندٕ رٕ بیٚتھ پوان۔ مثلَن خسروَن چھےٚ بیان شاہہ روٗم سنٛز کوٗر مریم نیٚتھر کرمٕژ۔ شیرین چھےٚ خسرو سٕندِس قاصدس

واپس کڈان وَنان:

بَہ پاوَن غم تہٖ ہم درہجرِ دِلدار
سعہ پاوَن مُرٛ چھےٚ چھاون گُل تہٖ گُلزار

قدم تُل، ژیر گوٚ رے، دٔہ لٔٹہ نیرو ویشم
یہٖ ازحق سر نوشش آسیم تہٖ واہ تیم

دٔپی یے چھم چھوکس شیٖرین مرہم
دٔپس اُکھٕ چھےٚ چھوکس مرہم سوٚ مریم

دٔپی یے گوڑٕ ٹھہ مےٚ حلوا نفس شوٗمُس
دٔپس حلوا کینہٕ چھےٚ شاہِ روٗمُس

یا شیرین چھےٚ فرہادس دفن کرٕ تھ تیٚتھٕ دس مرنس پیٚٹھہ افسوس کران خسرو چھُس ماتمی خط لیکھان سہ

قیامت قامتس پیٚٹھہ بار غم چھےٚ
ز بارِ غم قدِ شمشاد خم چھےٚ

یہے گیہٕ شرطِ یارِی غم گساری
یہے گیہٕ دٔبان نثاری دوسداری

نگارا مرحبا تہٖ آفرین چھےٚ
تلمتھ ہسکاین ہنٛدس ماتمس ہےٚ

قیامتھ یِٛہ کرہٕ کھ ودی ودی نوٚمو دار
بنی نہٕ درجہان تیتھہٕ ہیو وفادار

---

لہ مُراد وَصل، دیدار

رتھے پاٹھو بیٚلہ مرٚیم مرٲن چھےٚ شیرین چھےٚ خسرُوس ہنٚزِ پاٹھو تازِ بیٚتھ نامہ لیکھان؛

بہ معنی اُمسٕ گنج آں مردِ چالاک
چھُ لازِم گنج پنہان در تہِ خاک
اگرچہ پوٚش چھنیتھ پوشا زِ گلزار
بنن گُل کیتو لیکن دِل منسہ ہار
اگرچہ تمہٕ زِ دُزِ یا نیوٚن رٕفِ چھنیتھ
چھُ ما کاہہ زِندٕ مۆمُت موٚہتن بیٚتھ
نصیحت بُڈ چھےٚ پرٲنین ہنٚدِ یہِ گفتار
ژٕ منس ھوٚچھےٚ دِمنس اُہنز نمسکار
بہٕیس میٚنز بیٚنز سرتا پاے شاہ
ژٕ تے ہُرو سنے تمہٕ کھوتے آے شاہ
رتھے پاٹھن سعہ گیہ از چشم مستور
زِ دل گژھ نے رتھے کینہ دردو غم دوٗر
ژٕ چھک خورشید روشن بے نشانہ
گےٚ خورشید شوبن در زمانہ

یا خسرون چھےٚ صفاہا نیچ اکھ نازنین شکر نیمتر کرٕ مژ۔ یتہ چھُ شکار کہ بہانہ شیٚرینن سمکھنہ واتان۔ سعہ چھیس وَنان؛

بہ کرٕ مانے شکارس دژ اکھ پاسنے
منت شیٚرینہ تھاوکھ از بہانے

بُمی مِحنَت، ڈاجی وَتھ، نیر یوٚت پھیر
حوالہ گژھہ بہ حق، نا حق گژھی ژیر
گژھُن او ہُے صفاہان یورکوٚت آکھ
چہ نِسبت خاک را با عالم پاک
وُنے چھُم آلت علوا گری خام
گژھِہم ہیٚلہ پچھتہ تیٚلہ سوزنَے بہ پٲغام

مثنوی ہِنٛدِ اِظہارُک انداز چھُ جیا نیہ۔ اَمہِ اِظہارٕ ورأے ہیٚکہ نہٕ کانٛہہ تہٕ داستانہٕ مثنوی قدم تُلتھ۔ وَن گوٚ اَتھ تہٕ چھِہ کیٚنٛہہ حد تہٕ حساب۔ یُس داستان گوٚ پیٚنٛڈا مہارُتھ ہاوِ، تمٛرٕا آسہ تمی شعر۔ مثنوی چاوِ تہٕ مول۔ یہ مثنوی چھِہ اَمہِ رُنٛگو دوٚیمن لولہٕ مثنوِیَن نِشہِ بٔتیوٚن۔ اگرچہ کیٚنٛژن جاین چھےٚ مکالمہ نگأری، اِنسأنی جذبن، احساسن تہٕ نفسیاتی حالژن ہِنٛدِ کم کاسہ دِچہ تژوٚپہ سستی بُنٛز یادی تخلیقی کمزوٗری پردٕ پوٚشی سپزمژ۔ یژھن جایَن چھُ یِژن دول دِوہ شعرا میٚنہٕ تراوِتھ لُطف تُلان۔ مثلن خسرو چھُ شیرینہٕ نِشہ نارا صلح گژھتھ نیران مگر یوٚت پھیرِ پھیرِ کرِچھُ وُچھان:

گُریس پیٚچھ از در دِلبر نیبر ڈراو
کرامی اوس در ہر گام مھراو
یقیٖن اوسُس پتےٚ آلوٚ دِیم ما
بہ نیبر تھ، باز پتس پھیر تھ پیم ما

یا خسرو چھُ مریمس ناوِ وائیِنج کوٚشش کران زِ شیرین یِیہ "سانہٕ بایہ تھ"

بدنام گیہٕ انون یوٗرکۍ بٔرم چھُس دِوان:

ویکن چھےٚ خبر کان سروقامت
چھےٚ کٔرِتھ بدنام کٲم ژسانہٕ باپتھ
یمیٖتۍ فورٕ ماں کرکھ تتھ پیٹھ سوٚرٕ روزی
سعہ نازن وانہٕ لاگی، زار بوزی
وں روزی راے خسرو ماہ پیٹھ ماے
قسم تتھ چھُم مےٚ چونُے، تی مےٚ چھم راے

یا خسرو ییٚلہ شیرینہٕ وصلہٕ خاطرٕ عاجزی چھُ کران:

تتھیُم خاطرٕ ژےٚ پتھ یاری کرُم وعدٕ
وفاداری تہٕ غم خواری کرُم وعدٕ
تُسے دم چھےٚ بہ عالم سےٚ غنیمت
سُہ وایس پیٚیہ نہٕ یوٗد معلوم کتھ بہ قیمت
مےٚ کوتاہ کال چونُے زار بوزُن
لیٚکھتھ چھا کٲنسہٕ وٕنمُت اٲنسہٕ روزُن
کھیمو حلواے شیرین پانہٕ وانی
گُذاروٚ کیٛا زٕ ناخوش زندگانی
شب تنہا تہٕ بے اغیار راتھا
بایس خلوت بنیا بتھ بیاکھ ساتھا
گُلس پیٹھ روز ہرگاہ میوٚ بیٚشکال
ہُریتھ ییٚنیہ بر زمین پانےٚ بہر حال

تہٕ شیرین چھس اور نصیحتھ کران، مگر....

دوٚپُس شیرینہِ بوٗزِتھ پادشاہ
یہٕ کرٕ مانے یہ بدنٲمی ژٕ سٮ۪ے اصلا
بہٕ شیرینی ہیٚیدوٗرے چوٗن شکر چھس
وٕلے گرمی چھےٚ ووٗنی کین پادشاہس
چھُہ نقصان کھیوٚن شکر درعاں گرمی
میانِ مُردمان رُسوا مہٕ کرٕ ہیے
نیٚبرِ زخم سعہ چھُن اُہس دوان کیتھ
اٚندرِ ٹیٚرِ شاٗمِل دِل اوسُس تمیُس سیٚتھ
بیک چشم اُس یارَس خشم کرٲون
بدیگر چشم اُہس ناز ہاوَن
رٕتیٖتھے اُہس دوٲنی یاسخ تیز
بصد خاہِش ننان ییٚتھ مٔز زیر بٲز

خسروٗ چھس بیٚییہ عاجزی کران ز:

رٔٹاں چھک فال بد درعشق بازی
جوٲنی چھےٚ غنیمت روز راعنی
غنیمت وقت چھُم، دوہ شعرے چھ تنہا
خبر چھا روزِ کُس تا روزِ فردا
کُسُنِد چھےٚ ہم دردِل کُسُ وُنی کیٚیا
کُڈ کھیُد مُدعا میونے چھُنی کیٚیا

ہیہمو اُسہ توتہٕ باہم بوسہٕ تارٕ

بہٕ کرسنگیس دِلی، تتھ چھےٚ نہٕ چارٕ

اٮ۪کس بوسس دِمہٕ دہ بوسہٕ ماوٕن

یہٕ گُف چھا کانٛسہٕ باپارِس بناں اُز

داستانہٕ ہُنٛد پلاٹ چھُ بلکل بے زٕو، نامرتہٕ ژھوٚر۔ نہٕ کانٛہہ کشمکش تہٕ نہٕ کانٛہہ ڈرامائی صورتِ حال (situation)۔ کشمکش دِتہٕ تلیٚہ ییٚلہٕ کانٛہہ پہنٛدِس عشقس رِوایتی رُکاوٹھ تراوِہے۔ تہٕ نہٕ چھےٚ خسرو سٕنٛدِ طرفٕ کانٛہہ نہٕ شیرینہٕ ہنٛدِ انٛد۔ لہٰذا چھےٚ ڈرامائی حالتھ بدلہٕ چھرا مرکزی کردارن ہنٛز ژھٕرتہٕ بے مانہٕ اَتہٕ گٔژھ۔ شیرین گژھان خسروس نِشہٕ مگر سُہ آسان وو تمت شیرینہٕ ہُنٛد مالیٚن۔ خسرو گژھان تور شیرین آسان دراہمژ یور۔ پلاٹٕچ کمزوری رٕٹ چھنہٕ داستانہٕ ہنٛدٮ۪ن کردار تہٕ وُدہ تلیٚتھ ہیکیٚو۔ پیمچ ییٚلہٕ مثنوی نگارس منطقی سوچنٕ تراے تہٕ آبہ، کردار چھ لازمی من تضادٕ مُرژٕ، بنٛتھ راوان۔ خسرو چھُ اَکھ زنٛد، بُلہاوس تہٕ کھوژٕ جنٛد کردار یُسہ نہٕ چھُ پادشاہ شوٗبان نہٕ عاشق لگان۔ شیرینہٕ چھُ یونہٕ بوزانی پانٛہہ عاشق گژھان مگر تس عا حِل کُرنس تام چھُ نہٕ کھاندر نہ وان کرٕتھ۔ شاہ رٕوم ہنٛز کوٗر مریم یُس بانٛڑی وزیرِ بہرامس شکس دِتس ہتمر اُکھ روٗٹ چھُس کرانٕ، دوٚیِم صفحاہنچ شکریہ سٕنٛدِ جسنکی تاریف بوزتھ تس پیٚٹھ چھوٗنہٕ چھُ سپاہیانٕ تہٕ تمس ییچھ ورتیچھ بدن اَنان۔ کھوژٕ جنٛد چھُ یِتہٕ نہٕ اندرہ ہتہٕ چھےٚ ہوم ہٕنٛدِ یس مرنس خوش گژھان مگر نیٚبرہ کنہٕ چھُ شاہ روٗم

سٕنٛدِ ہٲبتہٕ ماتم دأری کرٲن۔ یا مقاہا نچہٕ شکرِ سیتھ چھُ یکسان ٲنٛنہٕ شیترینہ ہنٛدِ خوفہٕ اٲکس وٲری یَس کُنہ ژوٗرِ تھاوان۔ اَکھ واقہ چھُ البتہ ییٚلہِ ہٲنٛدِس رکرداریس منٛز کُنہٕ حان زٕ تن سأری ہس مثنوی منٛز مےٚ دریٖشہٕ آیہِ۔ سُہ چھےٚ پیٚتہٕ خسروٗس چھےٚ نیٖچوٗ سپنس کرتٕل واجِمٕر۔ مرَن ورٕ تہٕ سُخ تریش، مگر شریٖنہٕ، یعنہ لۄر چھُس شوٗ مگیتھ، چھُنہٕ ہُشار کرٲن زٕ یلہِ گژھِس اٚدٕ نیٖنٛد۔

گوٗمت از زخم تیغ اوسُس جِگر ریش
پریشان گوٗ، کھُرٕس تلخی اَچھس تریش
دوٗپُن با خود تکنُن یوٗد دِلبراز خاب
کرٕن بیدار منٛگس شربتِ آب
یِیَس نہ وٲہی مےٚ ڈیٖشتھ خاب و آرام
گژھِس در عاش و عشرت مٔنٛزنِن شام
چھُ وۄنی ہیٚتر کرس نہٕ کیٚنہہ تہٕ اڈراتھ
کرو روزِ قیامت وۄنی مُلاقاتھ

اُہس مُقابلہ چھےٚ شیریٖن کیٚنہہ نےٚ توبہٕ وفادار تہٕ سمجھدار زنانہٕ۔ سُہ چھُنہٕ زٕنہہ تہٕ اُمی ہنٛزِ بُلہاوسی اَتھہٕ وَتھ دِوان۔ اگر لۄبہٕ چھُس خسرو زبردستی ہموان کرُن۔ مگر یہٕ چھُس غائرتھ دِوان زِ عاشقی بجایہ اَن پنُن روٗمت مُلک بدٔس۔

تھوٗوِتھ تختِ پدر در دستِ دُشمن
کرَن چھُک عاشقی در مُلکِ ارمن

میٚ سیٚتیٚن یُدٕ کر کہ از آشنٲیی

نٹن چھس راوَرُ کہ پادشٲہی

بہ ترٛاوٕ خۄد کام چھس نہ ظُلم کرٲوے

کٔرِتھ مشغول باخۄد ملک نیاوٕ سے

ژٕلکھ از کینہٕ یوٚد تنہا شمشیر

بیکدم ہفت اقلیمس اَنِتھ زیر

میٚتے کینژھا پلیم واتے بہ امداد

تہٕ نے کینہہ آسہ، یاوِتھ دُرِ دُعا یاد

پیٚتھے پاٹھو بیٚلہ نِعسروس ہیٚن نیچو شیرینہ سان قاۓد چھُ کران تہٕ شہ چھُ واویلا کران، یہ چھس دِلاسہ دِوان تہٕ پیٚتھ کنہٕ ہینہ با ہمتھ آسنک توٗ بوٗتھ پیش کران۔

کران آٔسس سعہ دِلبر دِلبرٔی پوٚر

مہٕ گرٕژھ آوارٕ خاطر روز مسرور

مہٕ گرٕژھ برجاہ وتخت وتاج موہتاج

وراثت کاٗشبہ ہُنٛد نے تخت نے تاج

چھُ کیا حاصل غمن منز خستہ روزن

دوہ کھٔن واد ہن اندر پیوستہ روزُن

مہین بانو یہ ہُنٛد کِردار چھُ، اما یوٗز، واریاہ کینہہ وۄ بر یومت تہٕ سعہ چھےٚ اَکھ جہان دید زنانہ (پادشاہ بابے) یمس شیرین عمرٕ ژلان چھے

مگر ژھارنک چھُنہٕ کانٛسہِ اجازت دِوان یہِ زانٛنہٕ زِ پانٛنہٕ وات دوہ ییہ اَکہِ واپس۔ یمہٕ سٕتۍ شیرینہِ سٕجاوان چھےٚ زِ یوٚت تام نہٕ خسروٚ کھانٛدر کٔرِتھ نیہِ توٚت تام دِزِہس نہٕ وصلٕچ اَتھ دَکھ۔ یہِ چھُ بادشاہ۔ اُمِس چھےٚ ساسہٕ بٔدۍ زٔدہ نیٚر۔ تِہنٛدی پٲٹھۍ ہیٚکہِ ہیٚمیہ ژٔنۍ یہِ مُشکا ہٕ ژادی اکرہیگارٕ سعتوٕ یہِ چھےٚنہٕ شیرینہِ ہنٛدِس عشقہٕ نیایس پیٚچھ نارو نار گژھان۔ بلکہِ سونٛچیان زِ یہِ چھُ جوانی ہنز اَسٕمتٕۍ۔ اَکھ کردار چھُ شاوٗر۔ یہِ چھُ شیرینہِ ہنٛدِس باغس منز بڑٕ خوبسوٗرتی پٲٹھۍ خسروٚ سٕنز تصویر اَویزان تھاوِتھ اَکھ صورتِ حال پٲدٕ کران تہٕ پیٚمھ پٲٹھۍ بنٛن کردار دوہ تلاوان۔ مگر پتہٕ چھُ نہٕ سے معروف پٲٹھۍ دوہلن درمیان نظر ان۔ پلاٹ چھِ کمزوری چھُ یہِ بِچارٕ تہٕ کمزور بنووُمت یہِ کتھ چھےٚ باوِنۍ ضرورتھ زِ لولہِ داستانٕچ منز طالبس تہٕ مطلوبس درمیان تولُن پٲدٕ کرٕن وول یہِ کردار چھُ بذاتی سعد رشید آسان یہِ پرٕتھن مثنوی ین سام ہمیٚشہِ وز چھُنہٕ مثنوی نگارن ہنٛد یہِ صوٗفی ذہنی پسِ منظر زِ تہٕ از تام نظرٕ تَل تھاوِنہٕ آمُت۔

اتھ داستانہٕ منز ہرگاہ کانٛسہِ روٗایتی دارفتہٕ عاشق چھُ، سہٕ چھُ فرہاد۔ ...نہٕ تذکرہٕ چھُ ضمنی طور یوان۔ ہرگاہ سہٕ نیبرٕ تہٕ نموٗن گُدٕ لُتھ اصل دلیٖلہٕ وزہٕ تہٕ ترقی یہِ چھےٚ۔ البتہٕ مثنوی نگارسٕنٛد نفیس ہُنرٕ لہٕ نیشہٕ سپدٕ اُمسٕ نہروٗم۔ مرزا غالبن ژھاو فرہادس ٹیپ۔

تیشہ بغیر مر نہ سکا کوہکن اسدؔ
سرگشتۂ خمارِ رسوم و قیود تھا

مگر نامی چھُ پننِس فرہادس کلس ٹونگ لایہ ناوِتھ بجایہ شیٖچھی ئُبزہو بتھے جان بحق کران:

ہیوٚتُن برلب وٕنِتھ یِلی نام شیٖرین
دِتُن بریاد شیٖرین جانِ شیٖرین

تیتھے پاٹھی چھ مثنوی منز "خاتونانِ دِلاویزن" ہٕنٛدی افسانہٕ دٔہ مرتہٕ بے مقصد پاٹھۍ آمِتۍ۔ یا شیٖرینہِ ہٕنٛد باغس منز ترٛیٚیہ لٹہٕ گژھن، یتہٕ سعٔ خسرو سٕنٛز تصویر چھیٚنہٕ وُچھان تہٕ پچھ گژھان۔ تیتھے پاٹھۍ گژھ مثنوی شیٖرینہٕ ہٕنٛدِس مرنس پتہٕ ختم گژھنۍ۔ اَتہٕ اوٚر خسرو سٕنٛز آنحضرتؐ بہ خاب وُچھن، آنحضرتن ہٕنٛدی معجزات۔ آنحضرتؐ ہٕنٛد خسرو سٕنٛز نامہٕ لیکھن بیتر چھ غار متعلق۔

نامی یِس چھیٚنہٕ پننہِ یہِ مثنوی اَدٕ کنہٕ بار کھٔرِتھ مرزہ تہٕ چھیٚ "مضمونِ عالی" تِشنہٕ خائی۔ یہِ چھُ ہاوان زِ نامی سٕنٛد خیالہٕ موجوب چھِ مضمونِ بنٛدی شاعری خاطرٕ اہم چیز۔ اَدٕ کنہٕ چھُ وَنان زِ لفظن ہٕنز سجاوٹ تہٕ رنگینی اوٚلاد بھوشا کہ تہٕ زیوٚر وسیتی۔ مگر محمود گامی ین "نیوٚس تمام زیور مُہیتہٕ" تہٕ اطلاعیہ بدلہٕ دوٚلتس" زِچھُ ریٚو ترٛشھا۔

# حبہ خوتوٗن | محمد امین شکیب

## تنقیدی سام

حنفی صائبن چھےٚ اَکھ سۄ دلیل نظمأ وۄمژ دِیژمژ بقولِ تہندِ
رِتمو اُرسہ تہنزِ مجلسہ منز۔ تۆمۍ مۄژِ اُس یِیتہِ سیٹھا گوٚ نمات اُسی میٚزِ چھہ
تتہٕ مجلِسہ منز چھہ اَکھ زیرک تہٕ صاحب خبر دلیلہ گوٚر آسان یُسُنٛد ناو
غلام عثمان اوسمنت چھُ۔ تمی چھےٚ یہ دلیل باگوٚمژ۔ اَمہ پتہٕ چھُ حنفی
صائبس تہندِ وَننہٕ حۆسب یِمنٛی اَکی سو پرکرن ہنٛز مُریدٕ علی گنیٚ ولد حبیب
گنیٚین یہ دلیل نظماونٕچ کوٚشش کرمٕژ۔

حنفی صائب کنٛہ خدس تام چھہ اَتھ دلیلس نفظاون ہٕنٛدس جامس
منز پیش کرنس کامیاب سپدیمٕتۍ تہٕ ہیکہ مثنوی ہنٛد پژھتہٕ لیکھنہٕ عبارتھ
پانہٕ تہٕ زانٛہ رَنٛگہٕ۔

مثنوی ہندِین شارَن ہنٛدِس تیداَدَس مُتعلق چھُ پانٛہ غلام محمد حنفی صاب پانٛتسٕ لاگن لیکھان ؎

چھُ دَہ شتھ تہٕ اَکہٕ وٕنزاہ بہ تیداد
سپُن رُت دفترا از قولِ اُستاد
حمد پروردگارس کُن صُبح و شام
پہٕ قصہٕ دوت از فضلش باتمام

اَمہٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ مثنوی منٛز چھِ اَکھ ساس تہٕ اَکونزاہ شار لیکھنہٕ آمتی. مثنوی ہنٛدِس قلمی مسودس تہٕ غلام محمد نور محمد تاجران کُتُب سرینگر والین ہنٛدِس چھاپ کرناوِتھ مِتِس نُسخس منٛز چھِ یِمہ شار گوڈنِکس منٛز موجود تہٕ دوٚیِمِس منٛز نا بوٗد. پیٚیٹھِمِس چھاپ مِتِس نُسخس منٛز چھِ کُنونزاہِمِس صَفحس پیٚٹھ یوٗسف شاہُن بیگمہ ہُنٛد ملالہٕ تراٚوِتھ شاہدرہ پور پیٚٹھ دسبہ خوتوٗنہٕ ہٕنٛزِ وٲپس محلہٕ خان یِنُک حال لیکھمت. مگر گوڈنِکو نوو شارو پتہٕ چھُنہٕ تِمہٕ شار لیکھنہٕ آمتی یِمہ قلمی مُسودَس منٛز پیٚٹھہ کُنو شروٗع چھِ سپدان ؎

سروَدا رُت سَپُن شب روز ہیو گوٚ
کنَن گویا بہشتُک سوز ہیو گوٚ
صُبح پھوٚل جانور پرنگو دِنہٕ سٕنے
حبہ خاتوٗنہٕ لوٚگ شاہ وٕنہٕ سٕنے
تِمَو ڈیرہ کرِو سفرچ تیاری
بسُلطانی بَرٕسم شہریاری

تہٕ پمٕن شارٕن پیٹھ ختم سپدان سہ

ملالہٕ تڑاو کھس در حرم خانہٕ
یکے پتہٕ ژھایہ ٹلکک سایبانہٕ
یہٕ بوزِتھ شاہ یوسف ژرم تر گو
شہ زائری وُچھتہٕ خوں جائری تمس ہیو
اژاں زائری سیٹھا شرمندٕ گو شاہ
بلا چائری سپُن در ماندہٕ رُسوا
جگر پارٕہ گومُت تس اوس بسیار
سیٹھا تس ووتمُت بور رنج و آزار

حنفی صابنہٕ یتھ مثنوی چھےٚ چھاپس منٛز تہٕ خاص کرِتھ
کتابتس منٛز کینژٕن جاین بے احتیاطی وَرتاونہٕ سببہٕ تسلسل تہٕ ترتیب
ڈالنہٕ آمٕژ۔ اَکھ مِثال چھےٚ چھاپ سپدی متس نسخس منٛز صفحہٕ نمبر
دُونہٕ ہس پیٹھ لبنہٕ یوان۔ یتیتہٕ گوڈنکیو اٹھو شارو پتہٕ گرٛاٹھو
تمہٕ شار آسنہٕ یمو منٛز اَکھ شار صفحہٕ ۵۲ بعد یُنہٕ کُنہٕ آخرس پیٹھ چھُ
تہٕ باقے کُنستتھ شار صفحہٕ ۵۳ پیٹھ چھہ دٔرج۔
حنفی صابنہٕ یہٕ مثنوی چھےٚ المیہ قسمچ مثنوی۔ یتھ مثنوی اہم
کردار حبہ خاتونٕ چھےٚ۔ مثنوی پُر درد تہٕ غم انگیز بناونہٕ خاطرٕ اوس
یہٕ ضروری زِ مرکزی کردارس منٛز گژھن تمہ صفت تہٕ خصوصیات

آسنہ یِنۍمِہ کینہہ پرٕن واٲلِس یا بوزن واٲلِس تَس سیتۍ ہمدردی ہُنٛد جذبہ پأدٕ گژِھ۔ چناچہ اَوٕے کینہہ یُس سراپا حسبہ خاتوٗنہٕ ہُنٛد حنفی صابُن مثنوی ہٕنٛدِس ابتدا ہسے مَنٛز ڈیٖتمُت چھُہ سُہ چھُہ تہنٛزِ تخیلیچ تہٕ زبأنۍ ہنٛزِ چابکدستی ہنٛز رژ علامتھ وَنان چھِ سہ

ملک داروب شاہ اوس مشہوٗر
پرٕی پیکر صفت اٲسِس کُنی کوٗر
حسینا، مہ جبینا، نازنینا
قدش طوٗ باصفت تے سرو رعنا
نَتہٕ بَنِہ حُسنہٕ کے باغچ اَچھ پوشس
کھورِتھ تَل آسہ مَسوَل در فراموش
نَتہٕ ما آسمانِ حُسنکی زوٗن
زوٗتان چھوٗن چارہ مضبوط، موزوٗن
ہِیہ بتھر یا ونتہ پرِزٕ بترٕ وُنی ونے کیٛا
مُقابل صورتس تَس اوس نہٕ کانٛہہ
خمہ شہٕ وُنی مُشکدار کیٛا پوشہ بتھر اُس
غوطان پمپوش اندر مُشک تر اُس
بنفشہ باغچی بَنِہ برگ ریحان
گوگلابا اُس پھوٗ جمژ در گلستان
سوٗ صورتھ چھُچھہ خورشیدس چھُنوٗ تاب
گَکن ڈیشتھ ژلان ماہِ جہان تاب

اَویزان زُلف ترٲوِتھ اُمس چوٚن دام
نزاکتھ زٕژ دوان مہتاب در شام
سرٕ و پا بخشتہٕ بُڈٕ ببیہ نخشتہٕ نوٗر

یا

بصوٗرت چھُسنہٕ کانْہہ چھِنہٕ اُمقابل
چھُہ اُسینس گچھ شیٖنس شُویُت کَل

حنفی صابُن چھُہ بیشھِ میمن شارن منٛز عربی، فارسی تہٕ کاشرِ استعارٕ تہٕ تشبیہہ پٲرٕ پأٹھۍ ورتاوی ہیتۍ۔ یِمہٕ سیتۍ کردارٕ سٕنٛز اکھ مارٕ مُنٛز تہٕ رنٛبہٕ ورٕنی صوٗرتھ چھےٚ نظرَن برونٛہہ کنہٕ وۄتلان۔

حنفی صابُن چھےٚ اَتھ مثنوی منٛز زندگی ہِر توٗبوٗلتھ تھٲتھ کُن پیش کٔر مِژ شادی تہٕ غمی' یارن ہُنٛد سمکھُن تہٕ دوٗرٕ چھُن، اُمیری تہٕ غریبی، خانٛدر کرُن تہٕ طلاق دِیُن۔ یِم ساری واقعہٕ چھِہ موجوٗد، نہ صرف چھِہ حنفی صابٕب یِمہٕ واقعہٕ پیش کرنَس منٛز کامیاب سپدی مُتۍ بلکہ رَتم لمحات یِمَن منٛز خاص نفسیاتی کیفیژٕ پیش چھےٚ یمٕنہٕ مَرٕ شِلَن پیٖسلہِ خمہ جبہ حیا بند' ملک دارٕ وبس قرعنہ بے باک کرُن دُنان چھُہ تہٕ تَس چھےٚ لاچارٕی آسان آہرٕ۔ راتھ مہ بلتھ یہ تہٕ تِمُس دِہٕ پوان چھےٚ تتھ منٛز کیا چھےٚ تِمہٕ ہنٛز حالتھ اُسمرٕ تہٕ چھےٚ شارن منٛز یتھٕ کنہٕ پیش پیٖر مِژ

یہ بوٗزِتھ دلِ دارِ دب گوٚ پرٕ تنگ
بداماںِ غم و اندوہ تن جنگ

گرِٹھ تہٕ شہزادٕ نِش بوٗزِن بہ موٗلوم
سہٕ موضوٗم پیہ بوزِتھ سپنہٕ مغموٗم

سپنہٕ درماندہ دوہ شوٗرے بیتہٕ باندہ
بگردن دوہ شونی پیو پیٹھ غمک کوہ

ازیٖن غم رأتی راتس کیاہ ووٗدن بے
بسرِ خاک ندامت تہٕ لدِن سبے

مُلکِ دار وب تہٕ تسُنٛز زنانہ ہتھنٛز حالتھ چھُنے اُتھ راتس منٛز قابلِ رحم آسان تہٕ چھ غمگین آسان، وُدان تہٕ رِوان تہٕ کرِتھ سپتھ بان تہٕ لیچھ دان۔

مُلکِ دار وبنہٕ اُمہ تجویزِ ستۍ زِ تہٕ دِن ہنٛز کوٗر خوجہ حیا بنٛدس قرِ نہٕ بدلہٕ چھُ تسُنٛز گرداجنہٕ سپنہٕ ہنٛدان تہٕ دِتھ گرِٹھان۔ امیُک نتیجہٕ چھُ دوہن شارن منٛز بدٔ خوٗیصوٗرتی سان حنفی صأبن پیش کوٗرمُت ؎

پیہ بوزِتھ سپنہٕ تس خاتونہٕ شق گوٚ
زِ بس زأری ووٗدُن تس دارِ دیق گوٚ

حیا بنٛدس ستۍ گرِٹھِنہٕ پتہٕ پیٖلہٕ خاتونہٕ حیا بنٛدنس نچوس ستۍ خانٛدر کرِنہٕ یوان چھُ تہٕ خانٛدرٕ کہ دوہ سہ تمۍ سٕندۍ مألِس ماجہ تہٕ خاص کرِتھ ماجہ یاد کرُن چھُ لأزمی اَمر۔ یہ چھُنہٕ حنفی صأبس تشبیہ گرِٹھان بلکہ چھُ تمہ اُتھ کنہٕ دردانگیز طریقس منٛز پیش کران تہٕ

وَنان چھِ ؎

بسیم و زر ز سرتاپا جڑتھ اُس
زیک دُردانہ گویا زن کرِتھ اُس
مرٛھن بہِ تہٕ گوٛرٕن کرِہ واجہ اُچھنے
وَلے اَرمان رۅٚد مس ماجہ یتھ ہنے
بلاے تس بکینس ییس بیوٛ پتھر سر
بلاے تس پۅشِہٕ یس پدر و مادر

یوٗد وۅئے حبہ خاتوٗنہٕ خاطرٕ پہٕ دوپہ خوٗشی تہٕ فرحتک آسُن گوٚڈ مگر تس گیُٛت چھُہ پہٕ ماجہ دراۓ غم تہٕ حسرتُک دوہ بنان۔

خود چِہ لالہ بییلہ بنشدرہنُز دُچھِتھ خاتوٗنہٕ گرِہ نیبر چِہ غلم دوان تہٕ تپُنرٕ حالتھ کیا چھِے سَپدان ؎

اندیشہ بَنیہ کراں ہیے ہیے پیہ کیا گوم
مے نیبرٕ تھ کڈانہٕ ہیے ہیے لانہٕ کیا گوم
دَواں گرٕ ڈھالہ بوہ در باغِ سُلیمان
تہٕ دپہمَ آیہ خط زد دڑایہ نادان
اگر تڑاو قدم در کشورِ چین
تہٕ دپہمَ قد نیشہ دڑایہ از دین
از یں بہتر چھُ دوہ نِ مارُن پنُن پان
شیھتر تے میتھر گیلُن دوہ نِ چھُ کرجان

پیمِس حالَس مَنز چھِنہٕ قیمتَس راہ لدنہٕ دِراٰے بیٚیہ کانٛہہ صوٗرتھ لبنہٕ یوان۔ خبر خاتونہٕ ہنٛز حالتھ اُمس پیہٕ ز خلع لبتھ نہ ہیکہٕ ہے سۄ وٲرِیوٗ گژھتھ تہٕ نہ ماليُن۔ اۄ مو کِہ چھُ منطقی نتیجہ یہ نیران ز سۄ مارہٕ پان۔ یکیاز تمہٕ سِنٛدِس سٕسٕ پیپٹھ خاہ تمیٚ سِنٛدی دُشمن تَس پیپٹھ گیلہٕ ہن یا دوس۔ یمہٕ منز اُمس نہٕ کانٛہہ دٕلتھ تہٕ ٹھیکہ۔

یوٗسف خان بیٚیلہ بیگمہ رٕشتہ چھُ آسان زۄ لمُت۔ بیگم چھےٚ مُلا سلمانس تَس منہٕ وٕنہٕ سوزان تہٕ بیٚیلہ شاہ بیگمہ نیش اکہٕ وُریکہ وقفہٕ پتہٕ یوان چھُ، دوشوٕنی ہنٛز خوشی ہُنٛد چھُنہٕ کانٛہہ حدآسان تہٕ اَمہٕ دوہہ کالجیٚنس کیا چھےٚ دوشوٕنی ہنٛز حالتھ آسان تہٕ دُچھو:

بہ ہم دیگر کرٕ کہ شادی نہایت
زِ لکہ یتر کالہٕ کےٚ غوصہ شکایت
وُچھان شاہ تَس شہزادِ گُنےٚ اوس
اکےٚ جان قٲلبا یِوٚد بٕیوٚن بٕیوٚنےٚ اوس
دُشوٕنی دُوِرکِ زخم جگر بو
بٕیوٚمت ماتم، گومت زیرو زبر بو
یُژٕ وُن شمع بھاۓ وِتھ روبرو اُسو
زِ شکر لب کرٲنی گفتگو اُسو
زٕ عالم خموش ز عاشق بیٚیلہ چھ یکجا
چمن تار یک سمٕ مہٕ حالتھ چھُ تنہا

وصلس منٛز تہٕ چھُ جذباتن ہُنٛد کھوٚلُو تیٚشُتھ آسان، یُتھ ہجرس منٛز آسان چھُ وٕنۍ گوٚ تمثیک اٮ۪مان چھُ بدل آسان۔ اوٚے کِنہِ چھُ وصلہٕ وِزِ کنٛتھوٚ کھعٕ تہٕ زیادٕ وُچھنس کأم پِوان ہیٚنہٕ۔ اکہٕ حالتس پیٚٹھ یہٕ وَننُ چھُنہٕ بے محل زِ دوٚن لولہٕ دِلن ہنٛدِس وصلس پیٚٹھ چھِ زِ عالم خوشۍ سپنان۔

یٮ۪تہٕ حنفی صأبس جذبات نگأری منٛز خاص کمال اوسمُت چھُ تتہٕ چھےٚ تِمو تٕرٛدٕھ منظر کشی تہٕ کٔرمٕژ یمہٕ سیٚتۍ واقعہٕ نظرن برٛونٛہہ کنہِ صاف یأژ پِوان چھِ۔

سیٚٹھا مجبوری ہنٛدِس عالمس منٛز ییٚلہٕ ملک داروب تہٕ تٔمٕسنٛز زنانہٕ حبہ خاتوٗنہٕ خوٚچِس سیٚتۍ دِنٛز پرادٕ کران چھےٚ، تہِ تمہٕ چھِ پَنِنہٕ ٹاچھ کوٚرِ پوٚرِ پأٹھۍ پأدٕ کران تہٕ لول برٛان ؎

زِ سرتا پا کوٚرُکھ تٔمس رختِ شأہی
ہُرے وَنِہٕ وُن کران تٔمس بختِ شأہی
تھوٚوُکھ سوداگرس پوٚشیدٕ پأغام
دٔمہ ہیٚس پٔرٛژرو مہر بأنی چھےٚ تا شام
دوٚہ آدا گو تہٕ ہیوٚٹھ خورشیدٕ ژھایے
حبہ خاتونٲن شٕنیج زن زون ڈٕرا یے
زٔژی زا انٛپانہٕ رٕہ پہ شُشد فنبہٕ لأگِتھ
پیرۍ آسس وُچھان کِتھٕ پأٹھۍ زأرگِتھ

خُدٕ چھِ حیا بنْدٕ نۍ خوٗشی ہیٚنْد حال کِتھٕ کٕنۍ چھُ تفصیلَن منٛز بَیان کَرنہٕ آمُت۔

کرال شاڈی پکان در راہ چھکان زر
تھپکان خاجہ مٔنٛز سپیٚنم بخت یادر
لبیم مٔنٛز دولتھا ہُنٛڈ مُفت بے رنج
برس ہاوس فِدا یاون کرس گنج
پرن یاون ہیمس کھورتل تھوس سر
ہیمس منٛت گنٛڈن دِمس بوہ گوہر
سوٗنٛدر مالا بہ اندر خانہٕ تھاوُن
بآرام و طرب توٚت واتناوُن
بآرام و بعیش و ناز تھاوُن
موٗیسر تس شراب و ساز تھاوُن

یوٚدوے تس خاتوٗنہٕ پریٚتھ کینٛہہ چیٖز چھُ موٗہیا یوان تھاونہٕ
مگر تویتہٕ چھُنہٕ تس اکھ زرٕ تہٕ آرام آسان۔ اَمیٚک نقشہٕ کِتھٕ کٕنۍ چھُ گرنہٕ آمُت۔

لگان پٲری وٕندان سٲری تمس سر
تھوان ہر چیٖز ہر گونہٕ موٗیسر
ولی خاتوٗنہٕ نہٕ آرام اکھ زر
دِلس اوسُس فراقِ پدر و مادر

نیٚبرٕ کیٚنہٕ تانٕہ اَنٛدرٕ کۍ اُس ہیتھ غم
بظاہر شاد باطن ہیتھ شہ ماتم
اَسان یوٚد وسے ہران کو ستم کرٛان شادی
نگان اَندری بُلان کر گامتی دادی
مَشان ازٕ دِل تِمس کر موج ستے مول
پیٚوٚمُت اوشس ستم گومُت اندرٕ ہول

ملک دار و بنہٕ بے کسی ہُنٛد نقشہ چھُ یِمن لفظن منٛز کھَنٛنہٕ آمُت سہ

ونن بو یار باکر چارٕ میوٚنے
چھِنہٕ کانٛہہ ہوٚر تھا بَس ناوچوٚنے
شرم رَچھتَم منے کرٕتَم پرٛدٕ پوشی
کرم کرتَم خُدا بالت چھیم خرٛوشی
زِیس یارِی کرِکھ تس کانٛہہ تہٕ غم
زِیس یارِی کرِکھ نہٕ گوشہ برہم
منے بخٚتن دیُت دغا در ماندٕ گوسے
ازیٚن شہمت سیٹھا شرمندٕ گوسے

نمہٕ چھِ لالن خاتوٗنہٕ گژھہٕ زبرٕ تھٕوٗ سٕنٛدرٕ نیٚنٛدرٕ منٛز ے خنٛنج تامہٕ تمس گنٛدِتھ تھاونٕک پُر درد منظر چھُ یتھٕ کنۍ باونہٕ آمُت زٕ سٕنٛہہ ہن چھ اوٚش پھٔٹان تہٕ گُلبن چھُ دیٚل دِتھ تھان۔ حنفی تہٕ اُبن کمال چھُ یہ زٕ

اَمہ خُلِہ سیتھ چھُ شہ پیٹھن وٲلِس بُرونٛہہ کنہٕ عرش تہٕ تہٕ فرش تہٕ لرزان ؤنان چھُ ؎

خُلعہ نامہ کوٗرُن پانَس لرزن دب
عرش لرزیاو خونٛ آلود گوٚنب
کنین اوٚش پھٹھٕ گُپین دِل وُچھتھ ڈیٹھک چاک
ازیں ماتمِ ملال حوٗرن بھتین خاک
بَنیہ ماتمَ کرٕہتھ رتم بد شوٗگون
ستم گر مار خوٗنیں ستے زو بوٗتن

یوٗسف خانس اَکہ شاہی بزمہٕ ہنٛد حال چھُ یمن لفظن منٛز نظرِن برونٛہہ کنہٕ اَکہ لوٗبہٕ وُن نظارِ پیش کران ؎

شہنشن کرٕ روزٕ دیگر بزمِ شاہی
کمر بستہٕ وزیر و ہم سپاہی
غُلاماں ایستادہ بہرِ فرماں
گرٕ تھاں اُسی غرقِ ناز سرتا بداماں
مہیا چیز ہا بے گوٗنہٕ گوٗنہ

در خانم کیشہ تہٕ چھُپنہٕ ہتھ شیوٗ نوٗموٗنہ
دمہٕ تقرُت فرش زر بد پرٕ تیتھ مکانس
کھوٕ تل ادوس مخمل کوٗ تشہ خانس
قندیلن نِٕلہ دِ ژ لیہ شمعن سُپین نگاش
شرٕ دُک دیت شہنشن تر یتھ طرفہ فرماش

اۆرٕ ہسی پٔنجر اۆبرٕ سیتو بٔرِتھ بے
عقدین گوشن قُبہٕ سعہٕ پُشند گرِتھ بے
دزان بے شمع کافوٗری بتھر جا
زمانہِ شب زوتان کیا آسو زیبا
ووہ تھرمت فرشہٕ کٔنہٕ تتہٕ اوس مخمل
زوتان گاشا کتان بو نوٗرٕ چوٗزمل
منادی دِتھ اُرن ساری شہر باش
کھیٚنہٕ نیامت چیٚنہٕ شربت بشاباش
مغنی اوس در سوز و ترانہ
کوٚرُکھ نوروزِ جم برپا شبانہ
گرٛزھن بے جانور بے تاب رٔدزِتھ
سروٗد و ساز و خوش آواز بوٗزِتھ
وٚنان زنہٕ تارٕ سارٕ یتے آسہٕ یکجا
زٕندن ہاہٕنز کیٚاہ چھے گٔژھتھ گے مورد بیدار

یہ مثنوی پٔرِتھ چھُ جایہ جایہ حنفی صاعین منظر کشی ہیٚشہ مودتی نوٗمونہٕ پیش کرِتھ ہیتو۔

تمو چھے مثنوی منز کیٚنہہ واقعہ سیدٕ تہٕ خاطر بالنفعہٕ غیر غالب نداو غائر وسیلن کام ہیٚتھ دلیل پیٚتھ متعلق تٔشخص تام ہا اتاگ دیش تمو چھہ کیٚنژن جاین ستارن ہندی استعارہ تشبیہا استعمال

کرٕہ پنٕنۍ بیان رنگ دار تہٕ تہہ دار بنوومت۔ مثلن اَکِس مشہور
نژن وٲلِس متعلق چھُ وَنان ؎

چھپُھ اندر رقص مثلِ زہرہ مشہور
گومت در چشمِ محبوبان منظور

یا

بادشاہ بابہٕ ہُند یہ وَنُن زِ بادشاہ شیرٕ جُدٲیی سیتۍ چھےٚ سوٚ سخ
پریشان حنفی صاعبن چھُ لیوٗکھمُت ؎

ز ہجرِ روئے شاہ چھُس خستہٕ گأمُت
چُو ماہ اندر زُحل پابستہٕ گأمُت

حنفی صاعبُن نِشِس چھِنہٕ حبہٕ خاتوٗن اکھ یار، مگر زنانہٕ آسان
بلکہ اکھ عارِفہ یِمہٕ سلوکہٕ چہٕ وَتہٕ پکھٕ پکھ خوٗلوٗص، بے نیازی
ژیڈ، استغنا، توکل تہٕ نفس کُشی ہیُند پو مرحلو منزٕ چھےٚ گُزران۔

سوہ عارِف عارفن منز سر کشیدہ
سوہ ہاراں خوٗنِ دل بیٚیہ از دُو دیدہ

شیراز ُک شاعر چھُ یوٗسف خان شاہِ کشیرِس حبہٕ خاتوٗنہٕ
متعلق وَنان ؎

سلامت آس خاتوٗن چھےٚ گزیدہ
تھوٗن چوں سرمہٕ وارا در دُو دیدہ
چھےٚ خاص خَلق بہ خاصن یارِ یارے
بدو عالم بنیم تہنزٕ مِثے یارے

یمنہٕ آس لبہرٕ دولتھ پھۄے
زبس اقبال چھۄے ژۆٹیو متے دٕے

یۆسُف خانس تہٕ حبہ خاتوٗنہِ ہنٛدِ تعلُقات تہٕ چھہ حنفی صابن پاک تہٕ جنسی غرض بنٛدی نِشہٕ بدوٗن ہاوِ مِتۍ۔ چناچہ ییٚلہِ یوٗسف خانس بنیہِ بیگمہ سیتۍ مُرٛدِ کری گژھان چھۄے تہٕ سُہ چھُہ شیٚہرٕ ژٲرِتھ دوٗر ژلنک پرادِ کران۔ امہِ وِزِ چھُہ سُہ حبہ خاتوٗنہِ سیتۍ بنیہِ خاطرٕ آمادٕ کرنہٕ وِزِ اعتراف کران زِ سُہ چھُے عارفہٕ تہٕ سُہ چھُہ تمسُنٛد مُریدِ۔ وَنان چھُس ؎

ھُوم منت مے تا روزِ قیامت
مُسافر تس پیتم ہمراہ بنیم شیتھ
تہٕ عارفہٕ چھک مُریدِ خاص چھُس چون
دِلس اَندر تٕتیے ماذِر پاس پھۄے میون

حبہ خاتوٗن چھۄے یوٗسُف خانس خودایہ پٕشرٕ کار ساعُزی تہٕ صنعت گری بنیہِ روٗحانی کمالہٕ سیتۍ ہاوان ییٚلہِ بادشاہ تسنٛد تابعی دِ چھنہٕ خاطرٕ مُلکس پھیران چھُہ تہٕ حبہ خاتوٗن چھۄے طے مکان کرِتھ اَکِس کیپسہٕ ڈُنٛرِس منٛز تس بیٚیس شکلہِ منٛز برٛونٛہہ کنہٕ یوان تہٕ سبق دِوان ہتھ پیٚٹھ چھہ حنفی صاب وَنان ؎

جوابا طالبن لوٗب پرٛیتھ سوالس
ہیٚوتن گویا کہ داغا برگ لالس
پشیمان گو دوٚپن اے خالق جان
یہ کیتھہ زانکھ زٕ تھکہ کرکٲنہِ ہنٛزمان

کۆرُم توبہٕ پۆرُم استغفراللہ
چھُ قدر خیر و شر اَخر من اللہ
کَرکھ ژٕ سے نوٗر نارس سوٗرٕ ہیے زَر
سیأہی ہٮ۪ دِکھ سفیدی زرد احمر
ژٕ صانع چھُک بہسر صنعت یگانہ
چھُ جانٛہن صنعژن اَخر نِشانہ
زبان ژھۆڈا ٲد شاہَن کرُنٕہ خاموش
سۆ زورٕ زیر کی سینس فراموش

حنفی صاأب چھ یَتھہ مثنوی پیٹھ بڈ ناژان آسی میتو۔ حالانکہ تِمو چھےٚ آمہ بروٚنٛہہ قصۂ لیلا مجنوٗن، گُل و صنوبر، مسلہ نامہ تہٕ تحفۂ مقبوٗل ہِش مثنوی یہٕ لیچھمژٕ آسمژٕ۔ تِمو چھےٚ یٕیمہ مثنوی خاطرٕ ینٛن عُلم تہٕ ینٛن فن سیٹھا ژٕ تی پأٹھۍ ورتاوُمت۔ چُناچہ پانہٕ چھہ بجا پأٹھۍ لقبکان ؎

پیٚنٛن تھوٗمُت نِشانہٕ دَر زمانہٕ
نوٗوُے بوٗوُم فسانۂ عاشقانہ
کوٗرُس دَر ہر ہیوٗ نَرِ واُقف اِلٰہی
اَوٗنُم دَر خط دائیرِ ماہ و ماہی
گہے فلسفہٕ تہٕ گاہے چھ مٮ۪تِ تنجیم
گہے عِلم جعفرٕ یُٕ اندوہ و بیم

# قمر الزمان | موتی لال ساقی

## تنقیدی سام

آزادن چھِنہٕ مثنوی ہٕندِس مسوٗدس منٛز یِمہٕ کتھہٕ ہٕنٛز باوٕتھ کرٛہٕ منٛز اَمیُک اَگُر کیاہ چھُ۔ یۄتام معہ میانہٕ تحقیقُک تعلُق چھُم میٲنی رٕنہٕ چھہٕ مثنوی ہُنٛد اَگُر اَلِف لٲل یتھ منٛز اَمہٕ اَنمانہٕ سیٚتھ اِنہارٕ پرٛج اکھ کتھہٕ شامِل چھےٚ تہٕ کِردارن ہٕنٛدی ناو تہٕ چھہٕ تیتھے یِم اَلِف لٲلہٕ منٛز پرٛج چھہٕ۔ آزادن چھےٚ یِہٕ کتھہٕ باقی تہٕ ناو منٛز اَمہٕ پۄز اَلِف لٲلہٕ منٛز تیٚم سارِنٕے کِردارن الگ الگ ناو بیٚیلہٕ زٕ آزادن سارِنٕے کِردارن ہٕنٛدِن ناون ہُنٛد ذِکر چھُنہٕ کوٚرمُت۔ مُمکِن چھہٕ زِ تِمہٕ کرِ پیٚیہ اَمہٕ کتھہٕ ہٕنٛز باوتھ مثنوی ہٕنٛزِ سعہ رٔخیہ لیکھن برٛونٛہہ آمٕژ پۄز تِمُو چھُنہٕ سعہ رٔخیہ پُچھِتھ ژٕھ۔ یِمہٕ کینٛژا اکھ سوالس جوابہٕ چھُنہٕ میلان۔ حالانکہ مُسوٗدس چھےٚ سعہ رٔخیہ لیکھنہٕ باپتھ منٛز منٛزٕ جاے معہ رٔکھ بھاونہٕ آمٕژ۔

زیرِ بحث مثنوی چھےٚ تہٕ پٔتھ گوڈٕ کاٹلج کوشش۔ اَمہٕ کِنہٕ چھُنہٕ

اَتھ منٛز سٕہ وُسجار تہٕ سۄ فنکاری یَیٚشیکھ توقع اَسہِ آزادس نٔش کرٕنۍ مگر یِتھ مثنوی چھےٚ اَکھ خاص اہمیت سۄ یہٕ زِ یہِ چھےٚ تہُندِ ادبی سفرٕچ گَنٛیِر کتھ۔ مثنوی پٔرِتھ چھُ صاف پَتہٕ لگان باسان زِ اَتھ دورس منٛز چھُنہٕ تسٕندِس ذہنس پیٹھ فارسی زبٲنۍ ہُندِ سِٹھا شُروٗن اثر ادٕ سمٕت دِیٚہہ وبہ چھُ زِ کیشرٕنٕ جاین چھےٚ مثنوی فارسی ترکیبو سٟتۍ بٔرِتھ ــ

شَبنس گوٚ سرٕ تٕلۍ عیتھ خورشیدِ خاور

نبس اندر سمندر بر پلنگہ

قمر از خاب ادٕ برتے ڈراد مہتاب

بہ برہم جاب راتس نے مگر تاب

یہ طرزِ تحریر تہٕ انداز بیان چھُ واریاہس حدس تام سیف الدین تارٕ بلۍ ہُنٛز مثنوی یہٕ ہِنٛز غالبہ نظمہِ باسان۔

یِتھ مثنوی چھِنہٕ زیادٕ کردار۔ خاص کردار چھِ قمر زمان تہٕ شہزادٕ باقی کردارٕ ہُنٛز چھِنہٕ کانٛہہ اَکھا تہٕ شخصیت یُس گژھِ پیٹھ اندس تام ڈلیلہ سٟتۍ پکہ چھے۔ باقی کردار چھِ۔ پٔری، کسٕ کسٕ دیو، زمان شاہ، راحتٕ نٔپرتہٕ وغیرِ بوتے۔ یِم ساری کردار چھِ مثنوی ہُنٛز دلیل بروٗنٛہہ پکناونس منٛز اہم رول ادان۔ یوٚدوے یِم کردار مثنوی منٛز اَمہ نظرِ چھِ گژھان امایوز اگر اکھ کردار تہٕ ہینہ جایہ نشہ ڈالون یا پتھ بروٗنٛہہ نموت ساری سے مالیس ییہ کھرتہٕ دلیلہ ہُندِس بروٗنٛہہ پکنس منٛز پید روٗٹ۔ کردارن ہُندِ یہ شیقہ رول چھُ کردار نگاری ہُندِ حقیقت لیس

مُشراوُن پتزِ۔ قمرالزمانس تہٕ شہزادِ علاوٕ چھِہ کٕنس کٕنس دیو، پٔری تہٕ دیوٕ بوے اَمہٕ مثنوی ہٕنٛدۍ باقی نژن۔ اہم کردار، پتزر چھُ یہِ زِ پلاٹس ڈراماٸیت بخشنَس منٛز چھُ دیوٕ سُنٛد تہٕ پٔری ہُنٛد رول سیٹھا اہم۔ یِمَن دۄن ہُنٛد ہمکٕتھ چھُ کہانیہ اَکھ نۆو موڑ تہٕ نۆو طرح بخشان تہٕ پلاٹس سٕہ حرکت بخشان یِمہٕ سِتۍ سارے کتھ کُنہٕ کھڑاو تہٕ کھِیر دراٸے بٔڑو نہٕ چھےٚ پیکان۔ کردار نِگٲری لحاظٕ چھُنہٕ مثنوی قمرالزمانٕس کانٛہہ پھیر یانو قصہ یِمہٕ کتھ ورأے زٕ مثنوی پٔران پٔران چھِہ اَسہٕ سارنی کردارَن ہٕنٛدۍ ناو کنَن گژھان۔ یۄدوے یہِ کانٛہہ خاص نو قصہ چھُنہٕ مگر ناوَن ہٕنٛز باوتھ کرٕنۍ کرِ ہے پٔرن والِس کُنہٕ حَدس تام پَرتھ کانٛسہ ہُنٛد رول بٔتھۍ بٔتھۍ سمجنَس منٛز اَتھہٕ روٚٹ تہٕ تَس پٕیہِ ہے نہٕ شار پُرتھ مختلف کردارَن ہُنٛد رول وَنہٕ اَنٛنس آدینٕ روزُن۔

دۄن یوتا مَتھ زَن پلاٹُک توٗلُق چھُ سُہ یۄدوے اَزۍ کرِ میزاہ موٗجوٗب بجیبی باسیہ مگر پنٕنہٕ جایہ چھُ آزادن انتخاب سیٹھا جان اوسمُت پلاٹس منٛز چھےٚ حرکت تہٕ تہٕ ڈراماٸیت تہٕ۔ پلاٹ برونٛہہ پکناوُنس منٛز چھِنہٕ پٔرن والِس باسان زِ کُنہٕ جایہ کیا چھےٚ لمہٕ لمہٕ کرٕ نہٕ آہرتھ۔ بلکہ چھُ کہانی منٛز اَکھ قدرتی بہاو یُس دۄن عاشقَن ہٕنٛدِس وصلس پیٹھ اَنٛدس چھُ واتان۔

"قمرالزمانہٕنۍ" تہٕ "شہزادٕ" ہٕنٛز زان چھُنہٕ شاعر اَسہٕ پنٕنہٕ زیٹھ کانٛہہ کتھ وٕنِتھ کرناوان۔ بلکہ چھُ سُہ تہنٛدۍ صفتھ لوٗکن اَتھہٕ

گٔنٛزراونادِوان پٔرٕ یِیلہِ شہزادٕ ہُند جِسٕنس نِش تِمی پھِران چھِے جِسٕس چھٕچھ ووتار ہیوان نہٕ شہ چھُس شہزادٕ ہُند خال تہٕ خط تمہ انداز باوان زِ پرِتھ چیٖز یِتھ کٔنہٕ ہیٚچھ آمٕژ سیٚدان زِ اصلی فاصلہٕ سپدٕ تمہ ساتہٕ یِیلہِ دوشوے برونٛہہ کنہٕ آسن سہ

شہ قامت فتنکٕے تَتہٕ ہیٚتھ عَلامتھ

قیامتھ تیٚتھ لبٕشیا زانٛہہ استقامتھ

سیاہ تِتھ موٚیہ سے منٛز شُم قیامتھ

چھیٚے ہاوان منٛزلے معراجٕچ وَتھ

زِ رٕوخ تیٚو نِگار ژھیٚوان کالکِ وَنٛن منٛز

نتہٕ چھیٚکی زِ شاہِ ہندی رٕنن منٛز

شوٗنگیتھ شہمارتس نووٗن موتہٕ رٕہ خسار

شوٗنگیتھ دِلدار ہتھو وُنتہٕ فِتنہٕ بیدار

پٔرزٕنہٕ چھُہ یہِ پٔدٕ دانہٕ ہُند اَکھ اَکھ جَلوٕ چھُ قیامتھ آسان۔ قیامتھ سٕنے آسہِ ہیٚ۔ حُسن مستہٕ پانسی منٛزٕ راوِہے نس بلبلس یُس بالہٕ پانٕ گُلن ہُنز دٕرے آسہٕ گاٚمرٕ۔ شاعرن چھِے اَتھ جایہِ تِمہ کامیابی سان شہزادٕ ہُندِ حُسنٕچ تصویر لفظن منٛز کھٕنٛزمٕژ زِ بامان چھُ زنانن نفرتھ کرٕن وانٛلس قمرالزمانس کیا دِوتِہن تہٕ فرِشتن تہٕ روزِ نہٕ یہ حُسن وُچھتھ تاب۔

یِیٚمہِ نارٕ وُزمَلہِ ییٚلہِ قمرالزمانس بے خبری وَچھ تلہٕ وٕچھ چھِے

ژٕلان شہ حیسٕن منٛز یتھ اُچھ پۄران۔ دٕماہ چھُ سونٛچان زِ یہ ما اوس
خاب مگر ییٚلہِ واجہٕ کُن نظر پیوان چھس تس چھُ تہٕ سورُے کینٛہہ دُبارٕ
اَنٛچھن برٛونٛہہ کُن یوان۔ فراقٕچ دگ چھس قرارٕ کو سۄ یتھو ژٕراُٹھتھ نیران
وارِیوٚ تہٕ دَروازٕ چھُ وُٹھنی دِتھ نیران۔ شُرٛ چھُ کران تہٕ دیوانگی چھس یہ
ڈٲپِزِ تہٕ نال وٕلان ؎

گٲ پٕژاریاو دِلبرٕ آو نہٕ تس
ذرا شوٗریاو از در دراو واپس
دمانہٕ سٕمبلن گوٚ تمبلن پۄر
زمانٕ گو ملن تس سۄ مبلن سۄر
ونے چھس منٛز سنے یا متھ یِوان یاد
تنے شورٕ سے بنے زن چھس میوان نار

اَزادٕنی قلمن چھِ وارِیاہن جاین سیٹھا جان منظر نگاری ہنٛز مثال
پیش کٔرمٕژ۔ بے خبری ہنٛدِس عالمس منٛز ییٚلہِ شہزادٕ دوٚتلیتھ بِنٛس
بسترِس بیٹھ واتناوان چھُ، صُبح تام متھ چھِ سع یاے، پٕژاونٛکس خمارس
منٛز سع کیہہ بُرژٕ نیٚنٛشدٕ راگران۔ ہیکیا زِ تس چھِ خبر زِ تشند دِلدار چھُ تس
بُراٰزنال۔ اَمہ واقعک ذِکر چھُ شاعرن یتھٕ کنٛو کوٚرمُت ؎

زبرٕ تس سع نٛدرے کیا نیٚنٛدرے نہٕ بٕش
خبرٕ چھس دِلبرس نعوٕ چھُم لٕرے اوش

مگر یہ حالتھ چھینہٕ ژٕرِس کالس روزان۔ ییٚتھے اَستہٕ پاٹھو ژھنہٕ منٛز تمس

نیٖندٕرِ وُنہٕ ناداں چھےٚ۔ سہ چھےٚ ووٚنِتھان وونِتھاپٕے فلوائےٚ سپندکر پاٹھو بدٕلے بدٕلے حرکتٕ کران۔ سہ شاہزادٕ یِہ سبہ کالٕکُھ تام مردٕ ہُند ناو بوزِتھ کنَن تھپہ اُسہ دِوان تہٕ مردٕ سُند ناو بوزِتھ واپس ٹٔھٔرِتھ اُمس دوران سوٕ شہزادٕ چھےٚ یارٕ سُندٕ سِنزِ قسمہ متعلق ہیکِن اٹھ ان تہٕ اکِھ ژاپان۔ اُکس کامیاب مٔرثِ گژھِ سُند پاٹھو تیٖہ آزادِن امہ روز ہُند منظر ییٚتھ پاٹھو تفظن ہندِس پنجرس منز قاید کٔرِتھ سہ

زٕ بسترس تلی یمبرزٔلی ووتھتھ
پرٕ شبنم چُھتھ چھلی نیٚندرٕ ژٔلی ووتھتھ
ووٕتھان تہٕ کس نیٚتھ گُل مُتھانی
دِوانی ؤنی دٕچھنی کھوورکہ دٕوانی
رٕنوٚن اکھ ژھال ہیٚتھ ووٚر اکھ ژھال لٔنتھ
دِوان سرٕ بٔل دأرِتھ تالوٚن سٔتھ
گیٚتس خوشی نیٚندرے اٚسے دِلبرٕ مٔن
پُرٕ آتش شمہ نُورے بُوٚر تھم گرسے مٔن
وٕ لیکھ چھےٚ مُژکھن بہٕ ہےٚ جسموٚ ڈٕرج
چھسائیو مُژٕ بٔنٕ چانے ہسائیٚ رٕکج

شہزادٕ ہِندِ کرہ ہکہٕ تہٕ ویٖدا اکھ چُھ مار سٕنہ ہیٚتھ بٕنگہ کٔران۔ بادشاہس پیٚٹھ بیٚیلہ کٔرِتھ پکوان چھےٚ سہ پیٚٹھ چارٕ ژھِہا ندٕ لگان۔ اما پوٚز دأدی لہ دِلکُش حباب چھُ نغمہ بُنتھ شہزادٕ ہُند دِلکہ پرٕدٕ ژٔرِتھ نیران سہ

مےٚ دۄ گاہ مژ چھےٚ چاٹنی کٔل
مسائٕ ژٕل پان مارٕ ایو
یمو بۄمبرٕ تہٕ یمبرزٕل
مسائٕ ژٕل پان مارٕ ایو
خبر چھم داد ولد پانس
ستم مسائنی چھ گاہ ستو کسں
ییٚسےٚ دِلبر تہٕ سےٚ ہانژٕل
مسائٕ ژٕل پان مارٕ ایو
رتمن خالی اتھن افسوس
یمن ژھوہ یاونن دوہ لوٗس
وچھن بے درد ہندی ژھل
مسائٕ ژٕل پان مارٕ ایو

امہ مثنوی ہند صفحہ پچھےٚ یہ کتھ زٕ مصنفن چھےٚ کتھ اختصار سان بیان کرٕمژ۔ گنہ جایہ تہٕ چھنہٕ باسان زٕ کانہہ شار چھ ہریمانہٕ بابلو۔ پرتھ شار چھ اکھ خاص کیفیت تہٕ مقصد نظرتل رٹِتھ گنڈنہٕ آمت۔ شاعرن چھنہٕ بلو اور چہ یور چہ کتھ پلاٹس سیتی واچہ مژ۔ یہ زن واریاہن مثنوین منز نظرِ چھ گژھان۔ اکس جایہ چھ شاعرس قمرالزمانس متعلق یہ ونن

---

۱ یوہے وژن چھ آزادن سنگرمالہ (حصہ ۱) منز شامل کورمت مگر واجہ تہٕ شر ورائے پچھےٚ اتھ باقی سارے وگھنے بدلاونہٕ آمژ۔

زِتس چھُ سیٹھا غم بار مگر یہِ غم چھُنہٕ سُہ غم یُس وٕنتراونس لوٚب پیٚیہِ پِیٚہ چھُ یہ سوٚرُے حال زیٚیچھر دِنہٕ وَرائے اُکس شارس منٛز شہزاد ہیٚتھ زیوٚر ڈِنہٕ ناوان سے

مُدا چھُمنہٕ ژٕنبے چھُے کم اے صنم غم
خدا اچھو نَے ازاں غم یتھ وَنن غم

تہٕ اکھ سیتی چھس سُہ پیٚنُن وودنہٕ یتھ اُکس شارس منٛز باوان سے

زبر کیا چھُکھ ژٕلن رِدتھ کا کلن خم
خبر چھےٚ نادِلن غم بلبُلن کم

شہزادٕ ہُنٛد دوہ دِیُوے ییٚمہ ساتہٕ قمرالزمانس نِش واتان چھُ تہٕ تَس ماشوقہٕ سُنٛد پے چھُ دِوان، اَمہ ساتہٕ یُس حال شہزادَس گژھان چھُ تمہٕ حالچ باوتھ چھُ یہ اکھ شار سے

سُہ گو بے ہوش تا ڈیک پوش گوٚسے
سُہ پیوٚ بے ہوش زن مے نوش اوسے

مگر کیٚشرُن جایہِ چھُ یہ ژھوٚ چرٕ گوٚب تہٕ باسان.

"قمرالزمان" مثنوی چھےٚ عشقیہ مثنوی. یہ مثنوی چھےٚ تمو واریاہو مثنوی یو کھوٚتہٕ سیٹھا جان ییمہ پٔرِتھ انسان بتنگ چھُ یوان. اَمیُک بوٚڈ وصف چھےٚ یہ کتھ زِ دٔلیل چھےٚ تیتھے کُنہٕ وونہٕ آمٕژ زِ پٔرن وألِس چھےٚ اکھ صفحہٕ پٔرِتھ دوٚیِم صفحہٕ پٔرنچ کل گژھان. پلاٹکہِ انتخابہٕ چھےٚ مثنوی سیٹھاہ چھیپ بناوِمژ۔

مگر جان اُسہِ چھُ مثنوی منز میانٛ رکنو اکھ بوٚڈ نقص یہ زِ فارسی لفظن ترکیبن تہٕ تشبیہن ہُند چھُ زیٛادٕ استعمال کرنہٕ آمُت، یمہ کنہِ پران پران کیٛشرِن جاین راوان ہیوٚہ چھُ۔

اَتھ مثنوی منز چھُ کُنس بیٚتس پاٹھرِ ہہ بانٛتھ، یمو منز زٕ ڈور کاشُر چھِ تہٕ اکھ فارسی۔ فارسی بانٛتھ سر چھُ ؎

گُل زار جہاں بہارِ عشق است
نقش من و تو نگارِ عشق است

باقے زٕ ور بانٛتھ موضوعی تبدیلی سان ستنگر مالہٕ کتابچن منز چھپے مِتہٕ۔ یہ مثنوی چھےٚ کاشرِس کادرس بیٚتس لیکھنہٕ تہٕ صنفن ہُند تیداد چھُس ہتھ۔ پرٛتھ صنفس بیٚتس چھِ کُنہ جایہِ کاہ تہٕ اکثر صنفن بیٚتس باہ شار درج۔ یتھہٕ پاٹھۍ چھُ بانٛتھ ورٲے مثنوی ہنٛدین شارن ہنٛد تیداد باہ شتھ تہٕ بانٛتن ہنٛد شارن تیداد سیٚتۍ زلاوِتھ واتہِ کُل تیداد ترٛوُہ ہن شتن شارن تام۔

یہ مثنوی پٔرِتھ چھُ باسان زِ آزادن چھےٚ "قمرالزمان" "گُلریز" نشاتہٕ اثر سیٚدِتھ لیچھمتہٕ تکیاز دم شوقی مثنوی ین ہندس پلاٹس منز چھہ واریاہ واقعاتھ اکی اندازٕ کۍ باسان۔

یوٚدوے زَن یہ مثنوی شاہکار مانُنہٕ ییہِ نہٕ مگر تیوٚت کرِہتہٕ چھےٚ یہ ساہنِس عشقیہ مثنوی ین منز گنزراونہٕ تہٕ ناو ہیٚنہٕ لایق۔ مثنوی چھےٚ بیاکھ اہمیت تھَویتہِ زِ امی مثنوی سیٚتۍ چھُ آزادن پننہٕ ادبی سفرُک ابتدا کوٚرمُت تہٕ تمنٛہ ییہِ ڈیسلابہٕ تہٕ چھُنہٕ مُشراوُن لایق۔

# گُلِ بکاوَلی

گُلشن مجید

## تنقیدی سام

گُل بکاولی چھےٚ بہَن پَرٲون مثنوِین منز وۄہرِتھ۔ یِم اُسہِ ژودن ژودن
چھِپَن ہِنٛدین ترٛین لَچھن منز یاگُرِتھ ہیکو۔

اَکِم لَٹہٕ :- (مُدا گُل بکاولی) اَزٲلی ہُنٛد سفر
دوٚیِم لَٹہٕ :- (مُدا بکاولی خود) شُکُس ژھارُن لَبُن تہٕ
راوُن سفر۔
ترٛیِم لَٹہٕ :- (مُدا تہٕ مطلب گژھِ ھیتھ) ژھارُن تہٕ لبُن کہ بنٛو
نیر۔ یٖتہٕ شِکستہٕ دوٚیی دُزِتھ ہیوان چھےٚ۔

یِتھ پاٹھۍ چھےٚ گُلِ بکاولی اکھ استیاراتی نظم۔ لفظ ژارُے
ترکیب، استیارہٕ تہٕ تشبیہہ چھےٚ تمہِ پَرانہٕ۔ یوٚدوے یِمَن کرہ تخلیقی
ورتاو تہٕ آمیہ سپنہٕ دوہ پدے میتہٕ معنوی وہراو کینہ مثنوی حیثت تہٕ
تمیز کٲمٕژ چھےٚ۔ مُصنِف سِنٛزٕ نظر چھےٚ استیارہٕ سازی تہٕ کائناتُک مکمل
"اثر خلق کرِتھ بدلہٕ قصہٕ چہٕ رواٚنی بٔتھ ژھٹہٕ تہٕ روز مرٕ تشبیہن تہٕ استیارن

چھےٚ سارِوے کھعۍ تہٕ بہترٕ کام آمٕژ ہ۪ہٕمنٕہ۔ بکاولی ہُنٛد حُسن بیان کرنہٕ وِزِ (۴۶ مصرٕ) باغ بکاولی ہُنٛد ذِکر (۴۵ مصرٕ) شکایت بکاولی (۳۶ مصرٕ) بکاولی تہٕ سیف الملوکن وصل (۴۴ مصرٕ) تہٕ دوٚیمہ لٔنجہ منٛز ییٚلہٕ سیف الملوک سفرس منٛز طلسماتن تہٕ جادوین منٛز گیر چھُہ گژھان۔ ذِکر خاندر ۴۴ مصرٕ) سارِوے مثنوی منٛز چھُ رقابتُک حسدُک تہٕ تشکُک کُنگ اکی وِزِ زالنہٕ آمُت۔ ییٚلہٕ زَن بکاولی شاہہ دِتھ سنگلادیپ کِس مندرس منٛز قاۂ چھےٚ یوان تھاونہٕ تہٕ سیف الملوک چھُ اَتھن کھور رم مأُنز لاگتھ مُلاقاتہٕ باپتھ یوان۔ اَتھ شاہہ چھُ شکوٗن تہٕ شکایتن ہُنٛد دفتر مژنہٕ یوان۔ سیف الملوکس چھِتہٕ پرٛ چھے بہان زِ تَس ہیٚنٛز تہٕ پیہ شک کرنہٕ تہٕ سُہ چھُ شکلیہ پننہٕ صفائی ہ۪کان پیش کرِتھ۔ امہ پتہٕ تہٕ ییٚلہٕ بکاولی ژھالے ژلان چھےٚ سو چھےٚ بے ہوش گژھان۔ تہٕ ہیٚتھ پاٚٹھۍ چھُ خانصاحب تہٕ مُشکل تہٕ پیچیدہ avoid situation کران۔ اَتھ شاہہ چھےٚ بہترٕ شاعری کرنہٕ آمٕژ

سپرز جان سوز نیرٛ تژاوِن زِ دل آ:

دوٚیُن افسوس ہے ہے مے کوٗرُم گناہ
کمِس پیٚتھ راوٕ راوُم پادشاہی
کمِس پیٚتھ مے ہیٚژِم پانس تباہی
کمِس پیٚتھ مے سنگرُم جفا سہیہ جوانی
کمِس پیٚتھ مے سپرزُم زندگانی

کمِس پێٹھ دٕرامژن چھس از دل و جان
سُہ چھُم مسرُور بے رنجوٗر و رگریان

.. .. .. .. ..

.. .. .. .. ..

سپُھٹ افسوس واویلا دریغا
دزان ماشوق عاشق بے غم و آہ

(گُل تہ چھنہٕ مصر)

یتھ موقس پیٹھ چھُ بکاولی ہِنٛدِس کردارس سیتی پوٗر اِنصاف

کرنہٕ آمُت۔ تہٕ سیف الملوٗکٕنز ساریے زیرکی، دانائی تہٕ بوٗدٕری

چھےٚ دٔسی وٕسی یوان۔ یتھۍ پائٹھۍ چھ یم زٕ کردار رٕتوی تہٕ مانزوی

بنان۔ یم شار چھ غائر ضروٗری لفظونِش آزاد — حالاتن ہنٛز

ستم ظریفی۔ پٔزن وول چھُ زانان زِ سیف الملوٗک چھُ پےٚ قوٗ ؤنو

تہٕ وفادار۔ مگر ظاہری حالات چھ سارۍ اُمِس خلاف۔ تہٕ پرن وول

چھُہ بکاولی ہِنٛدِس بیانکس جائِس وٕلنہٕ یوان۔ خانصابن چھ مثنوی

منٛز یتھۍ ہیو باقے موقہٕ ضنایہ کٔرمِتۍ۔ بکاولی چھےٚ رہنس راتھ

نیشتہ نیٛشد ریسأوِتھ رازٕ ییشد رسُشد دربار نٔرشنہٕ گرشھان سیف الملک

چھُ یہ ژرژان۔ مگر سُہ چھُنہٕ اکہ میکانکی تعوقبُہ کرنہٕ درائے

رکنھیس کران۔ خانصابن چھُ ہمیرد بالیغ نظر ہنوومُت۔ سُہ چھُنہٕ

بُثوسنیٹھ گُنہٕ نتیجس واتان۔ یتھ پائٹھۍ چھُ خسان صاٗبن جمیدہ

Anti - hero بنان. بکاولی چھےٚ ہیروئِن دوٚہ(ز) دوٚن نانَن صوٚحبتھ کران وُچھان. مگر تَس چھُنہٕ اکھ زرٕ حسد یا رشک پاٹھۍ گژھان.

سیف الملوٗکس تہٕ بکاولی بغٲر یِم کردار ژٕ توٚمۍ تہٕ ماڈرن بنیتھ ہیکو میتھ چھہ۔ تِم چھہ افروز پری، شہزادٕ سنگدیپ، ہمالہ دیوٗنی شہزادٕ محموٗد چھےٚ نہٕ آسنس برابر۔ دلبر پٔری بےٚ سوا چھےٚ اَڈٕ ژٕرٕ کرتہٕ آمژ۔ تمِس یوٚد وے اکھ گٲنٛ عیار مکار وَنِنہٕ چھُ آمُت تہٕ گوڈٕ ہاوِنہٕ آمژ تٕہ چھےٚ۔ توٗ پتہٕ تہٕ چھےٚ سۄ با اخلاق وادٕ پابند، سادٕ لوح زنانہٕ ہِش وُبران.

خانصاحب چھُ تیزی سان اکہِ لنجہ بیٚیہ بیٚیس لنجہ پھیران سۄ ثھچھ بکاولی تہٕ تاج الملوٗکس وراے بیٚیہ سارِنی کردارن کم موقہٕ دوان۔ ہمالہ دیوٗنی ہنٛدُ یوت کردار چھُ باضابطہ پوٚچھر لبان تہٕ ہیوٚ روزان۔ سۄ چھےٚ اڈٕ وڈٕ زنان یمِس محموٗدِ سیٚتۍ عشق چھُ تہٕ تسِندی کنہ سایِس ہیرودس سیٚتۍ تہٕ. سۄ چھےٚ پنٕز پاٹھۍ اکس بیٚینہ ہِنٛدی پاٹھۍ باے سِندِس قولس قدر کران تہٕ تَس خط سوزان. تس چھُ اکس زنانہِ ہٕنٛد دِل تہٕ سۄ چھےٚ محموٗدٕ تہٕ تاج الملوٗکنین کتھن منز یوان۔ تہٕ تہِنٛد دود زانان. تس چھُ شرارتھ تہٕ کھسان تہٕ ماے تہٕ ن وہتلان. سۄ چھےٚ یِمَن دوٚن اکس ماجہِ ہِنٛدی پاٹھۍ کھیاوان چاوان تہٕ وُنہٕ ناوان۔ سۄ چھےٚ پتہٕ مناسب موقس بیٚیہ تاج الملوٗکس

وَتھ ہاوان۔

مثنوی ین منٛز چھُ مُصنف عوٗموٗمن پانٕے کردارن مُتعلق کینٛہہ منوٗر وٗرِی کیتھ باوان تہٕ تہنٛز وۄنہٕ ٹھ ژھانٹھ ہیمٹھ اَکھ Running commentary دِوان۔ مگر یِمہٕ مثنوی منٛز چھِ باہم خط کتابت تہٕ گفتگو تہٕ ہاوِنہٕ آمٕژ۔ باہم کلامہٕ سیٖتۍ چھُ افروز پری تہٕ کوتوالِ شہر سٕندِ کردار بَدٕلن آمٕتۍ۔ کوتوال شہر چھُ بارعب شخص مگر چاپلوٗس تہٕ سازشی۔ حالانکہ چھُ اَکھ سیٹھاہ لوکٕٹ کردار مگر مُکمل۔ شہزادٕ سنگدیپ چھِ ہاوِنہٕ، ضِدی، مغروٗر تہٕ ہٹہٕ دھرم۔

اَمہٕ مثنوی ہُند سب پلاٹ۔ افروز پری تہٕ بہرام سٕند عشق تہٕ خاندر۔ چھُنہٕ پوٗرِ ژھنٕہ لبان۔ یہ پلاٹ ہیکہٕ وادِن دِوان کھۄن سفرن تہٕ مُصیبتن ہِنٛز آفاقیت قایم کٔرِتھ بایِتھ وَرنادِنہٕ یِمٕژ۔ مگر یہ چھُ اوکُن صرف اشارٕ کران۔ دِمہٕ کہ دعوی چھُ اَکھ universal - phenomenon مگر سب پلاٹن چھُنہٕ اَتھ خیالس کینٛہہ مدد کوٗرمٕژ۔ یہ قصہ چھُ صرف افروز پری یہِ سیٖتۍ "شاعرانہٕ انصاف" کرنہٕ بایِتھ بِڈراوِنہٕ آمٕت۔ "شاعرانہٕ انصاف" چھُنہٕ شہزادٕ سنگدیپ تہٕ بیٚیہٕ تاج الملوکنہٕ ماجہ سیٖتۍ کرنہٕ آمٕت (سارنٕے سیٖتۍ چھُنہٕ زندگی منٛز انصاف سپدان تہٕ) شاعرانہٕ انصافُک بہترین مثال چھُ بکاولی ہُند کُنہ گرٕ صحت فنا گژھن تہٕ پتہٕ اَکس تلہٕ وٲٔنی سٕند گرٕ زیوٗن۔ اَمہٕ سیٖتۍ چھُ تاج الملوکس سیٖتۍ انصاف سپدان۔ تہٕ تس ہُم پوٗتُس

آدم زاد بکاولہ سیتو خاندر یوان کرنہ۔

خاندرک چھُ مثنوی منز ترٛینہ پچھر ذکر:-

(۱) بکاولہ سیتو تاج الملوکس

(۲) شہزاد سنگلدیپہ سیتو تاج الملوکس

(۳) افروز پرٛی یہ سیتو بہرامس

بکاولہ تہٕ تاج الملوکن خاندر چھُ تقریبن کاشُر۔ مانزلاگنہ مہرازٕ شُند مسندس پیٹھ بہن۔ ترٛینیو آندو گاٹو تکیہ۔ موہ دستہ چھکُن نکاہن پیٹھ خرچ فضولی تہٕ کھُٹ دیُن۔ مگر یوت کرٕتھ تہٕ چھ یم خاندار اَڈلیکی۔ پرٛی یہ وَنوُن چھُپنہٕ ہوَنے آمُت۔

بہ رسم خود کوٗرکھ رُت شادمانہٕ

بہ ساز بربط و سوز ترانہ

کوٗرُن سعنز خاندرک بازیبا و زینت

زمین میہمانینے کرِ زرٕ ضیافت ... ... ...

سراپا خلعت شاہی وٕ دُن تس

روپیہ گُلفامسے انبر بوٗلُن تس

بہر گونہ کھیٖنکھ ہر رنگہٕ ضیافت

نبہ ما آیہ فرد سیٖچ سو نیاحت

وزان پس آیہ ساقیہ سیتہ بہ کفِ جام

ازیں شو ژایہ مطربہ ہاسے گُلفام

اوٚنکھ قاضی لیچھن عقدچ عبارٕتھ

سپُد شورِ مُبارکہٕ عمارٕتھ

(کُل شُہا اُہٕ مِصرٕ)

یہٕ خانٛدر چھُ سپدان پرٕستانس منٛز۔ بکاولی مثنوی منٛز چھُ کُل یمن شہرن ہُنٛد ذِکر:

(۱) شرقیِستان۔ زین الملک وأُلیٚ شہر (۲) فردوس۔ خاجہ وأُلیٚ شہر (۳) پرٕستان۔ فیروز شاہ وأُلیٚ شہر (۴) امران نگر۔ وألیٚ شہر راجہ بیشہر (۵) شہرِ دیوان تہٕ (۶) شہر سنگلدیپ۔ منٛدرن ہُنٛد شہر۔ اکھ کوچھ، بسکین، وأنۍ چھ پوٚرٕ پاٹھو وہ تلان۔ فردوس تہٕ پرستان چھ پوٚرٕ محل وقوع تہٕ رسم رِواج ہیچھ پٕنٕنہٕ۔ یہنٛز سرسبزی تہٕ شادابی ییچھ چھ کأفی شارٕ نیہٕ آمتہٕ۔ زیادٕ بہتر پاٹھو چھ شہرٕ دلبا ذہنہ کیس پٕردس پیچھ وٚران۔ سٔنگستان، خأرِستان۔ اجدرن تہٕ شرپین ہُنٛد مُلک۔ طِلسماتن تہٕ غارٕ فطری قوتن ہُنٛد مُلک۔

مثنوی منٛز چھُ غارٕ فطری قوتن جان تہٕ زٕ کأم ہیتہٕ آمژٕ مثنوی ہِنٛدِس context س منٛز چھینہٕ یم عقلہٕ تہٕ ادراکہ نٮ۪بر باسان۔ اَمہ باپتھ چھُ گو فنٕ سأدان تیار کرنہٕ آمُت۔ یژن وأنٛلی سُنٛد ذہن چھُ اَمہ کنہ باپتھ تیار کرنہٕ آمُت۔ تہٕ یم واقعہ سپدان چھ پٔرن وول چھُ یمن پٔتہ ژھ تہٕ پٔزھ سان یتھ توجہ دِتھ قبوٗل کران۔ مثنوی چھےٚ تمام انسأنی کمزوری یہٕ، طاقتھ تہٕ حدُود نظرِ تل تھأوِتھ

شوٗرٕ وٕ سٕپدان تہٕ وارٕ وارٕ چھےٚ وُہس جارتہٕ رفتار لبان۔ گوڈٕ گرٕ ڈٲچھ فہمہٕ ادراکچہ کہوٚچہ پیہٕ ہٹ کھٔسن واجنہٕ غاۓرفطری کتھہٕ [illegible] کران تہٕ اَمہ پتہٕ سیٹھاہ عقلہٕ نیبر کتھہٕ۔ بکاولی ہُنٛد سٔرنوٗ زیٚونہٕ یوت چھُنہٕ کہنتہ سیتہٕ انصاف کران۔ بکاولی منز چھہ غاۓرفطری قوت ییتہٕ ہاۓتھو:

(۱) آدم خور دیوٕ سُنٛد تاج الملوک نین کنٛتھن منز ییتہٕ سُہ ییتہٕ نسس یارس سیتہٕ ملہٕ ناوُن۔ یُس پننہٕ بٔتینہٕ ہمالا دیوٕنہٕ نش چھٹھ ہٕیتھ پرستان سوزان چھُہ۔ نتہٕ اوس تاج الملوکُن پرستان واتُن مُشکل (اگ بگ زٕ ہٕتھ تہٕ داہ میچر) (۲) ہمالا دیوٕنہٕ ہُنٛد حکمہ سیتہٕ کٔرِن ہٕنٛبن باغِ بکاولی ہُنٛدِ دیوارِ تلٕ ہُند دنٕ تہٕ ہیروِتٕس وٕتھ ہاوٕنی۔ (۳) زٕ مختلف ناگ۔ یمن منز ڈُنگ دِتھ ہیروِتس شکل تہٕ جنستہٕ بدلان چھُہ۔ اَتھ سِلسِلس منز چھےٚ پرن وٲرِس پتاز وٕتہٕ اندر چھہ طلسم تہٕ جادو، پھنٛد تہٕ زال۔ اَدے چھُ سُہ یم زٕ جانورٕن تہٕ وٕژھ وٲنجہ تسلیم کران۔ (۴) راتو رات سوختہ تہٕ لالو جرِتھ محل خانن تہٕ بالا دٔرِن ہٕنٛبن ناۓمیرت۔ یم چیز چھِ اَسہِ لُکہ چھارٕ پیٹھے دیوَن نِشہِ [illegible] کرانہِ رۆدِ مُتہٕ۔ (۵) رازٕ ییندرٕ سُنٛد بکاولہٕ شاپھ دیُن۔ بکاولہ چھُہ نیصیف تن کٔنہِ گٔژھان (۶) راز سنگدیپ چھُ بکاولہٕ ہُنٛد بُت مسمار کران تہٕ بکاوُل چھےٚ نوٕ سرٕ اَکس تلہ وٲنیٛ سٕنٛد گرٕزیوان تہٕ سعہ چھےٚ داہ وٕرِی شے نوٕس ہٲلس تاج [illegible] کنہٕ ہاویتھ مجسمہ کران۔

یتھ جاے چھے خانصائبن ہنا جلد باژی کرٕمژ۔ اتھ جاے ہیکہ ہن خانصاب آواگون بیتر باپتھ گوڈے فضا تخلیق کرِتھ۔ یُس نہٕ تمو کرِتھ ہیوٚکمُت چھُ۔ یوٚدوے اوکُن اکھ کمزور اِشارٕ رانۍ ییندِر سِندِس دربارس منز کرنہٕ آمُت چھُ۔ یمیٚتہٕ بکاولی نارٕ ژالنہٕ پتھ تہٕ سوٗر گژھتھ ییندرسِنٛد اُشہر آب چھکنہٕ سیتۍ بیٚیہ زِنٛدٕ گژھان چھے۔ پرٕپتھ دزنہٕ پتر چھُ بکاولی ہندِس حُسنس ہُر گژھان تہٕ سہ چھے زیادٕ کھہ تہٕ زیادٕ پرٕژلان تہٕ لوٗبہوٚنۍ سپدان۔ مثنوی منز چھے پانژن انہرُوشُن ہنٛد ذکر۔ یمن سارِنے چھُ بکاولی ہندِس حُسنس برٛونٛہہ ژنہٕ گژھُن اکان۔ یم پانژھ چھ (۱) بکاولی (۲) دِلبر ہیسوا (۳) ژھموٚ (۴) شہزاد سنگدیپ تہٕ (۵) افروز پری۔

پرۍ پیکر صنم بر عنبرین ناب
بہ مستِ خاب زن در آب مہتاب
بہ مستی سوے حجاب تن کرِتھ دوٗر
سرٛاپا اُمس زیبا لحظ نوٗر

... ... ... ...

گُلِ خوبی چھے کیٚاتس شمع روٗ ہسار
دِل بلبُل تہٕ پروانہ گوٚمُت خار
شجرِ عشقُک، ثمر تتھ نارِ پستان
بُجر تمۍ تےٚ دواسے دردمندان

وچھِت قامت یِہُند شمشاد حٲران
گوٚمُت شرمنٛدٕ از سروِ خرامان
مُدَن وارِس بَدَن ییٚژ اوس تس صاف
ہیٚی تَن برسمَن تمیٚ تر دوٚمُت ڈاف

(گُل شیٖتائُجی مِصر)

خانصاحبَن چھُہ محموٗدِ ورائے باقے سارِنٕے صوٗرژَن سیٚتیٚ اِنصاف کوٚرمُت۔ چھرا چھَکَن زنیٚ سوٗے یارژ مُشرٲوِتھ۔ تسُنٛد حُسنُک ذِکر چھُہ گژھان تام مِصرَن منٛزٕے اَنٛد واتان۔ ژٕکیٚ چھُہ یہ سوٗے ذِکر بکاولیہِ ہُنٛدُ سے۔ پتہٕ تہٕنٛدی باپتھ چھِہ سٲری سفر تہٕ۔ مثنوی منٛز چھِہ تاج الملوکَس ترٛےٚ سفر پیوان۔ یِمَن منٛز دوٚیُم سفر زیادٕ واٗرناکھ تہٕ گُڈرٕ چھُ۔

(۱) سفر پوشہ باپتھ

(۲) سفر بکاولی ہنٛدِس جستجو ہٕس منٛز

(۳) سفر— سنگلدیپ

یِموٚ سارِوٕے کھوٚتہٕ ژھوٚٹ سفر چھُہ سنگلدیپُک تہٕ کرُڈ ہٕتہٕ زیادٕ چھُہ بکاولی ژھارنکِس سِلسِلس منٛز۔ یہ سفر چھُہ بےآب صحراوَو رِکنو۔ کنٛڈیوٚ تہٕ کھمبریوٚ بیٚیھِٹو، طلسماتوٚ تہٕ جادوٚ منٛزٕ۔ اَتھ سفرس منٛز چھِہ سٲرِنس ہیروٚس کم کم صدم بَنِتھ یِوان۔ تس چھُ پیوان دیوَن سیٚتیٚ جنٛگ کرُن، خوف ناک اژدر جیٚلوٚ تہٕ ہہانو مارنی۔

پَکان راتَس دوہَس سانس نہٕ آرام
ہیوان ہرشایہ گُل کے نیب یٲ غام
بیابانَن تہٕ صحراوَن کران سٟطے
گُلستانَن نیستانَن ہیوان سپے
بدن نازُک قمر چہرہ تمُس اوس
بہ خارستان ہشتھ زوٗ ہرتھ پیوس
مُبدَّل گوس روے ناز کے رنگ
ھناپاوَن سینے یَس پارۂ سنگ
گُلبن دٕہ دٲس کوٚرمُت آفتابَن
سیہٕ ٹھاہ پوٚشید تھوٚمُت روے آبن
زبان دٕرائس چھٹتھ جان گوس مضطر
(سفر (۱) گُل بکاولی باب ہتھ)

سیف الملوکن سفر چھُ کشیرِ منز عام تلمیح بنیومُت۔ یمن سفرن منز چھے اَسہ بہترین منظر کشی دِرینٹھ گژھان۔ جایہ جایہ چھِ کُشیرِ ہندی بال تہٕ کوہ۔ سرسبز گُلی تہٕ ناگ۔ اَکھ منظر کشی منز چھ مثنوی ہندی رٕتی تہٕ زوردار شارتہٕ۔ باغ بکاولی ہنز چھے اَکھ مکمل تصویر دوہ تلاوتہٕ آمژ ہ

قدم آہستہ تروٗون در گلستان
گگن ہند اوس بے شک مٔے پرستان

زمین از زر چو سیمیں چار دیوار
مکین بیہتر بہ گُل ہائے طرح دار
چمن پوشو بریتھ آمت چھُ درجوش
کمن گوشن بیہتھ ہوشن گران نوش
گُلین پیٹھ اُسو بولان جانور تیز
شکر لحن و شکر خند و شکر ریز
قمیئر کوستور شہباز و کبوتر
شکر لب اُسو از شیرین گران تر
وُچھتھ مہتاب. گاہ مرتہ اُس بیتاب
ییمرتھ در خاب شرمندہ و غرقاب

(گُل پانشر تاجہ مصر)

بکاولی چھے منظر نامن ہنز شاعری. سہ راز ییشرہ رشند دربار اُسو تن یا تاج الملوکن محل.

کھُرکردار، وردار situations یہ موسیقی پرنول پھرتہ پھرتش منرور وزہ ہے. کردارن متلق تہ تمہنزن عملن متعلق uncertainty روزہس چھینہ تخلیقی کامہ منز اُنیہ آمرتھ. کھُرکردارہ تہ بے پرتھ حالژن چھے دوہراونہ آمرتھ. مگر یہ چھے سستی اُبساونہ تہ آمرتھ. ییتھ پاٹھی چھینہ کانہہ پوشہ وُن نقش وہ تلان. پرن وٲلِس بیہتھ چھینہ کینہہ پرتھ کرُنہ آمرتھ. مُصنیف چھینہ پرن وٲلِس

"وۄنی کیا سپد" یا "وۄنی کیاہ بنہِ" مۄڈس منز زیادٕ کالس بھاوِتھ لیتھو کھمت۔ مگر مثنوی ہُنٛد قِصہ چھُ ٹھیٹھ۔ خان صأبنی ہتھچھ چھیٚنہٕ کُنہِ وزِ تہٕ ڈیٖنچ گمژٕ۔ یِمن وول چھیٚنہٕ کِردارن یا مُقامن ہنٛدین سٕہلا بِسں منز راوان۔ ساریٚے نظرِ چھیٚ بکاولی تہٕ تاجس ہیٚچھے روزان۔ شہزادن پٕرِ ہیٚن، عام لۄکن تہٕ دیٖون مُتلق یہ کینژھ ھا تٕوصیفات، تٕوقات چھہٕ، تِم چھہٕ بٔطورِ سپدان۔ پٕرِچھتہٕ کانٛہہ کردار چھُ بٕروٗتھے خلق کرنہٕ آمتہٕ تاکہٕ مُطأبِق عمل کران تہٕ یِمن وأرِس چھیٚنہٕ کانٛہہ تہٕ ذیہنی ذکرِ لگان۔

ڈرامأیی حالتھ چھیٚ بہر حال یادٕ کرنہٕ آمژٕ۔ یِمن وأرِس ہیٚمہ روز ہیرو ہیروین خوشحال باسان چھہٕ، سُہ چھُ ہیوان پھرِکھ تٔاوِن گژھ کانٛہہ آفت یا مُصیبت، چھیٚ ہمن وتہٕ ہیوان تہٕ سورُے تاثُر چھُ بدلان۔ تہٕ یِمن وول چھُ تقدیرس وۄہیوان۔ کِردارن سیٚتہٕ قدم لاگان تِمنٛہ۔ تِہٕ ہیٚمہ ساتہٕ کانٛہہ تدبیر کامیاب سپدِتھ کِردارن ہیُٚل چھُ گژھان سُہ چھُ انسأنی عقلہٕ ہُنٛد قأیل گژھان۔ یہ چھیٚ مثنوی ہنٛز شاید اکھ خوبی۔

گُلِ بکاولی چھیٚ خانصأبنہ لۄکچار تخلیق۔ شاید کِنوٚہ یا وۄہہ وُہرِ وأنٛسہِ منز۔ تٔوے چھینہٕ اکھ منز شأعرسنٛز شاعرٕرت برپور طریقس منز لبنہٕ یوان۔ زبان چھیٚ رسمہ مطأبق فارسی آمیز۔ مگر یِم ساریٚے خأمیہ آسنہٕ باوۄجود چھیٚ یہ اکھ بہترین مثنوی۔

❁

# رعنا و زیبا | رسُل پونپُر

## تنقیدی سام

یہ مثنوی چھےٚ اکہ فارسی عشقیہ مگر اخلاقی داستانُک منظوم ترجمہ یُس الٰہ پٲٹھۍ دوٚیو سأسن شارن منز اندٕ واتاونہٕ چھےٚ آمٕژ۔ رعنا چھُ ہیرو تہٕ زیبا ہیروئن۔ مولانا نیرتہ چھُ یتھ داستانُک سَر میوان الف لیلیٰ

سبب گوٚمُت چھُ تصنیفس یتھ شوق
ہیے اوٚ مے تم دوستاہ اکھ صاحب ذوق
حُسن تہٕ ... نوٗرٕت خُلقےٚ حُسن تس
خُدا بخشاوُن سُلامت اُتھ محبت تس
لوٗکمُن نہ چھاپہٕ اتھ فرات آکن یاد
ہیوٗ تمُ ژارِن فسانہ دُرُت یہ ناچار
کتاباہ اُکس نامی شمس تقیم
کرائی تمہ پٔتھ چھیر عشاق دٕہ دٕہ
فسانہ اکھ تمی اُنہ رٕ سُے ژۄرم
دُرِ زیبا اَزان دریا سُے کھورم

کوٚرٕم سُہ مۆختصر کاشُر زبانی
ذٕہن دوہ ہیٚنہ اندر از خوش بیانی
شہ نثری اوس وۄنمُت نظم دیبا
تھوٚوُم اَتھ ناو سے "رعنا و زیباً"

یِم شار پُرِتھ چھُ نَنان زِ فارسی پیٚٹھ چھِنے یہ مثنوی کأشرِس منز حَسَن صاب حوٚلی سِنٛد وَنِنۍ پھِرنہٕ آمژ[1]۔ فارسی نوٗ سیخہ یُس گوڈٕ وَقتَس پیٚٹھ چھُ بکھأرُکہِ سُنٛد ناوٕ پیٹھ پأٹھۍ لیکھِتھ "محبوب القلوب المعروف بہ "شمسہ و قہقہہ" من تالیفاتِ مرزا برخوردار تُرکمان المتخلص بہ ممتاز فراحی رحمہ اللّٰہ۔"

اَمہِ نِشہ چھُ ظأہِر زِ اَصل فارسی کِتابہٕ ہُنٛد ناو چھُ "شمسہ و قہقہہ" نَزِ کہ "شمس قہقہہ"۔ "شمسہ" گوٚ داتُو ژٕرِن، داتُو رَژھ، کانٛشہ وۄب تہٕ سونُک مُلمہ مایہ کرِتھ پرٕنگ تہٕ۔ "قہقہہ" گوٚ اَسُن کھٕنکالہٕ تہٕ تہٕ ایرانکہِ اَکہِ قلعُک ناو تہٕ۔ دیوارِ چیٖنس تہٕ چھِ وَنان یُس تاتارنہٕ خطاکس بنس منز بأگ چھُ۔ وَنان چھِ زِ یُس اَتھ پیٚٹھ کھٔسِتھ لبہِ ان کُنُن وُچھ

---

[1] حَسَن صاب اُسۍ شأیِر تہٕ نعت تہٕ منقبتہ اُسۍ لیکھان تہٕ اُلفت اوسکھ تخلص۔ یِم اُسۍ لَسہٕ پیر صأبنۍ فرزند حَسَن صأب اُلفت چھُ ۲ جمید الثانی سنہ ۱۳۹۱ ھ (۲۷ جُلے سنہ ۱۹۷۱ء) منز یتیمہ عالمہٕ گأمتۍ۔ یِمَن اُسۍ مثنوی مولانا رومی تہٕ زبانی یاد موسیقی ہنٛدۍ تہٕ اُسۍ دلدادہ۔ [2] یہ چھُ حیرت صأبن شاگرد ضوور وُرژ کِتھ اوٗنمُت۔

تس چھُ بےٚ واریاہ اَسُن دیوان۔ یہ چھےٚ آقا مرزا محمد صاحب شیرازی ین سنہ ۱۲۹۸ھ یَس منٛز بمبیہ چھاپ کٔرمٕژ۔ شیخ سعدیؒ سٕنٛز گلستانہٕ ہٕنٛدِ پأٹھی چھِس منٛزِ منٛزِ اشارتہٕ پرٛوٚنٕہ آمٕتۍ۔ یہ کتاب چھےٚ مولانا حیرت سٕنٛدِس خاندأنی کتبٕ خانس منٛز محفوظ۔ "رعنا و زیبا" قصہ چھُ "شمسہ و قہقہہ" کتابہِ ہٕنٛدِ ہُنٛد سہ بابہٕ پتہٕ شوٗروٗ گژھان۔[۱]

پیر قادر شاہ آرم صأبن چھُ قطعہ تأریخ ییتھ کنۍ وٲنمُت ؎

عدد دل ریخت جان شدٕ خرم و خوش
بتاریخش بگفتم نظم دلکش ۱۳۴۴

ییتھ پأٹھۍ چھُ "رعنا و زیبا" مثنوی ہُنٛد چھپُن وُنی سنہ ۱۳۴۴ھ کٕھر گژھان۔ مرحوم آزاد چھُ سنہ ۱۳۴۴ھ لیکھان یُس امہِ حسابہٕ غلط چھُ۔ محمد سیف الدین صأبن قطعہ تأریخ چھُ ؎

قصۂ رعنا و زیبا طبع گشت

امہِ لِکھتہٕ چھےٚ یہ مثنوی سنہ ۱۳۴۳ھ یَس منٛز چھپان۔ خبر آزادن کیٛاہ چھُ سنہ ۱۳۴۰ھ رٕژھتہ اوٚنمُت۔

یہ کتابہٕ چھےٚ کَہ ووٚڈے وَنٕنہٕ آمٕژ: مولانا حیرت کاملی ین چھےٚ

---

۱۔ "شمسہ و قہقہہ" کتاب وُچھ مےٚ پانہٕ۔ یہ چھُس مولانا حیرت سٕنٛدِ ین دوشوٕنی صاحبزادن ہٕنٛد سٕتھے شکر گزار یِمو ووٚتھوو مےٚ سورُے موٚاد۔
آمُت۔

"رعناوزیبا" چھُ رادٕہَن دوہَن اندر لیکھمُت۔ دوٚن ہاسَن شارَن ہُنٛز یہِ سوہ ہرَن پتھ چھےٚ خامی یوٚ باوجود تہُنٛد اکھ پھرَن لایق کارنامہ۔ پلاہٕ رٔنٛگو چھےٚ یہِ مثنوی "گُلریز" لرِ لوٚر پکان۔ "رعناوزیبا" کٲشرِس شرٕ پھرِ نمٕ یِیس تہٕ جذبہٕ ذمہ وار چھُ۔ فنکٲری انداز چھُنہٕ یہِ تیُتھ ووٚنُتھ باسان۔ رعنا چھُ بازِ پیا مسعود چھُ یا گُلرو، ہٲنٛز چھُ یا بٮ۪ییہ کانٛہہ کردار۔ سٲری چھِ ہیٚ تھوٚزھ تہٕ بے رنگ باسان یِمہٕ مٮ۪ٕنٛز موٚنی ہوس۔ اَمیُک بوٚڈ بارٕ وجہ چھُ یہِ زِ مولانا حیرت چھُ اصل قصس ژوٚر یہَن لور رٗودمُت۔ حالانکہ تِمی چھےٚ ژھوٚ حرس تہٕ کام ہیٚتھ مژٕ۔ چنانچہ ملک ریحان ہنٛدِس مرنس پیٹھ چھُ اَصل نوسخٕکی یِم شار تہٕ ژراوِنہٕ آمتیٚ

ہر کہ افروزد بہ بزم زندگی شمع وجود

سازدش خاموش آخر سیلئ بادِ اجل

در سرانجِ خرمنِ عمرست دایم برقِ مرگ

زندگی کی محو گردد یکدم از یادِ اجل

طایرِ ہستی اگر در چرخ سازد آشیاں

عاقبت گردد اسیرِ دامِ صیادِ اجل

"رعناوزیبا" مثنوی چھےنہٕ اَگر مربوط فنکٲری تجربکو پاٹھو سوہ ہرنہٕ آمژ، اوکنہٕ چیز تہٕ اَمہِ مثنوی نگٲری یا کردار نگٲری ہنٛد تھدِ کھوتہٕ تھوٚد معیار برونٛہہ کنہِ تھوٚوِتھ۔ "رعناوزیبا" پرِنہٕ۔ تہٕ کیٚژ زٕ مثنوی نگارِ سنٛد مطلب چھُنہٕ کردار نگٲری بلکہ نفسِ ژکہ وگہ روٗس گرٕ وگہ رٹنہٕ باپتھ اخلاقی

تألیٖم دِنۍ۔ رِوایتی طور چھ یِمَن قِصَن منٛز تمثیلہ اَنِنہٕ یِوان یُتھٕ اَصل مَقصدس ذٕرِیہٕ یِہ پوچھر لگہِ۔ "رعنا و زیبا" مثنوی ہُنٛد اَلہٕ پَلہٕ نِصف حِصہٕ چھُ تمثیلَن نذر سپُدمُت۔ جاوِبے جاوٕژن تہٕ غزل تہٕ چھ پَروٕنہٕ آمٕتۍ۔

مےٚ چھُنہٕ باسان زِ اَمہِ سیتۍ کیٛاہ چھُ کاتھہٕ اخلاقی مقصد پوٚر گوٚمُت یا مثنوی ہُنٛد ہیٚنٛز وَنُن کیٛاہ چھُ سوٚ بڑٕ ٹھَمُت۔ موزون تہٕ مناسب وٕلگنُن دِتھ ہیکہٕ ہے مثنوی نگار "رعنا و زیبا" فنکارٕ سٕہ تجربہٕ رنگا رنگ دِیشہٕ حمَن بناوِتھ۔ مثنوی ہُنٛد اَکھ اَکھ شاعرگرٕ تھ زٕنتہٕ اَکی ہیٚسے حانہٕ پَروٕنہٕ آمُت آسُن۔ یُتھ تہٕ کَنہٕ تہٕ جایہٕ وٕژھر یا ژھین بابہ۔ ژھعہ چرس کام ہیٚتھ گرِتھ اَچھرا اَچھر واجہ ہُنٛد کریِنگکو پاٹھٕ یِمَن پَنٛنہٕ جایہٕ جوٚڑتہٕ آمُت آسُن موزوٗن، موزوٗس، تشبیہو، استعارو تہٕ کنایو گرِتھ کاتھہٕ کتھ یا واقہٕ سانِین اَچھن برونٛہہ کُنہٕ نٔژنہٕ لَگُن تہٕ خیالی اُسہٕ تہٕ پوز باسُن سانٛزٕ مثنوی نگار چھِ اور کُن تہٕ کمے ییٚہن دِیان تھوان رُودی ہیٚتر بشلَن نیتو کھ "رعنا و زیبا" مثنوی ہُنٛدِ یم تہٕ ییتھ ہوی شارے

پری پیکر پری روی و گل اندام
دل آشوب و دلازار و دلارام
بقامت سرو محشر کُے عَلا مہتھ
قیامت گُفتہ از دورش سلامتھ

وَنُن چھُ یوٗتے۔ "زیبا اُس ترٛٹھ حسین زِ قیامتھ تہٕ اُس کَن رٹان تہٕ کیٚنہہ الفاظ چھ بےجا ورتاونہٕ آمتۍ۔

سہ زورٕق تیٖز پکہٕ ناؤ ناخدٕ دایِن
ستمگارن جفاجو بے وفایِن
غرضٕ تمہِ ناخدایِن بے شوٗعوٗرن
زِ سرتاپا، سراسر پُر قصوٗرن

گمہٕ ڈٕنگس شارس منٛز چھُ وَنُن "ستمگار ہٕشٕرن پکہٕ ناؤ شکارٕ ہوسیٹھا تیز" تہٕ الفاظ تہٕ وُچھتو کم کم چھہِ حالہ پرٛدِتھ۔ ییتھے کُنہ چھِینہٕ بٕییہ شارُکس دوٗیِم مِصرٕ اَتھ منٛز کانٛہہ تہٕ ہُر ہِر۔ پزٕ ہمش پرٛ زٕھینٛی شارٕ ٹھرٛے ہیکہ گِنہ تہٕ شاعری ہُنٛد حُسن بگاڑٕتھ۔

"رعنا تہٕ زیبا یہٕ" مسعوٗدس تہٕ گُلروٗ یہٕ ہُنٛد وصلُک تصویر کُھلن وِزِ تہٕ چھِنے مثنوی نگارس زٕنتہٕ بڈٕ جلدی اُسمٕژ؎

کوٗرُن تمہِ رخت شاہی خواب دربر
اُژانٛی گو بہ خلوتخانہٕ دِلبر
روٗٹُن با کامِ دِل دِلبر در آغوش
تِھتِھے تمہِ وصلہ نشہٕ چھُ بے خبر ہوش
زِ شرمِ دلبری زیبا سپنٛز آب
بتارہ کھتمو تمُس بر روٗئے گو لاب
کوٗرُن تمہِ از نسیمِ کامرانی
شگفتہ غنچہٕ باغِ جوانی
دُرِ ناسفتہ زِ الماس نمنا
سپُن تتہٕ سُفتہٕ ناگفتہ زیبا

(زیباہ ہُنٛد اَژُن موکھٕنۍ آو تہٕ تمناہکہ الماسہ سیٖتۍ ژوٚنبنہٕ) اَژُن موکھتہٕ گےٚ اَنہٕرۍ شِتہ۔ اَمی چالے سعہ گُلروۓ سمن بو

پٔری رو آتشِس خویا سمن بو

اَمی شبہٕ دٲرٕ در آغوشِس مسعوٗد

ز بوسہ نیوٗن یکدم ہوشِس مسعوٗد

عاشق تہٕ معشوقہٕ سُنٛد وصلُک یہ پُر کاف منظر چھُنہٕ پننہِ شوخ رنگہٕ سیتھہ بروٚنٛہہ کُن آمُت۔ اَکثر شارچہ فارسی ترکیبَن ہُنٛدِس مَلبسَس تَل گٲمتۍ ؎

دُرِ ناسُفتہ ز الماسِس تمنا

سٕپُن تتہٕ سُفتہٕ ناگُفتہ زیبا

وٕنہِ کتھ عُرِیان یا ننہٕ کتھ چھُ پَرٕدٕ روٗدمُت؟ یہ چھُ ٹھیکھ زِ مَردَس تہٕ زنانہِ ہٕنٛدِ وصلُک تصویر تُلُن چھُ اکھ نوٗزُک مرحلہ۔ یِتھ مثنوی نگار حیرت پننہِ فنکارانہٕ تردستی تہٕ وَیہ وِنہٕ لفظہٕ ورتاوِ سیٖتۍ بڑٕ جان پأٹھۍ طےٚ کرُتھ ہیٚکیٚکہٕ ہے۔

مولانا حیرت کاملی یَس چھُ "رعنا و زیبا" لیکھان فارسی تہٕ کٲشِر مثنوی نگٲری ہِنٛزَن روایژن کُن دِیان تھوٚدُن پیومُت۔ اُکِس کُن وُچھتہ چھےٚ فارسِچ آمرٕ ترتیٖب کھ چھےٚنہٕ بروٚنٛہہ کنہٕ اُسِتھ تہٕ پٔتِم قدٕ قامتھ ہاوِتھ میٚچھرٕ نہٕ کیا زِ فارسی زبٲنۍ ہُنٛد اثر چھُ مولانا حیرت سُنٛدِس تخلیقی مزازَس رنٛگہِ رنٛگہِ حاوی روٗدمُت۔ یِمہِ کنہٕ مثنوی منٛز مقامی رنگ تہٕ خال خالے دِرِتھ چھُ گژھان۔ مولانا حیرت سُنٛد تخلیقی جذبہ چھُنہٕ

دُگانِکہ گرٛھِنہٕ کِنہِ جہار ہٲوِتھ ہیٚژٕ کمٕژ۔ تہٕ اَسہِ تہٕ چھ اُسہِ واریاہ مَن شارن ہٕنٛدِس اَنس منٛز۔ ہیٚوٗن ہیٚوٗن تصویرن ہٕنٛدِ عکس وُچھان۔ زیباہ ہٕنٛد سراپا چھُ یِمہٕ اَلماہ وٕکھناوِنہٕ آمُت۔ حالانکہ موضوٗع چھُ قلم کشہٕ کڈِتھ ییکھنُک ؎

شبُن کیا سُم دراں موے مسلسل
پٕرزلوٗنی کالہ اَو برس تل وُزہ مٕنٛز
سرٛزر کارے تھرٛزر تَس کیا شبانی
نظر تھٲنٛزے چھیٚتہٕ تاراج جوٲنی
کمر اَڈیٚل تہٕ زاوُیٖل زن نَدر کوال
نزاکتھ تَژھ تہٕ چھیٚتھ روزاں شاوال
کھوٚرٕ پھٕلی زن دُرہٕ پھٕلی تَس نیاوٕنی
پٕدن تل آفتابس وَس دٕپاوٕنی

انداز بیان ریوایتی اَسہِ تہٕ چھیٚ یِمن تہٕ یِتھیٚن ہیوٗن شارن شرٛزدٲنی کھسہِ وَس تہٕ سادگی قابلِ داد۔ یِتھیٚ پاٹھی چھ مٲٹھس مَدنَس رعنا ہٕنٛدِس دَور رَس منٛز زیباہ ہٕنٛدِ سینہٕ ونی ویدا کھ تہٕ وانٛجہ تٕرتھ گرٛھان ؎

ستمگارو ستم کوتاہ بہٕ ژاسے
یِتم دَرشُن دِتم ڈٲے جسے بہٕ حالے
وِسہ لو گلرو یہ مُشکیں مویہ موژل
ژلو گلبو یہ نیکو خو یہ مو ڈل

متو ژلتھ متیو دیوانہ کرتھس

بعالمہ در بلا افسانہ کرتھس

گرٹن عشقنئ پتھس لگیمژ ژٹن چھس

کرٹن چھس غم دلس اندرے رٹن چھس

گرٹن، ترٹن، کرٹن، رٹن ہیو کر موزون الفاظ انہ چھ آواز وسیتو زیبایہ ہیند فراقک عالم اچھن برونہہ کنہ گتہ گیور کران انہ آمت۔

صبح چھ کیہ تام انداز نورانیچ علمہ ہیہہ شگرن ہیہہ وانان تہ راتھ الوداع کران ؎

کوہن پیٹھ تام نورانیچ علمہ واتھ

صبح پھول از جہان پرواز کور راتھ

ستارہ گے پہاں خورشید نوّن ژراو

دگر گونہ جہانن شیوّر پا راو

ملک رعنا چھ زیبایہ دایہ اتھہ چھٹی سوزان۔ سہ چھ زنتہ پانہ تہہندس برس تل تس پیٹھ پاٹھو زارو نان ؎

ژ درخشندہ بہ در ماندہ برس تل

گلبتہ گومت دلتہ چھم عشقہ ہانکل

گژھو نیر رتہ شبانہ ژور ژوری

نتہ چھم نار للہ ون لادِ موری

زیبایہ ہند اتھہ در جواب خط چھ پرِی کنو اکس بر تکیہ آمت یادن مژ

ہِنٛدِین جذباتَن ہِنٛز عکاسی کران۔ یِنٛہِنٛدِس ٹاکھِس مَنٛز پان آیُت تھوٚنکھ جذبہ چھُ اَچھِر اَچھِر ہِنٛز پھٹھ پھٹھ دٔرامُت۔ یِم شار چھِ بر محل تہٕ اِنسانی فِطرٕژ سیٹھا نزدیٖک۔ لفظٕ وَرتاو چھُ موزوٗنس لوٚت تہٕ وَیہ دُن خاص کٔرِتھ چھُ بے منزِل سفرس نیرنک جذبہٕ تھپکِن لایق تکیاز یوٚہے چھُ سون لُکٕ لون سے

ؤٹِس ماے گٔژھِس کمہٕ عشقہٕ زالہ
گٔژھِس زَن شین بوٚچانہٕ خیالہ
مےٚ اوسُم غم زٕ ما آشکہٕ بہٕ اغیار
یہٕ کوسُم مےٚ خموٚداین آوتَس عار
پٔرِتھ نامہ بہٕ درجامہٕ وٕتھِس نہٕ
بہٕ ننگہٕ و نامِ خود ہرگز پٔرِس نہٕ
چھُسے بوٚ بر وفا لاگِم وفادار
کدِمہِ از غنچہٕ دِل مےٚ غم مک خار
تیارِی کرٕ تہٕ نیرِو شامہٕ گاشہٕ
کرِو مانندِ بُلبُل بولہٕ باشہٕ
مہٕ کرٕ دیری مےٚ چھم بیری دِوِن از شاہ
پکوٚ ژیری گژھو درِ راہِ بے راہ

# قمرالزمان بدورا | مشعل سلطانپوری

## تنقیدی سام

کأشرِ زبأنی منٛزٕ یِم تہٕ مثنوی چھےٚ تِمَن ہِنٛدۍ قصہٕ چھہ اکثر دۆیمیو
زبانو نِشہٕ وۄرٕژِمٕ اَنِنہٕ آمٕتۍ۔ چُنانچہ "قمرالزمان تہٕ ملکہ بدورا" قصہٕ تہٕ چھُ
اُلِف لأیلہٕ منٛزٕ نِنہٕ آمُت تہٕ اَتھ مُتعلق چھُ شأعِر سُنٛد پنُن بیان زٕسعۄ
مرگٕ ہِنٛدۍ شیخ احسنَن پیٛٹھہٕ میأنۍ اہلیہ تھۄ وُچھ تمۍ یود میٚہ ظعوَن سہ

میانِ اُلِف لیلا چھےٚ قصہٕ جان
ظرافتہٕ تہٕ لطافتہٕ تہٕ سیٚٹھا جان
بہٕ اوٚردوٗ چھےٚ شہ دٕیہٕ نمت اُوستادن
زِ عربی کوٗڈمُتۍ تمۍ با مُرادن
یہٕ قصہٕ وٕلہٕ ناوُن جانہٕ کوٗشُر
لطافتہٕ کأشرِس گژھہٕ جانٕ کوٗشُر

شأعِر چھُ پننہٕ اَکھ دوستہٕ سُنٛد وَنُن پٔھرِتھ ہیکان سہ

لوٗگُم تیٚشرن دوہن شےٚ پتہٕ وارا
یہٕ اوٗسُم دوس کینٛہہ زونُم تہٕ چارا

تہٕ اَمہِ حسابہٕ چھہ یمن شاعرن منٛز تروہ وٕژن تہٕ شامِل۔

اَتھ چھاپی نوٚسخس چھہٕ ناو "عشقہٕ ژیٹھو - قصہٕ قمرالزمان ملکۂ بدورا۔ ہردو حصہ کامل۔ منقول از الف لیلا" مترجم رٕژ بادٕ چھہ منشی غلام احمد صاحب ٹنگی پوری' مثنوی منٛز چھہ سُہ جایہ جایہ پننٛ تخلص بشیر ورتاوان ؎

مے کڈتم از ضلالت چھکلہ ژہ ہادی
بشیرس کامہٕ از دل رنج دٲدی

بیا

بشیرا سوز دِل ہیتھ روز ہمدم
بشارت چھےٚ تمن یمی ژلی غم

یِمہ مثنوی ہنٛد زبانہٕ چھہٕ سُہ ییلہٕ لکن غائر فطری کتھن پیٹھ یقین اوس۔ پرٛکہٕ تہٕ ترجن۔ اوٚہہشد وٕڈُن، شاف دِیُن۔ کام کرٛنی مگر بوز نہٕ یِیُن۔ کھسہٕ وٕنہٕ وسہٕ وٕنہٕ پھیرن۔ خشکہٕ منٛز سفر کرنہٕ باپتھ صرف گُرِ، وٕنٛنٹ تہٕ ہٕسی تہٕ آبہٕ منٛز سفر کرنہٕ باپتھ ناو تہٕ جہاز آسہٕ۔ اِنسان قدرٲتی دِنہٕ یِنہٕ۔ داداے خارو سیتو اولاد بنہٕ۔ راچھ خاطرٕ چھن تہٕ تاوِیزن پیٹھ پرٛزھ آسہٕ بیترٕ (یہ سہ وٕنہٕ تہٕ قایم چھےٚ) یہٕ گژھ چھنکہٕ ذٔریہٕ نظرٕ تل تھاوِتھ چھہ یہٕ زبانہٕ ذہنی ہیتھ پوٚشہ شٔے مر پرٛزٕوٕن۔

یتھ قصس منٛز چھہ اَسہِ کُلہم پانٛژھ عرب ایرٲنی ماحول

تہٕ چھُ یہٕ قصہ کأشرِ زبأنی منز پھیرتھ وُنس تُلان۔ گوڈنیک جلد اندٕ واتناوِتھ چھُ سُہ یہٕ کأم تُلتھ تھاوان۔ یتہٕ چھُس بیاکھ یار ووسۃ اکبرُن نیچو احمداللہ ہمہمحۃ دِوان تہٕ دپان سہ

سُہ قصہ یُس ژٕنہ اوسُے بوٗنٹھ وونمت
بہٕ اوردُو کأشرِس منز چھُے ژٕنہ اوٚنمت
سُہ کرتن ختم تھوٚوتم واہ احسان
بہر مشکل کری معبود آسان

پیٚتھ کُنہٕ چھُ شأیر دوٚیم جلد پوٗر کران۔

گوڈنیک جلد کرٕ چھُ اند ووتمُت تیٚمہ کیٚنہہ شہادت چھےٚ میلان۔ اما پوٚز دوٚیمہ جلدٕکس اندس پیٹھ چھُ تاریخ قصہ ۱۲۴۱ ھ۔ تاریخ غار چھُ سہ۔

آہ از دِل کوٚڈُم سوہی بأری
گفت ہاتف ترانہٕ خلدان

صوری حسابہٕ چھُ ترانے خُلدان ۱۲۶۶ ھ بنان۔ اگر وول حرف لفظی حسابہٕ اکھ قیمت دِمو یہ بنہٕ ۱۲۵۱ ھ۔ پتہٕ کُنہٕ چھُ اکھ مثنوی ورِی ژوٚییہ تام تر بأچُ میتھو۔

اُتھ چھأپی نسخس منز چھُ لیکھتھ زِ امہ تصنیفکی کُل اشعار تیٚہ ۳۲۲۰۲ سنزہ ستو دُہ شُنہ تہٕ تیٚنترہ بأژھ تیداد غزلٕ ابیات خمسٕ تام تھوٚ یاد

نظرِ گژھان۔ جاین ہنٛد ناو، خُلدان، ابونی بیتر، کردارن ہنٛد ناو، قمرالزمان، بدرالبدر، مرزبان، حیات النفس بیتر۔ بیابانن ہُنٛد سفر۔ سوٚدرِ رٔوین تاردیُن۔ تاج پوٗشی ہُنٛد رسم۔ عشق بازی ہنٛد طریقہ۔ خاندٲنی ہنٛدی رِواج۔ باغن ہُنٛد بیان تہٕ تارٟیف۔ نجوٗمین ہُنٛد شاہی دربارن منٛز اثر رسوٗخ بیتر۔ اما پوٗز مثنوی منٛز چھےٚ شاعرن پننےٚ ماحوٗلُک ترجمانی کرٟمٕژ۔ واقعات ترتیب دِنہٕ وِز چھُنہٕ یِمَن اوٚنٛد پوٚک مُشراونہٕ آمُت۔ عرب ایرانی قصہٕ آسِتھ تہٕ چھےٚ یہِ دلیل بێیتھ باساں۔ کٲشرےٚ نبنہٕ یِوان۔ کٲشرِن ہنٛز زنانہٕ مُتعلق راے۔ اولاد کانہٕ چھُنہٕ خاطر دِشتہٕ تہٕ رشتہٕ گنٛڈنہٕ۔ اولیاء اللہ ہس سیٚتھ عقیدتھ۔ خاندٲنی بیہِتھ پٕرِ لاگتھ نِیامژ رَنٛنہٕ تہٕ ضیافژ کرنہٕ۔ مہرنہٕ یارٕ اوکرنُک طریقہ۔ باغن ہنٛد شیرن یارن ہنٛد نێنٛدرِ دُزناونُک انداز۔ یٔتھ بیہِتھ کھسِتھ کھسِتھ تماشہٕ وُچھُن۔ کٲشرِ کھوٚژ تہٕ باپتھ بیرن فقیرن اتھ پَرناوُن۔ اختابہٕ کھسنُک تہٕ لوٚسہٕ نُک نظارٕ۔ کٲشرٕ قالینہ۔ فرش فروش کرنُک آے۔ کٲشرٕ میوٕ۔ کٲشرِ پوشاک۔ کٲشرِ چاے۔ جذبات اظہار کرنُک کوٗشرٕ طریقہ۔ وٕژنن منٛز کٲشرِ مقام تہٕ یێتہِ چھ چایہٕ بیتر۔ یێمہِ شہادتھ ہم شار دِوان چھِ۔

قمرالزمان چھُ وَنان سہ

زنانا بد چھےٚ ہرگز کر گژھی نیک<br>
زنانو دانہٕ ہن کیتھن گژھ ژیخ

مرزبان چھُہ پناہ منگان ـــہ

بہ چھُسنا خاک پاے اَنبیاؤن
سگِ در چھُس بہٕ سارِنٕ اولیاؤن
شےٚ چھَم یٔژ پرٛتھ پیٛٹھٕ ہر دم بعالمؔ
ہتے چھُم بوڈ پیر شاہ غوث الاعظم
جناب شیخ حمزہ پیرِ کاٗمل
کران سُے چھُم بہ ہر دم حلِ مُشکل

قمرالزمانس خانٔرس پیٹھ ـــہ

دُراہ لاٗچکھ تہٕ ناٗرکھ رۄسے ہانٛگل
گدایان جہان پٔاران برٛتل

بدورِ بیہ ہُشد ہاُراو ـــہ

اَنٛکھ ژھاٗنٛڈتھ مشاط پرٕ کمالا
سوہ حوٗرا زن بہشتُک خط و خالا
اَژن سامانٕہ ساٗری سیٛتو پانس
مُژرن ووڈ تمِس جانِ جہانس
میان موے مُشکین جوے اَنٛزنس
الکہ ژاٗنٛکھا تمِس تتھ تارِ وٕنٛزنس
سوہ تالہٕ اَنٛز ژاٗنے کیا بہ سیاہی
چہ برقِ تیز برابرِ سیاہی

بدورایہ ہینْد قمرالزمانٕس وُزٕ ناون سے

تُلان تس تھوٚد کرائی گوٚرٕ گوٚرہ

تٕہ تھوٚد وہ تہ میانہٕ کینہ کینہ دوٚرہ

قمرالزمانُن قاصدٕ شیٚن یُن سے

یکان شہزادٕ سیٚتی قبلہ گاہس

پتٔھو بیہتھ لکھ وُچھائی اٰسہٕ ماہس

قمرالزمانس بجے حال گرٕ ھنس بیہتھ سے

وزیرَن دوٚپ گوٚمُت دیوانہٕ مجنوٗن

پہٕ شایہ کھوٚرٕ شمُت پرٕ تٕ قوس افسوٗن

بدورایہ ہٕنٛز نالہ زاری سے

گہے خنداں وگریاں منز دبسالَن

دیان یوّت تام ہیوٗ اَفتابہٕ بالَن

قمرالزمانٕنہ تاجپوشی وزِ سے

سنِیٚن ارشاد قائیلینْن بکشہر

زِ جرمن مشکہٕ نادٕ کھ باسن زر

مکانَن گیٚنھ کوٚرکھ دیوانخانَن

حلہ چھوٚکھ بہرجا شامیانَن

نِکھبائی کران چھی زن سفیدان

گُشہٕ بتہ وردی ستادہ چھیٚ میدان

گیلامن ہشِر سعہ خوٗبی کیٛا وَنے بو
نہٕ ہالے چھی نوان ڈالے بہرسو
بباغِ حُسن زن جانب اَزمو ترٛشیلے
دِوانی جوش کیٛاہ چھے سونتہٕ ویلے
زہر سو شور ظُلمت پوشنوٗ لوٗ
بہٕ مستی رتم دِیان ہے ہے یہ کیٛا گوٗ
وو ظہرمُت سبز باغس زَن چھُ مخمل
دِوان تتھ پیچھ بہارا ہی تہٕ مشوٗل

چاہہ ہندی تارٛیف سے

خوٗصوٗصن کاشرین ہُند راحتِ دِل
اَکے دا مہ گرٛشہان چھی زٕنْدہٕ بسمل
کہ نامش چاے درجنت بہنز جاے
بنازو ساز از دِل مے ژلیم گراے
اَمے چایے سٕتے واے دِل چھُ دوٗلمت
اَمی سٕتین دِلک پمپوشہ پھوٗلمت
اَمی سٕتین دِلہ درویش روشن
اَمی سٕتین نشاطمہ و ڈال چھُ روشن
اَمی سٕتین پُرٕ ژھس خاطر کرانی
اَمی سٕتین چھہ مُفلس رِڈ برانی

یٔژدوَے پہٕ مثنوی لیکھن وٲلی یِتھ مثنوی کُنہٕ رٔنگہٕ سام ہاوُنس بوٚنیُتھ ٹھاک کرٕتھ ڈھوٚدشت چھُ تہٕ وٕنمُت چھُن سہٕ

نہٕ چھُم عٔلما نہٕ چھُم طبعس نکوئی
نہٕ ہوٚرُے جُرٕتھ کوٚرُم در شار گوئی
ولے چھُم عرض خدمت اہلِ ہوشن
تمن دانا دِلن جوہر فروشن
کرن نہٕ نوٕ کتہٕ چینی بر حماقتھ
مگر لاگن نہٕ ہرگز بے مُروتھ
غرض اوسُم نہٕ ہاوُن علم دٲنی
مےٚ ہرگز چھُم نہٕ وُچھمرٕ قصہٕ خٲنی
وَنُن اوسُم فراقک داستانہٕ
بہانہٕ قصہٕ کوٚرُمس در ترانہٕ

اَما پوٚز یِمہٕ وِزِ سہٕ اَتھ دٲیرس منٛز آو۔ مثنوی گو بنیاو۔ تس چھُ مثنوی گوئی ہُنٛز کھوٚرچہٕ نیرٕن۔ تیٚنٛدی دِتی مِتہٕ وٕ جوہات رچھ موقول تہٕ پہلہ عوٚذر ذٔرُس۔ یِیمہٕ نہٕ قصہٕ خٲنی وُچھمرٕ آسہٕ تس کتہٕ آسن اَیکو لوازم موٚنوٚم۔ مگر اَتھ کیا کرِو زِ سہٕ آو مثنوی گو مانِنہٕ۔ اَمہٕ لحاظ چھُ تِہنٛدس دٲلیس نہٕ پرکھاوُن وٲلیس عنوٚدرٕوار وُچھن زِ یِتھ سعہ نیس منٛز کٲژہٕ ہُن چھِہ پاسہٕ۔

یہٕ چھُنہٕ کینٛشہٕ طبع زاد یانے سَنہٕ ڈرامہٕ قصہٕ زِ پلاٹ چہٕ کمزوری ہُنٛز ساری ذِمہٕ وٲری کھسیہٕ شاعرس۔ یہٕ چھُ بوٚنیُتھ موجوٗد اوسمُت تہٕ

شأیرن چھُ یہِ کأشرِس نظمس منز پھیرُ مُتےٚ یوت۔ وُن گوٚ شأیرٕ سُنٛز کأم أس یہِ قصہ تمہِ انداز زٕٹھ واٹھ کرِتھ، ترتیب دِتھ تہٕ شیرِتھ پیرِتھ پیش کرُن یُتھ یٚمیٚتیک پلاٹ جاے دوٗر، شُوٕ تہٕ زُوٗل باسہِ ہیٚے۔ یہِ مثنوی چھےٚ وُہمہِ صدی ہٕندِس گوڈنِکس ژٕہ باگس منز لیکھنہٕ آمٕژ۔ یٚیلہِ زَن کأشرِس منز مقبوٗل شاہہ گرالہٕ وأری تہٕ ولی اللہ متوٗ ہٕنز مثنوی موجوٗد أس۔ یَتھ قصس منز چھُ دوٚیمہِ جھٹک، تِتھہِ ہُر نمانہٕ باسان۔ یہِ روزِ ہا او لمِس حصس تام تہٕ مکمل تِکیازِ قصُک ناوے چھُ "قمرالزمان تہٕ ملکہ بدورا" أمہِ ہنٛدِس خانٛدرس پیٹھ اند وأتِتھ تہٕ یِیہِ ہا یہِ پوٗر لَبنہٕ چینوٗرُ وأتھ أس تہٕ دوٚیمہِ حصچ۔ وُن اگر یہِ سورُے قصہ تہٕ أسہِ پلاٹ مانون تہٕ دوٚیمہِ حصُک قصہ یُس نَنہٕ وانہٕ أمہِ نِسبہٕ بٕتھوٗن تہٕ یِتھ پأٹھۍ اکھ وُرٛاہ واٹھ باسان چھُ تہٕ اَتھ سیٚتی شأمل کرون تویہِ چھُ اکھ دارِ نِکہ جاۓ ڈیجر تہٕ کانٛہہ گنٛڈ گنٛڈے چھےٚ نہٕ روزان۔ مثالہِ پأٹھۍ قمرالزمانہٕ خانٛدرُک مسلہ۔ مرزا بانہٕ دُمہِ سٕنٛچ پچھو بوزِتھ، ٹھیک گژھِتھ تہٕ قأدٕ منز نیرِتھ گوٚ ژھ اموٗ سُنٛد مول بٕنِیہِ یہِ کتھ تُلُن تِکیازِ تس اوس امیُک سیٚز طبع مگر اَتھ چھُنہٕ بوٗجی ووہ تھان۔ یٚیلہِ امجدس سۍ زنانہٕ سمکھان چھےٚ تہٕ تمہ دوشوٕے پادشہ سنٛدِس داروغہٕ سُنٛد گرٕ أژان چھِ۔ سۍ زنانہٕ کیازِ چھےٚ داروغہ قتل کرُن یژھان۔ وجہ چھےٚ نہٕ کٕنہہ۔ قمرالزمان یٚیلہِ گرٕ زوٗل نہٕ اَدٕ وتہِ پنُن خوٗن موٗتھمُت لباس ژٕھوٗن پادشاہس گونا یقین زِ سُہ چھُ مارنہٕ آمُت۔ یَتھ کیازِ ڈرٛاو سُہ أمِس ژھانٛڈنہٕ؟ قمرالزمان یٚیلہِ

باغوانس نِش رؤد۔ نیرِن وِزِ کیٚتہٕ اُنِ باغوانَن تیٚمِس دولَتھ تہٕ تٔمِس بخشُن سہ کیٛازِ دزاو تٔمِس نِشہٕ؟ قمرالزمانَن کرٕ زنانَن ہٕنٛز شکایٚژ پیش تہٕ کٔرِن پنٕنیٚو نیٚچو کۍ مارِ واتھٕ لَن حوالہٕ۔ یِمو تیٚہنٛدۍ خوٗنہٕ بَرِتھ پلوٗ تہٕ تٔمِس ہاوِ۔ یِتھ کیٛازِ دزاو سہ یِمَن ژھانڈنہٕ۔ شاہ خلدانَن کوٗر شاہ ابوٗنی یِس سیٚتھ واد زِ قمرالزمان پیٚیہ ماجہ سمکھتھ یُرِہ راج کرنہٕ۔ اَدٕ کیاہ زِ سیٚپہٕ تٔمِس خلدانہٕ رکِس بادشاہ سٕنٛد حٕکوٗ یُتہٕ تاج پوٗشی؟ یِمَن سوالَن چھُنہٕ جواب۔ یہ چھُنہٕ کانٛہہ نوٚو پلاٹ۔ اَسہٕ ہا تہٕ کیٚتھ پاٹھو۔ مَنہٕ دزاو قِصہٕ چھُنہٕ یہ چھُ اَلف لیلہٕ مَنٛز ماخوذ۔ تَوٚ کینٛہہ چھُ رِوایتی۔ سانیٚن باقی دلیلن ہنٛدسۍ بادشاہہ سٕنٛد اولاد نہٕ آسُن۔ دَسہٕ رِشہ گَنٛڈِتھ اولاد ہیُن۔ یُتہٕ سہ عشقہٕ داگِس مَنٛز مُبتلا گژھُن تہٕ دُورِ دُورِ سفر تُلِتھ ماشوق حاصِل کرُن تہٕ واپس یُن۔ اَرٕچھ چھُنہٕ شاعرس کینٛہہ گژھاو۔ پلاٹس مَنٛز ما چھےٚ کینٛہہ کیٚتھ یا کینٛہہ واقعہٕ نہٕ وِیٚژ ونی شیکا یِتھ تہٕ ہیکوٚ نہٕ شاعرس کَرِتھ تکیازِ تِمے چھُ سہ قِصہٕ دوہ زُم اَدٕ نمُت یِتھ مَنٛز یِرِتھ کیٚتھ بوٗنیٚتھ موجوٗد چھےٚ۔

فنٕس تہٕ قصہٕ وَونٕ والیٚن (کِردارَن) چھُ پانہٕ واٴنی دوٗر واتھ۔ رکِردار چھ وا۔ یہٕس حدس تام زِنٛدہٕ تہٕ پوٚت تام تِمَن اَنٛدر زُوٗ زِ یتہٕ چھُ توٚت تام چھُ واقہٕ تہٕ طاقتور مگر وارِہن جایَن چھُ کِردار نِگٲری ہٕنٛز کمزوری نظر گژھان۔ یِمہ کینٛہ واقعہٕ بے زُوٗ گژھان۔

یِتھ مثنوی مَنٛز چھےٚ واقعہ نِگٲری تہٕ منظر نِگٲری دوہ شوٗنی ہٕنٛز بُڈ جان مِثالہٕ نظر گژھان۔ مِثالہٕ پاٹھی یِیلہٕ قمرالزمان مٲلِس مکر زٕنس

پیپھٕ اَکھ وِپِل وَنان چھُ یتھ منز اَکھ شخص ورد کرِتھ ہوٗس بَنان چھُ تہٕ پننہِ زنانہِ کلس پیپھٕ تُلِتھ پھِروان چھُ مگر تسندِ زنانہِ چھےٚ پننہٕ کٲم چلاوان۔ اَکہِ دوہہ ہیٚیلہِ سوٚ اَکس مرٕدس کٔلہِ پیپھٕ ٹھ عماری منز ژانان چھےٚ تہٕ رو خصتھ کران ؎

کرِتھ لہو و لعب فارِغ سوٚ گیہِ تام
چھنڈےٚ منز پننہِ داوا تمیٚ کڈٕن تام
ژھنٛن تتھ گنڈِ پرژھنس تمیٚ جوانن
یہٕ پن کیا چھےٚ اَمیُک سِرے نِشوٚن
شمارِ خاطرِ چھُس گنڈِ بو دیوان
وُنِستامتھ برابر ہنتھ چھُ ایوان
ییٚیلہِ میمون پرِی قمرالزمانس وُچھان چھےٚ ؎
پلنگس پھیر اُنڈی اُنڈی شمر ویس
ژنبرِ ژلِ زالہ زٕن لجِ کالہِ مویس
ییٚیلہِ قمرالزمان بدورایہِ سیتھ واٚج بدلاوان چھُ ؎
زِ دستِ خویش شاہن مُہر واٚجی
کڈِتھ وٚلِی وٚلی تمِس دِر دست لاٚجی
ییٚیلہِ بدوراتس وُزناوان چھےٚ ؎
تُلان تس تھوٚد کرٲنی گوٗر گوٗرِ
دِژ تھوٚد وہتھ میانِہ کنہِ سےٚ گنڈِ دوٗرِ

ییٚلہِ قمرالزمان ہُشارگژھان چھُ سہٕ

خُمارٕ ہاژ چشمہ مُژ راوِہن

ڈٔچھنو کھوٚوٕرۍ نظر کرٕ شاہزادن

ییٚلہِ بدورا دایہ اگاد گژھان چھےٚ سہٕ

روٗژن تَس دایہ موییے سریہ خارٕی

گُمٹھس زٕ ژٔنس کھکھر اُندۍ اُندۍ ژھہ پارٕی

ییٚلہِ مرز بانس ۂنزِ وُچھان چھُ سہٕ

بہٕ جلدۍ تمٕ جہاز اوٚن بٔچھس کُن

مُسافر اکہ جواناد چھِسِہ کُن زوٚن

ییٚلہِ بدورایہٕ تہٕ قمرالزمانس یکان یکان جُدأیے گژھان چھےٚ بدورا کیا
چھےٚ کران سہٕ

سہٕ چھاوان نٔلہ اُسے پیٹھہ زمینس

سہٕ دیوان ژنجر اُسے منہٕ جبینس

ییٚچھے پأنٹھی بدورایہ ہنٛد سراپا ہنٛک نقشہِ سہٕ

قد زیبا تٔشند زن سروٕ در باغ

وُچھُم یامَت سےٚ میوٕلم ہاریے ہاگ

بُرقعہ از موے مشکین سر بسر معر

شبہٕ ؤن چھُس پرٕ شان موے عنبر

رُخِ تابان تٔشند زن نوٗر تابان

گلابن روے ڈیشتھ کھیون ارمان

سمن بویس ژمن مثر خالِ اَدفر
نتہٕ زاغ سیہ پر مسند زر
الف بینی شبان پر صفحۂ سیم
دہن غنچہ تہٕ حلقہ حلقۂ میم
شےٚ وُچھمُت سُرمہ بُرو نرگسہٕ چشمہ
دو صد جیان قیمت آن یک کرشمہ
سۄ کارے ٹھگُر تہٕ تارے کوٚرِتھ عالمؚ
وُچھتھ گردن اثر نیو نوٚٹیہ ماتمؚ
پیٚٹھےٚ وُنی چھس بسینہٕ پیم زِ انار
وُچھتھ تیٚتھہ کٔس بلاٗئی کیٚتھ بیمار

پیٚلہِ بدو رایہ قمرُ الزّمانٕنی چِٹھ داتان پیٚٹھےٚ ؎

عنایت نامہٕ یامت مُرٕ رووُن
گیےٚ بر دیدگہہ بر سرٕ شہ تھووُن

قمرُ الزمان راون وِزِ بدورایہ سیتی داین ہُنڈ سوٚلوٚک ؎

زِ دیدہ اوٚش ووہ تھرٕ ہُس شنبہٕ لادِکھ
تُلِتھ بے جِس پلنگس پیٹھ سۄ تھاوِکھ

قمرُ الزمانٕنی تاج پوشی وِزِ باغک نقشہ ؎

بہر سو اُسی پھولِ متو گُل تہٕ گُلزار
لب جوئین تہٕ آمُت واہ سبزار

گُل نسرین وسنبل یوسمن کیتھا
گُلِ داؤدی و بُرِہ بُرِہ چمن کیتھا
سَبز پوشَو رزَو بیٹھ کھو لمُت پان
وزِے وِز عُشقہ بیماری چھےٚ تِھیہلان
گُلاب وہی تہٕ مَسوَل آیہ دل جان
چُو زُلف ماہرویان عُشقہِ پیچان
میان باغ جوبا پیچ در پیچ
ازیں پیچی چھےٚ زُلفِ یار زَن ہیچ

عشقہ دلیلن خوصوٗصن مثنوی تین منز چھُ وصلک سین پیش کرون اکھ نوزُک مُقام۔ کتھ تہٕ واضح گژھنہٕ تہٕ ننیر تریہٕ باسُن چھےٚ مثنوی رنگاہ پسندِ باپتھ اکھ اَز مائیش۔ یژھ کتھ چھےٚ اِشارَن کِنایَن تشبیہَن تہٕ مِثالَن منز وٗلِتھ پیش کرنہٕ یوان۔ وُچھو توَ یہ شاعر کوتاہ چھُ اَتھ منز کامیاب سپُنمُت سہ

بہ تُندی پردہٕ تُلنس تھوٗد زِ روٗخسار
اوٗیزان تس وُچھن بردوش شہسوار
دہن غُنچہ تھوٗدن بیہہ رِوے نازس
دِژھن تھنپھ زورِ تتھ سامانہ سازس
مُرشِد ہم نَس جامہ زیبا شاہزادن
ہائیر بوہن لولہ سیتی خوش نژادن

لبٕ لبٕ سینہٕ سینہٕ موے برموے
حیا ستین ھئوِتھ ژھایہٕ ہنارِ وے

تُہینو ییٚلہٕ جُفت تامَتھ ہردو قائمتھ
دِیان چھی عاشقن سعوے کرٕ قیامتھ

شہ دُر تا حال وُچھمٕت ییمو ہٕ الماس
تُہُنٛ شُفتہٕ تہٕ دوتس مالکٕ خاص

شہ مٕژران پوشہٕ مالہٕ روشہٕ روشے
شہ کٔتران عشقہٕ انبرٕ ژھایہ گوشے

شہ ژاوان آب وُصلکٕ لولہٕ نارس
یہٕ چھاوان پوشہٕ مالہٕ گُل عذارس

گھے اٚسِس یہٕ روشان لولہٕ جامَن
شہ اوشس بوسہٕ دِیوان خاکٕ پایَن

گھے شاہزادٕ ھٕتِھ لایان انارَن
انارَن یِم دوا سان .بیمارَن

" بہ تئٚشندی پیٚرٕ دِتُلن " تہٕ " ساز ساماُنس زورٕ ھٕتِھ دِنی " چھِہ ضرورٕ گوٚب گٔژھان . مگر یہٕ اکِتھ کُن تراوِتھ چھُنہٕ یہٕ سین کُنہٕ تہٕ . دوٚیمہ کأشرٕ مثنوی ہنٛد ییتھ منظرٕ کھعوٕتہٕ اظہارٕ کینٛہ کم پایہ .

شأعرس ییٚتھ جایہ کأشرِ ہنٛدی جذبات پیش کرنکٕ موقہٕ آمُت چھُ . تمیٚ چھُ میانکٕ سورُے زور ہووِمُت تہٕ کامیاب کوٚشِش

کرٕمژ تہٕ یہ وَنُن گژھہِ نہٕ غلط زِ یمہٕ مثنوی منز چھُ یوٚہے چیز سرسس مثالہِ پأٹھۍ۔ ماجہ ہُنٛد مأطنیار۔ قمرالزمانس چھےٚ ماجہِ وَنان ؎

ژٕ وَنتَم مے دِلُک احوال سورُے
ژھٕنےٚ ناچانہٕ باپتھ پانہٕ مورُے

بدورایہ ہنٛدی جذبات قمرالزمان وُچھتھ وِزِ ؎

ہرُس محرَم ژٕ سیأنس کر خبر چھم
بہ بأژی مے دِلَس ییمژ تَبر چھم
ژٕ ووہ تھتَم تھوٚد وَنےٚ بو حال زأری
ژٕ ووہ تھتَم تھوٚد لگے بو پأری پأری

تَس نِشہ جُدا گژھتھ قمرالزمانن جذبات ؎

سو را تیچ ماہ وش وَنِ کوٚت گمژ چھم
للہ وُنی نارِ چھٕس سینس ییمژ چھم
تیمس روٚستے بییہم کرٕ دِل مےٚ وُشنیچھے
ییم سنہِ مے گژھن دأنجہ کھنٛچھے

تہٕ بدورایہ ہنٛدی ویداکھ ؎

یہ کمُ دوٚہ ہتم مرژراہی سنہِ ژٕ سےٚ جانس
یہ کس ووہ ہوٚم ہنٛزتھ مے آم پانس
یہ کر زونم گژھ حیم مےٚ دوٚرژ اوکھ
مہ کھاہ اُدِتھ دہ کھا بوٚد گوم بتھاوِتھ

بہ ہکھنا ہیٚنٛجہ میانے غم منٛز ژٕ لنم
دِتم دَرشُن دِیکو داُدی منٛز بَلنمَ
ژھوبنٛجے پتھ بیٚہہ لنٛجے پیٹھ پوشہ نوٗلا
کمہ تنٛجے ژٕ لنمَ دِیکو داُدی وَسنے کیاٛ
کھنٛجے سپنس گیُمَ کیاٛ چھُے ژٕنٛے غُصہ
رنٛجے ناوان چھُہم کوٗ بہار بوسہ
بٕہ ہَن ہَن چھُس گلان زَن شپنہ مائی
ہمان کر چھم مُلے منے ماہی چائی
تَبَر عشقنو زبر پیمرٛ بہ سَر چھمَ
پیمرٛ منے نارٕ چی سپنس بستر چھمَ

قمرالزمانن مرٕنیچ شیٛچھ بوٗزتھ تَسنٛدِس مالِس تٕہندی جذبات —

پہ کیاٛ کوٗر تھمٛ خدایا گوس یتھ خار
پہ کیاٛ کوٗر تھمٛ خدایا اُمے نو عار
منٛز ادسُم گاش چشمن تے کوہ پوش
اَڈ پھولن باغس کے ادسُم سہ پمپوش

تہٕ ماجہ ہُنٛد حال —

تمِس پیٚلہ ماجہ بوٗزے گیہ سعو فلہ!
وَدان رِیوان محشر کوٗرنہٕ برپا
دو لو لالو دُبار ہاو تمَ پان
گُل لالو منٛز سوٗرِم چاٛنہ پرٛمہ ترٛان

سِتھَ کوٚرُھتھَم دِتھَم آلو عزیزو
یتھَم ساتھا دُبارٕ با تمیزو
یہ کمُ دوٚہیم ژٕنٛے ہَے ہے پوٚتہٕ ردگ آنٛٹیو
یہ کمُ دوٚہیم کُتِھ طوٚسس اُچھر بیٚنیو
یہ کمُ دوٚہیم کنہٕ دوٗر موٚژی نسے
یہ کمُ دوٚہیم لَدِتھ فابَس ژُٹے ہوٚژی نسے

کینٛہہ چیز چھہ یِتھ مثنوی لَمہ ژٕر دِوان۔ رتھوٚ منٛز چھُ اَکھ یہ زِ شاعرن چھُنہٕ کُنہ کُنہ پیٚرٕ رس نِچھ روز نِیج تہٕ اَصلیَتھ قایِم تھوٚ نِیج کُل کرُمُت۔ مرزا بُنہٕ زیوٚر ہمَن اولیاہن مَدَد منگٕنہٕ وِنہٕ اَمُت چھُ۔ تمَن منٛز چھہ شیخ حمزہ مخدوم صاٰب تہٕ شامِل یِم عام طور حرف کاشُرِ ینے ویٚدہ چھہ۔ مرزبان چھُ چھینٛک آسان سہ۔

جناب شیخ حمزہ پیرِ کامل
کران سُے چھُم بہر دم حلِ مُشکل

قصہٕ اندس واتِتھ قمر انزا ما تنہٕ تاج پوٚشی وِزِ باغُنک ذِکر کران چھُ سُہ۔ تمَن سارِنے پوشن ہُند ذِکر کَرِتھ یِم تہٕ اَکی سے موسمس منٛز پھوٚلِتھ ہیکن تمَن میوٚن ہُند چھُ ناو ہیٚنہٕ آمُت یِم اَکے وَقتہٕ میلان چھِنہٕ۔ مثالہ پاٹھو اولچہ، گیلاس، بادم، ژھانٛگ، جانبازی ترِلہٕ، دَچھ، ہی، مَتول گلاب، آروٗل، دَزہَن پوش، سبزٕ پوش، عشقہٕ پیچان، گُلِ اختابہٕ بیتر واقعات بیان کرنس منٛز تہٕ چھُ یہ وَشعہ گومُت۔ یِتھے ساتہٕ جشن ماوتل

قمرالزمانہٕ حُکمہٕ تسٕندی شُری مارنہٕ رِوان چھُ تہٕ گرٕ ژٕلان چھُس شہ چھُ تس پتہٕ دوران شہزادٕ چھُنہٕ ژلان ( یہٕ زن فطری تقاضہٕ اوس ) تمہٕ چھ تس ژھائرِ تھ انان زووٕلہٕ آسہٕ مار۔ شاعر چھُ وَنان ز قمرالزمانس کرٕ پننیو زنانو آمہ کینہ نیٚچوِن ہنٛز شکایتھ ترکیاز تمس اوس نہٕ یہٕ خوش کران زِ تمس گژھ ووہ رٕواج پننہٕ ماجہ کھسہ تہٕ ٹاٹھ آسُن۔ یہٕ کتھ چھنہٕ منس دیژان۔ اَصل قصس منٛز چھُ زِ تمہ آسہٕ دپان میونے نیتہٕ میونے نیٚچوٕ گوٚژھ ولی عہد بنُن۔ توٚے کرٕ دوشوٕیو ووہٕ نیٚچوِن ہنٛز شکایتھ۔

کُنہ کُنہ جایہ چھےٚ جاذ فارسیت گوب ہش گژھان۔ مثالہ پأٹھۍ

زِ مشرق ذرّاو یا منتھ بیضۂ زر
زِ بالین شہزادن تھوٚد ژُلمُن سر

کُنہ کُنہ جایہ چھہ دوٚیمین مثنویَن ہنٛدی شرٕ ونٕٹی مصرعٕ استعمال گأمتۍ سہ

وزینو شہزأدی گیہٕ بیدار
بجائے گُل بسینہ تمی وُچھُن خار

دوٚیُم مصرعہ چھُ گُل ریز منٛز یتھہٕ پأٹھۍ

بجائے گُل بسینہٕ خار ڈیوٚٹھُن
ہیوٚتُن ژھانڈُن خزانہ مار ڈیوٚٹھُن

کُلہم پأٹھۍ چھےٚ یہ مثنوی کأشرِ مثنویَن منٛز نادِہ ہیٚنو لایق تہٕ اکھ سرمایہٕ بُرزٕر کرنس منٛز پنُن حصہ ادا کرٕنی لایق اکھ جان منظوم دلیل۔

# بلبل ہزار داستان

غلام نبی آتش

## تنقیدی سام

مثنوی بُلبُل ہزار داستان چھےٚ پموٚ پینہٕ نس ووٚر یاونس منز سنہ ۱۲۵۹ھ اندر اند واتناوہٕ مژ۔ یمن چھنہٕ پننٕ زاسٕنہٕ مولوم۔ یہُنٛد گُڈ حصہٕ زیٚم چھ دُنی ہینٛس سٔتونزاہٕ ۵۷ تہٕ ڈٕلی ہیتھ۔ بلکہ شارٕ سعہ مبرٕ ہٕین ہنٛدِس مقابلس منٛز چھےٚ بُلبُل ہزار داستان مشہور صابٕنٛز اکھ اہم مثنوی۔ یہ آیہ اکہ لٹہٕ غلام محمد نور محمد سٕنٛد طرفہٕ ترٛتیّہ لٹہٕ فاروق اینڈ کو کر طرفہٕ چھاپ کرنہٕ۔ اَکھ مثنوی منٛز چھ دوٚن باہ شتھ شار۔ اَکھ نعت، زٕ غزل، اَکھ مناجات تہٕ اَکھ منقبت۔

مثنوی اندر درج "سببِ تصنیف" کیو شارو تلہٕ چھُ نتان زہ اننت ناگکی کُم تام محمد ابراہیم کُتُب فروشن دژ مشہور صابٕس اَکھ دہ ہیہ اُردو دلیلہٕ کتاب یتھ "بہادُر شہزادی" ناو چھُ تہٕ یوہ سیہ الہ آبادٕکی کُم تام عبدالرزاق صابن ترتیب چھےٚ دژ مژ۔ چُنانچہ مشہور صاٲب چھ وَنان

سنہ دَر اِسلام آباد چھِم ؤفیقاہ
محمد ابراہیم کُس شفیقاہ
فروش کُتب در بازار ریشی
خمہ داونْدا ژِ کرتَس پردہ پوشی
دوہ ہمہ آکِر گوس بازر بَہر سودا
تمِس نیش گوس تمہ دِچھنیم یہ جُزوا
وونُم اُمی دوستَن اے یار جانان
عجب قصہ چھُ اتھ کر ترجمہ جان
چھُ وونْتھ دین قصہ ژِ وار ھوتَن
یہ پنجابی زبان عبدالرزاقَن

یہ مثنوی چھےٚ سانین اکثر مثنوی یَن ہندی پاٹھو عشق تہ حسنکِہ
ہنگر ہ وانہ غوطہ نادِتھ بلکہ چھُ اَتھ منز اَکھ تیشِتھ قصہ نظماونہ آمُت یتھ
منز انسانی زنٛدگی ہند بانہ واقی نٛتیجہ ترتیب تہ دَر پیر، وقتس پیٹھ عقلہ کام ہینہ
سیتی واتَن وول دِدار تہ پوژُے چھُ پَران بیترِ ہیوی چیز چھکاونہ آمِتو
چھِ۔ یوٚدوے زَن یہ مثنوی ترجمہ چھےٚ اما پوز پَرَن والین چھےٚ امیک
قصہ دوہ پَر باسان۔ یہ چھُ یتھہ کانٛہ ماحول تہ تاثر ہیتھ زِ پَرَن وول
پانہ ہوزَن وول چھُ زنتہ کانٛہ نیہ نادی کار پادشاہ تہ تسنٛز رعیتٕ ہنٛز دلیل
بوزِتھ دِچھان۔

مشہور صاحب چھےٚ جاد پیری برٛتھ لیکھمِتو۔ اَدہ سنبہ تِمَن نیش

ادبی زاوِیہ جارَن ہُنٛزِ زانکاری یا ورتاوُک توقہ تھوٚن چھُنہٕ ضروٗری اَما پوٚز شُتہٕ ماگوٗ شار یتھہ منٛز شِتہٕ لو آکھ میوٚ کھچنجرٕ پھیرٕ ناکارٕ آسہ۔ توتہٕ چھُ شارٕ خاطرٕ کینٛہہ سنے تہٕ تہٕ دُن آسُن لازمی۔ مشہوٗر صابنہٕ مثنوی ہنٛدٕ یتھہ نوٚ قصہٕ نِشہ تہٕ ہیکوٚ اُچھ ووٚتھ۔ وارا شار چھہ رَتم تہٕ یم مانیکھ لحاظٕ غلط چھہ۔ یا کُنہٕ وِزٕ چھکھ وَزَن تہٕ پھُٹان۔ شاعرن چھنہٕ باضے فارسی لفظ صحی پاٹھی ورتاوُتھ ہیٚکِمت۔ مثنوی یِران یِران چھ نوم شار پرِتھ تھیٚکے پاٹھی دِنہٕ گرشھان یتھہ پاٹھی انسان مزس منٛز بتہٕ آسہ کھیوان تہٕ کیتہٕ چھوٚل گرشھس دَندس تل سہ

توہ ہے ہِشہ ماہرو یان ۔ ۔ یہٕ دیب اکھ
برس تل کم اُمیر تہٕ ہنٛدس مَلرٕ خاکھ

دِوان وُنی شہرِ یار سَس سۆنے شہنشاہ
ظُلمُ ما کانٛسہ داتَن دستہ ازما

وزان پس خاہشِ معبوٗدِ یزدان
عطا ذاتَن کوٚرُکھ فرزندَیک آن

نہٕ ملکہ دمب لوٚگ گیہ ہشت ماہ پور
تہشرَن بیٚنہٕ سنے تہٕ بوٚزتھ گو دِلس سوٗر

بیٚیے بدخویہ ہے وٕلی وٕلی تلِتھ نبوکھ
بدری یا نہٕ ژھنکھ صدوقس منٛز کھنِتھ نیوکھ

اَتھ اندر قصہ راتَمُت شاہزادس
دِلس منٛز یاد بیوٚ تَس کامگارس

رهيا آهن. ممڪن آهي ته رديف قافيي جي پابندي جي ڪري ناچار هنن مشهور شعر کي ٻڌو. اما پوءِ ڪلهوڙن مثنوي ۾ آسان مسلسل تحقيق ڪئي جنهن شاعر آهي ٻين پاڻ ڪلهوڙن سان هو دار رهيو شاعر پنهنجي مثنوين يا غزلن ۾ ٻلي اردو فارسي شعر يا لفظ ورتا ويا هجن، تنهن ڪري اُن کان تقليد ۾ جي مشهور ٿيا ۽ منهن مان اُردو شعر درج ڪيا ويا. انهن شعرن يا لفظن هندي ورتائون "ٻلي" وغيره، مطلب جو پيارا دويمه زباني دامن رنگ حنو روانه گورڪ هنو پيئون تيئيله پيئيله ته پنهنجي زبان اُتي رواجي ڪري ٿي سگهي آهي. سائين زبانن ۾ جيڪي پير ڏي رئيه "ريخته گوئي" هنن رواجي ڏيس ٿي ڪيو يا گهڻو ماتو جي نا جانو ٿي ته گوڙ بي اردو، فارسي لفظ يا شعر ورتا ويا اُن کي لفظ ورتا ويا جنهن جان جيئن ته پيئله غلط ته گوڙ لفظ يا شعر ورتا ويا لاڳاپيل پين پرڻ وارس جنهن تخليقن ۾ حد مشق لبنه پوان. مشهور سنڌي نظم شعر ته جيڪا ٿلهن مثنوي ۾ ڪنهن ڦلڪي پاڻ ڇپيو ته پيو ۾ آهي

مٹ نے تم سے تو آسمان اے وفادار
گھر جانا مجھے کچھ ہے نہ درکار
کرو تم کام ویسا اے خبردار
ہو جائے زندہ میرے بھائی دوبار

جماليات جي سائين مثنوين هند گهڻو ته مثنوي نگار گهڻو ماتو جيڪو هنن سو رُسو زور تخليق خرچيو ڏيو پنهنجي مثنوين ننگ بوُرت.

اکثر عشقیہ مثنوی یَن منز چھُ سراپا نگٲری ہِنٛدِ کھٕ تھٕکِنۍ لایق نمونہٕ موجود۔ عجب مُلکٕچ نوش لبہٕ ہند سراپا بوزِو ہتھ عشقٕ زالس پھسان ۔ امہ پٲٹھۍ ہزار داستان مثنوی چھےٚ سراپا نگٲری نِشہٕ خٲلی۔ یِہ چھُ پۆز زِ یِہ چھێنہٕ عشقیہ مثنوی مگر تتھ موقعس پیٹھ چھُ اکھ منز غنوٚرؠ موجود یمن ورز زن شاعر یَن واپس نام جان جان عشقیہ شارٕ داستانہٕ ہنٛدۍ ہیٚکہ ہٮ۔ سُہ ہیٚکہ ہے پریزادٕ ہُنٛد سراپا بیان کرِتھ وِز تیمس تاریفن ہِنٛدۍ طمارٕ ڈٲہِمس گنٛڈِتھ مگر تمہ چھُ صرف نومن شارن پیٹھے بس کوٚرمُت۔ یِم چھِ "سراپا نگٲری" ہُنٛد ہُتم حِصہٕ تہٕ پوٚرٕ کران چھِ ؎

کمالا تہٕ جمالا کیا تمِس اوس
بُنی یاوٕ حسن تمُ سُنٛد ہیوٚ کمِس اوس
سیٹھا زیرک تہٕ دانا اُس زن بُگ
عطا ذاتن کُرِمٕن تس عقلِ کامل

جذباتھ نگٲری تہٕ واقعہٕ نگٲری ہِنٛدِ لحاظہٕ چھێنہٕ مثنوی منز پرگی۔ باین ہِنٛدِ ظُلماتس منز وٕٹھِس گژھنہٕ وزیرٕم دِیداکھ پریزاد دِوان چھےٚ تمہ پیٹھ شوٗژٕ تہٕ شوٗدِ انسانی جذبات۔ باسان چھُ زَنتہٕ چھےٚ کانٛہہ کٲشُر ماجہٕ مُرٕ بٕنہِ، سیٹھ گراکھ باسِ شاہدس پیٹھ دِوان ؎

خبر اُسم زِ واتکھ سوٚر سامان
یِہ گرٕ زِدنم بنی با خاک یکسان
گمیٚو گوٚڈلین تھہرا جی ژٕتے سروٗس
ہُنیتھ المانی تیرا گومتے جہ سگرس

مدہ ہیہ تھر وُزہِ ھس یوٗ ہنس زُزرژام

رتِمن روٗس کرٕ ہیمٕ در باغ آرام

رتِمن روٗس کیٛا منگے بو یاٗڈٕ پرٕنگس

رتِمن روٗس کیٛا مگے یتھ باغ و رنگس

واقعہ نِگٲری ہِنٛدِ لحاظہٕ چھےٚ مثنوی خاطر منوٗروٗری زِ پرٕیتھ واقعہٕ گژھ تِتھ پأٹھۍ پیش سپدُن یُتھ پرٕن وول ژٕ ین تہٕ ترٕ وُہن گژھ ہٕ۔ اَمہِ موٗجُب اوس شاعرس لأزم زِ سُہ واتناوِ ہے پرٕن والین تام بادشاہ بایہ ہِنٛدِ وصلُک نقشہٕ تہٕ۔ اخلأقی ضابطو موٗجُب چھُ یہ موقعہٕ شاعرس ہِنٛدِ خاطرٕ سیٹھاہ اوٗژُل بنے سبب چھہ سأنی اکثر شاعر اتھ پٮ۪ٹھ صراطس فارسی زبانہِ ہنٛز لوٗر ڈکھرٕ تھاوان تہٕ ترٕ میتہ تہٕ مشہوٗر صاحب تہٕ چھِہ اتھی أنکہ وٗنی ییٛتھ بوٚلکمت ؎

دوان ہٕس ژاو شاہ در محل خانہ

وُچھتھ بانوٗ سپُن کیٛا شادمانہ

کران کُنہ اکھ أکِس بوسہ کنارٕ

دِلن دوٚن گو کھہ موصیبتھ دار کارہ

کران ہر کس چھہ عشقُن جوش بے تاب

تہٕ ماہی ژاو تِمو در چشمہٕ آب

مشہوٗر صابن چھِنہٕ اتھ مثنوی منٛز واقعاتن خاطر منوٗروٗری نِہ پھِرِ ژیمت ترٕ خمُس منٛز چھِکن نہ خاصخاہ تمثیلہٕ پیش کرٕمژٕ۔ أمہِ ژھعہٕ چرٕن چھےٚ مثنوی سیٹھا دِلچسپ بناومژ۔ ییٚمہِ وزِ بہرام زاد یِنہٕ لیس مألیس یانے بادشہس

لاگرُس تہٕ موختہٕ بڑوٚنہٕ کنہٕ ٹھوان چھِنہٕ، تمہٕ واقہٕ مُک اصل تہٕ وُچھو نہٕ ترجمہ تہٕ۔

"کھیر کی آش پر موتی چُنے ہوئے دیکھکر بادشاہ کو بہت تعجب ہُوا۔ شہزادی پریزاد اور دونوں بھائیوں سے کہا۔ یہ چیز میرے کھانے کے قابل نہیں۔ میرے روبرو کس لئے رکھی ہے۔ تینوں بہن بھائی اس بات سے واقف نہ تھے، چُپ ہو رہے۔ گوئندہ چڑیا نے جواب دیا۔ بادشاہ کو کھیر کی آش پر موتیوں کا چُنا ہوا دیکھکر تعجب ہوا۔ اور ملکہ یعنی اپنی بیوی کے کُتا، بلی اور چھچھوندر جننے سے نہ ہوا۔"

ترجمہ:

شہن دوٚپنکھ رسٕس موختسٕ چھِہٕ کیا واٹھ
تُلو ٹھوٗد کھاہٕ اکس کھیتہٕ کیا کھوٗتم باٹھ
سیٹھا تعجب بہٕ اٹھ پیٹھ چھُس کرانی
مےٚ یُتھ کھاہٕ وُچھمنہٕ کانہہ کھیوانی
تہٕ بوزِتھ جانہٕ وارِن مُشرِن زیو
.. .. .. . .. . .. ..
رِسٕن موختسٕ خیارس سیٹھے نہٕ ییلہِ واٹھ
زایاوا ہیوٗن تُمی کُس کیا کھرُوس باٹھ
دوٚپُس ساجوٗ رُنے زاوُسے گربہٕ ہِلی کُس
ازاں پتس انہٕ مُروا ہووہے بُس

تۄہیٚ گےٚ ییٚلہٕ رَس نیٚبار کُس مۄہ ختہٕ پرزُن
مکر زٕ تہہٕ نٛدۍ تیٚج وُچھ کونہٕ بوزُن
دۄہ پٔتھ ژٕلیٚ رس تہٕ مۄہ خستہٕ کٔس چھوُنی
وُچھتھ کٔس گرٕنہٕ سگ از تاب زوُنی

مثنوی منٛز واقاتَن ہنٛدِس ژھۄچرِس پیٚٹھ کٔتھ کرنہٕ وِز چھُ یِوَن تہٕ ضروٗری زِ مشہوٗرن چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ واقہ تیتھ کُنہٕ ترٛاوِمُت یَتھ اَڈلیوُک ژھۄنیتھ ہیکو۔ واقاتَن ہنٛدی ساری گوشہ چھِ تٔمۍ قلمہٕ ستی ساٛمِتھ۔ تہٕ کیٚنژن جاین چھُ تٔمِس قلم ژھالہٕ مارِتھ بالہٕ دٔری یاو کی پٲٹھی تیز بکان۔ مثلَن پادشاہ سُنٛد کھاندرُک دُم دام، باغچ کیفیت، طلسماتُک اَبر بٔہہ ہنا زَن دول ماحول ہیوی چیز بیان کرنہٕ وِز چھُنہٕ مشہوٗر سُنٛد قلمہٕ ہرگز ہرگز ژھۄکیہ وُنت۔ وُچھو نوم شار یمَن منٛز باغکۍ نقشہٕ ہاونہٕ آمُت چھُ تہٕ یِم "محاکات نگٲری" ہِنٛز رژ مثال چھےٚ

اَتھن نقاشس لگٲری گرسیٹھا جان
موٗزوٗن سستی کوٚر تٔمۍ عہد و پیمان
گوٚنٛدکھ دیوار باغکۍ یتھ سیٹھا دوٗر
بِنا بر زر کوٚرکھ نقاشس تمہ پوٗر
کٔرکھ ہر گۄ تہٕ رنٛگ تمہ رنٛگ برنٛگین
سۄہ رۄخ، سبز، سفید، کیا کیا نگارین
لگٲوکھ تمہ منٛز سہ عالیشان عمارت،
بِنا بر زر کٔرکھ بے حد و غایت

اَندر باغَس بیٚییہِ حوضا بنووُکھ
گوٗنٛڈٲوکھ تیتھ سام نووٗ طرزا بنووُکھ
بہ چہارو طرف سعہٕ شُنٛد سام لٲگِتھ
نَھووُکھ زن حوضِ کوثر ہیٚہٕ بناوِتھ
دِوٕ ٹھٔنٛ پھموار نأسی اُسی ہر سو
بہودُر شہزأدی کیٛا دِوان زھو
اَکِس وُرِیَس اَنٛدر گُلشن بنووُن
دَرختوَ پوشہ زأژو پُرشہ تھووُن
پرِہ کرٕ روز کانٛہہ ذا تہا بدُنسیاہ
بنوونُن عاٲن جنت ہیٚو شہ شتی باہ
بُرژیاہ جایہٕ وارن ہشِر چھیٚ یَس فراغتھ
اَتھن زہا رِتھ قراراہ چھُس تہٕ اَگہ ساتھ

بہرحال وارِیاہ کمزوری یِو باوجود چھیٚ بلبلن ہزار داستان اکھ جان مثنوی۔ عام لُکن منز چھیٚ یہ واراہ مقبول تہٕ مشہور شعرن باقی کتابن مانٛد چھیٚ یہ اہم مثنوی ساٚنین محققن ہنٛز خاص توجہ تہ تولہ میانہ ہنٛز حقدار۔

- سایەی مثنوی یە ، نشاط انصاری
- مثنوی نگاری مُتلِق ، کامل
- لولەی مثنوی یە (فهرس) کامل

# سانہٕ مثنویہ

نشاط انصاری

مثنوی ہُند صِنف چھُ لغوی مانہٕ لحاظ منسوب یہ مثنیٰ۔ یتھ زن گوژھ چھِیہ کرنہٕ آمُت۔ شارٕ اصطلاحس منز ووٚنہٕ مثنوی تتھ مُسلسل نظمہ ییٚمہٕ کیٚنہ پتھ کُنہ شارٕ کہ دۆن شعرن ہم قافیہ آسن تہٕ بحر تہٕ آسہ کُنی۔ یتہٕ منز نہٕ چھےٚ شارن ہنز گنٛد قصیدکۍ پأٹھۍ موٚحدوٗد تہٕ نہٕ چھےٚ غزلہٕ ہنٛدی پأٹھۍ امہ کین شارن اندر قافیہ بندی شرطِ اولین۔ فلسفہٕ، تصوُف، حُسن وعشق، جنگ وجدل تہٕ تمثیلی قصہٕ وغأرٕ چھِ مثنوی منز جان پأٹھۍ نظماونہٕ یوان —— شأیری ہندین سارِنی مثمن منز چھُ یہ صنف سوخن بیٚیو اصنافو کھوتہٕ جاد ہمہ گیر تہٕ وٚسی۔ عُشقیہ یا غأرٕ عشقیہ قصہٕ بیان کرنس منز ہیٚکہٕ مثنوی ورأے بیٚیہ کانہہ تہٕ اصنافِ سوخن یتھ بار وہتراوِتھ۔ جذبات نگأری تہٕ واقعہ نگأری خأطرٕ تہٕ چھُ یہ صنف نہایت موزوٗن تہٕ مُناسب۔

موضوعکہ لحاظ چھےٚ فارسی تہٕ اُردو مثنوی یہن ستن بحرن منز لیکھنہٕ آمژٕ:

۱۔ متقارب مثمن مقصور یا محذوف۔

فعولن فعولن فعولن فعول یا فعل

(فردوسی سُند شاہنامہ چھٹہ ییٹھو بحرس منز)

۲. ہزج مسدس مقصور یا ہزج مسدس اخرب مقبوض

مفاعیلن مفاعیلن مفاعیل

(نظامی ہنز "شیرین خسرو" چھے ییٹھو بحرس منز)

۳. بحر رمل مسدس مقصور یا محذوف

فاعلاتن فاعلاتن فاعلن یا فاعلات

(مولانا روم ہنز مثنوی معنوی چھے ییٹھی بحرس منز)

۴. بحر خفیف مسدس مقصور

فاعلاتن مفاعلن فعلن یا فعلات

۵. بحر سریع مسدس مخبون مقصور

مفتعلن مفتعلن فاعلان

۶. بحر ہزج مسدس اخرب محذوف

مفعول مفاعلن فعولن

(گلزار نسیم مثنوی چھے ییٹھو بحرس منز

۷. بحر متقارب مثمن اثر مقبوض

فاع فعولن فعلن فاع یا فعلن، فعلن فعلن فعِ

یمو بحرو منز اُس متقارب بحر رزمیہ مثنوی یو خاطر مخصوص، مگر

پرستن کرُ اَتھ اندر تبدیلی ییتھ تحت تمہ پننہ مشہور مثنوی "سحرالبیان"

متقارب بحرس منز تخلیق کرُ۔ اُتھ مُتعلق چھُ اِنشاء اللہ خان لیکھان:

"مشہور است با عصرآں در ہفت بحر یکے متقارب مثمن مقصور و محذوف ..... و ایں بحر مخصوص است بذکر محاربات سلاطین با سلاطین لیکن میر حسن مرحوم ریختہ گو قصۂ بے نظیر و بدرِ منیر در ہمیں وزن موزوں کردہ است۔"[1]

یمہِ نے سُنتھ بحرن منز چھےٚ فارسی تہٕ اُردو مثنوی یہ لیکھنہٕ آمژٕ۔ عبدالاحد آزاد چھُ کاشرین مثنوی ین ہُنزن بحرن مُتعلق و نان زِ عشقیہ مثنوی یہ چھےٚ عام طور بحرِ ہزج مسدس منز تہٕ رزمیہ مثنوی یہ بحرِ متقارب منز لیکھنہٕ آمژٕ۔ اَمیُک اظہار چھُ تس یہ وٕ نتھ کران۔

"مثنوی بلحاظِ بحر فارسی مثنویاں عموماً ہزج مسدس، بحرِ رمل مسدس بحرِ خفیف، اور متقارب ان ہی چار بحروں میں لکھی گئی ہیں۔ کشمیری شعراء نے بھی (با ستثنائے سراجی پرمانند) مثنویاں ان ہی بحروں میں لکھی ہیں۔"[2]

مثلن ؎

سیہ پوش ریحاں عنبر فشاں
چھکن مشک بر فرق شبابیاں

---

[1] میر حسن اور ان کے خاندان کے شعراء از محمود فاروقی مطبوعہ لاہور۔
[2] کشمیری زبان اور شاعری جلد اول۔

تبسم کرٕن غنچہٕ شیرٕ خوار
میٚے چھُم دأس ہتھٕ دۄہہٕ دِوان اَز انار

بحرِ متقارب (مثنوی "سامنامہ" امیر شاہ کریری)

نہیں مثنوی ہے یہ اِک پھُلجھڑی
مُسلسل ہے موتی کی گویا لڑی
نئی طرز ہے اور نئی ہے زبان
نہیں مثنوی ہے یہ سحرالبیان

بحرِ متقارب (مثنوی میر حسن "سحرالبیان")

عجب مُلکٕ کُن میٚے یامت روے ڈیوٗٹھ
دِلس مَنٛز سخت عشقُن نقش بیوٗٹھ

بحرِ ہزج مسدس (گُلریز مقبول کرالہ واری)

سخن کا لال دے میری زبان کو
دُرِ معنی سے بھر میرے بیان کو

بحرِ ہزج مسدس (قصہٕ "لال و گوہر" عارف غانی)

فارسی زبانٕ ہٕنٛزٕ عشقیہ مثنوی تہٕ چھےٚ عام طور بحرِ ہزج مسدس منٛز لیکھنہٕ آمژٕ۔ تکیا زِ فارسی شاعرن اوس عشقیہ قصو خاطرٕ یُہ بحر زیادٕ تہٕ موزون تہٕ مُناسب زانان تہٕ تِہنٛزٕ تقلیدٕ کرِتھ چھےٚ محمود گامی ہٕنٛز لیلا مجنون، شیرین خسرو، قصہٕ ہارون رشید۔ ولی اللہ متو تہٕ سیف الدین تارہ بلی ہٕنٛز ہیمال ناگراے۔ عبد الاحد ناظم سٕنٛز زین العرب۔ محی الدین

مسکینٕ سٕنز زیبا نِگار تہٕ عارفٕن ہٕنز نوبہار عارفٕن اُکھ بحرِ ہزج مسدس منز لیکھنہٕ آمٕژ۔

مثنوی چھےٚ تمام طور دۄن قسمن ہٕنز۔ رزمیہ تہٕ بزمیہ۔ رزمیہ مثنویَن وَنو تمہِ قیصن تہٕ واقعاتن یِمن منز جنگ جدلٕکۍ کارنامہٕ بیان سپدان تہٕ اَکھ برعکس یُس منظوم عشقیہ قصہٕ مثنوی فارسس منز بیان سپدان چھُ سُہ گو بزمیہ۔

وۄن ہمو اُسو یِتھہ کنۍ ہٕنز سام ز مثنوی ہُند ابتداء کرتہٕ کتھ جایہ سپُد۔ اَتھ سلسلس منز چھےٚ یہ کتھ ثبوتس یونانس منز سپُد یونانس منز سپُد مثنوی ہُند دُسلا بہٕ ہومرن ہٕنز و ایلیڈ تہٕ اوڈیسی رزمیہ مثنوی یِم سیتھہ ساڈ اَٹھ شتھ (٨٥٠) ورٕی قبل مسیح یِمن دۄن بہلہ پایہ چین مثنوی ین ہٕنز اہمیت چھےٚ ازتام برابر قائم تہٕ یِمہ ورز اُسی فارسی شاعر اَدیبَن کُن نظر تراوو مثنوی ہٕنز وانس چھےٚ کہہ شتھ (١١٠٠) ورٕی کھوتہٕ ترجاو۔ مگر یہ کتھ ثبوتہٕ پأٹھۍ ونُن چھےٚ مُشکِل زِ ایرانس منز رٕکھتہٕ پأٹھۍ سپُد مثنوی ہُند ابتداء۔ یہ تہٕ ہیکو ونِتھ زِ یہ چھا ایرانیو چی ایجاد کینہٕ عربی سرزمینس آنیچ مگر یِتھہ پأٹھۍ چھےٚ عربس اَندر آمہ ہیٔژ ہُند کانٛہہ صنف سعہ فنن او سمت۔ تمہٕ چھُ البتہٕ رجز عربی شاعر اَدبُک اَکھ باگر بوٚرُت صنف۔ یِمہ منز بوٚہ وَری تہٕ جذبی کارنامہٕ تہٕ کمالات اُکھو فارسس منز چھہ اُسو یِتو۔ لہٰذا چھُ مانُن یوان زِ مثنوی ہٕنز خاص طرزِچ نظم ایجاد کرنُک فخر تہٕ چھُ ایران بے حاصِل تہٕ فارسی

شاعری ہنٛدؠ وٕچھنٕکؠ لایق کارنامہٕ تہٕ تخلیقات چھہ اَتھ صنفِ کلامس منٛز موجود۔ شاہنامہٕ، سکندر نامہ، یوسف زلیخا، شیرین خسرو، پنج گنج، ہفت پیکر، حملۂ حیدری، ہشت بہشت، سام نامہ، جنگ خاور تہٕ مثنوی مولانا رومی چھےٚ تِمہٕ رزمیہ تہٕ بزمیہ نظمہٕ یِمہٕ فارسی شاعری ہنٛدِ عظمتٕچ نشان دہی چھےٚ کران۔

ابو عبداللہ جعفر بن محمد رودکی چھُ فارسی زبٲنۍ ہُنٛد سُہ عظیم شاعر اوسمُت، یُس ازٕ برونٛہہ ساڑھ داہ (۱۰۵۰) شتھ وری مثنوی صنفِک فارم گوڈنیتھ چھُ ژیتمُت۔ یِمہٕ کینٛہہ مشہور بحر مثنوی ہنٛدِ خٲطرٕ شارنہٕ چھےٚ آمٕتۍ تِمن اندٕ طبع آزمٲیی کرنُک فخر تہٕ چھُ اَمی سے حاصل۔ روٗدکی یُس بتہٕ یُس دۄسے واریاہ مثنوی لیکھنہٕ تہٕ آیہٕ، مگر تِمن سٕنٛدٕ تہٕ بولیل عام حاصل۔ البتہ ہیوت اَمی ابو منصور محمد ابن احمد دقیقی ین ۳۶۵ سنہ ہجری یس اندر سامانی شہزادٕ نوح بن منصور سٕنٛزِ فرمایشہ پیٹھ مثنوی "شاہنامہ" لیکھنی۔ مگر اَکھ ساس شار لیکھنہٕ پتےٚ آو سُہ اَکس ترکی غلام سٕنٛزِ دستی قتل کرنہٕ۔ اَمہ واقعہ پتہٕ ست گٔید فارسی زبٲنۍ منٛز باضابطہ لیکھنُک ابتدا تہٕ محمود غزنوی سٕنٛزِ فرمایشہ مطٲبق لیچھ ابو القاسم فردوسی ین شیٹھن ساسن شارن پیٹھ مشتمل مثنوی "شاہنامہ"۔ یہ عظیم تہٕ شہرۂ آفاق مثنوی سپٕز ننسکہ ہجری یس منٛز مکمل تہٕ فردوسی ین کٔر پننہٕ عمرِ ہنٛدؠ ترٛیہہ[۳۰] وری یہ مثنوی لیکھنس پیٹھ صرف۔

میر سید علی ہمدانی رحہ ہنٛدِ ایرانہٕ پیٹھ یور تشریف اَنٛنہٕ پتہٕ پیو

یَیتہٕ کٔس علم و اَدبَس تہٕ شارٕ شاعری پیٹھ ایرانی ثقافتُک سُہ اَثر یُس از
یِمہٕ تہٕ شارٕ ذاتھ ماسوائے واکھ تہٕ شُرُکھ کاشرِ زبٲنۍ اندر مُروج چھے، یِمہٕ
سارِیے چھے کُلہم ایرانۍ۔ یِمَن اندر مثنوی ہُند صنف تہٕ س چھُ ۔ اَمہ
حسابہٕ چھے ماننہٕ مثنوی یہِ اَکہِ اندٕ پیٹھ ہِیس اندس تام تقلیدی نوعیتُک
ووٕن اَمہ صنفہٕ کہ تاریخی ارتقاہک تولُق چھُ لل دید (۱۳۳۵ء - ۱۴ء)
ہُند وقتہٕ پیٹھ محمود گامی ہندِس دورس تانۍ چھُنہٕ کشیرِ اندر امیک کانہہ
نیب نشانا لبنہٕ یوان۔ اَمیُک اَکھ خاص وجہ چھُ یہِ زِ یِمَن دوٕن شاعرن
ہِندس درمیانی دورس منز یُس اَکہ اندانہٕ کِنۍ ساڈ تریشتے ہیتھ وری چھُ
بنان، چھُ یَیتہٕ گیان دھیان، صوفی ازم تہٕ نرگن فلسفہٕ شاعری ہُندِس
پلیے جاو اوسمت تہٕ محمود گامیس تام، ماسوائے حبہ خوتونِ تہٕ اَرنہٕ مال
تمام شاعر رُو چھُ اَتھی نہجہ لہٕ ہتہٕ لاے کرمُت۔ یُہ دَوُس اَتھ طویل
دورس منز کینہہ کالہٕ حبہ خوتونِ ہنزِ شاعری ہُند غالب طرز لول تہٕ لولُک
جذبہٕ ہیتھ آیہِ تہٕ مگر یہِ کریہہ تہٕ چھُنہٕ سیاسی تہٕ سماجی حالاتو کُنہہ مثنوی
یا امیہ رنگیہ چھے شاعری موکھ ماحول یا تہٕ سازگار اوسمت یا تہٕ چھُنہٕ محمود
گامی ہندِ برونہٕ تانۍ کشیرِ اندٕ مثنوی صنفُک پرتوے یوان اتھک
ہیکاہ وجہ ماہ ہیکو یتہٕ ونتھ زِ اَتھ وقتس دوران چھُ یَیتہٕ یوسف شاہ
ترکہ تہ ہنز گرفتاری پتہٕ کاشرِ زبٲنۍ کُن دوہ پرِ حکمرانن ہُنز بے توجہی تہٕ
بے اعتنائی غور و جنس پیٹھ روز مژ تہٕ اَکہ مثنوی تہٕ چھُنہٕ یَیتہٕ لیکھنہٕ
آمٕژ۔ حالانکہ فارسی زبٲنۍ تہٕ ثقافتُک اختاب اوس کشیرِ اندر محمود گامی

ہِندِ دورِ بڑٕو شٕٹھ پۆر پۆر پیٚٹھ زلان۔ چنانچہ علی جواد زیدی چھُ وَنان :[۱]

"اُنیسویں صدی کے آغاز میں جب نسبتاً بدامنی اور انتشار کم ہوا تو تصنیف و تالیف کے نئے میدانوں کی طرف بھی توجہ ہوئی۔ عاشقانہ اور صوفیانہ غزل تو پہلے بھی لکھی جاتی تھی۔ لیکن طویل بیانیہ تخلیقات کی طرف پہلی بار باقاعدگی سے توجہ ہوئی۔ اس کام کا بیڑا بیک وقت کئی شعرا نے اُٹھایا۔ اس دور میں سب سے پہلی رزمیہ پرکاش رام کی "رام اوتار چرت" ہے جو کشمیری رامائن کا مرتبہ رکھتی ہے لیکن دوسری مثنویاں جو لکھی جانے لگیں وہ زیادہ تر عشقیہ اور صوفیانہ تھیں محمود گامی کی "شیرین خسرو" ہو یا مقبول کی "گلریز" ولی اللہ کی "ہیمال ناگراے" ہو یا رمضان بٹ کی "اکہ نندن" سب اسی صنف میں آگئی ہیں"۔

فِکرِ چھُنہٕ تَران زِ محمودس تانی کیاز چھُنہٕ بیانیہ تخلیقاتن کُن شاعِرن ظعون پیٚیومُت۔ علی جواد زیدی چھُ محمود گامی یس برونٛہہ پرکاش رام سُنٛز "رام اوتار چرت" مثنوی ہُنٛد نیب دِوان۔ مگر اوتار کرشن رہبر چھُنہٕ پننِہ کِتابہِ منٛز امہ مثنوی ہُنٛد کانٛہہ تہِ تذکرہ کران۔ شہ چھُ

---

۱۔ کشمیری زبان اور شاعری۔ جلد دوم۔

مثنوی لیکھنہٕ کِس فنس منز گوڈنیچ اوٚلٚاڑی محمود گامی یسے دوان تہٕ پننہٕ
تحقیقا تہٕ کنہ یہ باوتھ کران ۔

" از یتیمہٕ ساروے کھموتہٕ پرانہٕ لولہٕ دلیلہٕ (مثنوی) ہُند
پے میولمت چھُ ، سہ چھے محمود گامی ین مثنوی " شیرین خسرو"
محمود گامی چھُ کاشرِس منز مثنوی ہنٛدِس فنس دِس تُلان
یہ مثنوی چھے اُمی ۱۸۵۰ء یس منز ہش لیچھمژ ۔"[1]

اَمیُک مطلب گو یہ زِ کشیر اندر چھُنہٕ مثنوی ہنٛدِک بنا تراوَن وول شاعر محمود گامی یس ورائے بێیہ کانٛہہ تہٕ اوسمُت ۔ بیاکھ چھُ عبدالاحد آزاد مثنوی ہنٛدِس بابتھ تبصرٕ کران وَنان زِ :

"پنڈت پرکاش رام بٹ نے مثنوی " رامہ اوتار چرت " بحر ہزج مسدس میں لکھی ہے "۔[2]

اگر یہ کتھ صحی مانو تیلہٕ چھُنہٕ مثنوی تخلیق کرنٕچ اولیت محمود گامی یس حاصل تہٕ کیازِ پرکاش رام چھُ راجہ سکھ جیون سنٛدِس دورس تانی زنٛدٕ اوسمُت ۔ یانی ۱۷۵۴ء پیٹھ ۱۷۶۴ء تانی ۔ وونی اگر " رامہ اوتار چرت " کانٛہہ بیانیہ تخلیق چھِنہٕ ، یتھ پیٹھ مثنوی ہنٛدِک اطلاق ہیکہٕ نہٕ سپدِتھ ، تیلہٕ روز اولیت محمودُ سے حاصل ۔

تاریخی لحاظہ چھُنہٕ یہ معلوم زِ محمود گامی ین کر لیچھے یہ گوڈنیچ مثنوی

---

۱؎ کاشرِ ادبٕچ تأریخ اوتار کرشن رہبر ۲؎ کشمیری زبان اور شاعری ۔ جلد اول ۔

تہٕ اٰخر کر لیٚچھےٚ یِن اٰخری مثنوی۔ یِیانہِ چھےٚنہٕ محمودُن زینہٕ تہٕ مرٕنٕ تاریخ تہٕ ثبقہٕ پانٕٹھ معلوم۔ اٰمی سُند زاسِینہ چھُ اٰمی سٕنٛزٕن مثنوین ہٕنٛدِ تاریخِ تحریرٕ تلےٚ اٰنکہِ ؤنہٕ پانٕٹھ کھٕرکرٕنہٕ آمٕت۔ یِیٚمہِ ؤزِ سہٕ مثنوی قصہٕ ہارون رشید چھُ لیکھٕنی ہیوان۔ تاریخِ تحریر چھُ یِیٚمہِ ترایہِ بیان کران

رحمتِ حق بر نظامی شُد نصیب
چوں بشان محمود گامی ہم قریب
ہشت و پنجاہ سال بہشت اوس
ووٚن مےٚ ییٚلہِ قصہٕ زٕ ہجر ہتہٕ گومت اوس

اوتار کرشن رہبر چھُ ہشت و پنجاہس ۱۲۵۸؁ ہجری لیکھان۔ یُہ دوےٚ گوڈنیُک شمار بلکل صاف چھُ مگر دوٚیمس منٛز چھےٚنہٕ یہِ کتھ واضح زٕ یہِ کیاہ اوس ۱۲۰۰؁ بٔہ شتھ ہجری۔ اَتھ ہیکوٚ ۱۱۵۸؁ ہجری تہٕ ؤنِتھ۔ اَمہِ حسابہٕ گژھہ ہارون رشید مثنوی محمود گامی سٕنٛز گوڈٕنیُک مثنوی آسٕنہٕ تہٕ شیرین خسرو گےٚ پانٕ دوٚیم مثنوی یُس سہٕ محمودن ۱۱۹۹؁ ہجری یَس اندر چھےٚ لیچھمٕژ۔ اَمیُک تاریخ تحریر چھُ یِیٚمہِ اَنمانہٕ:

بروزِ چہار شنبہ ماہِ صفر
بہ کشمیری زباں گفتیم خوشتر
ہزار دو صد بود از یکے کم
بگذشتہ ہجرت سردارِ عالم

گویا یِمَن دۄن مثنوین ہٕنٛدِ درمیانٛی مُدتھ چھُ کیہہ ؤری ییٚن ظاہر

نمی چھُ باسان۔ وَلے اگر مانو زِ ع ہشت و پنجاہ سال بہشت شُہ اوس.
گوشتہ ۱۲۵۸ ہجری، تیلہِ چھُ شیرین خسرو تہٕ ہارون رشید مثنوی ین ہُند
درمیانی مُدّت کُنہ ہٕ ہٹھ (۵۹) ؤری۔ مگر یہ کتھ چھےَ نہٕ ہیٹھ وَسان۔ تہٕ کیازِ
یمن دۄن مثنوی ین ہُند درمیانی مُدّت ہیکہِ نہٕ یوتاہ زیوٗٹھ آسِتھ
دوٚیمہِ اَندہٕ چھُ بیاکھ نقطہٕ تہٕ زِ ع ہشت و پنجاہ سال بہشت شُہ اوس،
مصرعک دوٚیم حصہ ع مِی تیلہِ قصہ زِ ہجریہ گذشت اوس، گژھہ
بیٚیہِ کمہِ تانی شاعرک مصرع آسُن، اَوہ کھٕ زِ یمن دۄن مصرعن منٛز چھےٚ نہٕ
گُنے قافیہ تہٕ نہ چھُ "بہشت شُہ اوس" تہٕ " ہجریہ گذشت اوس" قافیہ
لحاظٕ رَلان۔ حالانکہ قصہ ہارون رشید محمود گامی سُنٛز دوٚیم مثنوی ماننہٕ
یِنہٕ گوژھہ اَمیک تاریخ تحریر شیرین خسرو مثنوی ہٕنٛد تاریخ تحریر پتہٕ
سپدُن ہیٚو چُست، دوان تہٕ کُنہِ عروضی سقم ورائے آسُن۔ اَوہ کھ
زِ نقاش نقش ثانی کِشد بہتر زِ اول؟ مگر سہ کتھ چھےَ نہٕ لبنہٕ یِوان۔
اَمہ برعکس چھُ شیرین خسرو مثنوی ہُند تاریخ تحریر پیٚوٚد تہٕ صاف۔ بہر
حال یہ چھُ تیٚتھ مسئلہ یتھ پیٚٹھ مزید تحقیقات پزٕ کرُن۔ تاکہِ یہ نتیجہٕ زِ
محمودٕنِ ذیون تہٕ مرن سنہ کیاہ چھُ اوسمُت تہٕ تمو کمہ مثنوی چھے
کمہ ؤری تخلیق کرمٕژ۔ جارج ابراہیم گریرسن چھُ تسُند مرن سنہ ۱۸۵۵ لیکھان
اگر وَن تِہِنٛز وانٛس ؤری ستتھ (۷۰) ہُرِ مانو تہٕ بیٚیہ اگر تمو کمہ ڈینٛج
مثنوی وُہن پژن (۲۵) ہُشرِس بِنٛس منٛز لیچھٕ آسہ، تیلہِ چھے کاشرِ
مثنوی ین ہنٛز وانٛس ہُنکہ اَنداز کیٛنٛہ دۄن زہ ہٹھ (۱۲۵) ؤرِی ہیوٚ بَنان۔ تہٕ اَتھ

وَقتَس دوران چھےٚ یَتہٕ ہَتہٕ پیٹھ ڈٲڈِس ہیتَس [۵۱] تام لوکہٕ کیٛنژہ مثنوی لیکھنہٕ آمژٕ تہٕ یمَو منٛز چھُ ژوٚن پانژن مثنوِیَن قبوٗلِ عام حاصِل سَپدمُت۔

مثنوی لیکھنَس منٛز محموٗدَس پیٹھ ازتام یِمَو کٲشرِ یو شاعرو اَتھ صنف کلامَس اندر طبع آزمٲیی کٔر، تِمَو منٛز چھےٚ ماسوا یہِ دہ یا ژور ایرٲنی شاعرَن ہٕنٛز لیٚچھمژٕ مثنوی یہِ پنٕنہٕ آہنگہٕ تہٕ اسلوبہٕ مُطابق کٲشرِ ترٛاوِمژ تہٕ یہِ کینٛژھاہ مثنوی یوٚژِنگو سرمایہ کٲشرِس اَدبَس منٛز از موجوٗد چھُ، یہِ سوٗرُے چھُ اَکہٕ اَتھ پیٹھ بیٚیِس اَندس تام فارسی یا اُردوٗ مثنوِیَن ہُند کٲشُر روٗپ۔ فرق چھےٚ یُتھے یِژٕ زِ ایرٲنی مثنوی یہِ کٲشرِ اوٚنہٕ وِز چھےٚ کٲنٛسہٕ مثنوی نگارَن اختصارس کام ہیٚژمژٕ تہٕ کٲنٛسہٕ طوالتھ کٲنٛسہٕ چھُ قِصٕک خُلاصے یوت بیان کوٚرمُت تہٕ کٲنٛسہٕ شارَن ہُند ترجمہٕ موٗختصر کلام یہِ زِ سانین کٲشرِین شاعرَن ہٕنٛز مثنوی یہِ چھےٚ فارسی یا اُردو مثنوِیَن ہُند منظوٗم ترجمہٕ یا خلاصہٕ۔ عبدالاحد آزاد چھُ اَتھ مُتلق محموٗد گٲمی سٕنٛزَن مثنوِیَن پیٹھ تبصرٕ کران وَنان:

"کشمیر میں مثنویاں اکثر عشقیہ ہیں۔ یا رزمیہ اور قریب قریب سب کی سب فارسی اور اردو عشقیہ اور رزمیہ داستانوں کے منظوم ترجمے ہیں۔ ماخذ اور ترتیب و تدوین کے لحاظ سے محمود کی مثنویاں تقلیدی ہیں۔ لیکن ان کو تقلید محض نہیں کہہ سکتے۔ وہ فارسی داستانوں کے منظوم خلاصے

اور آزاد ترجمے ہیں[1]:

فارسی مثنوی ین تہٕ جنگ نامن کأشرِ پأٹھؠ ترجمہ کرنہٕ کِس سلسلس منز چھُ اوتار کرشن رہبر یہِ باوتھ کران:

فارسی شاعری ہُنٛد ٹاکارٕ اثر چھُ کأشرِ جنگ نامو تہٕ مثنوی یو پیٹھ زیادٕ زیادٕ نوٗلبان۔ ۱۷۷۵ء پیٹھ ۱۹۲۵ء تانی چھےٚ کأشرِ شاعری زبأنؠ تہٕ بیانہٕ کِنۍ فارسی ادبہٕ نِشہٕ سیٹھا دس رس تہٕ مس حأصل کران۔ فارسی کتابن ہٕنٛدۍ داریاہ کأشرۍ ترجمہٕ چھِہ اتھ زمانس منز سپدان[2]۔

بہرحال یہِ کینژھا مثنوی یو رٕنٛگہٕ شاہ سرمایہ کأشرِس ادبس منز موجود چھُ، سُہ چھُنہٕ کینٛہہ کم۔ اتھ سرمایس پیٹھ ہیٚکہ سأنؠ کأشر زبان فارسی کیو اُردوٗ زبأنؠ سیتھ مان، مان تہٕ مقابلہٕ کٔرِتھ۔

سانیو عشقیہ مثنوی یو منز چھےٚ اکہِ پلہٕ ساریے مثنوی یہِ فارسی، اُردوٗ تہٕ پنجأبؠ مثنوی ین ہُنٛد چرٕ بہٕ۔ یِتھو قأبلِ ذکر مثنوی یو منز چھےٚ شیرین خسرو، یوسف زُلیخا، لیلیٰ مجنون، زین العرب، وامق عذرا، زہرہ و بہرام، بہارِ دانش[3] تہٕ گُلریز بیتر فارسی زبأنؠ ہٕنٛزن مثنوی ین ہُنٛد سیٚدٕ سیود ترجمہ تہٕ منظوٗم خُلاصہ۔ ہیر رانجھا تہٕ سوہنی مہیوال چھےٚ پنجأبؠ زبأنؠ نِشہٕ اخذ آمٕتۍ کرنہٕ۔ بے نظیر و بدرِ منیر، گُل دصنوبر، قصۂ بہرام

---

[1] کشمیری زبان اور شاعری جلد اول و دوم [2] کأشرِ ادبٕچ تأریخ۔ اوتار کرشن رہبر [3] مثنوی نوبہار عمارحن۔

ممتاز بے نظیر، تہٕ گُل بکاولی چھےٚ اُردوٗ مثنوی ین ہُند ترجمہ۔ دٔی وَنہٕ ہو
زِ ولی اللہ مُتو پٔتھٕ ہی مال ناگرائے مثنوی چھےٚ اَمہِ الزامہٕ نِشہ بَری۔
مگر سعٕہ تہٕ چھےٚ صدرالدین وفائی پٔتھٕ فارسی مثنوی قصۂ ارزن وہیمالِ
ہُند ترجمہ۔ یُوٚدوے صدرالدین وفائی ین کٔشیرِ ہِندوٚے اکھ قصہ
مثنوی ہِندِس رنگس منٛز بزبان فارسی تخلیق کوٚر۔ مگر ولی اللہ مُتو واتہٕ
اندٕ اَسہِ تام ترجمہ کِس صوٗرتس منٛز۔ البتہ چھُ ژٔزار کِس اکرم بقال
دانہِ لدٕ سُند قصہ "مہر و ماہ" پُرزِ رکھو اور جنل چیز۔ ییٚتھ دوٚیمین
لَفظَن منٛز کٔشیرِ ی الاصل وٕنتھ ہیکَو۔ یہ قصہ نہٕ چھُ کُنہٕ فارسی مثنوی
ہُند ترجمہ تہٕ نہ چھُ اُردوٗ زبٲنی ہیٚتھ وُزُم اَنہٕ آمُت۔ اَدٕے چھُ اَتھ
اندر شاعِرسٕنٛد ین ایحساساتن ہُند عکس ٹاکارٕ باگھٕ اَنٛدٕ دیوان۔ ییٚتھ
باکھٕ چھُ عاشق تراٚلی سُند قصہ "نوٗرمال" تہٕ ترجمہ کرِ الزامہٕ نِشہ موکلِ۔

سوال چھُ ییٚتہٕ ووتلان زِ سانہِ ییمہ مثنوی چھا فارسی یا
اُردوٗ زبٲنی ہنٛزن مثنوی ین سۭتۍ مقابلہٕ ہیکان کٔرِتھ۔ اَتھ سلسلس
منٛز یہ وَنُن زِ ترجمہ خاص شہ منظوم قصٕک۔ اُسو تن یا کُنہٕ نثری عبارژٕ
ہُند، چھُنہٕ ہرگز تہٕ اصل چیزس ہیو آسان چھُنہٕ غلط۔ تِکیازِ یوسہٕ زبان
انداز بیان، برجستگی، محاکات، ندرت خیال، لَفظَن ہُند تراش خراش
تہٕ رَوانی اصلس منٛز چھےٚ آسان، سۄ چھِنہٕ تَمہِ کِس ترجمس منٛز ہیکان
قایم رُوزِتھ۔ خاص ترجمہ کرن وول گوتاہ موٚحتاط تہٕ رُوزِ تن۔ شہ چھُنہٕ اصل
عبارژٕ ہُند رُخ قایم ہیکان تھٲیِتھ۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ سانیو ہتہٕ داد

مثنوی یؠ نٲشرٕ چھِنہٕ ماسوا یہ "گُلریز" اکھ مثنوی یِتہٕ ترٛنٛتھ یؠ یہ مُلکی یا بیرون
مُلکی سطحس پیٹھ ووہ پیرزبانی ہٕنزن مثنوی ین سیتی مقابلہ ہیکیہے کٔرِتھ .
مقبوٗل کرالہ وٲری ہٕنز گُلریز تہٕ ییٚنہٕ ہٕ کُل ریاستی سطحس پیٹھ مقبوٗل . یِتہٕ
روٗز خالی کشیرِ ہٕنزِ وادی تامِتھے موٗجوٗد . وجہ چھُہ امیُک یہ زسانہ
یمہٕ تہٕ مثنوی یہ از تانی تخلیق سپٕز تمہ چھےٚ اکہ اندٕ پیٹھٕ بیٚیس اندس تام
یا تہٕ فارسی زبانی ہٕنزٕ یا اُردوٗ زبانی ہٕنزن مثنوی ین ہُنٛد چربہٕ . یمہٕ مثنوی
وُچھتھ یا پٔرِتھ کیا دِلچسپی روزِ تمن یمن نِشہ یمہ ڈرامہٕ چھےٚ . ہنٛدرے
چیز تمن نِشہ بیٚیہ واتہٕ ناوُن گوٗ "اُلٹے بانس بریلی کو" البتہٕ چھےٚ یہ
کتھ پننہٕ جایہ موقوٗل زِ کُنہٕ کُنہٕ جایہ چھُہ ترجمہ کارو سُہ کمال ہاوِمُت
زِ اصل چیزس چھُ نقل باسان تہٕ کُنہٕ چھُہ اصل داستانن ہٕنٛدی کیٚنہہ
غارضروٗری تیٚصہ قلم زَن آیتی کٔرِتہٕ تہٕ اتھ بدلہٕ چھُہ ساینو ترجمہٕ کار
مثنوی نِگارو پننہٕ طبیعت کہ زورس رنگا میزی ہاوِتھ کٔرِمٕژ زِ اصلس تہٕ
پیٚٹھ چھےٚ غار موزوٗلی اہمیت حاصل سپٕز مٕژ . مثلن مقبوٗل کرالہ وٲری ہٕنٛز
گُلریز مثنوی ہٕنٛدِ کینٛہہ حِصہ پٔرِتھ چھُ گُمان سپدان زِ یہ چھےٚ تٔسنٛز
طبع زاد مثنوی . مگر یوٗت کٔرِتھ تہٕ چھےٚ اتھ پیٹھ سوے غارزیت لب
ییمہ نِشہ یہ مثنوی ماخوذ چھےٚ تہٕ آخرس پیٹھ چھےٚ یہ کتھ پننہ جایہ مانٛنی
پیوان زِ سانہٕ مثنوی تہٕ چھےٚ کُلہم تقلیدی تہٕ اور جنتشیاہ چھِنہٕ یمن اندر
کُنہٕ لبنہٕ یِوان، ییمہ کنہ یمہٕ ہٕنٛتھی زٔلکس اندر موٗجوٗد روزِ .

# مثنوی نگأری مُتلق

امین کامل

## محمود گامی

محمود گامی زاو ۱۷۶۵ء منز آہ وارِ (شاہ آباد) اَکھ گامس چھُ وۄنی تِ اَمِنہٕ سےٚ ناوس پیٹھ سرکأری طور محمود آباد ناو آمُت تھاونہٕ۔ یہ چھُ "تاریخ کبیر" مطابق ۱۸۵۵ء منز گُذریومُت تہٕ سر جارج گریرسن تہٕ چھُ لنگوسٹک سروے آف انڈیا جلد ۸ حصہ دوم سنہ ۱۹۱۹ء ص ۲۳۰ پیٹھ اَتھ تصدیق کران۔ اَمی چھُ دار یاہ کلامہٕ برٛونٛہہ کُن تروومُت یُتھ منز شیرین خسرو، یوسف زُلیخا، لأل مجلوٗن، شیخ صنعان بیتر لوٚلہٕ مثنوی تہٕ چھےٚ۔ یوسف زُلیخا یہ چھُ جرمن زبأنی منز ترجمہ سپُدمُت۔

## عبدالاحد ناظم

عبدالاحد ناظم زاو (بقول پروفیسر شاد) تقریباً ۱۸۱۶ء منز بجبیارہ تہٕ کھٔسہٕ وۄنی سےٚ یاو[illegible] ۱۸۵۱ء منز مُرتھ۔ یہ چھُ اَتھ سالِ وفاتس سیٚتہٕ ذأتی طور اختلا[illegible] الدین سماجنی چھُ "کأشرِ شأیری" منز یہُندٕ سالِ وفات ۱۸۶۵ء ہاوان۔ مگر یہ چھُ وراصل یہُندِس موٚہ رشد حبیب اللہ یاندانی سُندٕ مرُن وُری۔ ناظم اوس خاندأنی الحافظ بابا نصیب الدین غازی سٕندِس اَکس قریبی خلیفہ حاجہ بابہ سٕنٛدِ اولادَو منز۔ باقے کلامہٕ علاوٕ چھےٚ اَمی زٕ لوٚلہٕ مثنوی تہٕ، یوسف زلیخا (نایاب)

تہٕ زینۃ العرب تہٕ تصنیف کرٕمتٕ ۔ زینۃ العرب چھےٚ فارسی صوفی شاعر شیخ فریدؔ الدین عطارٕ سُنٛد "الٰہی نامہ" چہ اکھ ضمنی ولیلہ ہُنٛد آزاد ترجمہ ۔

## ولی اللہ متوٗ

ولی اللہ چھُ وُہن گام (تحصیل بڈگام) روزان اوسمُت تہٕ اوس اوکھن (پیرزادہٕ تہٕ کینٛہہ تہٕ) تہٕ اکھی گامس منٛز مکتب چلاوان ۔ محمود گامی سُنٛد اوس ہم عصر ۔ چنانچہ پننہٕ مثنوی ہیٖمالہ اندر چھُن محمود گامیس سٕتھ کھوتُک ذکر کوٚرمُت ۔ یمو چھےٚ ہیمال ، چہل اسرارٕ تہٕ ضنوٕرہٕ ریاتہٕ دِین کتابہٕ علاوٕ عقد نامہٕ حضرت خدیجہ تہٕ مشہور فارسی شاعر عطارؔ سُنٛد پند نامُک تہٕ ترجمہ کوٚرمُت ۔ اَکھ ڈینٛج کتاب چھےٚ سید انیس کاظمی صابس نِشہ تہٕ دوٚیم غلام محی الدین شاہین صابس نِشہ ۔ یہنٛز اصل ہیمال تہٕ چھےٚ یہنٛدی قلمہ موجوٗد تہٕ چھاپی نوسخہ کھوتہٕ واریاہ بڈ ۔ عام خیال چھُ زِ یم گدٕ تہٕ منہ شریف مگر کینٛہہ تہٕ ریوایژ چھےٚ زِ یم آیہٕ حج پیٹھٕ وارکاہ واپس تہٕ سیٹھا کال زِندہٕ روزتھ آیہٕ وُہن گام کِس آستانس منٛز دفن کرنہٕ ۔

## سیف الدین تاربلی

اصلی ناو چھُک محمد سیف الدین مگر مشہور چھ سیفہٕ صاب تاربلی ناوٕ ۔ یِم اسہِ دِپنہٕ تاربلیم پرناونٛکس سلسلس منٛز لدھیانہ گامتہٕ ۔ امہِ کنہِ چھک لدھیانوی تہٕ ونان ۔ عبدالاحد آزاد چھُ یہنٛد سالہِ وفات ۱۸۷۴ء ونان ۔ دفن چھِ لدھیانہ سپدی متہٕ ۔ یہنٛز یادگار چھےٚ فارسی کلامہٕ علاوٕ رسالہ اصوات کشمیرتہٕ ، نہ ولہ مثنوی وامق عذرا تہٕ ہیمال (سحر حلال)

## مقبول کرالہ واری

مقبول چھُ ۱۸۰۲ء ہیوٚ زامُت تہٕ ۱۸۷۷ء اندر گذریوومُت

تمام وُمبرِ ہٕند کرِیشہٕ وُن تہٕ کنگال۔ پیٹھ اوسُس بیمارِیو تہٕ نال دولتُت تہٕ نیبرٕ اندر اوس نہٕ نیران۔ گریسہٕ نامہٕ، بہار نامہ، پیر نامہٕ، مُلہٕ نامہٕ، منصوٗر نامہ تہٕ غزلیاتو علاوٕ چھکھ زٕ ہولہٕ مثنوی یہٕ یوٗسف زُلیخا (نایاب) تہٕ گلریز تہٕ تخلیق کرٕمٕژ۔

## پیر عبدالقدیر

پروفیسر حاجنی چھُ اَتھ ہنٕد ناو عبدالقادر تہٕ تخلص قدیر لیکھان۔ یہ چھُنہٕ صحیح۔ اَمس اوس ناو تہٕ قدیر تہٕ تخلص تہٕ اوسُس قدیر۔ وانہٕ پور (سرینگر) چھ سمہ اندر ہیوٗ زامتہٕ تہٕ سنہٕ ۱۹۰۲ اندر ہیوٗ چھ یمہ عالمہٕ گُذریمتہٕ۔

## عاشق ترالی

اصلی ناو اوسُس علی محمد گنٔی تہٕ روزن وول اوس ترالکُ۔ اُمُ شُند بوسہ مہدی ترالی اوس جان شاعر تہٕ تمی چھس شاعری ہٕنز تربیت تہٕ کرٕمٕژ۔ ونان چھُ ؎

دریں فن بائے شُندے سے سبب گوم

آزاد شُند وُنُ چھُم زٕ عاشق گُذریو شُہائٹھ وُہر ۱۳۲۸ ہجری اندر یانی اَتہٕ بٕرونٔہ ۶۸ ورِی۔ اوسُن آسنہٕ کنہٕ اوس عربی فارسی پرناونس پیٹھ دوہ دِن گذاران۔ نور مال۔ زہرہ و بہرام ہولہٕ مثنوی یو علاوٕ چھن گلزار حسن عبرت نامہٕ تہٕ کینہہ غزل تہٕ بٔچھ کُن تراوی متہٕ۔

## پیر مسکین

پیر محی الدین مسکین اوس نیار خو شہٕ پور (تحصیل کولگام) روزان۔ پیر مُریدی اوسُس پیشہ تہٕ اَحد سلسلٕس منٕز

اوس پرٛیچھ وٕرۍ یہ پنجاب تہٕ گرٛٹھان۔ آزاد سِند گفتارٕ موجوٗب چھہ ۱۹۱۰۔
۱۹۱۷ء درمیان گنٛدیہ ییمتو۔ اُمہ چھےٚ زیبا نِگار، سوہنی مہینوال، لالہٕ مجنوٗن
چندر بدن، ہیر رانجھا پانٛژھ لولہٕ مثنوی یہ لیٚچھمٕژ۔

## حاجی مسکین

حاجی محی الدین مسکین چھہ سرٛی بل (سرینگر) ۱۲۸۲ھ (۱۸۶۳ء؟) ییمہ ژٕنی ییٚمِس اندر شٕکیہ ییمِتو تہٕ ۱۹۲۱ء اندر چھہ واصل بحق سپدیومت۔ یمو چھہ کشیرِ ہنٛد تاریخ تہٕ حسن کھویہامی ہنٛدِس تقلیدس اندر لیٛوکھمٕت۔ اَمہ علاوٕ چھِک کأشرِ پأٹھۍ وامق عذرا تہٕ یوسف زلیخا ناو چھہ زٕ لولہٕ مثنوی تہٕ لیٚچھمٕژ۔

## عزیز اللہ حقانی

حقانی اوسک خاندأنی لقب تہٕ لوٚتہٕ کوٚرکھ تخلص تہٕ اختیار۔ یہ ونہ پرستان (سرینگر) ۱۸۵۴ء ہیوٚ زامت تہٕ ۱۳۴۶ھ (۱۹۲۷ء۔) اَندر سپدیو ۷۵ وہرٕ واصل حق۔ یمو چھہ لداخ، یارقند تہٕ متحدہ ہندوستان کین وارِیاہن شہرن سأل کٔرمٕت۔ وارِیاہ کلامہ چھِک ییٚمہ کُن ترٛاوِمُت۔ ییٚمہ اندر بے نظیر تہٕ بدرِ منیر، گلبنِ عشق، ماہروے گُل اندام، چندر بدن، گلدستہ بے نظیر، جوہرِ عشق مشہور لولہٕ مثنوی تہٕ شامل چھےٚ۔

## محمد اسماعیل نامی

محمد اسماعیل نامی اوسہ کاوٕ ڈار (سرینگر) روزان۔ یم اوسہ ۱۸۸۳ء ہیوٚ زامت تہٕ ۱۹۴۳ء اندر ہیوٚ گُذرے یہ ییمہ عالمہ۔ محی الدین حاجنی چھہ کأشر شأعری منز (ییٚمکو اکثر تاریخ غلط چھہ) یمہنٛد زِندٕ وٕرۍ ۱۸۰۴ء تہٕ مَرن وٕرۍ ۱۹۴۰ء لیکھان۔ فارسی

تہٕ مذہبی علمیت اُسکھ سیٹھاہ۔ یمیُک انداز یِتھ مغازی النبیؐ پیٹھ سپدان
چھُ۔ اکھ لوٚلہٕ مثنوی شیرین خسرو تہٕ چھک پیٹھ کُن تراوِمٕژ۔

## غلام محمد حنفی

یم اُسی سوپور کس ہاتھی شاہ محلس اندر ۱۲۸۸ ھ (۱۸۶۸ء؟) اندر ہیوٚ زامتۍ۔ اُکس منشید ہیندٕ اُسو
امام تہٕ سیٹھاہ مُشکلن اوسُک گذارٕ سپدان۔ یمو چھے واریاہ کتابہٕ لیچھمٕژ یمن
منٛز قصہ قمر الزمان، حبہ خوتون، ہزار داستان، گل وصنوبر، لالٕ مجلوٗن لوٚلہٕ مثنوی
چھے تہٕ الف لیل، باغ وبہار، خلافت نامہ، چہار درویش، معراج نامہ
حاتم نامہ، ہشت بہشت دوٚیمین موضوعن سیتھ توٚلق چھے تھاوان۔ امہ
علاوٕ اوس یمو قرآن شریفُک کأشُر ترجمہ تہٕ کورمُت۔ یُس یمو پننہٕ قلمی
تحریر مُطابق ۱۳ صفر ۱۳۵۶ھ مولانا محمد یوسف شاہ مرحومن نشہٕ اوس
سوزمُت۔ امیُک چھنہٕ پتہٕ کانہہ سُراغ میلان۔ تم چھِ سنہٕ ۱۳۵۵ھ مطابق
سنہٕ ۱۹۳۵ء اندر یتھ عالمہ گُذرے متۍ۔

## عبدالاحد آزاد

عبدالاحد ڈار آزاد چھ ژَنہٕ پایہٕ تھۍ ۱۹۰۲ء اندر رأنگر (تحصیل ژاڈور) گامس اندر زامتۍ۔
اُوہُند بوٚڈ کارنامہ چھُ کأشرِن شاعرن ہُند تذکرہ یُس "کشمیری زبان اور
شاعری" ناوٕ کلچرل اکاڈمی ترِٛن جلدن اندر چھاپ اوٚر۔ امہ علاوٕ چھُ
"کلیاتِ آزاد" تہٕ اُمی ادارن شایع کوٚرمُت۔ مثنوی قمرالزمان چھنے دُنہ چھاپے
منٛز امنٛز ہ شنود چھُہ مضمون نگار موتی لال ساقی احسانمند، یمہ منٛز دیتُھ
بیاکھ مثنوی چھِنہ ادبن تہٕ چھے نسورے تہٕ اُسی تھیم۔ ہمدردی ستی بس لگہ

صوٗرٕ وٗر صنایہ کرٕ۔ یِم سپدۍ ۱۹۴۸ء اَندر ییٚمہٕ عالمہٕ رخصت۔

**لسہٕ خان** اصل ناو اوٚسُس غلام رسول مگر مشہوٗر چھِ لسہٕ خان ناوٕ سۭتۍ۔ یِم اُسۍ وحدت الوجود صوفی تہٕ بہشدِس آستانس پیٹھ چھُ وُنہِ تہٕ جُمہٕ دوہ مناونہٕ یِوان۔ یِمن آدٕ زار یا ہے لٹہٕ اَلم دہر دریٚا یکہ پھیر دۭبت مولانا محمد یوسف شاہ صابن تہٕ یِمن سنگسارٕی ہُند فتوا۔ یِمن اوس نہ زانہہ تہٕ سیاستس سۭتۍ تعلق تہٕ آسہٕ یِم (دُشمنن ہُندِس وَننس پیٹھ) دوہ ییٚر لٹہٕ جیل سوزنہٕ۔ یِم گذرے یہ ۱۹۳۹ء ییٚمہ عالمہٕ۔ یِمو چھُ گل بکاولی وَرائے قصہٕ شاہ بہرام، قصۂ چہار درویش تہٕ گلزار حقیقت تہٕ نظم کٔرمِتۍ۔ یاگ گل بکاولی پیٹھ آیوہ یِمن صدرِ ہندٕ سُند طرفٕ وظیفہٕ تہٕ مقرر کرنہٕ، مگر یِمو کوٚر نہٕ سہٕ قبوٗل۔ گُلِ بکاولی ہنز دلیل چھےٚ یِمو کمہٕ تام گلستانِ بقا ناوٕچہ کتابہ پیٹھ تبصرٕ۔

**حیرت کاملی** شمس الدین اوٚسُس ناو تہٕ حیرت تخلص۔ پانداں (سرینگر) اُسۍ ۱۸۹۰ء اَندر زامتۍ۔ عربی تہٕ فارسی زبانن پیٹھ اُسکھ ماہرانہٕ نظر۔ آبائی پیشہ اوٚسُس پیری مریدی۔ شاعری علاوٕ اُسکھ کأشرِ صوفیانہ موسیقی پیٹھ وُستادانہٕ مہارت حأصل۔ یِمن آو ۱۹۶۲ء اَندر کلچرل اکاڈمی ہِندِ طرفہٕ خلعت تہٕ عطا کرنہٕ۔ یِم سپدۍ ۱۹۶۸ء اَندر واصلِ حق۔ فارسی تخلیقاتو علاوٕ چھُکھ رعنا و زیبا، مثنوی مولوی سُند گوڈنِکۍ دفترُک کأشر ترجمہ تہٕ بییہ کینہہ متفرقہ کلامہ بچھ کٔرِتھ تروومت۔

## غلام احمد بشیر

غلام احمد بشیر آسے ٹانکہ پور (سرینگر) روزان۔ ڈاکخانس منز آسے پوسٹ ماسٹر۔ اُردو، فارسی نہٕ کم کاسہ انگریزی تہٕ زانان۔ مجبور صابس آسے ہم عصر۔ ڈریپاف کرنس پیٹھ سپد مولوم زِ سنہ ۱۹۷۱-۴۰ء اندر گذریے متی ییتہ عالمہٕ۔ تصنیف چھکھ ییٚمے اکھ مثنوی ییتہ کُن رُوزمرتہٕ بلکہ کلامہ ضایہ گومت۔

## عبدالغنی ٹھوکر

عبدالغنی ٹھوکر چھ حالِ حیات۔ یم چھ تہہ شدی ونہٕ مطابق سوپٹ ٹنگہ پور (تحصیل کولگام) سنہ ۱۹۲۰ء اندر زامتہٕ تہٕ روزان تہٕ چھ تتھی۔ پیشہ کنہٕ چھ زمیندار مگر ہریمانہٕ وقتس چھ وانیُت کران۔ پُورمُت چھکھ یاونی یانہٕ "ترجمہ حجازِ شیر اُردو رکتابہٕ" تام۔ یمو چھےٚ ان تام بلبل ہزار داستان تہٕ وزا مال لوله مثنوی یؠ علاوہ جنگ نامہ خالد بن ولید، قصہٕ ایوب صابر، سیر جنت (یانے حضرت ادریس سُند قصہ) تہٕ وار یاہ نعتہٕ تہٕ غزل وٚنی متہٕ۔

# لولہِ مثنوی یہ

[ لولہِ مثنوئی یہ تہٕ مثنوی نگارٕن ہٕنٛد اکھ فہرس ]

| | |
|---|---|
| انار پری | صمد خان اُشم ( گاندربل ) |
| بے نظیر بدرِ منیر | عزیز اللہ حقانی |
| بہرام گل اندام | صدیق اللہ حاجنی |
| جوہرِ عشق | عزیز اللہ حقانی |
| چندربدن | عزیز اللہ حقانی ۔ مہدی ترالی ۔ پیر محی الدین مسکین ۔ عبدالاحد آزاد ۔ |
| حبہ خوتون | غلام محمد حنفی |
| خنجرِ عشق | حاجی الیاس |
| رعنا و زیبا | شمس الدین حیرت کاملی |
| زہرہ و بہرام | عاشق ترالی ۔ کانی شاہ |
| زیبا نگار | پیر محی الدین مسکین ۔ رسُل میر ( ؟ ) |
| زین العرب | عبدالاحد ناظم |
| سوہنی میتوال | پیر محی الدین مسکین |
| شاہ بہرام | محمد شعبان ڈار |

| | |
|---|---|
| شیخ صنعان | محمود گامی۔ وہب کھار (بطرز ورثن) |
| شیریں خسرو | محمود گامی۔ محمد اسماعیل ناؔمی |
| قمرالزمان و بدرا | غلام محمد حنفی۔ عبدالاحد آزاد۔ غلام احمد ٹنکی پورہ |
| گل بکاولی | لسہ خان۔ عبلی ریشیح۔ نعمت اللہ صفاپوری۔ علی شاہ ہرل |
| گلبن عشق | عزیز اللہ حقانی |
| گلدستہ بے نظیر | عزیز اللہ حقانی |
| گلریز | مقبول کرالہ واری |
| گل وصنوبر | غلام محمد حنفی۔ احد زرگر |
| لال مال پری | پیر بہار شاہ نامیؔ |
| لائل مجلوٗن | محمود گامی۔ غلام محمد حنفی۔ پیر محی الدین مسکین |
| ماہ روئے گل اندام | عزیز اللہ حقانی |
| ممتاز بے نظیر | عزیز اللہ حقانی۔ حاجی الیاس۔ اسد میر |
| مہر و ماہ | اکرم بقال |
| نو بہار | سیف الدین عارض |
| نور مال | عاشق ترالی |
| نونہال گلبدن | عبدالوہاب پرے ؟ |
| وامق عذرا | سیف الدین تارہ بلی |
| وُزرا آمال | عبدالغنی ٹھوکر |
| ہزار داستان | غلام محمد حنفی۔ عبدالغنی ٹھوکر |

| | |
|---|---|
| ہیر رانجھا | پیر محی الدین مسکین |
| ہی مال | ولی اللہ موٹت ۔ سیف الدین تارہ بلی ۔ خواجہ سبحان (بطرز غزل) |
| یوسف زلیخا | محمود گامی ۔ درویش عبدالقادر ۔ مقبول کرالہ واری عبدالغفار فارغ ۔ شمس الدین غمگین ۔ عبدالاحد ناظم حاجی محی الدین مسکین ۔ فاروی (؟) |

نوٹ:

۱: ممکن چھُ یہ فہرس آسہ نامُکمل

۲: یمو مثنوی یو منز چھے واریاہ چھاپ سپز مژ، البتہ کینہہ چھے مُسودکس صورتس منز تہ کینہہ چھے وونی نایاب۔

# سفر نامہ

سون ادب، ۱۹۷۵ء چھُ سفر نامہ نمبر۔ یَتھ مٕنز
ازبکستان، آسٹریلیا، بلجیم، ترکی، جاپان، چین
سعودی عرب، کوالالمپور، فرانس تہٕ ماسکوٗ کِس مُتعلق
اختر محی الدین، پُشکر بھان، قیصر قلندر، سومناتھ سادھو
فدا محمد حسنین،              ، غلام رسول نازکی، سومناتھ
در، غلام رسول سنتوش تہٕ علی محمد لون صابنۍ مو مختصر
مگر دلچسپ مضموٗن یتھی کرٕنہٕ آمتۍ۔ کتاب چھےٚ باتصویر
تہٕ شوٗقہٕ دار۔

کلچرل اکیڈمی سرینگر

# اقبالؔ نامہ

کاشُر شیرازُک اَکھ خاص تہٕ اہم نمبر یَتھ
منز اقبالؔ سٕنزن تمام شاہکارن پیٹھ الگ الگ
تہٕ وِستھرٕنے دار مضمون چھ۔ اقبالؔ تہٕ کشیر، اقبالؔ
سٕنز شاعری ہُند کاشرِ شاعری پیٹھ اثر، اقبالؔ
سٕندی خط، اقبال سُند کشیر سفر، اقبالؔس
مُتعلق کینہہ اشکال بیترِ۔ رنگارنگ مضمون چھ اَمہ
علاوٕ۔ بیٚیہ چھُ اقبالؔ سٕندین واریاہن نظمن ہُند
کاشُر ترجمہ تہٕ دِنہٕ آمُت۔ (باتصویر)

کلچرل اکیڈیمی

